# ترتیب

# آغازِ سخن

پرانِہ عہدہ اُسی تیتھو ترٛ کینہہ گاٹلۍ یِم یِہ ونان اُسی زِ یہِ سورُے دُنیا چھہ اکھ قادخانہ
یمِن مُقابلہ اُسی کینہہ بُزرگ، یِہند یہِ عقیدہ اوس زِ یہِ سورُے دُنیا (بلکہ کائنات تام)
چھہ اِنسانہ سِندِس مَنس منز پیدٕ گژھان۔ ترٛ گوو یی زِ اِنسانہ سُند شعوُر چھہ دُنیہس
قادٕ کرِتھ تھاوان۔ یمَو دۄیو فرقو علاوٕ چھہ پرانہِ وقتہ پیٹھے ییتھ مُلکس اندر سماجی
مجبُوریو بیاکھ اکھ طایفا پادٕ کۆرمُت۔ یِتھ حُکمران طبقہ چھہ ونان۔ امہِ طایفہ کین
طبق نال وفادارن چھہ یہِ دعوی آسان زِ چھُنکہ اسہِ وراَے چھُنہٕ کانہہ گاٹُل —
لہٰذا یُتھ بیمِ ناکن جایہِ اُسی جیل دَنو، سُے گوو "اصلی" جیل۔ پننہِ وقتہ عقلہِ ہندی
اجارہ دار آسنہٕ سببہ چھہ یمن یہِ حق ترٛ آسان زِ یُس اکھاہ یہِندِ فیصلہ مطابق
"نادان" پیہِ مانُن، سُہ گژھہِ اُتھی اصلی جیلِ خانس اندر ذاتنا وِتھ یمن ہیو کاوہ گاٹُل
بناونہِ یُن۔ یُتھ زن یم پانہٕ جیلہ نیبر رُوزِتھ ہشہ شہلِتھ نِندرہ کرن یا بیداری منز
یڈ برِتھ حکومتھاہ چھاوَن۔ یمَو منزٕ چھہ خالی کانہہ یہِ پانس تیار آسان زِ جمہوری
دورس منز عارضی حکومت ہمیشہ چھاونک شوُقہ خیال یا برٛیٹھ آرزو چھہ وارِیاہن پیٹھ
اِنسانی شعوُرس اندر اکھ غیر شعوری اندری ور OBSESSION بنان، یِتھ
تل لگِتھ اِنسانس پارٕ زان تام چھہ راوان۔ ناپارٕ زانۍ ہندس عہدس منز چھہ
لوکٹین جایِن ہنگہ منگہ بُتھس ہتھ پیوان کھالُن ترٛ نکو آری چارِتھ "نادانن" ہاوُن
زِ اگر نہٕ اُسی تہ "عقل نما" ہاوَو، پگاہ کھسنہٕ اکھا لیے!

کشیرِ ہندِس تاریخس اندر اوس یُتھے ہیوٗ اکھ دورا میٔ ۱۹۶۵ءس ـ ییٚلہِ بہٕ
سنٹرل جوالاٹس سپُرد سیدٕ پتہٕ کمی وقتا گژھت دۄن عاقل حاکمن نِشہِ اکِس
چپات خانس اندر واتنا ونہٕ آس ـ اتہِ وُچھ مےٚ اکھ سُرنٹ ہیوٗ گونژہل تہٕ بیٚٹھا کھ
سوسہ رٲوٕمت دِماغ دار حاکم اکھ اکِس پتہٕ مےٚ کُن اَچھ ترٲوِتھ وَنان ـ " اسہِ چھہٕ
پوٗرہ پتاہ ... ... اوہ ـ اوہ ـ کیاہ ژہٕ چھکھ نا بسٲئی حکمرٲنی وِرٲنی ! " مےٚ دوپ
اوٚل چھوٗ تہِ دوبٕ وَے مےٚ وٲدی ' دوم گوٚژھ پننِ حکمرٲنی متعلق یہِ سوال مےٚ
پور اَنہٕ بروٚنہہ پرٛژھن ـ سویم چھہٕ وٕرژن تہٕ نہٕ وٕرژن اکھ ذاتی تہٕ اضافی کیفیت ـ
تہیٚ فرمٲوِو تہٕ امہِ لہ ربط سوالہ علاوہ کیاہ چھہٕ تُہہ مےٚ پرٛژھن ؟ " یہِ " بیقل " جواب
بوٗزِتھ لگ پہندی نکوارِی یِرٕ نہم کھوتہٕ جاوٕ دُبھنہٕ تہٕ گونژہلس آو چار تہٕ
وٚوٗن ـ اسہِ چھُکھ ژہٕ سینز راوُن تہٕ جیل سوزُن ... ... " یہِ اوس وُنہِ وَنان
تہٕ سوسہ ریتھ حاکمن کوٚڈُس کیتھہ وٲش تہٕ فرمووُن ـــ " جمول جیل جموِل ـــ "
مےٚ دوپ ـــ " اگر تُہہ یتہِ جلے چھوٕ ' تورہ سوزیوم ـ تہندی اتھہ کمی رچھ
رُژ میتھ ! " یہِ سیوٚد سادہ جواب بوٗزِتھ تہٕ لگ یم وارٕسے گرٛینہٕ تہٕ تمن بڑ ین
(دگراز بنشنی !) حاکمن تہٕ تھوک تھوک ژھنہٕ ' یمو یمن یم کرسیہ دِژمژہ آسہ ـ
پہنز یہِ دنبٲلی وُچھت اوُس بہٕ دِلہِ منزی خوش زِ مےٚ بنیاد حال اکھ موضوع ـ
یوٚتامت یمو یہِ دعوٰی تہٕ کوٚر زِ میانہِ بدلہِ ییہِ حاکمن پورہ " عقل " ہیچھناونہٕ ـــ
مےٚ دوپ ـــ " حضور ! تُہہ کیازِ چھوٕ اَنس پھس کھالان ـ تُہہ یہِ فاصلہ
دِیُن اوسُو ' تتھ چھنہٕ اپیلی ... ... مےٚ چھہٕ ۱۹۴۹ءہس منز آزادی چھاوان
چھاوان جمول جیلس اندر صاف صاف آکسیجن ہیوٚمُت ـ تتہِ چھنہٕ سنٹرل جوالا ٹکو
پاٹھو حاجتہٕ کین ۵۴ " نادانن " ۱۲ × ۱۰ فٹ کوٹھرِ منز دوہس راتس کاربن ڈائی
اکسایڈ چاوناوِتھ زِندہ تھاونچ تربیت یوان دِنہٕ ـ تُہہ سوزیو تُہہ مےٚ جل جل جوٚم
یُتھ مےٚ وقت ضایع گژھہ نہٕ ـ " یہِ بوٗزِتھ گیہ سری گونژہلس ژھوٚنیہ ـ مگر مسٹر
سوسہ رٲوٕمت وٚوتھ ـــ جیلس اندر کیازِ گژھی نہٕ ژہٕ وقت ضایع ـ آخر تتہِ

کیاہ کرکھ؟" میٚہ ووٚنُس۔ "یہ چھُ جیلہٕ نٮ۪برٕ کران چھس : یہِ ہیٚتھ دۄہہ کینژہہ صفحہ پران تہٕ کینژہہ سطرہ لیکھان۔ اگر تُہندِ "اقبالہٕ" میٚہ جیلس اندر لیکھنٕچ پرٚن بند گژھنہٕ، تیٚلہِ چھُنہٕ میٚہ جیلس تہٕ گرٕس درمیان کانہہ خاص فرق لبنہٕ یوان۔" یہِ بُوزِتھ خبر یم دۄن ترٕوے گیا حائران کِنہٕ پشیمان۔ مگر یہُ آسہِ امی وقتہٕ پہندِ "چیات خانہ" اندرٕ کڈنہٕ تہٕ ترییمہٕ دۄہہ براستہ پولیس لاین جموں سنٹرل جیل واتناونہٕ۔

اوٚت وأتِتھ ژھانجیم کینژہہ معیاری کتابہٕ۔ مگر تمہِ بنے یم نہٕ کینژہہ تہٕ پرہ کیاہ؟ گرہ پیٹھ انہٕ ناوِم ترٕ یہٕ کتابہٕ : پی این کے باموٚزے صاٮ۪بنٕ "تاریخ کشمیرٕ"، خواجہ نذیر احمد صاٮ۪بنٕ "جیزز اِن ہیون آن اُرتھ" تہٕ بیٚیہ سُوزنم اوتارکشن رہبر صاٮ۪بن پنٕنز کتاب "کاشرِ ادبچ تاریخ" اٰخری دۄہن منز ترٚبس۔ یمن کتابن ہندِس واتہٕ نس تام اوس میٚہ اُکھتھ کِنہٕ پھِرِ پھِرِ سۄ لفظ ژیتس پیوان یُس میٚہ سرکاری گاڑین بروٚنہہ کِنہٕ کوٚرمُت اوس زِ یہُ روزہ یہِ ہیٚتھ جایہِ پنٕنہٕ کوم کران! بٮ۪یتھی کِنہٕ اُمہِ کتابہٕ بدل دِل شکستہ رفیقن ہندی چِھرہ تمہِ تمہِ راز باوان' یمن وارِیاہ کتابہٕ بٮ۪رن۔ امہِ دُنہہ یہِ ہیٚتھ دۄہہ وِلوٚر تلِتھ اوٚسُس بہٕ کُنہٕ کُنہٕ وِزِ (عادتہٕ موجب) دوٚر بہیتھ صرف یاد وُتہٕرس تھِیان تہٕ کینژہہ سطرہ لیکھان۔ یمہٕ منز کینژن تاریخی سطرن تہی ترتیب دِنہٕ پتہٕ بنیہٕ کتابہٕ ہندی پانژھ مقالہٕ (نمبر۱-۲-۳-۴-۶) بنیہٕ یہٕ۔ باقی زہٕ مقالہٕ (نمبر۵-۷) اُسی میٚہ جیل یِنہٕ بروٚنہہ لیکھی مٕتۍ۔ رہا گژھنہٕ پتہٕ لوگُس بہٕ گرہ جیلس بیٚیتہٕ یمن مقالن کُنہٕ کُنہٕ جایہِ ہیر پھیر کرنہٕ وِرأیی کانہہ خاص اضافہ کرنٕچ فرصتھی آیہِ نہٕ ... ...

لہٰذا چھُنہٕ یہِ غیر متوقع زِ یم مقالہٕ پٔرِتھ پیٚن نقادن تہٕ مورخن وارِیاہ تم کتھہ یاد، یم میٚہ مُشتھ آسن گامژہ یا تمہٕ لبن تژھ کینژہہ کتھہ تہٕ یم دۄفہٕ پرانے مژہ آسن۔ میٚہ چھُنہٕ امہِ نکتہ چینی ہنز کانہہ پریشانی۔ تہٕ کیازِ بندہ چھُ بشر (تہٕ جیلس اندر تَس کھوتہٕ تہٕ یتھی رژھ کھنڈ!) میٚہ چھُ پانس مُتّے یوت اطمینان کأنی زِ سرکاری گاڑین ہندِس قاید خانس اندر گوو نہٕ میٚہ تیوٚت وقت ضلیع یوٚت میٚہ پرانہٕ عہدہ کین گاڑین ہندِس قاید خانس (یعنی جیلہ نیٚبرٕمِس دُنیہس) اندر یہِ ہیٚتھ دۄہہ گژھان چھُ۔ پنٕنہٕ اطمینانہ

علاوہ اگر سیتی یِم مقالہٕ پرٕتھ کأنٕسہ کأشرِس پننِہ "کشمیریت" ژھٕنٛڈنس ہِش پیٚیہِ بٕرٕ زانہٕ زِہ زنترٕ پروفیسر راہین تس کُن ترٕ یہِ بأتھ وٚونمُت اوس سے

ژٕہ اُتھو گلگوشبس اندر قاد ترٕ قأدٕ کو سِتم مُشرکھ
ژھینو اَدہ دٕئ کڑان کینہہ کرٕ نُوپٹھ قادان کالہ کوکھٹن منز

حاجن۔ ۲۳ مارچ ۱۹۶۷ء

محی الدّین حاجنی

# کاشرِ زبانۍ ہُند اَکھ اِرتقاینی خاکہٕ

[زبانن ہندِس ووتلنس تہٕ پھٲلنس متعلق اگرچہ یہِ ونُن چھُ وارِہس حدس تام پوٚز تہٕ لِسانی تنقیدہ موجب جادہ وزن دار ز ِہ " اَکِس زبانۍ پیٹھ دوٚیمہِ زبانۍ ہُند اثر دریافت کرنہٕ خاطرہ چھُ تِمن زبانن ہندین فعلن، مصدرن، آوازن، صوتی تبدیلین، لفظن ہنزِ تُلہٕ ترٲوِ تہٕ لب و لہجس پیوان سنُن " (اوتار کرشن رہبر "کاشرِ ادبچ تاریخ" صفحہٕ ۶۲)۔ اما پوٚز اَتھی سیٖتی یہِ کُلیہ ووٚدنہٕ کرُن تہٕ چھُ غلط ز ِہ " اکِہِ زبانۍ ہندہ اگر کینہہ لفظ دوٚیمہِ زبانۍ اندر واتن یہِ گوو نہٕ اثر پیوٚن " (رہبر ۶۲) تہٕ کیازِ یہِ مانہٕ یِیہ کانہہ نقاد زِ اثر پیٚنکۍ چھِ وارِہا قسم، یِمن منز اَکھ اَکِس زبانِہ لفظ دوٚزِم تلُن تہٕ چھُ اَکھ اثراہ۔ یتھہ اثرس واکش کرُن یِمہِ مقالُک مقصد چھُ۔ رہبر صابنہٕ ونُنہٕ مطابق چھِ ساڑٕ زبانۍ تہٕندِ مینن گژہ سنسکرت تہٕ فارسی زبانن ہُندسے اثر قبول کوٚرمُت (کاشرِ ادبچ تاریخ صفحہٕ ۶۴) اما پوٚز تہٕندسے اصولہٕ موجب چھِ ساڑٕ زبانۍ ترٛیمہٕ زبانۍ (دردی) ہُند تہٕ تیتھے اثر قبول کوٚرمُت۔ یِمن ترٛین زبانن علاوہ' یوٚتام لفظ ووٚزِمتلنچ زبانۍ اونگُک تعلق چھُ' کاشرِ زبانۍ چھِ ناگاعہدہ پیٹھہ وینوکتام کم از کم نوو زبانو اثر تہٕ ووٚتمُت۔

⁂

# آمدم برسرِ مطلب!

یہِ کتھ چھےَ وونۍ مانیہٕ آمژ زِ ستی سر ہوٚکھ گژھنہٕ پتہٕ لگی کشیرِ اندر ناگ قومکۍ لوٗک بسنہِ۔ یم کتہٕ آیئے؟ اَتھ سوالس چھےَ وادیاہ اڑہ لیکۍ جواب دِنہٕ آمتۍ۔ یمن ہنز کیاہ زبان اُس؟ اَتھ سوالس چھنہٕ اکھ اڑہ لیوٗک جواب تہٕ دِنہٕ آمت۔ اما پوٚز یہِ قیاس چھُ یقیناً دوٗر زِ ناگن ہُنزِ زبانۍ پیٹھ آیہِ ساسہِ واد وُرہیَن پیوندس پیٹھ پیوندہ کھالنہٕ ییمِک یُتھ میوہ سانۍ اَزِچ زبان چھےَ۔ ممکن چھُ زِ یتھ مُلکس اُسہ از "ناگالینڈ" وَنان چھِہ، اَتکۍ لوٗک ما آسن تمی توٗرِ اکھ ژھکرنہٕ آمژ قبیلہٕ ٹُل۔ تہٕ اَتھ کانہہ ریسرچ کارن محقِقس موجوٗدہ ناگالینڈچہِ زبانۍ تہٕ شدھ کاشرِس پانہٕ وانۍ مقابلہ کرنچ فرصت ییہِ، سُہ ما ہاوِ ساننہِ زبانۍ منز وُنہٕ تہٕ گوڈہ بسن والین ناگن ہنزِ زبانۍ ہند کانہہ کانہہ لفظ یا لہجہٕ یُس ساسہِ واد وُرِیَن ہنزہ گژھنہِ پتہٕ تہٕ چلہٕ وُن رُودمُت چھُ۔

ناگ لفظ اوس سنسکرت زبانۍ منز گوڈہ گوڈہ عام پأٹھی ترین چیزن وَنہٕ یوان۔ (۱) سرف (۲) ہوٗس تہٕ (۳) ناگ (دھات) تہٕ پرٛاکرتی تہٕ اپبھرنشی عہدہ زیٹھیاو یہِ لفظ قریباً بٲہن چیزن تام تہٕ اَزِ کس کاشرِس اندر چھےَ "ناگ" لفظ صرف ترین چیزن ہندِ خاطرہ ژُمیامُت۔ (۱) آبہٕ چشمہٕ خاطرہ (۲) ناگ ناوۍ دھاتہٕ (دھمٕژ) خاطرہ تہٕ (۳) اکہِ طائفہٕ چھ کرامہٕ خاطرہ۔ شری اقبال ناتھ وَنوہ کُنہٕ ذٲتن چھُ زِ "گوڈہ گوڈہ اوس سنسکرت زبانۍ منز "ناگ" لفظ آبہٕ پیکرہ وَننہٕ یوان۔" تہٕ تتھ تمیوٚ پتہٕ ہیوت سانیو جیٚو تشہٕ ناگس (نٲوس) چشمہٕ وَنُن۔ (وُچھیو ماہنامہ شیرازہ "سرینگر باپت اَگست ۱۹۶۹ء مضمون" ناگوٚک ہٕٹر)

ژھاٹر- بٹرِشاہستر منزہ۔ (قیاس ناقہ ونیوہ)۔ ممکن چھُ زہ کشیرِ ہنزِ ناگہٕ پوکھرٕ منزہ ما آسہٕ ہن وارِہین پوکھرن ناگن ہندِ ناو۔ ناگ ذاتن پیٹھ چلہٕ وٕنی رُودِمتۍ تہٕ ترتھ دہاتمیو پیٹھ بٹِشادمِن پوکھرن ہند اسم جنس ناگ یُس ازتام چلان چھُ۔

آرین سپتی تہذیبی لین دینہٕ پیٹھ رُوز ناگن ہنز سرفہ پوزا تیتھے کنۍ چلہٕ وٕنی۔ پیٹھ کنۍ بروہہ اُس۔ بلکہ آرین ہندہٕ اثرہ آو پرپیٹھ کانہہ بوڈ ناگا کانسہ ننہ کانسہ دیوی یا دیوتاہس کُن منسوب کرنہ۔ تہٕ جانے عبادت مانہٕ۔ ناگن (آبہٕ پوکھرن) ہندہٕ اَمی تقدسہ موجب کرہٕ کاشرِ مسلمان سپدنہٕ پیٹھ تہٕ یانس پیٹھ ناگہٕ گاڈہٕ حرام!

پیٹھ چھُ ممکن زہ ساننہ زبانی ہند اکھ لفظ "آیستان" ماآسہ تمی ناگ آریائی ملہ ژارہ وقتہ بارسس آمت۔ آیستانُک معنی چھُ "سرفہ ہنز پاک جاے"۔ (آہہ سنسکرت بمعنی سرف۔ ستان سنسکرت استھانُک ژھوٹ تلفظ) پیٹھ جایہٕ آریو سرفہ آرچ کرتھ ژھوگ تھووتہٕ یُس خاص کر برہمن ہنز مذہبی علامت چھُ رُودمت۔

قیاس چھُ یی زہ تہذیبی ملہ ژارہ پیٹھ تہٕ گوو نہٕ آرین تہٕ ناگن پورہ پائٹھ سیاسی ملہ ژار۔ یمیُک بوڈ ہیوٗ تاریخی وجہ آسہ آرین ہند نسلی خبط۔ امہٕ نسلی جُداگانہ ذہنیتُک اکھ تمثیل چھُ سائنس لوک ادبس اندر ہیمال ناگرایہ ہند المیہ رومان یُس پیٹھ چلہٕ وٕنی رُوزمت۔ اگر یہ پوز مانو (یہٕ زن کینہہ مورخ تہٕ چھ لیکھان) زہ ہیمال اُس راجہ بلدیو سنز کوُر، تیلہ چھُ یمن دون قومن ہنزہ اکھ علامتی جُدائی قریباً ساڈھ ترینہ ہاس وری گژھان۔ ناگرایہ سند تیتال گژھن گوو کشیرِ منزہ ناگ توُمک یا ژُن یا گلن یا آرین سپتی سراسر رلن۔ تیلہ تالہ بدلہ اگر آرین نِشہ کُس کھیتھ پیند حکمران طبقہ "نگر" علاقس منز تہٕ آسہ گومت۔ اما پوز امہٕ واقعہ برونہہ ساسہ واد ورہین یوسہ زبان تہنزہ پرنہ پیٹھ کھژہ ژاُس، سوہ اُس سُنز مول دِتھ گمژ۔ تہٕ یہندہ تہذیبکی یم وچھن لایق بنیہ تہٕ وارِیاہ چیز اُسی، تم گیہ نہٕ ناگن ہند سیاسی اقتدار ختم سپدنس سپتی ختم۔

امہِ شہرچہِ پٲنچھ کینہہ نشانہ چھُ ووٚدہ کٲشرِ زبٲنۍ منز ساسہ واد وٕری یِنہِ چلان۔ یتھ لِیے
نموٗ اُسی "کلہ ناگ" لفظ۔ یُس حال حال تام پرانین بٹہ گرن منز گرِہ موکل ہیوٗ مانہ
اوس یوان۔ تریُسن "پرِیتھ پرٛزہ وِزہ بھوگ اوس تھوونہ یوان۔" یِم کولہ ناگ چھِہ دراصل
اَکھ مشہور ناگ قبیلن ہندی آبٲیی زٕنٛھ اُسی میترہ۔ یِم جیوتش شاسترن منز پرٛیتھ وُریہ
کِس موکلس (ورش پیترُیس) سیتۍ بطورِ وزیر اُسی آسان۔ یِموٚ منزہ ساروِی کھوتہ تھوٚد
"اننت" اوس۔ اننت ناگ (اسلام آباد) چھُ اننت کولہ ناگہ سنٛز جاے اُسہٕ ریُس ناو
وُنہِ تہ چلانی چھُ۔ یتھے کٕنۍ اوس ناگن ہُند بیاکھ قبیلہ شہر ٹیکسلا پیٹھہ یور آمُت۔
امہِ کِس کولہ ناگس اوس "تکھشک" ناو۔ ممکن چھُ زِ سون "تکھیک" لفظ چھُ امی
قبیلُک یادگار۔ تکھیُک گوو عالِم تہِ تہ جابِر تہِ۔ شری اقبال ناتھ وُنیوہ سُند ونُن
چھُ زِ کشیرِ اندر پیٚتھ پیٚتھ گامس "تاچھل" پیترِ یوان چھُ، تِتہِ تِتہِ چھُ تکھشک کولہ
ناگہ سُند قبیلہ کرٛون لیسان اوسمُت۔ مثلاً تورکہ تاچھل، بوہر تاچھل، شوپیان تاچھل
بیترِہ۔ شاسترو موجب چھُ امہِ قومُک ناگ (چشمہ) زیونہِ اوسمُت۔ تہ شاسترن ستان
ستان چھُ ازیہ کتھ وارِہ پیس حدس تام کھرہ گٲمژ زِ ناگن ہنزہ ابتدٲیی بستیہ چھِہ
آسہ مژہ اننت ناگ۔ زیوٚن، کوٚنڈ، وُنیوہ، پانپر، پالہ پورہ تہ بڈر حیات پورہ۔
یِم ساریے جایہ چھِہ مرازس اندر مجرا یوان۔ تہ یِمن بستین ہندی سرحدی محافظ (دِکھپال)
چھِہ اُسی میترِ کشیرِ ہندِہ ترینہِ اندہ ترینہِ ناگ (۱) آلہ پترہ (۲) شیشہ ناگہ (۳) مہاپدمہ
سرن نِشہِ شوپیانہ یورکُن، ہیٛ مالہِ تہ ناگہ رایہ ہندی زِ ناگ چھِہ ناگن ہنزہ رازدانہِ
ہنزہ جایہ ہنز ژینہِ وُنۍ دِوان۔ ناگن ہندیو اَٹھو قبیلو پیٚتہ پھٹہ پھراٹ ناگو منزہ چھُ "نیل
ناگ" سیٹھاہ بوٚڈ تہ تھدِ درجہ ووٚل۔ یِمہٕ سندِس ناوس پیٹھ "نیل مت" پران (شاید ستمہ
صدی عیسوی منز) لیکھنہ آو۔ اگرچہ اَتھ پرانس چھِنہ کلاسیکی اردہن پرانن ہند تیکنیک، اما
پوٚزِ یہ چھِہ پننے آیہِ ژینہِ وُنۍ دِوان زِ کشیرِ ہندِس نیلہ مت مذہبس اندر چھُ تِمن ناگن ہُند

تہٕ حصہٕ ہِندِس ناوس پیٹھ بلکہ مت پُراٹہ چھِ ناگہ پوکھرہ روزمرہ آسہِ۔

ناگہ بُستین ہنزہ زبانی پیٹھی لُجُرسانہِ زبانہِ ہنز پرٚن کھسنہِ تہٕ زمانہ پتھ زمانہٕ پوٚ چھر لبنہِ۔ از اگرچہ ابتدائی لِسانی دورن ہنز صحیح نشان دِہی کرنی قریب قریب ناممکن چھےٚ، اما پوٚز پیٹھ ہِن قیاس چھُ صحیح زِ اسلام پیٹھ برونٹھ چھُ تریُو قومو سائِنس تہذیبس خاص کر زبانی پیٹھ بڈٕ سٔون اثر ترٛاوُمت۔ یِم چھِ (۱) پشاچ (۲) یہودی تہٕ (۳) آریہ۔ یِمن ترٛینٕوٕ قسمہٕ زبانی آسہٕ تہٕ یِم ترٛین الگ الگ نسلن سیٚتی تعلق اُسی تھاوان تہٕ یِہنزو زبانو سیٚتی ناگن ہندِ عہدٕچ بولی وارہ وارہ تِتھہٕ کنہٕ نابود گیہٕ تہٕ زن تہٕ یہِ اُس نہٕ یٚتھی ابتدائی زبانی۔

## پشاچی (دردی) اثر

ناگو پتہٕ ہتہٕ واد وریہ ین ہِندتاریخ چھےٚ یاتہٕ کُہ پیٹھے نابود۔ نتہٕ دیو مالائی قصن اندر تیوٚت ولنہِ آمت زِ زبانی ہندِ ارتقائی دورن متعلق ہیٚکہ نہٕ اَکھ عہدس کانہہ تِھ داے قائم کٔرتھ۔ صرف چھُ یوٗت ہن قیاس ذرا دوٗر پہن زِ یتھے وادی لُجرآباد سیدہٕ دردستانہٕ پیٹھ تہٕ لگ لوک یتہِ بسنہِ۔ یِمن منز پشاچ تہٕ یکشا جادہ تعدادس منز اُسی۔ اگرچہ سر جارج گریرسنس علاوہ بیٚیہٕ تہٕ کینہہ محقّق یہِ ونان چھِ زِ پشاچ تہٕ اُسی گوڈٕ گوڈٕ ایرانہٕ (یا وسطِ ایشیا) پیٹھے دراہتو۔ اما پوٚز یہِ کتھ چھنہٕ وٚنپنز لایق زِ یِم دوشوے کیاہ اُسی اکی آریائی نسلکی زہ شاخ۔ یہندی وکھرہ وکھرہ تہذیب، لسُن بسُن، زبان تہٕ خاص کر بیٚین بیٚین ذاژ چھےٚ ہاوان زِ یُدوے یِم دوشوے قوم اکی وطنکی تہٕ آسن اُسی متی، یِم آسہٕ ہن تتہٕ تہٕ اکہ اکس نِش الگ تہٕ توے لگہ یِم پننہٕ آبائی جایہِ نِشہ مختلف عہدن اندر۔ مختلف وتو، مختلف ملکن کن ژلنہِ تہٕ ہتہٕ واد وری یو پتہٕ کشیرہ سمکھنہٕ وِزہِ زٕلے یہِ نہٕ یِمن ذاتھی۔ لہٰذا پشاچ عہدس متعلق یوسہٕ کانہہ شیچھاہ اسہِ نشہٕ بھارتی آرین ہندِ دستہٕ واتٔژ، تتھ اندر آیہٕ پشاچ یچھ، مکری کھاو تہٕ جارٕو ترٛوٗوتالہِ گنزراونہٕ۔ مگر یوتام کاشرِ زبانی پیٹھ اثر ترٛاونک تعلق چھُ، یتھ کتھہِ ہیٚکہ نہٕ دوشوٕنی

کانٛہہ نکار کرِتھ تِہ ییٚتہِ کِنہِ ابتدأیی لسن والین (ناگن) سٕتی رٕلِتھ رٕود یہُند لِسانیاتی اثر کأشِرِ زبأنی پیٹھ سیٚٹھاہ سوٚن تہٕ پایے دار۔ یُس پروفیسر اِرنسٹ کوہنن ۱۸۸۷ ہس اندر نوٚن کوٚڈ۔ یِہِی تموٚ یہِ نظریہ پیش کوٚر زِ کأشُر زبان چھےٚ مُلہ تلہٕ پِشاچ یا دردی زبأنی ہُنز اکھ شاخ اُسمٕژ۔ اسہِ اُس اوٚت تامت کینٛژن عالِمن ہندِ دٔستہِ یہِ غلط فہمی دِنہٕ آمٕژ زِ کأشُر زبان چھےٚ بھارتی آرین ہِنزِ زبأنی ہِنزی اکھ شاخا۔

ازٕ چھےٚ یہِ کتھ تہِ وُژھنہٕ مژ زِ دردستانہ سفر کران کران یِہِی پشاچ یور وأتی۔ یِم لگہِ کشیرِ اُندی اُندی کوہ ہمہ کرٕیوٚن نزدیک بسنہِ۔ یِم آسہِ ہِن گوڈٕ کھوٚیہِ ہوم وأتی متہِ (ہوم "لفظس متعلق چھےٚ دُنیوستام اکھ یہِ راے زِ دردی زبأنی منز چھہٕ "ہوم" بستیہِ ونان۔ بیا کھ راے چھےٚ زِ ہوم اوس پِشاچن ہُند اکھ شراب، یتھ مقابلہ آرین ہُند "سوم رس" اوس) گوڈٕ یِمحِ روایت چھےٚ زیادہ ویٚہِ دِنی۔ یِنال ہیہ قیاس چھہٕ یی زِ کھوٚیہِ ہامس تہٕ تمہِ وقتہٕ کِس دردستانس درمیان (سرحدی) گام دژمہ ہوم چھہٕ وُنہِ تہِ موجود۔ اتہِ برونہہ کھوٚیہِ ہامس بسأوِتھ لگہِ پشاچ وادی ہندِس مشرقی کرٕیوس بساوان۔ ییٚتہِ گوٚ زِہ ہوم، کرہ ہوم، وقہ ہوم، کھراتہِ ہوم، بتسہ ہوم، اَرہ ہوم، دہ دَر ہوم، بیٚنیہ ہوم، گنگر ہوم، لار علاقہ برونہہ نیرِتھ برُزہ ہوم، دراب ہوم تہٕ وقتل ہوم چھےٚ یِوان۔ یِم پِشاچ دردستانہٕ پیٹھہٕ یِوان لوٚناٴبی طرفہ وادی کُن دژاے، تموٚ بسوٚو نہوم، وَجہ ہوم، ہایِہ ہوم، چھچہِ ہوم، رُہوم، بجہ ہوم، وِزہ ہوم، کِژہ ہوم، یہ ہوم تہٕ ہمہ ہوم۔ جنوبس کُن تھدان ترٛندرہوم، دَرہ ہوم، کلہ ہوم، کارہ ہوم، تارہ ہوم، مازہ ہوم، کانہِ ہوم، ورزہ ہوم تہٕ اُخرس پیٹھ شوپیانک آرہ ہوم۔ پِشاچن ہُند یہِ عوأمی داخلہ رُود کھمار راجن ہندِس وقتس تام چلہ وُن۔ تہٕ یِہنزِ زبأنی ہند اثر گوو وادی منزِ مُستقل پاٴٹھی موٚل دِتھ۔ اگرچہ ہِتہ واد وُریَن ہِندو پیوندو مُنزی نیران نیران از امِہ اَثرک نشانہٕ سیٚٹھاہ گہہ چھہِ آہتی۔ اما پوٚز تو تہِ چھہ وُنہِ واریاہ سأنی لفظ، یِم محض دردی چھہ اُسی ہتی۔ مثلاً کوشُر "موج" دردی "آجہ" ییتھے کُنہٕ رسیوٚن (لشا) وہ فی (وُسے) سوٚت

پتہٕ ہتہ داد وُریِن ہنزِہ ہندو حکمرانی منز آسن دردی لفظن بدلٕ سنسکرت لفظ کاشُرس اندر جاے رٹِتھ بیٹھمِتۍ۔ عوامی زبانی ہُند لب ولہجہ اگرچہ دردی رُود، امابوز دردن ہُند تاریخ تام آو نابود کرنہٕ۔ ممکن چھُ زِ ساینس لگہ ادبس منز بیرن یہندِ تاریخُکی کینہہ نشانہٕ۔ فی الحال چھِنہ دُرزِ پاتھرہ علاوہ بیٚیہ کانہہ یہند تاریخی نِشاناہ نوٚن۔ دُرزہ پاتھر چھُ موضوع لحاظہٕ کمہٕ تام بُردہ بلغارُک یادگار۔ یَتھ سانہِو اَن پرہ بھانڈو زبانی زبانی پلنا وان پیٚٹھ وِنی ناو کرُ۔ دُردہ اثر چھِ ہیتم یادگار چھُ پانہٕ حبہ خاتون، یوس لکہ ادبچہ روایژ موجب دُردہ علاقس اکس کٹہ راجہ سنز ( نہ زِہ عیبلیٚ راٹھرنی ) کوُر چھَ اُسمژ... ... ( گورِیس علاقس اندر چھُ اَز تہِ زُرون تہٕ اچھر گامس درمیان حبہ خوتونہٕ ہُند بال تہٕ ناگ موجوُد )

پروفیسر ارنسٹ کوہنہٕ تحقیقاتہ پتہٕ پیٚیلہِ یہِ کتھ کھرہ گیہ زِ کاشُر زبان چھ دردی زبانی ہنزِ اکھ شاخ تہٕ اُتھ پیٹھ بنیاد سانہٕ زبانی ہُند بوٚنیم پیرہ وُترُ۔




کافر زبان چھِ پامیرِ جنوبہ طرفہ ہندوکش کوہستانن اندر چلہٕ وِنی رُوزمژ ( سرجارج رابرٹسن )۔ چترالی زبانہٕ چھِ اَز "کرینا" تہٕ وَنان۔ یتہٕ چھَ بالکل الگ روزنہٕ سببہ پننے آیہٕ بڑے ہمژ۔ شینا چھِ دُنہٕ تہٕ گلگتس اندر بولنہٕ یِوان۔ کشیرہ تہٕ گلگتس درمیان یُس علاقہ تراگر بلہ پیٹھ شروع چھُ گژھان، ممکن چھُ زِ اتھ علاقس منز ما آسہِ ہن کوہستانی زبانی بیٚیہ کینہہ بولن والی تہٕ، اما پوٚز اَز چھ اَمہِ علاقہ چہ زبانی عام پاٹھی " دردی " وَنان۔ حالانکہ پیٹھو مہٕ نسب نامہ موجب، چھَ دردی زبانی آگرُ چھِ کوم دِژمژ۔ وار یاہ دُور برہ اُستھ تہٕ چھَ گورِیسچ دردی تہٕ گلگتچ شینا بولِ باشہِ دُنہِ تہِ وار یاہ رلان ( مثلاً دہ نہٕ وِنی علاقن

اندر چھہٕ "یوروولر" تہٕ "ہورگڑھ" "بدلہ" "پنہٕ ولا" تہٕ "آنہ لو" "ونان) مگر گلگتہٕ مشرقہٕ طرفہٕ چھہٕ ہونزا علاقس اندر از "کھجنا" تہٕ اسکردو علاقس اندر "بلتی" تتھے کنیٚ علاحدہ زبانٕہ لبنہٕ یوان، یتھہٕ کنیٚ شینا نِشہٕ چتراُلچ کھوار زبان چھہٕ۔ یِمہٕ ساریے زبانٕہ روزِہ یکنگ تہٕ باقی بجن علی زبانن ہندِہ اثرہ نِشہٕ دور۔ توے ہیچہٕ نہٕ یِم کانٛہہ گُرٕ تھہ۔ یِمن مقابلہ اُس کاشُر زبان یِمہٕ لحاظہٕ خوش نصیب زِہ اتھ رُود مختلف عہدن اندر مختلف اثر پیتھ پوچھر، بجر تہٕ سنبر یوان۔ تہٕ پشاچ زبانن ہنزٕ پہے شاخ چھہٕ سو زبان، یوس یتہٕ سنسکرتک اثر پیٚنہٕ یِرو نہٕ پیٚنٕہ" زمانکیو حالاتو بدلان بدلان اَزٕ چہ شکلہٕ واتٕز۔"

## عبرانی اثر

درٛوی بُنیادٕ پیٹھہٕ سنسکرتی اثرک ابتدائی تاریخ (یا عہد) چھہٕ دٕنہٕ زاوٕہن تل۔ یِمہٕ موجب اُسی تھاوڈون اثر انداز اندر عبرانی زبانی برونہہ۔ اُتھ برونہہ تھاونک، چھہٕ بیاکھ سبب تہٕ سہ گوو یِی زِہ عبرانی اثر سپُد از برونہہ ۳۱ شتھ ؤری شروع تہٕ یِہ رُود گوڈنچہٕ صدی عیسوی تام چلان۔ اما پوز سنسکرتک اثر رُود پنداہمہٕ صدی یعنے اسلام پیٚنس تام اکہٕ نتہٕ بیٚیکہٕ تراہِ چلان۔۔۔۔۔۔

یِمہٕ وارہین ملکن ہندین پرٛانین تاریخن اندر چھہٕ یِمہٕ واقعک سرسری تذکرہ آمت زِہ مصرہٕ نیرتھ کوٚسہ چھلہٕ چانگر گیہٕ یہودین۔ اما پوز سنہ ۱۹۵۲ہس تام اُسی یِم تاریخی حوالہٕ تتھہٕ پاٹھو چھکریتھ زنتہٕ یہودین ہند یِہ اخراج کانٛہہ بوٚڈ واقعہ اوسُے۔ امہٕ ؤری یِہ پیٚلہٕ خواجہ نذیر احمد صابن لاہورہ "یسوع ارضی جنتس منز" کتاب لیچھ۔ یِہ موضوع آو پیٚتھ انزہ وِزہ ناوتھ۔ JESUS IN HEAVEN ON EARTH تہٕ امہٕ کتابہٕ کرٕی تمہٕ تحقیدہ پاٹھو انکشاف، یِمن سیٚٹھاہ اتفاق کرنس وارہین جاین چھُنہٕ چلان۔ امہٕ کتابہٕ برونہہ کنہٕ ژٹھ چھہٕ مانُن پیوان زِہ از برونہہ دوہہ ترٛہہ ہتھ ؤری آیہ حضرت موسیٰ یہودین ہنز آخری جماعت مصرہٕ پیٹھہٕ کشیرہ تہٕ تمہٕ پتہٕ رود البرونی

سۭندِس وقتس تام کشیرِ پیٹھ یہوٗدین ہُند آو جاو جٲری۔ امہِ کتابہِ ہُند مذہبی حصہ الگ ترٲوِتھ تہٕ چھےٚ پیشہِ من ضرور ثابت گژھان زِ حضرتِ عیسیٰ سۭندِس وقتس تام اوس (ترٛوہن ہتھن ؤرِہن) کٲشرِ زبٲنۍ عبرانی زبٲنۍ منٛزہ اکھ جان ذخیرٕ وو زم تلمت۔ ممکن چھُ زِ اَتھ زیٚٹھس مُدتس منٛز ماآسہِ ہے عبرانی زبٲنۍ ہُند اثر جادہ سوٚن۔ مگر کوشان عہدہ پتہٕ یوسہٕ سرکٲری سرپرستی سنسکرتس باگہِ آیہٕ، تمہِ نٕہہ ناوۍ عبرانی زبٲنۍ ہِندۍ وارِیاہ نشانہٕ۔ یوٚتام حال حالی تام یہِ ظٕلونۍ اوس نہٕ زِ کٲشرِس پیٹھ چھےٚ عبرانی زبٲنۍ ہُند تہٕ وُنہٕ اثر موجود۔ اگرچہ اَتھ کتابہِ اندر چھُ زبٲنۍ متعلق مقابلتاً کمی بحث کرنہٕ آمت، اما یوٗنہٕ یوٚت ہن چھُ وضاحتہ سان ثابت کرنہٕ آمت زِ کشیرِ ہِنزِ وارِیہا گرٛامہ تہٕ قبیلین تہٕ ذاژن ہِندۍ وارِیاہ ناو چھِ دراصل یہوٗدۍ گروپ لیڈرن ہِندۍ ناو آسہٕ متۍ۔ مثلاً گدٕہ، کرہ، کار، لاوے، ماگرے، منٹو، نایک، پرے، ڈار، ڈانگر، ٹکو، وٲنی، بیٚتھے بٲٹھۍ یمہٕ گرٛامہ اسہِ کٲشرۍ بٲٹھۍ بچھ چھےٚ لبنہٕ یِوان، مثلاً دانٛد، شال، ہایت، زرۍ، بیٲرۍ ـــــ یِم سارےٚ گرٛامہ چھےٚ عبرانی زبٲنۍ منٛز خاص خاص اِنسانن ہِندۍ ناو آسہٕ متۍ۔ یِہنزٕ کُھل ٹمہِ یہِ ناو گرٛام بناوِتھ چلہ وُن تھوٚو۔ یمن علاوہ چھےٚ وارِیاہ گرٛامہ تژھہ تہٕ یِہُند آگُر چھُ عبرانی۔ مگر عبرانی زبٲنۍ سیٚتۍ واقفیت نہٕ روزنہٕ سببہ چھُ یوٚت وانٕہو یِہُند لِسٲنی نسب نامہٕ بیٚین زبانن نِشہٕ ژھونڈمُت۔ یمن منٛز چھِ رینا، کوترُو، نہرو، سپرو بلکہ رٛیشی تہٕ شہمیری تام یِوان۔ یِتیُ یوٚت نہٕ بلکہ چھِ کشیرِ اندر درجنہٕ واد گام انہٕ تہٕ یہوٗدی آباد کارو فلسطین، مصر یا مُلکِ شامہٕ چِن یٛانین بستین ہِندِ ناوِ تھٲوۍ متۍ یا کٲنسِہ (شاید بے اولاد) گروپ لیڈرہ سۭندِ ناوِ۔ گامن ہِندۍ یِم وارِیاہ ناو چھِ پننے آیہٕ رُودۍ متۍ۔ مثلاً اَجْوَن، اَگْوَن، ڈُورُو، برسُو، مٹن، گوزن تہٕ کہن۔ تہٕ کینژن چھُ زمانہٕ برو نٕہہ یکھ تلفظ بگڑیامُت۔ مثلاً اَجس (عبرانی اجاہ) اشم (اشوماہ) برزلہ (برزلو) ہارُن (ہارَن) پٹن (پدٕن) تہٕ وارِہن ابتدٲیی عبرانی گامہٕ ناوَن

چھہٕ اِسہٕ مقامی رنگت دِژمژ۔ مثلاً "تمن "جایہٕ "کوٗٹ" (قلعہ) بڑٲوِتھ "تمن کوٹ" بنووٕمُت۔ یِتھے پٲٹھۍ نگٕنر نِشہٕ نگٕنر پور۔ مٕدیَن نِشہٕ مدیَن پور۔ "تما" نِشہٕ تمہٕ پور بنووٕمُت یِتھے پٲٹھۍ چھہٕ سانیو پرانیو عبرانی "کرا" نِشہٕ کرِگام۔ اَنٛز "نِشہٕ" اَنٛزوَن"۔ "آرہ" نِشہٕ آرہٕ گام، آرہ گترو، آرہ ملا، کاشرِ ناو بنیاٗدی متیٚ۔ کشیرِ اندر چھہٕ از تہٕ کینہہ جایہٕ یِمن ہِند لسٲنی پیرہ وتہٕ چھہٕ بیک وقت عبرانی تہٕ سنسکرت زبانۍ سیتۍ رلان۔ مثلاً شوپیان (سنسکرت شیو + پیٚن۔ عبرانی (شوپیم) سوپور (سنسکرت سویا + پُر — عبرانی (ساپُر) تہٕ سانین اکثر سرحدن ہِندۍ ناو چھہٕ سراسر عبرٲنی۔ مثلاً لیہہ (عبرانی لہُ) کیرن (کیرن)، استور (استورح) چلاس (شلاس)

خواجہ نذیر احمد چھہٕ یتہٕ ہاوان زہٕ "باگٕل (بابُل)" چھہٕ عبرانی لفظ، یمیُک معنی آبہٕ چشمہٕ یا کول چھہٕ۔ تہٕ یُس یُس یہوٗدی گروپ لیڈر راہ یتھ ناگس نِشہٕ بسنہٕ لوٚگ تمۍ تھوو یمنِس ناوس سیتۍ "بل" بلہٕ ناوِتھ اَتھ اِشہٕ بل، گاندور بل، مانوس بل، چتابل بیترِ ناو، یِمن آسہ اچھہٕ بل، گاندربل، مانسبل، چھتہٕ بل تہٕ (یمبل) وَنان چھہٕ۔ زمانہٕ گزران گزران بنیاد کاشرِ زبانۍ اندر "بل" "لفظ عبرانی ناگہ بدلہٕ جایہٕ ہُند ہم معنی۔ تہٕ اَتھۍ معنیس پیٚٹھ نیٚنہٕ یہٕ سارے کشیرِ ہِندۍ گھاٹ یارہ بل (یارن سمکھنہٕ جایہ) پانٛدرہ کدلہٕ نزدیک "کدلہٕ بل" تہٕ عاجزہٕ جھیلِ وولر گنڈنہٕ جاے "گنڈہ بل۔"

اِمہٕ کتابہٕ ہِندِ مطالعہ سیتۍ چھہٕ کم ازکم یہٕ واقعہ ضرور ثابت گژھان زِ کشیرِ چھہٕ درجنہٕ واد یہوٗدی بستیہٕ آمژہٕ۔ یِمن ہِندہٕ تہذیبُک نِشانہٕ وُنہٕ تہٕ چھہٕ موجود۔ (وُچھو مقالہ کاشرِ تہذیبکۍ کینہہ تاریخی نِشانہٕ) تہٕ یمہٕ نِشانو منزہٕ چھہٕ کاشرِ زبانۍ ہِندۍ تِم لفظ تہٕ، یِم وُنیو کتام زِندہ رُودۍ۔ مثلاً کوشُر اوٗن عبرانی ادن۔ یِتھے کُنٛز، رِچھ، تلقہٕ، اطور، لول، سب بیترِ وُنہٕ پرانے عبرانی آیہٕ چلہٕ وٕنۍ رُودۍ متیٚ۔ وارِہن لفظن چھہٕ تلفظس بیرہ پھیر گومُت۔ مثلاً کوشُر آشِنٛز، عبرانی (آشاہ) اوٗش

(اوشد) باک ( بکا) نیور (زٕنیر) رٕوف (رفا) مالیوٗن (مالونا) موہ نٕی (مین) اَنقھِتھ (نقطہ) کریُوبد ( تورم) وفنُ (فن) گبرُ (گھبر) وغیرہ۔ ہتہ واد وُرِہ یَن سنسکرتس مُتوازی چلنٕہ مُوجِب چھہٕ وارِہِن کأشرِ ین لفظن بیک وقت دوٕنہٕ ونی زبانن اندر پیرِہ وُتر رلان۔
مثلاً:۔

| عبرانی | سنسکرت | کوشُر |
| --- | --- | --- |
| آصیل | اُمسی | آکرٛژھ |
| ایم | یم | یم |
| شاس | شواس | شانس |
| یون | یوون | یاوُن |

یمن وُجھت پیٹھِ من تہٕ چھہٕ مُنرورثابت گژھان زِہ ازبرو نہہ قریبًا زٕہ ساس وُری اوس سانہِ زبأنی عبرانی زبأنی ہُندجان اثر قبوٗل کوٗرمُت تہٕ یہٕ اثر گوو زمانہٕ گژ ران گژران تریٖوٕ سببوٕ موُجب ژمان ژمان (۱) یہوُدِین ہنز بزدِلی رُوز کشیرِ منز تہٕ جاآدی یمہٕ موُجب تِم ہیکنہٕ آرین مُقابلہ سیاسی اقتدار لٕبتھ (۲) محکوم بٔنتھ ہیکنہٕ تمو پننہٕ قومی انفرادیت قایم تھأوِتھ۔ (۳) چھیکرس سپدِ تِم حاکمن ہندِس تہذیبس اندر رٕلِہ ملِہ (مدغم) یمہٕ سیتھ زمانہ گژران گژران تہٕنزٕہ زبأنی ہِندی نِشانہٕ برٛہٕ بجایہٕ ژمان رُودی۔ حد دوت تیوٗت زِہ اگر لدأخی زبأنی منز حضرت موٗسہٕ سُن "کاک" اوس ونہٕ یوان۔ یہٕ تھوو اسہٕ زِہنس عزتہٕ خاطرہٕ تہٕ بس۔

عبرانی تہٕ سنسکرت زبانن ہندِ ین ارتقأیی تاریخن اندر چھہٕ یہٕ کتھ یاد تھاونی لایق زِہ یمِن دوٕن زبانن ہنزٕہ شہرہ آفاق ابتدأیی کتابہ چھہٕ توٗرات تہٕ ویدٕ۔ از برونہہ دوٕیہٕ ترٛہٕ شتھ وُری یلہٕ یہوُدی کشیرِ وأتی، تہٕ وقتہٕ اُس توٗرات نازِل سپزٕمژ تہٕ عبرانی زبان وارِہہ کالچ علمی تہٕ ادبی زبان مانہٕ آمٕژ۔ اتھ مُقابلہ یلہٕ اسی پروفیسر میکس ملرہ سٕنٛد تحقیقات یوٗز مانو، تیلہٕ چھہ وید حضرت عیسہٕ سٕنٛد برونہہ اٹھ شتھ وُرِی پیٹھٕ الہ (۳) وُری تام یا بقولِ پروفیسر مونیر ولیم ... اقبلِ مسیح پیٹھہٕ

پنداہ شتھ قبلِ مسیح تام لِکھنہٕ آمژ۔ یمیٚہ عرصس منٛز چھ یِمن نقادن ہُنٛزٕ ییتھ رایہ زِ پانٕے تردید گژھان زِ سنسکرت زبان کیاہ چھےٚ عبرانی کھوتہٕ جادہ پرٲنۍ یا کٲشرِ زبٲنۍ ہِندۍ عبرانی لفظ کیاہ آسہ سنسکرت زبٲنۍ پیٚٹھہٕ عبرانی زبٲنۍ ووٚدٕ زِ تُلمٕتۍ ہیتۍ۔ تاریخ چھےٚ گواہ زِ یُتھ آبادِین اشر تِہنٛدِس اندر آسہ نہٕ یہوٗدی یا تِہنٛز مذہبی زبان (عبرانی) سراسر اکھہِ اچھۍ۔ خواجہ صابنہِ معرکہ آرا کتاب برونہہ کنہِ رٔٹِتھ چھ مانُن پیوان زِ کٔشیرِ ہندۍ رسوم، عادت، لباس بلکہ نسلہِ وغیرہ پیٚٹھہٕ کٲشرِ "تر دماغی" تام تہٕ آثارِ قدیمہ پیٚٹھہٕ اُنٛہی کین اطوارن تام چھہ ہیتہ واد تِم نشانہٕ، یِم پرانین یہوٗدین تہٕ حال حالہٕ کین کٲشرین سراسر مُژٕ چھہ رُودی ہیتۍ۔ یِم نی پرانین نشانن اندر چھ کٲشرِ زبٲنۍ ہِندۍ تِم لفظ تہٕ، یِم وُنیوستام چلہٕ ونٕ رُودی ہیتۍ چھہ۔

## سنسکرت زبٲنۍ ہُند اثر

آریہ لُکھ آسہ تہٕ تِم کر آے کٔشیرِ؟ اتھ سوالس چھےٚ وُنۍ تہٕ کانٛہہ زٔلِتھ جواب دِتھ آمُت۔ یِہنٛز مذہبی زبان سنسکرت کر واتٕ کٔشیرِ؟ اتھ سوالس تہٕ چھےٚ یوہے گول جواب دِنہٕ آمُت زِ ییٚلہِ یور آریہ واتۍ! عام راے چھ زِ آریہ آسہ وسطِ ایشیا یا ایرانہٕ آمتۍ۔ خاص رایہ چھےٚ زِ تِم آسہ قطب شمالی پیٚٹھہٕ (مہاتما تِلک) تبتہٕ پیٚٹھہٕ (دیانند سرسوتی) سندھ، جمنا تہٕ کٔشیرِ درمیان آریہ ورتہٕ پیٚٹھہٕ (عام سناتنی) دراہتۍ تہٕ بہارتس چھکرِتۍ آمتۍ۔ تہٕ یمو اُلٹہِ چھ پروفیسر پرآن ناتھ ونان زِ آریہ چھ گوڈٕ بابل شہرہ اَندۍ نکھہٕ مُلکِ شام تامت لسان آسہ متۍ تہٕ ویدن ہُند کم از کم پانژِم حصہ اتی لِکھت دراے تِم ادٕ یور۔ یِہنٛدِس تاریخس کمہٕ کرِس چھےٚ دُون رایِہ منٛز ساسہ واد وُریہ ہیرِ پیوان۔ عام عقیدت مند وَنن زِ یِتہٕ پیٚٹھہٕ دُنیا بنیاو، تتہٕ پیٚٹھہٕ چھےٚ وید چلہٕ وَنٕ روزہ مژٕ۔ یہ عقیدٕ چھےٚ مذہبی نقطۂ نظرٕ کنۍ ییتھ حدس تام یوٗز زِ حضرتِ آدمہٕ سندِ پیٚٹھہٕ چھےٚ رُودمٕژ الہامِ الٰہی پژ ییتھ عہدٕ مختلف زبانن اندر چلہٕ وَن۔ مگر ییٚلہِ آریہ سماجی عقیدت مند

یہ وَنن زِہ سنسکرت ویدن گیٖ اَکھ اَرب تہٕ ستہٕ نمت کروڑ ؤری نازِل سپدی متس۔ محقٖقن پیٹھہِ لابدی اَتھ خوش فہمی پیٹھہٕ اُسن۔ پروفیسر میکس مُلر چھِنہٕ از برونہہ ترٛیہٕ ساس ؤری جادہ ویدن ہنز زمانہٕ تصنیف مانان تہٕ ڈاکٹر ہاگ چھِ جادہ کھوتہٕ جادہ ۲۰۰۰ ق م تام اَتھ تارٖیخس پتھ نِوان۔ یُہٕنٛدِک مطلب یہ درآو زِ کشیرِ ہندِس گوڈنِکس پادشاہس گونندہ (۳۱۰۰ ق-م) سندِ وقتہ اوس نہٕ ژوٚن ؤری ویدن ہُند نزول سپُد مُتُے۔ اُتھ سٕتی ییلہِ اُسہِ وُچھان چھِ زِ آریہٕ نسلُک اَکھ بُنیادی عقیدہ اوس یتہٕ زِ یہ سمسار چھُ بھرم تہٕ بازیگار (مایا)۔ یمہٕ اُس تارٖیخ نوٖیسی اَکھ فضوٗل کوماہ زانٛنی مژ۔ یمہٕ موٗجُب یس اَکِس ہِندِس تہذیبی تارٖیخس پیٹھ کینہہ لیٚکھُن یِیہِ، تمُ لٲگِ پن پنٛنہٕ گبلا۔ یہ ہے وجہ چھُ زِ کلہنس ہوِس مورِخس تہٕ پیٹھہِ (برٛونہہ زمانکہ کاہ تارٖیخی نُسخہ برونہہ کنہٕ تھاوِتھ تہٕ!) اکثر اوقات تِم تارٖیخ لیٚکھنہٕ، یِمن کھنٛس کھن پھیرہ اوس۔ توے "راج ترنگنی" ہُند (خاص کر) گوڈہ کال تہٕ وارِہن جایِن اَکہِ حابہٕ ستمہٕ سدہی تام طرزِ بیان ... دیومالٲیی، نتہٕ اڈہ گوٚر ... خاص کر چھُنہٕ اَتھ اَندر کٲشرہ زبٲنی ہِندِس تارٖیخس یا پھانٛچھلنس متعلق کانہہ تذکرہ کرنہٕ آمُت۔ کلہن چھُ یدھشٹرہ سنزہ تاج پوٚشی ہندہِ سنہٕ یعنی ۶۵۳ کالی (مطابق ۳۱۰۰ قبل مسیح) پیٹھہٕ راج ترنگنی ہنز تارٖیخ بندی کران۔

اما پوز یوٗتام صحیح تارٖیخ نوٖیسی ہُند تعلق چھُ، راج ترنگنی چھُ ستمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ بُہِمہِ صدی تامِ ژٕلعقہٕ صحیح واقعات نِگاری کران۔ وونی اگر کشیرِ ہُند گوڈنِیک پادشاہ گونندہ اوّل اُسہِ آریا نسلُک مانون، تیلہِ چھِ از برونہہ ژوٚرہ ساس ؤری جادہ آریہ یتہٕ بسی متہٕ۔ امہٕ برونہہ چھِ آریہ اُسہِ متہٕ (دیومالٲیی رِوایژ موٗجُب) وَندس راجوری یا کشتوارکُن ژلان۔ یوٗتام امی رِوایژ موٗجُب کستام ژُندرہ دیوس نِلہٕ ناگن نِلمت پرٛان عطا کوٚر۔ یمہٕ کرِ رُوحانی فیضہٕ آریہٕ پشاچن ہندہِ شرہ نِشہٕ بجاے تہٕ لگی کشیرِ مستقل بسنہِ۔ مگر یہ کتھ چھنہٕ وُنِہ کھرے گامژ زِ یتہٕ کس ہِندو عہدس اَندر کمہِ زمانہٕ گیہِ

سنسکرت زبان رائج۔ عقیدت مند ہندی کرن یہ ییتھ کتھ تہ اعتراض زِ یانہ کیشپ ریشن
یا تس سند دیوما لائی فرزند نیلہ ناگ تام اوسی سنسکرت زبان بولان۔ مگر کینژو محققو چھ
یہ رایے تہ دِژمژ زِ سنسکرت زبان واتژ کشیرِ موریا عہدس منز۔ تہ گوو تریمہ صدی قبل
مسیح عہدس اندر۔ حالانکہ کاشرِ سند کرتل نقوش عہد چھ ستمہ صدی عیسوی پیٹھ بہمہ
صدی عیسوی تام ماننہ آمت۔ لہٰذا یوت یہ ونُن چھ غیر تاریخی خوش فہمی زِ گونندہ راجن
بروٹھ اس کشیرِ منز سنسکرت زبان واتژمژ یا یہ کتھ زِ یانہ گونندہ راجہ سنز
درباری زبان اوس صرف سنسکرت۔ تیوتے چھ یہ اصرار کرُن تہ محض سینہ زوری زِ
کوشان عہدس تام کیاہ اوس نہ سنسکرت زبانہِ ستر موُل دِتمت۔
سنسکرت یوت واتنک یا آرین ہندِ ذریعہ امچ سرکاری سرپرستی ہندی تاریخ
اُتی تراوِتھ چھ ییژھن بالکل درست، زِ سنسکرت، اوس ہتہ واد وری ین پیٹھ علمی تہ
مذہبی زبان۔ لوسہ وارہ وارہ مقامی کاشرس پھانجھلاوان روز سنسکرت لفظ بگرِتھ
بنیاے پراکرتی تہ اتہ بنیہ ہن بگرِتھ اپ بھرنشی کاشر۔ قیاس چھ یی زِ پراکرتی عہد
آسہ ۵۰۰ ق۔م پیٹھ ۶۰۰ بعد مسیح تام روُدمُت تہ امہ پتہ اپ بھرنشی عہد ۱۲۰۰ء تام۔
سنسکرت عالِم ہیم چندر چھ پشاچن ہنزِ زبانہِ تہ پراکرتی گنزران۔ حالانکہ پشاچ
زبان چھ پراکرتی عہدہ بروٹھ کاشرس ستی شرُپ مژ۔
سنسکرت زبانہِ ہنزِ ابتدائی کتابہ — ویدہ — ہنزہ چھ از تام کاشرِ زبانہِ
ہندِ شرین پایہ موجب وارِیاہ لفظ مین کاشرِ لفظ بنیامتہ۔ مثلاً مند چھ (سنسکرت
مندالھش) مرِچ (مرچی۔ طوفان) کوٗل (کولا) ککو (کک دک) وازہ (واج) پرِٔسن
(پرشنی)۔ ویدی عہدہ پتہ ہیکن سنسکرت اثر اندازی ہندی ونیٹھ پوٹھ پانٹھ زِ
دَور تھاوِتھ۔ (۱) آرین ہندِ ییتہ لسنہ پیٹھ کوشان عہدس (دوٗیمہ صدی عیسوی تام) ییلہ
مقامی کاشرس پیٹھ دردی تہ عبرانی اثر ژمان ژمان روٗد تہ دوٗیم دور بودھ عہدہ

پیٹھ اسلام یِنس (پندأہمہ صدی) تام۔ یِیلہِ کأشرہ زبأنی پیٹھ سنسکرت تگ پوُرٕ ہ رنگ کھوٚت
یتھ وُچھت حال حالی تام اوس یہِ ظوٗن تہٕ گژھان زِہ کأشرِ زبان چھےٚ مُکہ تلہ سنسکرت
زبأنی منزٕ نےٚ دراہمژ۔

اتھ رَٹہِ نکس گوڈہ دَورس اندرٕ ی چھےٚ پراکرتی عہدِ یوان۔ اگرچہ پراکرتی زمانس
متعلق چھےٚ عام پأٹھی یتہِ وَننہٕ یوان زِہ یہِ عہد رُود .... اعیسوی تام تہٕ امہِ پتہ گوو اَپ
بھرنشی عہد شروع۔ اما پوٚز یہِ چھُنہ ہند' پاک زبانن ہندین ارتقأیی تاریخن اندر کانہہ قطعی
تاریخ۔ تہٕ کیازِہ سنسکرت زبأنی منزہ ووٚزُم تلنُک سلسلہ چھےٚ ہند پاک زبانن اندر پنَن پننہٕ
آیہٕ رُود ہُت تہٕ کشیرِ منز رُود یہِ سلسلہ اکہِ حسابہ اپ بھرنشی عہدہ پتہٕ تہٕ قریبًا پندأہمہ صدی
تام اکہِ نتہٕ بیاکہِ طریقہ چلہ وُن۔ ووٚزُم تلان تلان تھأوی کأشرِ زبأنی درجنہ واد لفظ سنسکرت
تلفظےٚ چلہ وِنی۔ مثلاً نو۔ نس۔ نب۔ پد۔ مد۔ کھل۔ تل۔ جٕتِل' گاندھ' پرمان بیترِ وارِیاہ
لفظن آس گوڈہ پراکرتی شکل تہٕ پتہٕ بنےٚ یہِ کأشرِ۔ مثلاً

| سنسکرت | اشٹہ | اتھان | مدھیہ | پٹھن |
|---|---|---|---|---|
| پراکرتی | اٹھ | اٹھا | مجھّ | پڑن |
| کوشُر | اٗٹھ | وۄتھن | منزٕ | پرُن |

(کمازس مُقابلہ رُود مرازس اندر ہندین تہٕ سنسکرت زبأنی ہُند جاذِہ سوٚن اثر۔ یمہٕ
مُوجُب دُنہٕ تہٕ اتہٕ وارِیاہ لفظ پراکرتی تلفظےٚ چلان چھےٚ مثلاً پڑن ... ....بیترِ) اُتھو
پراکرتی عہدس اندر آیہٕ وارِیاہ سنسکرت لفظ ژھوٚٹرادنہٕ تہٕ کأشرِ بنادنہٕ۔ مثلاً دِوِ۔ شِشٹ
سپیت۔ وایو۔ شرگال۔ انیکھت۔ الوّک تہٕ چھایا بنےٚ یہِ بالترتیب زٕہ۔ شیہ۔ رسٕت۔ واو۔
شال۔ انیکھ۔ وُل تہٕ ژھاے۔ ہتہ واد سنسکرت لفظن بدلے یہِ باقاعدہ لسأنی اصولوٚ
مطابق شکل تہٕ بنےٚ یہِ کأشرِ مثلاً یتھ سنسکرت لفظس پتہٕ "کش" اوس۔ تتھ بدل آو
کوشُر "چھ" تھاونہٕ تہٕ بنیاو "اکش" اُچھ۔ کمش مچھ تہٕ رکش رچھ۔ یتھے کنہٕ یتھ سنسکرت

لفظس برونہہ "ش" حرف اوس۔ سہٕ آو "ھ" حرفس منز تہٕ ییتھ "چ" اوس تہٕ سہٕ ہاو "ھ" حرفس اندر بدلیتھ کوشُر بناونہٕ تہٕ ییتھہٕ کنہٕ بنیہٕ شاک تہٕ شرد سنسکرت لفظن ہُک تہٕ ہرُد کاشُرِ لفظ۔ پنڈر تہٕ چیر لفظن ژُندر تہٕ ژیر۔ ییتھ سنسکرت لفظس پیتہٕ "تت" اوس سُہ بنیاو کاشرس اندر "ند" تہٕ اتھ قاعدس پیٹھ چھہٕ ساٲنی لفظ انْد (انت) دْنْد (دنت) ہنْد (ہنت) بنیامتۍ۔ ییتھے کنہٕ آو سنسکرت "کُ" کاشرس منز "وُلٹہٕ" (OPPOSITE) معنی ہاونہٕ خاطرہ نہٕ صرف تمن لفظن پیٹھ ورتاونہٕ۔ یم سنسکرتہٕ پیٹھہٕ کاشرس اندر واتی متۍ اَسی (مثلاً کو کتھ، کو پُتر) بلکہ آو یہٕ suffix (پتھ لگہ وٕن حرف) تمن کاشرن لفظن پیٹھ تہٕ لگاونہٕ یم عربی یا فارسی پیٹھہٕ تہٕ کاشرس اندر واتی متۍ اَسی۔ مثلاً کو شکل، کو صحبت، کو کار، کو مغز۔ شُدس کاشرس اندر تہٕ رُود یہٕ قاعدہ چلان وٕن۔ مثلاً کو کیرٕ، کو وَتھ، کو دنیچہٕ لفظن اندر۔ ییتھہٕ پٲٹھۍ لسانی ہیرہ پھیرن ہنٛدۍ کینژہہ قاعدہ وُچھیت کوٚر شری اوتار کرشن رہبرن کاشرہ زبانی پیٹھ ووہ یہٕ زبانن ہُند اثر صرف سنسکرتس تہٕ فارسیس تامی محدود لیکھ اکھ تنگ کٔمہٕ چھہٕ تہٕ ییتھ کنہٕ یمہٕ مقالکس گوڈس پیٹھ اشارٕ تہٕ کرنہٕ آمت چھہٕ۔ کتھ چھہٕ دراصل یہٕ زِ باقاعدہ لسانی اثرہ علاوہ تہٕ وٲتی درجنہٕ واد سنسکرت لفظ کاشرہ زبانی اندر محض تلفظ چھہٕ سہو لیژ سببہٕ۔ مثلاً کوشُر کُھو سنسکرت "کُھرٕ"۔ زامتُر (جاماتر) ناوِد (ناپت) نیوٗل (نیل) زیو (زوا) نُون (لوٗن) آش (آشا) ژنگ (جانگ) دِیش (دیش) کاو (کاک) واو (وایو) تامُک (تامر)۔ کوشان عہدس تام اوس سنسکرت زبانۍ ہندیتہٕ لوٗت چلے جاوٗ لوگُت زِ بودھن ہنٛزہ ترئمہ کانفرنس کار وأی اُس پالی زبانی علاوہ سنسکرت زبانی منز تہٕ درج کرنہٕ آمژ (حالانکہ بھارتی بودھ اَسی نہٕ عوامی زبانن مقابلہ سنسکرت زبانی یہٕ درجہ دِوان) ترئمہ بودھ کانفرنس پتہٕ لُجہ وِزہ بودھن تہٕ برہمن پیٹہٕ کھوٗل۔ یمہٕ موجب بودھ بھکشو ووٚتھ زُنہ زِ کاشرس تبلیغی کوم ہیٚنٛژ۔ مثال چھہٕ یتہٕ چھہٕ ممکن زِ اُتھی عہدس منز آیہٕ کشیرہ منز

اَکِتھ کِنۍ سنسکرِت چھُ مشہور کتاب "پنچ تنترا" تہٕ بێیہِ کِنۍ عوامی زبانۍ منز رأوِ مٕژ کتاب "برہت کتھا" لیکھنہٕ۔ دۄشوَے چھِ دلیلہٕ کتابہٕ آسمٕژہ۔ اگر "برہت کتھا" بودھ اندازِ فکرِچ نمائندگی کران آسہٕ ہے تہٕ "پنچ تنترا" چھِ برہمن اندازہ پٮ۪ٹھۍ کتھہ فکرہ تاران۔ مگر اشوکہٕ سندِ وقتہٕ پٮ۪ٹھہٕ کٔشک سندِس وقتس تام آسہٕ پٮ۪ٹھۍ مذہبی مؤثرکری جاوِ تنۍ دراہٕمٕژ۔ بلکہ میٹلہٕ کٔنشکہٕ سندہِ بودھ کونسلچ کاروأیی تام سنسکرت زبانۍ منز لیکھنہٕ آیہٕ، یٮ۪تھکو وارِیاہ بودھ اُگر بودھ مذہبہٕ چہ دینیاتی تہٕ فلسفیانہ کتابہٕ اُتھ زبانۍ منز لیکھنہٕ تہٕ یہِ سلسلہٕ رُود قریباً ستمہٕ صدی تام چلان۔ یوٗتام کأشرِ بودھو یمہٕ کتابہٕ وسطِ ایشیا تہٕ چینَس تام واتناوِتھ تتہٕ چین زبانِ اندر ترجمہ کرِہ۔ یمہٕ موجب یتہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ شاید اُس کأشرِ بودھ بھکشو وہٕ "پنچ تنترا" کتاب ایران واتہٕ ناوہٕمٕژ۔ (اتھ کُن اتہٕ برنووٕنۍ پہلوی ترجمہ۔ پہلوی ترجمس کوٗر عبداللہ ابنِ المقفع عربی ترجمہ۔ تہٕ از چھِ یہِ شہرہ آفاق کتاب عربی پأٹھۍ موجوٗد۔ نہ چھِ امیک ابتدأیی سنسکرت نُسخہ اتھہٕ یوان تہٕ نہ سہٕ پہلوی ترجمہٕ یُس عبداللہ ابنِ المقفع ہٕ چھُمُت اوس) میٚہ چھُ باسان زِ "برہت کتھا" تہٕ "پنچ تنترا" کتابن ہندۍ اصلی نُسخہ آیہٕ برہمن تہٕ بودھن ہنزہ تمہٕ مؤثرکری دورہ اکھ اَکس مانن مأنۍ ناکرِتھ، یوسہٕ مختلف دورن منز کشیرِ اندر چلہٕ وٕنۍ رُوز۔ تہٕ یتھہٕ عہدس اندر دۄشونۍ مذہبن ہنْد عدم تشدّد بالائے طاق رُود۔ "برہت کتھایہ" ہندِس موادس کوٗر پوٚت وانۍ سنسکرت عالمو تہٕ ادبہٕ "جوٗٹ گو پادشاہ" تہٕ یا نہٕ کتابہٕ متعلق ٹھووُک صرف یٮ۪تۍ پوت وٕنتھ زِ یہِ اُس پشاچ زبانۍ منز اکھ دلیلہٕ کتاباہ۔ اما پوٚز عربی زبانہٕ ہندِ ذریعہٕ رُوز "پنچ تنترا" کتاب زِندہ۔ "برہت کتھا" چھِ اُس مٕژ تمہٕ وقتہٕ کہٕ کأشرِچ کلاسیکی شاہکار۔ امی کتابہٕ ہُندۍ پأٹھۍ چھِ بودھ عہدِچ بێیس مشہور ملند اپانہہ "ناوی کتابہٕ متعلق یہِ کتھ تہٕ وُچھ مٕژ زِ یہِ چھِ مشہور کأشرِ بودھ عالم ناگ سینن (گوڈٕ نچہٕ یا دۄیمہٕ صدی عیسوی منز) تمہِ زمانہٕ چہ کأشرِ زبانۍ اندر

سوال و جواب صورتس منز کشیرِ، یا کشتواره بہتھ لیچھہِ۔ یمیُک اصلی نسخہ رُود ترِ دو نِ
چھہ دِنیہس برونہہ کنہِ اکھ ابتدائی پالی ترِ باقی ترجمہ رُودی متیو۔ یمن اندر ترجمہ نگارو کینہہ
کأشرِ لفظ (عمداً یا ترجمہ نہ زانہ سببہ) کأشرِسے تلفظہ ہتھاوی متیو چھہ (وُچھو جیالال
تا ظرہ سُند مضمون "کیا ماگ سین کشیری تھا؟" رسالہ "گل ریز" جولائی ۱۹۵۳ء سرینگر)

اگر برونہہ کُن تحقیقات کرِتھ پزی پأٹھو یہ کتھ سرِ گژھِ زِ یم زِ مشہور کتابہ
کیاہ آسہ عوامی زبأنی منزی لیکھنہ آمژہ، تیلہِ ونو اسی یقینہ سان زِ سنتی کنٹھس
ہتہِ واد) وری برونہہ ادس کأشرِ زبأنی تیوت پوچھر آمت زِ اکھ اندر آسہ ادبی
ترِ فنی کتابہ لیکھنہ یوان۔ بودھ عالم ترِ شاعر اگرچہ سنسکرتس میںوی تام عوامی زبأنی ہنّد و طرفدار
رُودی۔ مگر یہنزِ حکومژ زوال یوأنی (یمیُک ابتدا راجہ کنشکس پتہ ۱۷۸ سنہ منز شروع
گو و) آو ترِ یہنّد کانہہ کُنہِ ادبی یا علمی کارنامہ رُژھنا و نہ۔ ممکن چھُ زِ کأشرین بودھ بھکشوَن
ہنزِ دستے ما آسن وسطِ ایشیا خاص کر رُوسی ترکستانکو کینہہ لفظ امی عہدہ کأشرِ زبأنی
منز وأتی متی۔ یمن اندر آسی سماوار، قلچہ، قطلم، قرساق، ابچہ، قالو ترِ لواس وُنی
ورتاوان چھہ۔ یتہِ چھہ ممکن زِ بودھن سیاسی زوال یتہ یتہ ییلہِ یتہِ سنادھرمک ترِ تن سنسکر
زبأنی ہنّد زور آو۔ واریاہ تم پالی لفظ ترِ ما آسن عوامی زبأنی اندرہ کڈنہ آمتی۔ یم
بودھن ہنزِ عہدہ کأشرِ زبأنی منز جایہ رُٹتھ آسہ من۔ نومہِ صدی یعنی کھمار حکمرانن
ہنزِ عہدہ ووت سنسکرت زبأنی سیتی کأشرین ہنز لگاو کمالس ترِ کأشرِ زبأنی ہنّد
مستقل اگر بنیہ یہ صرف سنسکرت زبان۔ اتھ دورس اندر چھہ پیٹھ ہن شکرِ زِ اگر کأشرِ بو
عالمو پننہِ مادری زبان "درجہ دوم" زبان زأنتھ گال کھاتس ترووو۔ اما پوز تمو تھوو کأشرِ
"تر دماغی" ہُند سِکہ قیامتس تام چلہ ون۔ یہندِ یو علمی ترِ ادبی کارنامو موجب از ترِ
چھہ بہار تکو وِدّھیا ساگر کشیرِ کُن نمان۔

خاص سنسکرت عہدس (دسمہِ پیٹھہ بہمہِ صدی تام) ادس عالمن برونہہ کنہِ

کاشُرٕ زبانۍ ہنزٕ بے کسی ہُند یہ عالم زِہ اگر اَتھ زمانس منز مانکھ ناوٕ سنسکرت شاعر "شری کنٹھ چرِت" کتابہ منز اکِس ادبی مجلسہ ہندِ شاعرن ہُند تذکرٕ تہٕ چھ کران۔
امابوز سہ چھُنہ یہ لیکھُن ضروری زانان زِ امِہ مشاعرٕ کین درجن جاد شاعرن اندر ما اوس کانہہ سُہ شاعر تہٕ یمۍ پننہ کوشر کلام بوزناونُک جرأت تہٕ آسہ ہے کورمُت۔
تہٕ کیازِ سنسکرت عالمن نشہ اُس عوامی (پشاچ) زبان یمہ تہٕ بھوتن ہنز زِ بر ہما سندِ اُسہ منزٕ درامتین برہمن ہنز زبان (یوہے رُعب اوس فارسی زبانۍ تہٕ موغلن پتہٕ پتہٕ مجبور ُس تام کاشُرٕ زبانۍ پلہٕ تھوومُت۔ یمیُک ثبوت سانین اُزی کین پُر وننہ ہنز سٕہ حیرانی اُس، یوسہ تمن تمہ وقتہ سپز یمہ ہتہ واد وُریُن ہنزٕ مظلومیتہ پتہ کاشُرٕ زبانۍ منز گوڈٕ نیک مشاعرٕ سنہ ۱۹۳۷ء اندر نمایشہ منزلٕگ) قریباً پانژن ہتن وُریُن پیلہ پیلہ سنسکرس پتہٕ متہ متہ گُزِہت ییہِلہ مقامی زبانۍ کن ادبین فکری رُوز نہ کھیشمندر پیوٕ پتہ "کوی کنٹھا بھرن" ناوکتابہ منز تمہ زمانہ کین شاعرن کُن نصیحت تہٕ کرنہٕ زِہ تمن پزہ "بھاشا کاوہ" یعنی مادری زبانۍ ہنز تہٕ یارٕ زان تھاونۍ۔ تہٕ امیازِہ تس آسہ ہے مُشاہدٕ زِہ یتھ زبانۍ منز تہٕ سندِہ وقتہ برو نہہ پانژہ ہتھ وُری راجاجیا پیدٕ نہ وقتہ تہٕ شاعری کرنہ اُس یوان۔ سہ زبان کمہ پٹھے گال کھاتس تراونۍ گیہ تہٕ ژھی بیقلازی، یتھ از تہٕ سانین کینژن ہمتن کاشُرین ہنزِ کھاسہ منز موجود چھہ، یم کاشُرٕ زبانۍ ہُند ادبی سرمایہ یہ کھاونہٕ ورائی چھہ ونان زِہ "یہ چھنہ کانہہ ادبی زبان — "
تمہ وقتہ کلہ سنسکرت عالم اُسی کاشُرس اندر لیکھُن کسر شان زانان۔ تہٕ نہ کاشُرٕ زبانۍ متعلق کانہہ تاریخی کتھا قلم بند کران تہٕ یہ بے رُخی اُس، یتھ حدس تام واُتِمژ زِہ کلہن ہیو تھدِہ پایک موٗرخ تہٕ چھنہ کاشُرٕ زبانۍ متعلق اکھ صفحہ تہٕ لیکھان (البتہ چھہ راج ترنگنی منز زِہ پانژھ لفظ کاشُری آمتۍ) تہٕ تو یہ ہیکو نہ اُسی ازیہ وُنھتی زِہ کیمہ صدی منز یتھ زبانۍ مشہور سنسکرت شاعر بلہن "سارہ کشیرٕ ہنز عام زبان" چھہ ونان تتھ

منز ینٛن کوٚرٛت سرمایہ اوس تہٕ دوہ زٕم تلمٔت کوٚرٛت۔ نہ ہیٚکو اَسہِ از یہِ زانِتھ زِ لوہر خاندانٕ
وقتہٕ ییلہِ کشیرِ پیٹھ پتِم دردٕ یلغار آو، تہٕ دردہ نو آبادیو کوتاہ لسانی اثر ترووٚ تمہِ
زمانہٕ کِس سنسکرت آمیز کأشرِس پیٹھ۔

پنڈت کلہنس پتہٕ کینہہ کال گژھت چھہ کأشرہ زبأنی منز "مہانے پرکاش" شِتی کنٹھ
ناوی اکھ پنڈتن لیچھمٕژ۔ یانہٕ شِتی کنٹھن زادٕہ یوم چھہ وُنہٕ اختلافک موضوع۔ مگر یہِ کتاب
چھہ ژِنہہ کیو سارِہ ؤہی خأیلو نِشہ بچیت اسہِ نِشہ ثابوٚت وأتِمژ۔ شِتی کنٹھن اگرچہ
امہِ چہ زبأنی "سروگوچر دیش بھاشا" یعنے "عام فہم زبان" ناو تھوومٕت چھہ۔ اماپوز
ییلہِ امہِ چہ زبأنی تہٕ للہ واکھن پانہٕ وأنی موازنہٕ کرنہٕ ییہ جارج گریرسنن یہِ کتھ چھنہٕ
وِنیان زِ لل دیدِ ہندِس ژودٕہ آہمہِ صدی ہندِس کأشرِس پتہٕ کیاہ چھہ "مہانے پرکاش"
لیکھنہٕ آمژ۔ بلکہ چھہ یہِ قیاس جادہ وزن دار باسان زِ "مہانے پرکاشک" کوشُر چھہ
لل دیدِ ہندِس کأشرِس نِشہ اکھ زہ ہتھ ؤری پرٛون۔ لل دیدِ ہند کوشُر چھہ (کینژو
سنسکرت لفظو ورأے) اَزی کہ کوشُر ہیو باسان۔ "مہانے پرکاشک" کوشُر لوزِ وزِہ
چھہ اسہِ زنتہٕ بیاکھی زبانہ کِنہٕ گژھان۔ غالباً چھہ سر جارج گریرسنس یہِ تاریخ کھرہ کرنہٕ
وزِہ اکھ غلط فہمی گامژ۔ تمی چھہ بیِس اکِس "بال بودھنی نہ پاسا" ناوی سنسکرت
کتابہ ہند مصنف شِتی کنٹھ۔ "مہانے پرکاشک" مصنف شِتی کنٹھ مونمُت۔ تہٕ اَمہِ
پیٹھ مہانے پرکاشک زمانہٕ تصنیف پندرٕہمہِ صدی منز تسلیم کوٚرمُت۔ امہِ کِنہ کأشرِن
۹۴ واکھن اندر چھہ تیوٚرت سنسکرت ورتاونہٕ آمت زِ اگر اکھ ستی سنسکرت
شرح تہٕ آسہے نہٕ (یُس یا پانہٕ شِتی کنٹھن نتہٕ بیٚیہِ کُہی تام پوٚرت وأنی لیوکھمُت چھہ)
امیُک معنے مطلبی راوِہے۔ برابر یوہے وَنن کأشرِس فارسی اثرِہ ستی کنژہمہِ صدی
ہندِس آخرس اُس گمژ سوے وَنَن اُس شِتی کنٹھنہِ وقتہٕ کأشرہ زبأنی سنسکرت
زبأنی کرٕمژ۔ توسے ہیٚکو نہٕ اَسہِ امہِ چہ زبأنی (بقولِ شِتی کنٹھ) تمہِ زمانچ عام فہم

زبان وُنتھ بلکہ یہِ زبان چھہٕ تمہِ زمانہٕ کِہ کأشرہ برہمن طبقچ زبان اُس مژ۔ (وُچھو مہانے پرکاش) سنسکرت زبان اُس اکِہ طرفہ دربأری زبان تہٕ بیاکِہ طرفہ علمی ذریعہ اظہار۔ ظأہر چھُہ زہِ یتھِس ماحولس اندر ہتہ واد وُری یَن لگتھ اُس یِژ اعلیٰ طبقچ زبو عام بول چالہٕ سیتی لوٗرہ رلان۔ عام اُسی صرف خاص خاص لفظن سنسکر تہٕ اَندرہ اُنتھ کأشرس منز ورتاوان تہٕ خاص اُسی فیشنہٕ خأطرہ عام لفظ مُشرأوِتھ زورہ سنسکرت آمیز کوٗشر کران۔ یوٗتام کشیرِ اسلام ووت۔ متوأتر تأریخی روایت چھہٕ یہِ زہِ سُلطان شہاب الدینن وقتہ (۱۳۵۴–۱۳۷۳ء) بنے یہ فارسی زبان سرکاری زبان۔ (پی، این، کے بامزے سُند دَنُن چھُہ زہِ مُسلمان حکومت قأیم سپدِتھ تہٕ رُود بڈشاہ صأبنِس وقتس تام سنسکرت سرکاری زبان!) تہٕ فارسی زبان رُوز مہاراجہ پرتاپ سنگھنس وقتس تام (سنہ ۱۸۸۵ء تام) سرکأری زبان (قیاس چھُہ یی زہِ سُلطان صدرالدین رینچن شاہ سُندِہ وقتہ پیٹھہٕ سُلطان شہاب الدینن سِس وقتس تام عبوری دورس اندر آسہ ہے فارسی زبان دارٕ وارہ پانس کُن جلے کران) سُلطان شہاب الدینن وقتہ پیٹھہٕ (۱۳۵۴ء) حوغل یِنس تام (۱۵۸۶ء) اگرچہ سرکاری کاروباری زبان فارسی اُس۔ امابوز حکمرانن ہِنز مأدری زبان اُس کأشر۔ یتھہِ موجب بڈشاہ صأبنہِ وقتہ۔ حسن شاہ پادشاہ سُندِہ تہٕ خاص کر ژُک حکمرانن ہُندِہ عہدہ کأشرہ زبأنی سرکأری سرپرستی حأصل گیہٕ۔ یتھمیُک تأریخی ثبوت اسہِ بڈشاہ صأبنہِ عہدہ نظرہ گژھان چھہٕ، یێلہ مہابھارت ہِش ضخیم کلاسیکی کتابہٕ کوٗشرِ منظوم ترجمہ کرنچ کوشش تہٕ کرنہٕ آیہٕ (تعجب چھُنہ زہِ یُس کوٗشر مہابھارت محکمہ تحقیقاتہٕ کِس کُتب خانس منز چھُہ تہٕ یتھمیُک تأریخ ترجمہ وُنیوکتام معلوم چھُنہ سپدمُت، یہ ما آسہِ تمی ترجمک نقل، یُس بڈشاہ صأبنہِ وقتہ کرنہٕ اوس آمُت) بییہ اگر امہِ زمانہٕ کین ادبی کارنامن منز اموٗب بودھ بٹنٕز زینہ ویلاس تہٕ زینہ پرکاش بییہ سوم بٹنٕز زینہ چرت یأژی چھہ گنزرادنہٕ یوان۔ مگر قیاس چھُہ یی زہِ شأہی سرپرستی ورأے تہٕ آسہِ ہن ہم عصر لل دێدہ تہٕ شیخ نورالدین ولی رحمتہ اللہ علیہ سُندِہ علاوہ واریاہ تمہِ شأعر یِم اسہِ غلأمی ہِندِس دَورس اندر گأمِل کھأتس ترأوی۔ امہِ عہدچ چھہ صرف اکھ کتاب بھٹ اوتارہ سُنز "بانہ سر کتھا"

اسہِ نِشہِ وأنٛژ مٕژ۔ یِتھہٕ وُچھت تہٕ چھہٕ تران فِکرِ زِ پنداہِمہِ صدی ہِندِس أخرس تام أسی کأشِرۍ
بڈِ مُصنِّف یہِ کوشش کران رُودی مِتۍ زِ سنسکرت آمیز کوشُرۍ گوڈٕ فارسی دورس اندر
تہِ چلہِ وُن رُوزِن۔ مگر یہِ کوشش گیہِ نہٕ کامیاب۔

کأشِرِ بن حکمرانن ہِندِس عہدس (۱۳۳۹ء = ۱۵۸۶ء) دوران چھہٕ ژک خاندانُک وقت
(۱۵۶۱-۱۵۸۶ء) یُس یِتھی پأٹھۍ سہٕ وقت رُودمُت ییلہِ کأشِرِ بن بحیثیتِ قوم پننہِ پزِ بھہ
چیزِک شدید احساس تہٕ فخر اوس۔ یمہِ قومی احساسُک اثر سانہِ زبأنی تہٕ پیوو۔ مثلاً (۱) فارسی
زبأنی ہُند دور دورہ أسِتھ تہٕ اوس اکھ زمانس تام کأشرِ زبأنی ہُند پرٛونُے رسم الخط
شاردا چلان (۲) کشیرِ اندر مُسلمان اکثریت تہٕ مُسلم حکمرانی أسِتھ تہِ أسی کأشِرۍ لُوک
وارہِہس حدس تام کأشرِ زبأنی اندر ہٹہِ ہٹہِ فارسی الفاظ اننہِ نِشہِ پرہیز کران۔ ماسوا
کینٛہہ خاص لُوک (مثلاً مذہبی رہنما) یم وارِہ وارِہ عربی تہٕ فارسی آمیز کأشِرس کُن
لمان لمان کأشِرِ بن پنڈتن سنسکرت آمیز کوشُر ورتاوُنس پیٹھہٕ چھس أسی دِوان۔
(۳) ژکن ہِندِس وقتس اندر آیہِ اکِہ طرفہٕ کأشِرِ بن ہنزہ فوجی چھاونہِ نوشہرہ تام تھاوِنہٕ
یمہِ سیتۍ راجوری تہٕ پرٛونژھہ علاقن منز وارہ وارہ کأشُر زبان وأژ۔ بیاکہِ طرفہٕ گوو اُتھی
عہدس اندر کشیرِ تہٕ کشتوارس واریاہ لِسأنی اشتراک پأدٕ (یمیُک مختصر تذکرہ ضمیمس
منز کرنہٕ پیہِ) تہٕ (۴) یہ اوس ژکن ہُندُے عہد ییلہِ حبہ خاتونہِ کوشُر گیوُن قریب قریب
فارسی معیارس تام واتہٕ نوو تہٕ کأشِر موسیقی تہٕ ایرانی موسیقی رلاوِتھ کوشُر سرود ڈنجہِ
بیٛہہ نوو۔

مگر یتھے موغلو دھوکہٕ دِتھ ژکن ہنز حکومت ختم کرٕ۔ سأنی زبان سپز یتیم تہٕ شاہی
دربارہ پیٹھہ گامہ مکتبن تام رُودنہٕ کانہہ تلیتھہٕ سرکاری ذریعا، یُس کأشِرس پالہٕ کرِہے
یہِ اوس صرف عوامی ردِ عملُک خیرات زِ سأنی زبان رُوز زندہ۔ ورنہٕ موغلو پتہٕ آو
فارسی زبأنی ہُند سہٕ خارہ، یتھ تل نہٕ صرف سانہِ زبأنی ہندی ہتہٕ واد لفظ یرہ گے۔ بلکہ لگ

سأنی ساری عالِم تہٕ اکثر شاعر صرف فارسی زبانہِ منٛز پننہِ ادبی تہٕ علمی کارنامن منٛز فارسی زبان ورتاوِنس کُن (یہِن چھُہ نٕشکُہ زِ کأشرِ پوشأعرو تہٕ عألِمو لوٚب فارسی زبأنۍ اندر تہِ تیٚژھی شہرت یُس نہٕ اتھ عہدہ سنسکرت ادبس منٛز سانیو پرانیو لیکھ وألین اُس۔ یِمہِ موجوب کشیرِ ایرانِ صغیر لقب لوٚب)

تہٕ کُن ہندِس وقتس تام اُسہٕ صرف پرٕنی کأشرِ نبٕے شونک یا کھٕو سنسکرت آمیز کأشرِ بدل کم زیادہ فارسی آمیز کوٗشُر ورتاوان۔ مغل یِنہٕ پتہٕ بنیاو فارسی آمیز کوٗشُر ورتاوُن اکھ مُستقل فیشن۔ یُس اکِہ نتہٕ بیاکِہ رنگہٕ وُہمہِ[2] صدی تام چلہٕ وُن رُود۔ وارِیاہ تِم لفظ یِم سنسکرت پیٚٹھہٕ کأشرِس منٛز وارِیہہ کالہٕ پیٚٹھہٕ آمتیٚ اُسہِ تہٕ عام زبأنۍ ہِندۍ تِم تہٕ ماز بنیامتیٚ اُسہِ۔ تِم آیہِ وارہٕ وارہٕ مُشراونہٕ تہٕ تہُندِ بدلہٕ فارسی لفظ انٛنہٕ۔ مثلاً "نبہٕ" بدلہٕ "اسمان"۔ "بٕتراَتھ" بدلہٕ "زمین"۔ "زٕونگ" بدلہٕ "نار" وغیرہ وغیرہ۔

لفظہٕ تیاہ دلہٕ علاوہ بدلیاو کأشرِ زبأنۍ ہُند اندازِ بیان۔ بلکہ اندازِ فکر تہٕ۔ یُتھے پأٹھۍ کأشرِ زبان شارداہ بجایہِ نستعلیق خطس اندر آیہِ لیکھنہٕ۔ امہِ کِنۍ وارِیہن اچھرن آو گُھر تہٕ کیازِ دوٚیمہٕ حکمرانن ہندِس وقتس اندر آو نہٕ اتھ خطس منٛز فنی اصلاح کرنہٕ یِمہٕ سٟتۍ آوازِ ہِندۍ مختلف پرتو گُھرہِ یہِن کرنہٕ۔ تَوے رُودۍ اتھ نوِہ لیکھہٕ پرہٕ منٛز وارِیاہ لفظ، یِم سیٚنہٕ گاشے پرنہٕ اُسہِ یِوان (مثلاً اوس = آسو، دوٚپ = دپو وغیرہ)

تہٕ زبأنۍ ہندِس اتھ معنوی تہٕ فنی انقلابس یا فیرِاوِنس منٛز رُودۍ کأشرِ مُسلمان برونہہ برونہہ۔ امہِ لسانی فرقہ داری سٟتۍ زاے کأشرِ زبأنۍ اندر پانٛہِ زہٕ مُستقل دبستان[3]: مُسلمان اکثریت رُوز فارسی (تہٕ عربی) ہندو اقلیت سنسکرت اندازِ بیانکۍ طرف دار۔ تہٕ اتھ غلط مانٛ ماٗنۍ اندر تِمہِ گیہِ وارِیاہ کأشرِ لفظ گالہٕ کھاتس۔ تہٕ تہُندِ بدلہٕ آیے نَوۍ فارسی تہٕ پرأنۍ سنسکرت لفظ کأشرِس منٛز زورہٕ شٟروٗپ راونہٕ۔ زبأنۍ ہنٛزِ یِہ دوٚعملی رُوز کأشرِ ادبہٕ کِس بٕڈِس حصس منٛز چلان، یِیتہٕ ہندو تہٕ مُسلمان زِ[2] "نمایندہ"

اُسی۔ چونکہ اتھ زمانس منز اوس نہٕ اتھ غلط مان مأنی کانہہ کہنٛہ کنٛان، لہٰذا گیہٕ دوٚن ترٛن
دَرٕن یہ کتھ مُشتھی زِ سٕندٕ کوٚشر ورتاوُن چھُہ نہٕ بہتر کأشرِس فن کارہ سٕنز بُنیادی
کوم۔ بلکہ گیہٕ اُتھی وقتس منز یہ غلط روایت ترٛاوِتھ زِ یُس شاعر یوٚت سنسکرت
آمیز یا فارسی آمیز کلامہ لیٚکھہ، سُہ آو پننِس حلقس منز تیوٚت "ماہرِ شعر گوئی" ماننہٕ۔
نہٕ، تہٕ کنُوہمہٕ[19] صدی اندر وأتِھ یہ غلط مان مان کماس (وُچھو "رزمیہ شاعری" منز
امیر شاہ کریری تہٕ پرکاش کول۔ مثنوی شاعری منز مقبول شاہ کرالہ واری تہٕ لکھمن جوٗ
بُلبُل۔ دینی شاعری منز پرٕ ماننٛد تہٕ مولوی صدیق اللہؒ وُہمہٕ صدی منز تہٕ اگر اُسی عزیز اللہ
حقانی (وفات سنٕہ ۱۹۲۸ء) سُند کانہہ اشعری بأتھ تہٕ نند لال کول نٕرِ سٕنٛجہِ کہہ وٕٹھ (چھاپ
سنٕہ ۱۹۲۹ء) نموٗنہٕ دِوان ترٛن وُرِیَن ہندِس طرزس لسأنی موازنہٕ کرنہٕ وِزٕ چھِہ فکرہ ترٛان
زِ یِم زِ دلبستان اُسی اَچھی چھو ژٕنتھ زٕنتہِ پننِس حلقس کتھہ خطاب کران۔
یہ اوس سنٕہ ۱۹۳۶ء یلہِ "پرتاپ" میگزینہٕ کہِ ذریعہ گوڈٕ نیتھ یہ ژٕنیہ دوٚن دِتھ آیہ
زِ یوٚت اُسی کأشرہ زبأنی منز دوہ یہ زبانن ہندی تم تم لفظ ترک کرِو یِمن ہندی مُتبادل
لفظ چھِرٕ کأشرِس منز برونٹھی موجود چھہٕ، تیوٚت لبہٕ سأنی زبان پنُن مقام۔ اگرچہ یہ
نصیحت آیہ مہجور صأبنِس ابتدأیی فارسی آمیز کلامس کُہ دِتھ کھالان کرنہٕ، اما پوٚز
یمہٕ یمہٕ شاعرن یہ نصیحت یوز (یِمن منز پانہٕ مہجور صأب تہٕ اُسی) تمہٕ تمہٕ ہیوٚت پننہٕ
شرمہٕ ہتے المقدور سٕندٕ کوٚشر ورتاوُن ــــــ اسوا یہ تم کینٛہہ شاعر یہُند لسأنی
شعور وُلسی ہیوٚ گوٚمت اوس ــــــ یِمرٕ نی دوہ مِن سیٚد یہ عجیب اتفاقاہ زٕ سٕنٛجہِ
کہہ وٕٹھ ہندِس سنسکرت آمیز کأشرِس مقابلہ صرف دہُیے وُری گژھت آیہ اُتھی
"پرتاپ" میگزینس اندر میانہٕ ۳ علی کأشرہ پأٹھر کرِ ــــــ یتھ گریسی سُند گھرٕ "ناوچھہٕ
ــــــ کینٛہہ ابتدأیی منظر چھاپ کرنہٕ۔ یِمن منز گوڈٕ نیچہ لٹہ کأشرِس نٕرِس منز شُدھ کوٚشر
ورتاوٕ نیچہ کوشش چھہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ "پرتاپ" میگزینہٕ کہِ اِمہٕ مشنُک نتیجہ دراو یہ زِ

سنہ ۱۹۴۷ء پتہٕ لگیہِ یم زٕ دبستان وارہ وارہ چھرٕ کأشرِس کُن لگِتھ اکھا اکِس نکھہٕ پیٹھ۔ تہٕ از ییلہِ کأشرٕ زبأنۍ ہندِس لفظہٕ ذخیرِس اُسۍ پھیرُ رِچھ دِوان، اسہِ چھُ پیوان مانُن زِ فارسی لفظو چھُ کأشرٕ زبأنۍ منز جاے سُتۍ مُول دِتۍ ہتۍ۔ حالانکہ یتہٕ چھِنہٕ یہنز وأرِش پانژٕ ہتہٕ وُری یہِ جاےٕ۔ یمہٕ یک نمونہٕ یمن مقالن ہنز زبان چھ۔ یتھ اندر ہتہٕ منزٕ کمہٕ کھوتہٕ کم ترٕ ۳۰ لفظ فارسی (یا فارسیہِ کِرٕ ذریعہ عربی) آمتۍ چھ.....

افغان حکومژ پتہٕ ییلہِ سنہ ۱۸۱۹ء ہس اندر کشیرِ سکھ راج آو تہٕ پنجأبۍ زبان بولن والین حکمرانن ہندِ اثرٕ لوگ امِ زبأنۍ ہُند تہٕ آوُ جاوُ کشیرِ۔ وادی ہنزٕ عوأمی زبأنۍ اگرچہ امیُک خاص اثراہ روُٹ نٕہ۔ اما پوز دورِ، راجوری، پرونژھ تہٕ ڈوڈہ علاقن اندر پیو امیُک جان اثر۔ پنجابی زبأنۍ ہنزٕ پوٹھوہاری تہٕ لہندی شاخہٕ، یمہٕ یمن سرحدن اپارِ جاےٕ ورتاونہٕ آسہِ یوان، آیہِ اترِ کأشرٕ زبأنۍ تہٕ اثر ترأوان۔ مگر کأشر زبان تہٕ گیہِ یمن اثر ترأوان۔ چنانچہ از تہٕ چھِ یمن علاقن ہیتھ وادی منز تہٕ واریاہ تِم لفظ، یم پنجابی زبأنۍ سیتۍ سُردی چھِ۔ یمن منز بامے، پھٹیمو، کوڈر باز، نیال، کیرن، ثِگ، دِبن، پچھیرٕ تہٕ تارکانجھ لفظ یوان چھِ۔ (یہِ ونُن چھُ مُشکل زِ کوڈہ کنہ زبأنۍ منز آسہِ یم لفظ تہٕ پتہٕ کمہٕ زبأنۍ تُلۍ وہٕ نہٕ مۍ) یمن دوٚن زبانن ہندِ اکھا اکِس اثر ترأونُک نتیجہ دراو یہِ زِ از تہٕ چھِ کینژن حرفن ہندِ ہیرٕ پھیرٕ پتہٕ واریاہ لفظ اکھا اکِس سیتۍ رلان۔ مثلاً کوٗشرِ نِک (پنجابی "نِکا") بٔیاکھ (بیا) ووپرٕ (اوپرا) یڈٕ (ہٹڈ) پوٗتۍ (پوتے) گان (گوان) کنزٕ (کنج) اوٚر دوٚر (ارا دورا) فِشل (کِشل) کامنۍ (کامنی) چھیکر (چھیکڑ) چِنڈہ (چنتا) موٚت (موتا) ہیر (ہیڑ) شاہ (سا)—

وادی نیبر علاقو کوٚر پنجابی زبأنۍ سیتۍ مصدرن ہُند تہٕ لین دین تہٕ توٚے چھِ یمن علاقن اندر کرُن (کرنا ں) وسُن (وسناں) نبھُن (نبھناں) مانجُن (مانجناں) بوزُن (بجناں) گنڈُن (گنڈناں) لبُن (لبناں) ورتاوُن (ورتاواں) تہٕ زرُن (جرناں)

عام پٲٹھۍ بولنہٕ یوان۔

مگر سِکھن ہُند وَکھ رُود صرف ستوُہ[27] وُری۔ یمن پتہٕ کرٛیاو گوڈہ نِکیو دٕ[2] لیو ڈوگرہ حکمرانو ڈوگری زبانۍ ترٛہ کو۔ اما پوٚز ڈوگری ہیٚچھنہٕ دفترن منز فارسی زبانۍ ہنز جاے نشین بنِتھ۔ ممکن چھُ زِ ڈوگرن ہندِ آو جاوِ ما آسن گلاب گڑھ، بوٗت تہٕ بھدرواہ کیٚنہہ ڈوگری لفظ تہٕ کاشرس منز آمتۍ۔ مگر کشیرِ ہندِس مرکزس یعنے وادی منز رُود ڈوگری زبان پرٛیژھی لانٛسے۔ یوتام ۱۸۸۵ء ووت۔ یہ وُری چھُ ساننہٕ زبانۍ ہندِس تاریخس اندر بڈٕ اہم۔ یمیٚلِہ مہاراجہ پرتاپ سِنگھن فارسی بدلہ اُردو زبان، سرکاری زبان تسلیم کٔر۔ مگر امہِ وقتہ اوس انگریزی راج تہٕ ڈوگرہ حکمرانن پیٚیہِ اُردوس سیتۍ انگریزی زبان تہٕ سرکاری زبان مانٛنۍ۔ یوہے زنگرِنہٕ دفع گژھتھ تہٕ از تام سرکاری کاروایہِ ہندِ خاطرہ ورتاونہٕ چھہ یوان۔ اتھ ودُو نہٕ لسانی پالیسی آو ۱۹۴۷ء پتہٕ یاتھ گونہ لانٛچ۔ یمیٚلِہ اکہِ طرفہ یہِ فیصلہ کرنہٕ آو زِ اُردو زبان روزِ کشیرِ ہنز سرکاری زبان، بیٚیہِ طرفہ پیٚیو فیصلہ کرن والین یہِ تہٕ تسلیم کرُن زِ ہندی زبان چھہ کاشرن ہنز تہٕ قومی زبان۔ یتھہٕ کنۍ چھہ وُنۍ کیٚنٛچھ پوزیشن یہِ ـــــ کوشُر ـــ مادری زبان تہٕ علاقٲئی زبان۔ اُردو سرکاری تہٕ علاقٲئی زبان۔ ہندی راشٹر بھاشا۔ ہندی زبان چھہ کاشرِ پٲٹھۍ پانہٕ سنسکرت زبانۍ ہنز ارزمان تہٕ سنسکرت زبانۍ چھہ بروٚنہہ کاشرہ زبانۍ پیٹھ ژُر کوٚرمت۔ لہٰذا چھنہٕ ہندی پیٚٹھہ ووٚزُم تُلنک تیوٗت جاے امکان۔ اما پوٚز اُردو کہِ خاطرہ چھُ یہِ ممکن زِ بیٚیہِ اکِ نوِ قسمچ سوے لسانی دوعملی ماگژھہ بنیہٕ شروع۔ یتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ واریاہ کمۍ آمس گژھ۔ فی الحال چھُ اُردوک اثر دوہہ کھوتہٕ دوہہ بڑان۔ تہٕ سرکاری سرپرستی ورائی تہٕ چھہ اتھ کاشرِن ہنز اکثریت زانان تہٕ تہٕ ورتاوان تہٕ۔ بلکہ چھہ یہِ عملاً پرٕوٚنۍ طبقچ دوٚیِم زبان بنے مژ۔ اکھ فارسی تہٕ عربی لفظ چھہ بروٚنہہ کاشرہ زبانۍ ہتہ واد وُری بروٚنہہ پانۍ راوی متۍ۔ امہِ علاوہ چھہ اکھ تمہ تمہ پیٚنٛز لفظ

کأشرِس اندر سٔر پیاں، یمن ہندی مُتبادل لفظ کأشرِ زبأنی منز اُسی ہٕ۔ مثلاً بجلی، چأے، پیالہ، میز، تار۔ موم، سڑک، دُتاولی تہٕ اڈہٕ۔ یتھے کُنہٕ چھہ وارِیاہ اُردو لفظ یِمن حرفن ہندِ ہیر پھیرٕ سیتی کأشر شکل چھہ بنیمژ۔ مثلاً ہٹاوُن، رُکاوُن، کھنڈٕ، تموک، استرٕ استرٕ، بالٹین، پنکھہ، ڈنڈٕ، چمٕٹ، لالٹین تہٕ صابن...

تہٕ یہِ سلسلہ چھہ ازیوٗرٕ پأٹھی جأری۔ یتھس ماحولس اندر چھہ یمن ادیبن ہندِ خأطرٕ اکھ اصول کھرٕ گژھان، یِم کأشرِ زبأنی اندر دوٚیِمہِ زبانن ہندی ہٹہٕ ہٹہٕ لفظ انٕنہٕ کِس قأیل چھہٕ۔ سہٕ گوو یہِ زِ اُردو زبأنی پیٹھہٕ گژھن صِرف تِمے تِمے لفظ اَنٕنہٕ یا کأشرِ اوٕنی یمن ہند ضرورت چھہ۔ یتھہٕ کنہٕ اسہِ انگریزی زبأنی پیٹھہٕ صرف تِم تِم لفظ کأشرِ زبأنی منز رٹنس مجبوٗر چھہ یمن ہندی مُتبادل لفظ کأشرِ زبأنی منز چھیی نہٕ۔ مثلاً لاری، موٹر، سائیکل، مشین، سویچ، کنکشن، پنسل، ٹیپ، بوٗٹ، پالش، والنٹیر، لیڈر، پروفیسر، پرنسپل، واچر، ڈاکٹر، ہاکی، فُٹ بال، ریڈیو، انجینیر، مِس یا کمیٹی بیترِ۔ عام چیزو علاوہ چھہ از بیا کھ اکھ ضرورت تہٕ، یمہٕ موٗجب سانہِ زبأنی اُردو تہٕ انگریزی نشہٕ وارِیہس کالس دوٚن ژُم تُلان روزِ، تِم گیِ علمی تہٕ فنی چیزٕ۔ یمن منز ہیتہٕ واد دَوا، رسایہِ واد مشینہٕ پُرزٕ تہٕ آنتھر روٗس علمی اِصطلاح چھہ۔ یِم اسہِ لادمی کأشرِ اوٕنی پیٚن۔ یِمو منزٕ اُسی جادٕ کھوٚتہٕ جادٕ کُنہٕ کُنہٕ لفظس تلفّظ بدلأوِتھ ہیٚکو، نہٕ زِ کوشش مدِ مقابل لفظ لیکھتھ۔ مثلاً سپری ڈنٹ (انگریزی سپرنٹنڈنٹ) لأن مأکن (لائین مین) ٹکٹھ (ٹکٹ) سیمٹھ (سیمنٹ) اکوٗنٹنٹ (اکونٹنٹ) واسلین (ویزلین) بیترِ۔ تتھہٕ پیٚن اسہِ اکثر لفظ پننے شکلِ دوٚن ژُم تُلتھ کأشرِس پوٚچھر دِیُن۔

یتھ گوو اگر کانہہ فنّی فرہنگ محض پننہِ بیقلأزی ہنزِ نمایِشہِ خأطرٕ مأجس "ڈاڈی" نہٕ ماجہِ "امی" تہٕ پیٚچھنہٕ "آنٹی" وناں روزِ، تس گوٚلہ پأز مِس چھہ دوٗتے یوٗت یاد پاوُن کأفی زِ سُہ زمانہٕ گوو، یِتھ لہٕ یتہٕ ہٹہٕ ہٹہٕ انگریزی کرن دوٚل صاحب بہادر یا قتندر خان ساماں مانہٕ اوس یوان یا یتھ لہٕ کوشر مُنشی راونٕ دامِس "بابوجی" آسو ونان۔

# ضمیمہ

کأشرِ زبأنؠ پؠٹھ بیٚیَو دوٚیَو زبانَو مُستقل اثر ترٲوو، تِمن علاوہ چھُ پانژ کشیرِ منز تہٕ کأشرِ زبأنؠ تیوٚت، ہیرہ پھیر گومُت زِ اتھ موضوعس تحقیق کرنس پٮ۪ٹھ ہیٚلِہ میٚہ جناب ٹاک زینہ گیریس استدعا کوٚر، تِمو کرُ وُریہ وادن کشیرِ ہندن پرگنن پھیرِ پھیرِ اکھ نادِر کتاب تیار۔ یوٚسہ حال حالی چھاپ گژھن وأجینیہ چھےٚ۔

پژانہٕ وقتہٕ نہٕ اوس چھاپ خانہٕ۔ نہٕ اوسہٕ یور گژھنُک کانہہ سہل اِمکانہٕ۔ نہٕ اوس کأشرِ زبأنؠ ہنٛد کأشرِ پأٹھؠ کانہہ لُغت بناونہٕ آمُت۔ یُس سانہٕ زبأنؠ اکی ڈنٛجہ نقاوِہ ہے۔ نہٕ اوس اُزکی پأٹھؠ ادیبن کنہٕ جایہ جمع سپدِتھ زبأنؠ ہنٛد موازنہٕ کرنُک کانہہ مُنہٕ۔ یمیُک مجموعی نتیجہ یہ دٔراو زِ کشیرِ اندر تہٕ کشیرِ اندریکی کأشر زبان بولن والین گیہٕ پرگنہ واد لہجہ دُرِتھ۔ یوہے وجہ چھُ زِ ہیٚلِہ از سوگامِ منڈی، کشتوار تہٕ سرینگرکؠ زُوٚر اَن پرہ بسن وألی اکِس جایہ سمِتھ اکھ اکِس سیتؠ کتھ کرنہٕ لگن، یِم تراوَن اکھ اکی سنزِ بولہِ پؠٹھ اسُن۔

یہ ہیرہ پھیر دُرِتھ گژھنس چھُ بیاکھ بوٚڈ وجہ۔ یتھ کُن سانہن پرہ وینن خال خالی چھُ توجہ گومُت۔ سُہ گیہٕ سأنؠ غلامی، یوٚسہ ۱۵۸۶ء پؠٹھ شروع سپنہٕ۔ کشیرِ پؠٹھ موغلن ہندِ قبضہ پتہٕ حال حال تام چھِہ سأنؠ حاکِم "پأرِم دموغل،"

انفغان، سکھ، ڈوگرہ) رُودی ہتی۔ یمن نہ صرف کأشرِ زبأنی ہِتی کانہہ تعلق اوسُن۔
بلکہ اکھ محکوم قومچ زبان آسنہٕ سببہٕ اُسہ یِم کأشرِ زبأنی بے قدری تہٕ کران۔ یُتھ زن
سائنس تومس "احساسِ کمتری" بڑٕتھ ووہ یِہ غأرِ سبن ہِنزٕ حأکمی ہِند عقیدہ نِوہ تہٕ عامس
اہرہ بیٚہہ۔ موغلن تہٕ افغانن ہندِ وقتہ اگرچہ کینژن رسوٗخہ والین یا بھتہ سازندرن جاگیراہ
بَنیاو، تمہٕ اُسہ اَتھہٕ عطایاتس عِوضہٕ عوامس سرکارَچ وفاداری ہیٚچھناوان۔ سکھن ہندِ وقتہ
گوو عام بے لوٗج شروع (یَتھ حمید اللہ اسلام آبادی سندِ فارسی "بے لوٗج نامہ" پیترہ تہٕ
وارِیہہ ادیبو کأشرِ اضافہ کرُمُت) امہِ عہدہ اُسہ حاکم بولان پنجأبی۔ دفتری لیکھان فارسی
تہٕ عام بولان کوٗشُر۔ یہے ونُن رُوز گلاب سنگھ مہاراجہ سندِ وقتہ تہٕ۔ رنبیر سنگھ مہاراجس
گیاو خیال زِ ڈوگری زبان گژھہ دفتری زبان بنَنہٕ۔ مگر یِہ منصوبہ پیوو اَڈٕ وتی۔ صرف
گیہِ ڈوگرا وزارژ ہندِس کأشرِس اندر ڈوگرہ بسکینن ہندِ ذریعہ کینہہ ڈوگری لفظ
شُرٕ پیٚتھ۔ کشیرِ ہندی اتھ رسوٗخہ وألی رُودی ڈوگران نِشہ نوکری ژھانڈان، اَڈٕ لوٗ
ہِڑ کوٗر ڈوگری بولان تہٕ۔ یِہ حال رُود ۱۸۴۶ اِس پیٚٹھہ ۱۹۸۵ اِس تام۔ امہِ پتہٕ
رُودی ووہ یِہ حاکم تہٕ کأشرِ پرِہ وُنی اُردو تہٕ انگریزی کرنہٕ تہٕ یِہ سِلسلہ چھہ اَز تام چلان۔

کأشرِ زبأنی ہنزٕ پرٕژھ بے کسی منز اوس کینژو کأشرِ پوٗسِوا سارِوی کھوتہٕ
جادہ تعلیم یافتہ طبقہ کأشرِس بے دقری کران۔ نوکرشاہی ہندِ فیصلہ اُسہ یِم کوٗشُر بولُن
ہتک زانان تہٕ تو سے رُودی عوامچ بول چال بنِتھ آیہِ ہتاونس منز عوأمی باقی۔ مگر یمن
رُود ہِ علاقہ وارِ یُن گژھن۔ یمہِ کنہِ نیاے کأشرِس علاقہ وار لہجہ۔ یمن منز کشتوارک
کوٗشُر تہٕ وادی ہند کوٗشُر سارِوی کھوتہٕ جادہ نُمایاں چھہ۔

یمن دوٚن علاقن ہنز زبأنی ہندِس ہیر پھیرس متعلق صحیح اندازہ کرنہٕ خأطرٕ
واتہِ امہِ کشمیرک تأریخ وُچھُن۔ یِتہِ اُسہ یِہ واقعہ لبان چھہ زِ کأشرِ رُودی بہ حیثیت
قوم پنیژرہ ہن دُری یَن جادہ موغلن ہندی حملہ رُکاوُتھ بنِتھ آزادی قایم تھاوان۔

کشتوار رُود یعقوب شاہ ژکہ سندِس وقتس تام اَتھ سیاسی ہوۄرہ ہرہ نِشہ وارِہہس حدس تام بچھتھ۔ ژکن ہندِ عہدہ پتہٕ کأشرِن پننِ آزأدی بچاونہ خأطرہ پیر پانژالہِ اپارِ نوشہرہ تام فوجی چھاونی بناونہِ۔ یتہِ یمو راجوری تہ پرٛونژھ علاقس اندر کأشر زبان واتہٕ ناوٕ۔ یمکہِ آثار ازتہِ حاجی باندٕ گامہٕ پتہٕ منڈی قصبس تام موجود چھہٕ۔ مگر موغلن ہندِ ینہ پتہٕ رُودی کشتوار ہوی علاقہٕ فارسی زبأنی ہندِ اثرہ نِشہ وارِہہس کالس بچتھ۔ یتھے کنہٕ اُسی یم علاقہٕ برونہہ کالہ سنسکرت اثرہ نِشہ تہِ وارِیاہ بچیا متہٕ۔ یم علاقہٕ چھہٕ مرٛوہ پتہٕ کشتوار تامت چھکرِتھ تہ تویے رُودی یمن علاقن اندر سانہِ زبأنی ہندی کینہہ تم آثارِ قدیمہ "موجود" یمن ستان اَتھہ پوٗرہ لِسأنی تحقیقاتک مقالہ بنہِ۔ اُسی نِمو مثالہِ پأٹھی صرف کینہہ اشارہ' یم پیٚہِ ضمیمہ خأطرہ کأفی رٕچھہٕ:

(۱) کشتوارس اندر چھہٕ وُنہِ تہِ کینہہ پرأنی لفظ یم وۄنہٕ کشیرِ اندر ورتاونے چھنہ یوان۔ امہِ پوٚرٛ پرٛانہِ وقتہٕ چھہٕ یم کشیرِ منز عام اُسی متہٕ۔ مثلاً کوٗشر معشوق' یُس دراصل عربی پتہٕ فارسی تہٕ فارسی پتہٕ کأشرس اندر ووتمت چھہٕ' کشتوارِی چھہٕ اَتھہ بدل "لُلہِ بان" ونان۔ یُس وادی منز خالی کأتِس وِیوٚد چھہٕ۔ کأشرِ و چھہٕ سنسکرت "پُشپا" اُندرِہ "پوش تلیُن" مُرکب مصدر بنیومُت۔ اَتھ مرکب مصدرس بدلہٕ چھہٕ کشتوارس اندر مفرد کوٗشر مصدر "ژنُن" "چلان۔ یتھے کنہٕ چھہٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ کأشرِ مصدر' یمن ہِندی ابتدأئی مصدر بالکل بدل چھہٕ اُسی متہٕ۔ مثلاً "گُھپٹراوُن" بدل "ٹھانُن"۔ یمن دُچھت قیاس پیہ کرنہِ زِہ دراَس علاقکو پأٹھی آسن کشتوارس منز تہِ وارِیاہ وردی عہدکو پھٹہ پھیرِ اِلفاظ۔ یمن منز کوٗشر اُزِیکُ "مول"۔ "موج" وردی "مالُ"۔ "آجہ" کشتوار کہ "باجہ" (مول) مألی (موج) بنیامتہٕ چھہٕ۔ یتھے کنہٕ چھہٕ کشتوارک "بأندِوان" کأشرہ (فارسی) قیدخانہ بدل چلہٕ وُن رُودمُت۔

(۲) کشیرِ تہ کشتوارس اندر چھہٕ وارِیاہ تتھی لفظ تہِ' یم شُدی کأشرِ اُستھ تہ

چھِ اکھ اَکِس نِشہٕ بالکل الگ۔ یِہیکو نۍ از ۄُنھی زِہ دۄیو منزہ کُس لفظ چھُ گوڈٕ
سانہِ زبانۍ منز اوسمُت۔ مثلاً کوشُر "گرہیز" "کشتواڑۍ" "کھرنگ"۔ لائنز (بینش) اہر
(رِسٹِل) زیُن (ژوۄڈہ) ژوٹ (مِنج) ... رُمن (ھوم) انُو (پینگہ) گوگجر (گوگل) بیترِ۔

(۳) کشیرِ تہٕ کشتوارہ چھہ تمہ تہٕ وارِیاہ لفظ، یِم تلفُظہ کینہٕ ہیوی چھہ۔ امّا یِمن منز مفہوم چھُک الگ الگ۔ مثلاً (الف) کشیرِ منز چھُ "ہاکھ" اکھ خاص سبزی (ترکاری) کشتوارہ چھہ
مازِہ ورأی پریتھ سِنس "ہاکھ" ونان۔ (ب) کشیرِ چھہ پچھِن تِمن وُڈوِنین جانہٕ وَرِن
ونان، یِم شکار چھہ کرنہِ یوان۔ کشتوارہ چھہ پریتھ وُڈہ وُنِس جانورس پچھِن ونان۔

(ج) "شیری ہتھ" چھہ کشیرِ اندر تتھ کھینہٕ چِنس ونان یُس فاقہ پھُٹراوِہ
(خواہ سُہ لوکُٹ عید اُسِن یا بیئیہ کانہہ دۄہ) کشتوارس اندر چھہ بجر عیدِ ہندِہ دۄہہ
اکِہ سی جایہِ قوربان ماز کھینس "شیری ہتھ" ونان۔

(د) کشتوارس اندر چھہ ٹکس "ہیر" ونان۔ حالانکہ وادی منز چھہ صرف کٕرٹیٚندِس
کلہِ سی یوت "کلہٕ ہیر" ڈبل تاو کران۔

(۴) تِم لفظ تہٕ چھہ وارِیاہ، یِمن ہُند علاقہ وار مفہوم بالکُل بدلیامُت چھہ۔

(الف) کأشرِہ "سٕرِہ" بدل چھہ کشتوارس اندر "بوکُٹ" ونان۔ حالانکہ "بوکُٹ"
چھہ کشیرِ اندر صرف ہونہٕ بچہ سی یوت ونان۔

(ب) کوشُر "ماز" لفظ چھہ کشتوارس اندر "سیُن"۔ حالانکہ کشیرِ اندر چھہ پریتھ تتھ
سبزِ یہِ تام سیُن ونان، یُس بَتس سیتہ کھینہٕ ییہ۔

(ج) کوشُر "بُتھ" چھہ کشتوارۍ "شونڈ"۔ حالانکہ کشیرِ منز چھہ صرف کأنسِہ نابکارس کُن
وَننہٕ یوان زِہ "اُمس چھُنہٕ شونڈُے!"

(۵) کینژن لفظن چھہ حرفہ پھیرہ گومُت۔ مثلاً کوشُر "پشیُن" "کشتوارۍ" "پیرشُن"۔
کوشُر "پرِیڈہ وُن" "کشتوارۍ" "پرِیشہ وُن"۔ "کوشُر" "پھیار" "یڈ" تہٕ وُجی کشتوارۍ کھیال
ڈِڈ تہٕ وجی۔

(۶) عام بولچالِ اندر تہٕ چھُہ واریاہ ہیرٕ پھیر گومُت۔ مثلاً کوشُر (الف) تمہٕ کیاہ دوٚن سنٕے؟ (ب) "یہٕ چھُہ سوین" (ج) ہیوٚر تھوک تہٕ تھبس "چھہٕ کشتوارس اندر بالترتیب (الف) "تمہٕ کیاہ زبسنٕے؟" (ب) یہٕ تھِہ اسن (ج) "ہش تھوک تہٕ شوندس" بنیامتہٕ تہٕ کینژن لفظن چھہٕ اکھ اکس وٕ لٹہٕ فحش معنی تہٕ درامتہٕ۔ (۷) عام پٲٹھۍ چھہٕ مسلمانن مقابلہ کشتوارٕ ہنٛدیو ساریٕ پیٚانہٕ زبٲنۍ ہنز جان رٲچھ کرٕمٕژ ہنٛدیو چھہٕ یہٕ اٲنۍ زبان چلہٕ وٕنۍ تھاوٕمٕژ تہٕ مسلمانو چھہٕ وادی ہندٕ اثرٕ فارسی آمیز کوشُر پٲنۍ رودمُت۔ مثلاً کوشُر برُقہٕ کشتوارٕ جنڈہٕ۔ ساتھا (گیریا) خوشہ وُکن (سوئندر) شرارت (کرٕدو) نہر (دِہ) صُبحاے (تہٕ بلگے) کمبل (چھچڑ) دوست (چوٹن) اسمان (تالم) واریاہ لفظ چھہٕ کٲشرِ یو سراسر ساورٕہ متہٕ۔ مگر کشتوارٕ ہنٛدیو چھہٕ یِم وُنیو کتام رٕژھرٲوِتھ تھاوٕ متہٕ۔ مثلاً کوشُر "کورِہ ہُنز کوٗر کشتوارٕ تیوڑی۔ بسترہ (لبان) ٹوکر (ژھزل)۔ یلنگ آسنہٕ سببہٕ چھہٕ کشتوار تہٕ بھدرواہ وُنیو کتام ہماچل پردیشکس سرحدس تام کٲشرِ زبٲنۍ شدُھ تھاونس منز وارِہہ آندہ کامیاب رُودی متہٕ۔ بلکہ اگر پتہٕ دِکوٚ زِہ وادی ہندی بسکینہٕ چھنہٕ گریسہ برو نہہ پننہٕ زبان یکناوِتھ ہیٚکو متہٕ، تیتہٕ چھنہٕ آیۍ اتھ چھُہ بوڈ ہیو وجہ یہٕ زِہ کٲشری گیٖیہٕ نہٕ گریسہ ایوربسنٕے زانہہ۔ بلکہ پرٕزس کُن گژھت چھنہٕ کٲشرۍ کشیرِ نیبرٕ لیسن ویژھاعنی۔ دوٚم یُس کاٹھا ینہٕ کبوغا یلولشہ ژلتھ پنجاب وٕت پسندی شرحو ہیٚکنہٕ جادہ کالس تتہٕ پننہٕ زبان چلہٕ وِنۍ تھاوِتھ۔ خال خالی آسن کشیرِ نیبر کینہہ تِم خاندان یِمو رزاق جو ناوی اکس کٲشرس باپاری سندی پٲٹھۍ سدا اہمہ صدی پیٚٹھہٕ وُنیو ستام زٕنسکارد اتھ تہٕ پننہٕ زبان زندہ آسہٕ تھاوٕمٕژ۔ رزاق جوہ تہٕ "تھل ملہٕ پیٚٹھہٕ چھہٕ زنسکارس اندر ژٕہ گام یِدٕم تہٕ اٲمتی۔ یِم کٲشر زبٲنۍ چھہٕ بولان۔

نوٹ :- یدوے وُنۍ کینس چھہٕ کٲشر زبٲنۍ ہندوستان بولن والین ہند تعداد شتہٕ وُہن [26] تہٕ ترٛہن [30] لچھن درمیان وننہ یوان، اما پوز ۱۹۴۷ ہس اندر لیہ سہ چھلہ چھانگرٕ بچارن کٲشرین گیہ، تمہٕ نظرٕ تل تھاوِتھ چھہٕ اتھ تعدادس اندر کھسہ وس تہٕ ممکن !

# کأشرِ نثری لُکہ ادبُک خاکہ

(الف)

یہ ماننہٕ پیٚیہِ پتھ اکھاہ زِہ کُنہِ قومُک ادب چھُنہٕ اکِہ نسلُک یا اکِہ طبقُک کارنامہٕ آسان بلکہ چھُ یہِ تمہٕ پوٗرہ قومُک اکھ سرد سرمایہ۔ یُس پیرِہ پتھ پیرِہ ہُران چھُ۔ یوٗت اَسی کُنہِ قومہ کِس ادبی توارِخَس پتھ پتھ پھیرُ دِمَو، تیوٗت چھُ اسہِ اَتھ اندر اکھ خاص حصّہ بُتھِہِ یِوان یُس لیکھنہٕ روٗستے لُکو چھُ زبٲنی آسان تھوومُت۔ اَتھ حِصس اندر چھِہ امہِ قومکو خواب تہٕ خیال یکہِ وٹہٕ رَلہ ملہِ آسان۔ نثرٕ آسی تن یا نظم، اتھ اندر چھِہ پہندِہ لُسنہٕ یِنکو اشارہ۔ پہندِ ارمانن ہندی نِشانہٕ۔ تہٕ پہندِہ عام ذہنکو یہٕ تو تِھتھ کُنہٕ وُو تِھتھ آسان تھاونہٕ آمتی زِہ امہِ حصیچ شکلے چھِہ ادبہ کین باقی قسمن نِشہ الگ آسان پنے مژ۔ یتھ ستان ستان امِہ تومچِہ ابتدٲیی توارِخی ترقی یا زوالُک پتاہ تہٕ چھُ لگان تہٕ امہِ کِہ اجتماعی شعورُک خاکہ تہٕ یِوان ڈریٹھی۔ ادبہٕ کِس اَتھ حِصس چھِہ "لُکہ ادب،، ونان یُس دُنیہکین قریب قریب سارنی قومن اندر اکِہ نہ اکِہ رنگہ موجود چھُ رُودمُت۔ بلکہ چھُ یہِ حاءِتس لایق کتھ زِہ لُکہ ادبس اندر چھُ وارِہِن قومن ہُند شعور اکی نَہج پیٚومُت۔ وَتہٕ اگرچہ بیوٚن بیوٚن ٹرارنہٕ آمژہ چھِہ، اما پوٚز منزلہ چھِہ ہُوی۔ تِوے چھِہ عالمی لُکہ ادبس مُتعلق یہِ تام وَننہٕ یِوان زِہ لُکہ ادبس اندر چھُ اکھ عام انسان پنُنی پاٹھی سادِہ پٲٹھی انسانن سیتی رلان۔ تہٕ اکِہ سیٚدِہ سادِہ سماجُک فرد یِوان لبنہٕ۔ انسان چھُ تی ونان یہِ سوچان چھُ۔ تی کران یہِ عام سماج منطقی زاوِیِہ جارن سَتنہٕ

درأیی وبندان آسہ۔ توَسے چھُنہٕ یہِ ضروری زِ امہِ سیٹھاہ سادہ سماجیک وبنڈن ترٕ کانچھُن کیاہ آسہِ علمی لحاظہٕ تھدِ پایہِ یا عقلی لحاظہٕ تعریفن لایق یا تنقیدی لحاظہٕ پایدار یا نجیدہ۔ یہِ چھِ عوامی شعوٗرُک اکھ تیُتھ اجتماعی پہلو یُس پتہٕ ماحولس اندر تیُتھے سجان چھُ، یُتھ کانہہ تقوٗد تخلیقی کارنامہ تہذیبی وارثس طبقس اندر سجان چھُ۔

(ب)

یہِ گوڈٕ کتھ نظرِ تل تھاوِتھ ییٚلہِ اُسی کٲشرِ ہُند "لوک ادب" وُچھنہٕ لگان چھِ، اتھ چھِ اسہِ کینہہ خاص، فرہنگی تراپہِ لبنہٕ یوان۔ یم سیٹھاہ کال گُزرِتھ، ترٕ چھِ دوہہ کھوترٕ دوہہ نوٚئی روزہ مژٕ۔ یمن تراین منز چھُ "باطنیت" اکھ بُنیادی تراپہ۔ یہٕ موجب سوٗلہ کلکہ شعوٗرُ چھُ ظاہرہ کھوترٕ باطنس مُتہ مُتہ گومُت۔ امہِ تراپہِ ہندی نشانہٕ چھِ تمہِ وقتہٕ پیٚٹھہٕ موجوٗد رُودی مِتی ییٚلہِ نہٕ سوان کانہہ تاریخ لیکھنہٕ اوس آمُت۔ مثالے نموٗ اُسی اکھ ندر نُن قصہٕ یُس نفس مارنچ اکھ تھدِ پایچ تمثیل چھُ۔ یہِ رُوز ہندو عہدہٕ، بودھ عہدہٕ تہٕ اسلامی عہدہ گامہ منزِ پیرہٕ پتہٕ پیرہٕ چلہ وُنی ——— ممکن چھُ زِ امیک تذکرہ نا آسہِ ہے گونادہ سندہ دُلیلہ کتابہِ (برہت کتھا یہ) منز ترٕ آمُت۔ تمہِ پتہٕ رُود سنسکرت زبٲنہِ ہندس چلے جادس اندر تہٕ ۔ تم دلیلہٕ جادسے بوزہ۔ تہٕ کیا زِ اکھ اوس، تتھ فلسفس سیتی سیٹھاہ واٹھ گان یُس، کٲشرِ امہِ عہدہ پاٹھہٕ کوٚر۔ اوہ کنہ چھُنہٕ یہِ قیاس تہٕ ناممکن زِ اسلام کٲشرِ واتنہٕ برونہہ ما آسہِ ہے ساٚنی کانہہ سنسکرت شاعرن یا نثر نویسن تہٕ اکھ قصس فنی شکل دِژمژٕ.....

اسلامی عہدس اندر آو اکھ قصس کاشُر رُوپ دِنہٕ۔ گوڈٕ لیوکھ یہِ قصہٕ بہادر گنہ ین¹۔ پتہٕ کوٚر یہِ قصہٕ پرکاش بٹ کوریگامی کاشرین شارن اندر پیش۔ اُتھی وقتس نکھہ نکھہ کوٚر ... ... ...

---

¹ وُنی یہِ وادان ژھانڈتھ لوٚب میٚہ امیُک صرف اکھ راوی ——— شاہ گنڈُک محمد کھار تہٕ یہِ چھپیوٚ وُمیٚہ ۱۹۴۲ء ہس اندر "کامہ منزِ پھیری پھیری" ناوی کتابہِ منز۔

یہِ قصہٕ رمضان بٹن ستن "لیجن" اندر نظم ۔ تس پتہٕ صمد میرن، احد زرگرن تہٕ شمس فقیرن کھارن ۔ تِہنزِ فلسفہ پیٹھ تصوفس تام یِم یِم رُوحانی ترایہ کاشرِ شعورن رچہ تِمو تِمو مطابق آسے امہ قِصہ کِہِو کِردارن هِندی تصورات تہٕ سیٹھاہ ۔ بلکہ اگر یِہنزِس کُن گژھو بہادر گنیئہ وقتہ پیٹھ اُتہِ کِس وقتس تام آیہ اَتھ قِصس تصوفہ منزِ کڈان کڈان نہ صرف فنی بلکہ معنوی ہیر پھیر تہٕ کرنہ ۔ مگر پریتھ وِزہ آیہ امچ "باطنیت" قائم تھاونہ ۔

امی ترایہِ ہندِ اثرہ ژاو سائنس لوکہ ادبس اندر گرا دیومالائی عنصر تہٕ گرا فلسفہ ۔ گرا جود تہٕ گرا وہم پرستی ۔ یِمو اندو کِردار ژھانڈان بنیاد ساتہ لوک ادبک وارِیاہ حصہ "فوق الطبعی" اگر اکس دلیلہِ منز چھہ اکھ کِردار سارِسی وُمرِ جوان روزان تہٕ بییس دلیلہِ اندر چھہ اکھ بڈاہ سارِسی وُمرِ عزرائیلہ سٕنزہ حقیقہ نشہ بچان ۔ اکس دلیلہِ اندر چھہ اکھ کِردار مرِتھ مرِتھ زندہ سپدان تہٕ بییس اندر یا تہٕ عاصس کُٹہ تھ وُڈان مت کانِسہ دیوہ سٕنزی ٹوپی کلس تھاوِتھ مجلِس منز رُوزِتھ تہٕ نہ کانسہ ڈرینٹھ یوان ۔ یِتھپن "مابعد الطبیعاتی" عنوانن چھہ سائنس اجتماعی لاشعورس سیتی وارِیاہ واٹھ ۔ تہٕ کیازِ یِم چھہ اجتماعی لاشعورکی آرزو، یِم اجتماعی خواب بنِتھ پیرہ بیتھ پیرہ رچہ حیلہ وِنی رُودی متی ۔ لوک ادبس اندر یِم اجتماعی خواب چھہ متن منز رچھ کینہہ خواب تِتھی تہٕ آسان، یِمن الگ الگ طبقن اندر پننہ آیہ گژھان چھہ تعبیر یوان کرنہ ۔ یِہوے وجہ چھہ زِ اگر کُنہ لوک دلیلہِ منز اکھ ان پرہ قُدرتی منظرن اندر اکھ زِندہ رُوح چھہ تسلیم کران ۔ تہٕ اتھی ذہنی کیفیتی چھہ اکھ پُری وُن فلسفہ بنائِتھ پیش ہیکان کرِتھ ۔ لوک ادبس اندر چھہ یِتھی زِہ معنے تھاون والی "خواب" جادہ تِتھی تھوس اندر آسان ۔ یِس باطن پسند (Introvert) آسہ ۔ تہٕ کاشرِ چھہ بحیثیتِ قوم "باطنیت پسند" رُودی متی ۔ چنانچہ توے چھہ اَسی وُچھان زِ اسلامی عہدس تام یِتیہ کُنہ کانہہ لوڈ ناگا (مثلاً نیلہ ناگ، شیشرم ناگ، کوسر ناگ) یا کانہہ جان سرا (مثلاً وولر، مانسبل، تارسر، مارسر) یا کھٹ بالا (مثلاً ہرمکھ، مہادیو یا بھدر واہک کیلاش

پربت) یا کانہہ عجیب وُڈرا (مثلاً تختِ سلیمان، ہاری پربت، دامودر وُڈر بیترٕ) چھِ۔ تتھ
تتھ سینتی چھِ نیو پرانیو اکھ نتہٕ بیاکھ قصہٕ لاگتھ تھوٚومُت۔ یِمہِ خاطرٕ پرانہٕ وقتہٕ سیٚتی یوت
کانٛہہ اوس نہٕ ہندو دھرمن یا بودھ مذہبن اوس اتھ قصس بطورِ تمثیل اجازت دِیتمُت۔
خاص کرِتھ رُوز یہِ تمثیل اکھ علامت ( Symbol ) تہٕ خاص کرِتھ اکھ شاعرانہٕ یا
فلسفیانہٕ مِثال۔ یِمِن تصوراتن رُودی کشیرِ ہندی قدرتی مناظر حوصلہ بڑاوان۔ یُتام وازِہ
وارہٕ ژاو سائنس لوک ادبس اندر وحدت الوجودُک عقیدہ، یُس آریائی ذِہنُک مرکز
یِوان چھُ ماننہٕ۔ تہٕ یِم سائنس نثری لوک ادبس اندر واریاہ وِہی کرِی۔
مِثالے نِمو اُسی قصہٕ "ناگہ رایے تہٕ ہی مال"۔ اتھ قصس اندر چھُ تمثیلہٕ پاٹھی یہِ وَننہٕ
آمُت زِ ناگن تہٕ آرین لُجِ سَنگ پَژِے سپدنہٕ۔ یہِ اُس تمہِ زمانہٕ اکھ تأریخی ضرورت۔
امہٕ پتہٕ وَننہٕ اوس امہِ قومی مِلہٕ ژارک تہٕ نیرہٕ نَے۔ یِیٚلہِ یِمن دۄن قومن "ذات" نہٕ
سَمخس پیٹھ سیاسی مقصدی دِراونہٕ، یِمہِ خاطرٕ یہِ رومان تیار اوس کرنہٕ آمُت۔
اتھ دلیلِ اندر یِم کردار چھِ، تِم چھِ اکِ اَندٕ تمہِ زمانُک ہندو تخیُل تہٕ ہندو رسم و رواج
ہاوان تہٕ بیاکہ طرفہٕ اتھ دلیلِ تتھ اندس تام واتہٕ ناوان۔ یِمیُک عقیدہ صرف اَکِس ہینٛدِس
گوٚژھہ آسُن نہٕ زِ سارِنِی کاشرِین۔ اما پوٚز یہِ کتھ چھےٚ ژیتَس تھاوٕنۍ لایق زِ
لوک ادب چھُ اکھ قومی سرمایہ آسان، یتھ اندر مذہبی اختلافن پیٹھ نہٕ صرف یی زِ
موٚثر کری چھنہٕ پادٕ گژھان بلکہ چھُ سوری قوم اتھ اکھ سرُوٚد تہٕ ذاتی کارنامہٕ زانتھ
زِندٕ تھاوان۔
امہِ علاوٕ یاد تھاوٕنۍ لایق کتھ چھےٚ زِ لوک چھِنہٕ عقلِ ہنٛزٕ ترکرٕ کِنہٕ قصک پلاٹ تولان۔
بلکہ اکِ لاشعوری یا وجدانی کیفیژ ہندی پاٹھی برونٛہہ کُن پکناوان۔ خواہ تمہِ کیفیژ ہنٛدٕ
شوقہٕ پیٚتن کانٛہہ کردارس تل پاتال وسُن یا آسمانہٕ کِن بسکینن مدد منگُن۔ یوٚزِ ل
وائلس گژھِ حر کِنہٕ رنگہٕ "ذہنی آسودگی" حاصل سپدٕنۍ۔ اتھ سِلسلس اندر چھےٚ یہِ پزٕ پتھ

کأنِہ خبر زِہ دُنیہہ کیو سارِہ وِۍ علِمو منزہ چھُ مذہبی یوت " ذہنی آسودگی " ژھاندنس کن جادہ توجہُ دِوان۔ توَے چھہ سانین پرانین (بلکہ اَزۍ کین دارِہن کأشرِ ین ترِ) نِلہ مت پرانہ کیو علاماتی قصّو سِیتۍ سُے وجدانی سُرور آمُت، یُس اَکِس سائینس زانن واٲلِس عقلِہ ہُندِہ زورِہ کانہہ نوو ایجاداہ کرنہ وِزِہ محسوس چھُ سپدان۔

(ج)

پندٲہمِہ صدی منز ییٚلہِ کشیرِ اسلام ووت، سائنس لوک ادبس پیو ایرانی ادبُک سوٚن اثر۔ یمِہ موجُب وارِیہو اَندو امیُک رنگ رچ بدلیاو۔ اوٚت تام اگر مثالی عشقہ خاطرہ گیوٚن واٲلی یا دلیلہِ گرٛی ہی مال ترِ ناگرِ راے یا لولِہ ترِ بوٚمبُر ورتاوان آسی۔ وونۍ آیے لیلیٰ مجنون، شیرین فرہاد، زوٗن اتبار، یوٗہ ترِ یڑیوہ، ہِیمِرِ ترِ ینبر زل۔ مقامی کِردارَو منزہ ہُریاو وارِیاہ کال گژھت صرف حبہ خاتوٗنِہ ہُند رومان۔ یُس حال حال تام گامن اندر اکھ مُستقل سیاسی ژینہ وُنی دِوان رُود زِہ موغلو کیتھہ کنہٕ کوٚر کشیرِ قبضہ تہٕ بنوٗد سون مُلک غلام۔ موغلن پتہ پٹھانن، سِکھن تہٕ ڈوگرن نِشہ غُلامی ژألی ژألی رُود عام کأشرِ ین ہُند ذِہن وِلہِ وِلہِ تصوّراتی دُنیا بناوان۔ یتھ اندر آرزو آسی جادہ ترِ ارادہ کم۔ قیاس چھُ زِہ اَتھی دورس اندر گیہِ سائنس لوک ادبس اندر نیکے خان " ہشہ دلیلہِ ترِ پاڈہ۔ یمن بوزان بوزان کأشرِ بے سِلاح گامی یہِ آرزو کران رُودی ہتو چھہ زہ شہ ترِ آسیا کانہہ وقتاہ ییٚلہِ جنگی سامانہ رنٛدِستی کأشرِ قوم تازہٕ بیٚ کان کرِتھ پادشاہی لبہ۔

یتھین اڈہ پھُٹین آرزووَن کوٚر فارسی فرأرۍ اَدبن زٲیل پلمع۔ یتھ تل لوک ادبُک " جناتی " عنصر دوہہ کھوتہ دوہہ نوان گوو۔ چنانچہ از ترِ چھُ سائنس لوک ادبس اندر پیٚری پیٚری یوان ہاونہ زِہ وَنَن منز چھہ پری یہ " وُجارن منز " دیو "۔ سہلأبی جایِن نِشہ " مُشران "۔ " شِشِہ ماَدانن اندر " بھرم راہ چوک۔ " ژھوٗٹن پینہ " ژھوٚڈ چھہ "

بالن پیٹھ" وِہاتھ۔" رُدِہ راٗژن منز" دلفہٕ۔" المختصر گرد۔ مُنزی یِنٕی تہٕ گرد ییٚڑی تصرف دارٕ* یِمہٕ منزہ کانہہ نتہٕ کانہہ چھہٕ گامہٕ دُلیلن اندر ہیم بڑٲ وِتھ یِنٕ بیٚنٕ پارٹ کران فارسی ادبن بدلیاوی ساٗنی کینہہ کِردار تہٕ۔ اگر اوٚت تام سائنس لوک ادبس اندر ہیلی کاپٹرہ ہنز کوم" وُڑھہ پٕژنگ" دِوان اوس۔ دوہٕنی یِیہٕ تمہٕ ہنز جاے" آگر پچھیٚنہٕ" یِروہہ اُسی صعوٕرہ بیوٗر تہٕ بوٗدہ بیوٗر شُبنٕ رہتن رُوشتھ تمی وِزہ صلاح کرِتھ کتھ کران ییٚمہٕ وِزِہ کاٗنہہ مسافرس وَتھ اُس آسان ہاوِنی۔ دوہٕنی آسے خوشکی پیٹھ حضرت خضر تہٕ سمندرہٕ منزی حضرت الیاس وَتہٕ ہاوِکی تھاوِنہٕ۔ اما پوٚز کِردارن ہنز یِہ تبدیلی وُچھِت تہٕ پیٚیہٕ اسہِ مانُن زِ ساٗنی یِہ اٗنی کینہہ" مابعد الطبیعاتی" کِردار رُودی ینہٕ نےٚ ڈلیٚجہٕ' یِمہٕ اُندرہ" موج دِیوتھ" ساروی کھوتہٕ جادِہ اہم اداکار رُوز۔ چیٚال چھہٕ حبہ خاتونہٕ ہنزن ستن لیجن اندر چھہٕ قریباً ساری" فوق البشری" کامہٕ موج دِیوتی کران۔ حدچھہٕ یوٚتتھ وانان زِ از تہٕ چھنہٕ گامن ہندی دلیلہٕ گرٕی یِہ مانِنس تیار زِ یوسف شاہ ژکن کیاہ چھہٕ حبہ خاتونہٕ سیٚتی نیتھر کوٚرمُت۔ تہٕ کیا زِ تم چھہٕ پوٗرہ عقیدہ سان ونان زِ یِم دوہٕ زِ دوے اُسی باٗی بایہٕ۔ یِمہٕ موج دِیوژ اوس دوٗرِ چوٗمت۔ لہٰذا واتہٕ ہے نہٕ یِمن دوٚن پانہٕ واٗنی نیتھر کرُن۔ دوہٕنی اگر یِمن اُسی پُژھو زِ تیٚلہِ کیاہ ونو اُسی یِہندس رومانس۔ تتھ چھہٕ دلیلہ گرٕی کُنےٚ جواب ونان زِ یِہند عشق اوس" پاک عشق۔" یِتھ اندر رُون آشینو بنہٕ نگ سوالی چھنہٕ پاٗدہٕ گژھان۔ یِہندہ یِتھی عقیدہ تلہٕ چھہٕ فکرہ تران زِ کُلہٕ ادبس تہٕ تاٗریخس یِیٚلہِ پانہٕ واٗنی ٹکر دوہتھ عام لُوک چھنہٕ تاریخک تیوٗت پرواکران۔ بلکہ تتھی تھپ کران یِہ یِمن نِشہٕ روایت واتہٕ تاوِہ۔

حبہ خاتونہٕ ہندِہ ذاتہٕ سیٚتی اگرچہ کشیرِ ہنزہ موسیقی سیٚتی ایرانی موسیقی رَلے یِہ ہیٚمیک اثر سائنس منظوم لکِہ ادبس پیٹھ تہٕ پیوو۔ اما پوٚز حبہ خاتونہٕ بیتہٕ یِمو شخصن حبہ خاتونہٕ ہنزہ" ستہٕ لیجہٕ" بناوِہ۔ تمی کوٚر اکھ تازہ تجربہ، یُس کاٗشرین سیٹھاہ وَیہِ دُن گوو۔

* تصوف: وجود - حلول - پیرزادہ - فنا تہٕ بقا - صوفی ودی کران۔

امہِ دلیلہِ پیٹھ گیہِ نیچھن داستانن اندر نثرس سیتی باتھ انیٚنہٕ تہٕ شروع۔ چنانچہ حبہ خاتونہٕ
ہندِس تمونس پیٹھ آیہِ دارٕ یاہ مقامی دلیلہٕ بناونہٕ، یمن منز زُردا مال، جہاگر، تاکوراز دٲئی،
پنچ تل بہار یا پنچ تل مہتاب ہِشہ دلیلہٕ ین۔ یمہ ساٹھہ داستان گوٚیی ہندِ جانِ چیز ین مانہٕ۔
یمن سیٚتی سیتی اُتی ساٹھو دلیلہ گرہٕو دویمہ زبانن ہندو قصہ تہٕ اُتھی ماڈس پیٹھ۔ چنانچہ
زہرا خاتون، شاہ سیار، اللہ داد، لیلیٰ مجنون تہٕ شیخ صنعان دلیلن اندر تہٕ چھہ اکی وقتہ نثر
تہٕ نظم رٔلتھ ملتھ دلیلہ اندس تام واتہٕ ناوان۔ اتھ روایژ دُلہٕ آیہ کینہہ دویمہ منظوم مثنویہ
سراسر کاشرس نثرس منز تارنہٕ (مثلاً قصہ گُلِ صنوبر بیترٕ) یمن اصلس سیتی صرف "پلاٹ"
یوتے سرٕ رُود۔ باقی لوازم بدلیہ یہِ پانے۔

لکہ ادبس اندر داستانن ہُند غیر کشمیری ذخیرہ چھُ وارٕیاہ اَندو تھ ذخیرس سیتی
سمانیس حاتم تلہ دٲئی ہسندہِ دماغ اَندرہ چھُ دراٗمت۔ اگرچہ فارسی زبانی ہندس اثرس
تل زبان، بیان تہٕ اندازِ تخیُّل تمہ ادبہ نِشہ الگ چھُ یُس پنداَ ہمہ صدی یُس دٕنہیم اوس۔
امایوٚز یتھ ہن چھ پوز زِہ کاشرن تہٕ پرٲین کردارن منز رُودی کینہہ کردار سرٕ جمہ یمن منز تھدِہ
طبقہ اَندرہ پادشاہ، پادشاہ بایہ، شہزادہ، وزیر، وزیر زادہ تہٕ وزیر بایہ۔ درمیانہ طبقہ
اَندرہ خوجہ، سوداگر تہٕ ملہٕ۔ وٕستھ طبقہ اَندرہ مارہ واتُل، ژرنگ تہٕ کھوٚر۔ تہٕ غائبی دُنیہہ
اَندرہ رانٹس، ڈاٗن، یچھ، موکل اکثر قصن ہندی بُنیادی اداکار رُودی مِتہ چھ ... ...

قصو ودیکھ چھ گامن منز ادبی تفریحہ کرِ خاطرہ ٹُک، تہٕ (نثری) شروٗکی یمن اندر بوزن
وٲلی سندِس دماغس اکہ قسمُک امتحان چھُ یوان کرنہٕ۔ مگر تفریحی حصہ منزہ چھ پرٕیتھی یوت
انعام ـــــ کانہہ گاماہ ـــــ آمُت تھاونہٕ۔ اگر کانہہ پرٕ یژھ تراون ودل بوزن وٲلِس
گامہ بیتھ گامہ محروم کرِتھ چھاگرس ساری کشیر پانس کنُ وڈہٕ۔ یہ مزاحیہ سلسلہ چھُ بوزن وٲلِس
جبراً مانٕی راوان زِہ یہ دُنیاہ چھُ محض کاوہ یئنہِ ودل۔ شوداُ ایتہِ پیٹھ ہور تام تہٕ پتو لاگن ہنہٕ
کُنہٕ چیزس پائیداری تہٕ کائنہ انسانس۔ چناں چہ سانٮس لوکہ ادبس اندر وارٕیاہ اندہ یہے

قنوطیت پٲدٕ ان۔ یِمہٕ موجب ییٚتہٕ کِس عوامس اکھ مُعیّن منزل کھرٕ کرنہٕ وِزِ ذہن کاہ وۄتر چھہٕ گژھان۔

تفریحی نثرس اندر چھہٕ اسہٕ ٹھٹھہٕ بکرٕ ہُند تہٕ اکھ وسیع ذخیرٕ زِ لٕو وپیٹھو چلہ وُن رُود۔ ییٚتھ مزاح تہٕ فحش کلامی زٕلہٕ بِلہ یکنا ونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ مگر مزاح ییٚلہِ حدٕ نیرِ، سُہ چھہٕ فحش کلامہ بنان۔ چنانچہ یہے وَنن گیہٕ سانین بھانڈٕ پاتھرن۔ ہتہٕ واد ؤری برونہہ اوس سون بھانڈٕ پاتھر اُزی کرِ نِشہٕ وازیاہ معیاری۔ اما پوز غلامی تہٕ عام جہالتہٕ سببہٕ یِم سانی تاریخی پاتھر تام اُسی (مثلاً دَرزٕ پاتھر) تمن رُود پاتھرُک کرنٕی یوت۔ باقی سارِی لوازِم کھیٚینہٕ مسخری۔ یہِ چھےٚ سانِس لوک ادبس اندر اکھ بوٚڈ ہیو غایلہ، یِمہٕ نِشہٕ اُسی چھہٕ یہِ ہیچھان زِ ییٚلہِ غلامی ہندِ سببہٕ ادبہٕ کِس کُنہٕ حصس بے ربطی حدٕ برونہہ گژھہٕ، اتہٕ چھنہٕ صرف شکلی پاتر راوان بلکہ چھہٕ یہِ ژٕہان ژٕہان پانے گلان۔ یلنے یوتے تہٕ بلکہ پانس سیتی بیٚین ادبی صنفن تہٕ بتھ نہان۔ بھانڈٕ پاتھرس ییٚتھے زوال لوگ ییٚنہٕ، تِتھے بیاو گامن اندر "لڑی شاہ" مگر امہٕ صِنفکو ماہر رُودی اوٚنگجن پیٹھ گنزراوِنی سوٚنبے۔

اٚمِس پیٹھ گژھہٕ اسہٕ نثری لوک ادبس اندر گوڈٕ "لوک" لفظس کُن تہٕ وُچھُن۔ لوک چھہٕ شہرن تہٕ گامن منز آسان۔ مگر لکہٕ ادبُک لوک گیہٕ سماجکہ تِم افراد، یِم روایت پرست تہٕ قدامت پسند آسنہٕ موجب پرٛانین ادبی چیزن کتابہٕ بجایہٕ پننہٕ یاد وِتہٕ سیتی زِندٕ تھاوَن۔ گامی چھہٕ کینژَو سماجی حالاتَو موجب فِطری روایت پرست تہٕ قدامت پسند رُودی متہٕ تہٕ شہری پٔربتھ سیاسی یا سماجی ہیر پھیرِ پتہٕ نال پھرن واٚلی۔ یِمیُک نتیجہ عام پاٹھی ادبس پیٹھ تہٕ چھہٕ پیوان۔ زبان، خیالات تہٕ انداز بدلنس سیتی چھنہٕ شہری کُنہٕ تہذیبی حملس رُکاوٕٹ ہیکان۔ توے چھہٕ شہرو مقابلہٕ گامن اندر لوک ادبچ "قدامت" چلہ وِنی روزمرہ۔ یِمن ہُند بوڈ ہیو ذخیرٕ سانین محاورن، ضرب الامثلن تہٕ کہاوژن منز موجود چھہٕ۔ یِم زندگی ہندین ہتہٕ واد تجربن ہنز عکاسی چھہٕ کران۔ یِمو منزٕ صرف کہاوژن پیٹھ[۱۷] پیٹھی

مُطالعہ کرِتھ سر جارج گریرسن ہیوٗ مُحقّق چھُ لیکھان زِ "دُنیہس اندر آسن کمی تِم مُلک یِہنزِ زبانن اندر یِیژرٕ گاٹہٕ جارچ کہاوُژ آسن، یِیژرٕ کاشرِ زبانِ منز چھےٚ۔"
یِمن علاوہ ادبی صنعتن ہِنٛدِ یُس ذخیرہ سانِین پُربزرٕن، تِمن تہٕ تلمیحن اندر چھُ، تمِکو دراُچھو تہٕ پلالہٕ کرن والِس تہٕ یِدوَے گامی بٲیی چھےٚ رُوددی مێتھ۔ اماپوز زبانِ ہِندِ فصاحتہٕ خاطرہ چھےٚ یِم چیز پُربھ کوٗشر بولن والِس سِندی میراثی جاداد۔ فرق چھُ صرف وَرتاوچ۔ اکھ چھُ یِمن زبانِ زبانِ ورتاوان تہٕ برٛان تہٕ بیاکھ چھُ یِمن زبانِ پوچھر دِنک ذٔریعہ نٲمِتھ تمِ آیہِ دِیُورِ تلان زِ تُسند (نہٕ صرف نثر بلکہ شعری) کلامہ تہٕ چھُ فن کاری ہُنٛد نموٗنہ بنِتھ وَرتاون والِس ہمیشہ زِندہ تھاوان۔

---

راج کوٗر سکندرن تاجدارن — تمی کٕنِھ مال نیوٗ رٲتِم سیتی
دِل دِتھ ژھوٗنڈِ دِہ نیلہٕ مزارن — اسہِ برٛونٹھ اسہِ ہی گامتِ کیتی

● (نُندہ رِیشی علیہ الرحمہ)

# کأشرِ زبأنۍ ہِندی کینہہ تلمیح

ازتام اگرچہ کأشرِ زبأنۍ ہِنزن ادبی صنعتن متعلق کینہہ کتابہ لیکھنہٕ تہٕ چھہٕ آمژٕ —
مثلاً (۱) نوولز صٲبنٕ "کأشرِ کہاوژ" (Kashmiri Sayings) (۲) پنڈت آنند
کولنز تہٕ مرحوم نور محمدنۍ "کأشرۍ محاورٕ" تہٕ (۳) شری سُدرشن کاشکأری سٕنز "ظرافتِ کشیر"
(The Wit of Kashmir) اما پوز یمن اندر چھنہٕ سہٕ ژأر کرنہٕ آمژٕ، یتھ اَسی
"تحقیقاتی" ژأر وَنہٕ ہیو۔ محاورن، ضرب المثلن، کہاوژن تہٕ تلمیحن چھہٕ یکہٕ وَٹہٕ سہٕ کھینژر
کرنہٕ آمژٕ، یتھ وُچھت حأرانی چھہٕ سپدان زِ یِم "ادبی اقوال" جمع کرنہٕ پتہٕ کونہٕ چھہٕ
جمع کرن والین یاد دُودمُت زِ یِہندِس موادس گژھہ موضوع یتھ موضوع سشیرٕ ژأر تہٕ
کرنہٕ یِنہٕ۔ امہٕ اَوگرٕ تھوٚگرِ علاوہ چھہٕ نوولز صٲبنٕ تہٕ کاشکأری صأبنٕ کتابہٕ انگریزی پأٹھۍ
لیکھنہٕ آمژٕ، یمہٕ موجب ہتہٕ منزہ کم از کم نہٕ توٚ اَن پہٕ کأشرِ یمن ہُند ناد تام پوزمت،
آبہٕ ہٕ۔ پٕہٕ مُتّبو دِہو۔ فیصدی کأشرِ لو اَندرہٕ گژھ ... وُنیو تام اَکس تہٕ یہٕ کارٕ اگرچہ
انگریزی زبأنۍ ہِندِ خأطرٕ اتہٕ ساتہٕ زبأنۍ ہِندی کینہہ چیز کٔشیرہ ٹیٖرٕ تہٕ وأتو ... پوز پانہٕ
کأشرِ رُودو یمٕ نشہٕ تہٕ بےخبر۔ وٕنۍ وأتو ساتہٕ زبأنۍ ہِندی ضرورت یوٚت تام زِ
وِہنۍ وسٕن تہٕ ژانن والین بدو ... کنہٕ تم کتابہٕ ... یمن لیکھ ... ... صرف موضوع
کومۍ آبہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ اَز چھہٕ ساری پنجن زبانن ہٕنز ... دکرہ صنعتن الگ الگ لغت
بناونہٕ آمتۍ تہٕ ساتہٕ زبأنۍ اندر تہٕ چھہٕ تیوٚت وسہٕ چار زِ اگر کہٕ پیٚٹھ کرنہٕ تہٕ ...

"صنائع" تہٕ "بدائع" ہیٚکن اکہِ بڈٕ لُغتہٕ خاطرٕ مواد مُہیّا کٔرِتھ۔ اَتھ لُغتَس کیاہ ترتیب یا شکل روزِ تہٕ گیٚہ بٔرو نہٕ کُن لُغت بناوَن والین ہنٛز کوم۔ وٕنی کینٛس نمو اُسہِ یمو منعتو منٛز سارِو ٕی کھوتہٕ کم وو ، بہٕ چھا و ٲجینٛز صنعت "تلمیح"۔ یمہِ اَندرٕ کھاہ منٛزہِ اَکس موہ چھِ اکھ مقالہٕ ہیٚکہِ بٔنتھ۔

---

"تلمیح" چھُ عربی لفظ، یُمیک لُغوی معنی چھُ تُلہٕ تارِہ وُچھُن۔ مگر علمِ بیانس اندر چھُ امیک اصطلاحی معنی لُغوی معنی کھوتہٕ جادٕہ چلہٕ دُن رُوٗدمُت۔ یُسہِ کُنہٕ گزرے میٚتس قصس کُن ژھوٚٹ اِشارٕ کرِتھ کُنتھ فکرٕ تارنہٕ یِیہِ، اَتھ اِشارتی طرزِ اظہارس چھِ تلمیح ونان۔ یہ طرزِ اظہار چھُ درج گامتہٕ تٲریخہٕ برونہٕ عام کلامس منٛز تأریخچ کوم دِوان رُوٗدمُت۔ یُلہِ اگر کتھ وارٕ سنو تلمیح چھُ انسانہٕ سندِس کلامس اندر تمہٕ زمانہٕ ووتمُت یُلہِ نہٕ وُنہٕ حرف تام اُسہِ انسانن دریافت کٔرِی متِھ۔ مگر انسانی تہذیب، خاص کر زبان بدلان بدلان چھِ واریاہ تلمیح تہٕ زائد المیعاد گژھان تہٕ راوان۔ یم یم تلمیح ژھرِ ژھرٕ ژھرٹ دِوان کُنہٕ زبانہِ اندر رُوزِتھ چھِ گژھان، تمن متعلق یہ خیال کرُن چھُ غلط زِ تم کیاہ آسن تِتھو معنیس منٛز "تاریخی" یمیُک اندٕ بوٚر صحیح پأٹھو کھرٕ کرنہٕ یِیہِ۔ تم چھِ صرف یتھ حدس تام "تاریخی" زِ امہِ زبانہِ ہندین بولن والیو منٛزٕ چھِ کانٛسہِ انسانن کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ زمانہٕ یم تلمیح سٔری متِھ آسان تہٕ بس۔

زبانہِ اندر چھُ سٕے یوت قصہٕ تلمیحس اندر ژٕومراونہٕ آمت آسان یُس لُوکن ہندس ذِہنس پوٗرٕ پأٹھو سنیامُت آسہِ تہٕ روزمرہ کلامس اندر زٕلِوہ بیٹھ کھوتمُت آسہِ۔ بامے سُہ اُسہِ تن پٕزی پأٹھی لُوکو کُنہٕ عہدہ سوٚرمُت یا تصوّرٕ پأٹھی کُنہٕ افسانہٕ اَندرٕ وُبرِتھ چلہٕ وُن رُوٗدمُت۔ تِوٕسے ہیکو اُسہِ وارِہین ادبی صنائعن تہِ یتھ حدس تام "تاریخی" وُنتھ زِ یمن اندر چھِ پَنٕنہٕ طرزٕ پرانین ہندی تجربہٕ ژٕومراونہٕ آمتِھ۔ اما پوٗز تلمیحس چھِ یہ

خصوصیت ژہ اتھ اندر چھہ سرن وآلی سُند ناو تہٕ تسُند "کارنامہ" یکہ وٹہٕ دٕلتھ پکان۔ خواہ
یہ سرن وول اُسِہ تن کانہہ تاریخی انسان یا کانہہ غیر تأریخی (مثلاً دیومالأیی) کردار۔ یہ
"کارنامہ" اُسِہ تن رُت یا چھِہ، یتھ سُہ بوٗل چالہِ ہُند اکھ جزو بنیاو، سہ چھہ امہِ زبأنی
ہندِس تاریخس اندر پلسنۍ "تاریخی" بنان۔ بامے سرن وآلی ہنز سوانح کیازِ آسہِ نہٕ بالکل
نامعلوم۔ اتھ مُقابلہ اگر کانہہ شخص عام تاریخس اندر یادشاہ تہٕ آسہِ مانہٕ آمت
تہٕ لسندِہ کرتوتُک کانہہ واقعہ پوٗز تہٕ آسہِ، مگر زبأنی اندر آسہِ نہٕ سہ واقعہ لسندِہ حوالہٕ
سان چلہ وٗن رُودمت، تتھ وَنو نہٕ تلمیح۔ زندہ زبأنی ہنز اکھ خصوصیت چھہ یہ تہٕ ژہ اتھ
اندر چھہ زمانہ یتھ زمانہ نوٕ نوٕ تلمیح وۄپدان۔ تہٕ کیازِ انسانی کارن چھہ یُتھ وِزہ کانہہ
نتہٕ کانہہ قصہ عام مُشاہدہ تیتر آسنہٕ سببہ عجیب باسان تہٕ یوہیے چھہ تلمیحس اندر ژوٗمراونہٕ
یوان۔ چنانچہ میٚنہ چھہ صرف پننہِ گامہِ کی قریباً ۱۲ تلمیح جمع کرِمتہٕ۔ یم عام سیدتھ جان
لگہ ہار ثابت سپدن۔ مثالے نمہ یہ یمو منزہ اکھ تلمیح "رسول شیرُن پوٗٹ گژھن"۔
زوٗسل شیر ناوک اوس سانہٕ گامہِ اکھ سیوٗد سادہ زمین داراہ، یُس ینہِ پوٗٹ منڈنہٕ دریاوس
پیٹھ گو و۔ مانڈِ دوان آسہِ اُمس اتھ ینہٕس دریاوس اندر ژہ تریہ گرٲیہ تراونہٕ۔ منڈن
ٹھنجہ نزدیک اوس آب برٛہ تیز پکان۔ دوٗیمہ گرٲیہ وِزِہ نیوٗ زوٗسل شیرس اتھہ اُندہ آیہ
گرٲیہ پوٗٹ۔ اُمی کرٛ یاد پوٗٹ رٹنس پیٹھ سیٹھاہ زور، اما پوٗز یہ نیوٗ آولنہٕ تیوٗت دوٗر
زہ یہ آو نہٕ اُمس اتھی۔ زوٗسل شیر آو اَتھہ ہاوان گرہ۔ اتہٕ ییلہ اُمس گرہ کیو بأزو
پرٛژھ ژہ پوٗٹ کتہٕ تھووکھ، اُمی وۄننُک۔ "سہ ژاو سورُے!" یہ چھہ یُتھ کأنسہ
خبر ژہ ژادر چھہ منڈنہٕ وِزہ مانڈِہ اژان۔ تہٕ جادہ کھوہ نہٕ جادہٕ اُڈ گز ینہٕ ہس تام والنہٕ یوان۔
مگر زوٗسل شیرن وٗن ژہ پوٗٹ گو و تیوٗت مانڈِہ وسان ژہ تتھ ژوٗد نہٕ پوٗتس ینہی باقی!
تہٕ اُتھی خیالس وٗن تمیٚ ژہ "سہ ژاو سورُے!" چناں چہ ازتہٕ ییلہ اکس کنہٕ کارس
موٗل تہٕ موژُے چھہ راوان، تس چھہ سأنس علاقس اندر وَنان ـــ "اُمس ہسہ گو و اتھ

کارس رٲوُل شیٖرِن پوٗٹ ! "

تلمیح اُسِہ کانٛہہ لوٗکٕٹس انسانہٕ سُند یا بُڈِس پادشہہ سُند۔ ییٚنہٕ مُلکُک یا وۄدِ دیشُک پیٚٹھ آمُت، اکھ واقعہ یا تٲریٖخی حقیقت، امیُک مقصد چھُ ژھوٚٹ پٲٹھۍ کُنہِ سرِ مُتعلق واقعس کُن اشارہ کرِتھ یِہ کتھ فکرِ تارٕنۍ زِ یِہ اُزیُک کانہہ خاص کار چھُ بیاکھ رنگہ پرانہٕ زمانہ کرنہٕ آمُت۔ تمہِ دوٚہہ یُس نتیجہ تتھ چھُ درامُت، سُے نتیجہ چھُ اُزِ کس اتھ کارس ترٛیٚنرن وول۔ توّے چھُ امریکہ کس مشہور مضمون نِگار آسبورن (L. Osbourne) سُنز یِہ کتھ بالکُل صحیح زِ تلمیح چھُ "تمَن پدٕن ہندی نشانہ یِمن پیٚٹھ پکان اُسہِ ییٚنہِ نیٚن پرانین ہندین خیالن، حالن، گمانن، وہمن، رسمن، رواجن تہٕ واقعن پیٚٹھ ہکو کڈِتھ۔ "

یوٗتام سانہِ زبانۍ ہندی محقق یِمن سارنٕی نِشانن ہندی پوٗرٕ پیٚتہ کڈن، تمہِ برونہہ واتہ اسہِ ییٚن ییٚنہٕ مقدورٕ موجب اَدٕ کُن کل کرِنۍ تہٕ ییٚنہِ والین محققن ہنز کام سہل بناونۍ۔ چنانچہ امی نیتہٕ چھُ لوٗنہ کُنہِ کینژن تلمیحن ہنز وضاحت کرنہٕ آمژ۔ یِمن ہیکن وُنیٚتھۍ پوٗتھۍ پٲٹھۍ ژوٚر حصن تسیدتھ :۔

(الف) وۄدِ دیشن ہندی تلمیح

(ب) کاشرِ روایژ ومنزٕ درامتۍ تلمیح

(ج) متفرق تہٕ حال حالکۍ تلمیح

(د) کاشرہ تٲریٖخکۍ تلمیح (نوٹ:۔ تلمیح ہیکہِ کاشرِ پٲٹھۍ مذکر تہٕ مونث تہِ ییٚتھ)

**(الف) وۄدِ دیشن ہندی تلمیح**

**(۱) یندرس اژُن سوز :**

اِندرا چھُ رِگ ویدُک بوڈ ہیو دیوتا۔ یُسند "نغمۂ آسمانی" گوٚڈہ ہندو فلسفس اندر تہٕ پتہٕ کاشرِس تصوفس اندر چھُ وُتمُت۔ امہِ "نغمُک" سوز چھُ اکِس خاص رُدحانی حالس اندر سالکس سرٕ گژھان۔ ییٚتہٕ تس امہِ کِہ غائبی ترنمہٕ سیتۍ سُہ وجدانی لذت چھُ

یوان، یتھ مُقابلہ دُنیہکِو ساری نغمہ بے ہنگام شور و شر ہوۍ چھ باسان۔ ساُنۍ صُوفی شاعر چھ اتھ
نغمس امو ب "سوزِ منصور" تصوّر کران۔ نتہٕ تتھ سوزس ہم نوا زانان۔ یُس سانِکۍ چھ "سُلطانِ
افکار" وظیفہ کاون وِزہ محسوس کران ؎

اَندرازہ سنے درباره نغمہ کران چھی پرستانو (احمد بٹہ واری)

(۲) نمرودنۍ دَم

حضرت عیسیٰ علیہ السلام برونہہ ۲۳۰۰ وُری اُس "اُرنمو" ناوُک اکھ پادشاہن
عراقس اندر اکِہ بجہ سلطنتُک بنیاد تراوِمُت۔ اُمی ناوس پیٹھ بنیاو امہ خاندانُک لقب
"نمو" یُس عربی زبانۍ منز واتِتھ "نمرود" بنیاو۔ یہندس قبیلس اوس "عمیلو" ناو۔ تہٕ یہند
بوڈ ہیو پوتُل اوس "تنار" "اُر" شہر اوس یہنز راز دانۍ (وُچھو سر لیا ناردٕ وولی سنز
کتاب (Abraham, London 1935)

حضرت ابراہیمؑ ینہ وقتہ یُس نمرود پادشاہ اوس، سہٕ اوس پننہ پان زِندہ تنار
مانِتھ خدایی ہُند دعویٰ کران۔ اَمِس تاز ٔیاو حضرتِ ابراہیمن فکرہ زِ زُ تہٕ چھُک اکھ
بندہٕ خدا۔ مگر نمرود آو وُلٹنہٕ۔ تمۍ دِتۍ حضرت ابراہیمس رنگہ رنگہ تکلیف۔ حضرت ابراہیم گو وگوڈٕ
فلسطین تہٕ پتہٕ عرب۔ یہندِ نیرنہٕ پتے آو عیلامی قبیلہ یلغار کرِتھ تہٕ کوٚرُن نمرود خدایی ہیتھ
تہٕ "ار" شہر ہیتھ فنا۔ اتھ قصس چھ از تام کم از کم اکِہ تأیی شتھ (۱۰۰۰) وُری گژھان۔ اوٚت
تام چھُ یہٕ تأریخی واقعہ ... ... دلیلہٕ گرِو ہری راوی اتھ واقعس واریاہ قصہٕ۔ یمو
منزہ اکھ قصہ یہ تہٕ چھُ زِ نمرود گول اکی لنگہ مہی۔ یُس نمرودہ سنزہ نستہٕ ژٕتہٕ ژٕہن دوہن
اَندری اَندری کوران رُود۔ دوٚیُم قصہ بڑاوُک یہ زِ نمرودن ووٚپ حضرت ابراہیمس زِ
اگر چھون خدا آسمانس پیٹھ تہٕ آسہ، تتہٕ تہٕ ہیکن بہٕ اکہ تیرہ سیتی والعیاذ باللہ سہٕ گالِتھ۔
چنانچہ نمرودن ووٚشے اکھ تیر آسمانس۔ یہ آو اکس گاڈہ (یوسہٕ نیلس نبس تلہٕ کنہٕ تصور
کرِو تھس سمندرس منز اُس) گاڈہ ہور پیاپہٕ تہٕ ہن ۳ دہن خون۔ یمہٕ سیتی نمرودہ سندی

بے قِل رعیّت تس بطورِ خُدا پُوزاہ لگِو کرنہٕ۔ دلیلہٕ گرِ بُو بُڈرِ وِ یہِ افسانہٕ بیّیہٕ ہن تہٕ تم چھِہ از تہٕ گاڑہ ہنزِہ کلہٕ اندرِہ اکھ اُڈج ہاوان یتھ تیرِ چھ (کاہنچی) شکل چھہٕ۔ تہٕ تہندی کنز چھہٕ یہِ سے تیرِ یُس نمرودن آسمان لوٗے۔ نمرودہ سنزِہ اُتھو خودسری تہٕ سرکشی پیٹھ بنیاو کوشہٕ تلمیح "نمرودنی دم"۔

ے کہو چھک دِوان نمرودنی پاٹھو دم یور تریہٕ ہوی میہٕ ہوی آکے کم کم

ییٔتہٕ نو شدّاد، حاتم طائے لولو۔ دَے میہٕ ژھا انجام نو بگُ نیہٕ لولو

یا

نمرودی دم دِتی کان لوین آسمانس تاے۔ رد کورسہٕ ذاتن گاڈہ خون ہور ترٛین دوہن تاے

دِل ژورہٕ نیومم دِلبرن یارِ ہی درز میانی تن تاے

(۳) زلیخایہٕ ہُند خواب

یُوسف زلیخا چھہٕ حضرت نظامی گنجوی سنز مشہور عشقیہ مثنوی۔ یتھ کاشرس اندر گوڈہ محمود گامین تہٕ پتہٕ محی الدین مسکینن قصہ بہ قصہ منظوم ترجمہ کورمُت چھہٕ۔ توراتہ کین مورّخن ہُند ونُن چھہٕ زِہ حضرت یُوسف رضؓ زاے ۱۹۰۶ قبل مسیح سنس اندر، یتھ وُنیکتام ۳۸۷۲ ؤری گیہٕ۔ یُوسف رضؓ اوس سداہیے وُہوٚر، ییٚلہٕ سُہ بیٚنہٕ بیوو ورہٕ بایو "دُوتن" جایہٕ کُریرِس اندر ژھن۔ اتہٕ کھول یہِ قافلہٕ والیو تہٕ واتہٕ نو وکھ مِصر۔ ییٔتہٕ امہِ وقتہ اپاپھس (Apaphis) ناوی بادشاہ اوس۔ اُمی سندہ باڈی گاڈُک افسر (یا بروایتِ ابن عباس شاہی خزانُک افسر) اوس" فوطیفار "ناوی اکھ شخصاہ، یسنزِہ آشنہٕ زلیخا ناو اوس۔ اُمی ہیوٚتھ حضرت یُوسف قافلہٕ والین نِشہٕ مُلہٕ۔ قریبًا ترٛین ؤرین رُود سُہ اُتھو گرس منز۔ اوّت تام چھہٕ یہِ تاریخی واقعہ۔ یہِ تہٕ چھہٕ حقیقت زِہ حضرت یُوسف رضؓ اوس خوب صُورتی منز جورہٕ روٚس۔ تہٕ اُمس پیٹھ سپز زلیخا عاشق۔ مگر یہِ رُود پاک دامن، یتھ پیٹھ اُمس اپزہٕ ہانشہٕ لاگِتھ تمِن آٹھ ؤری جیل تہٕ کڈنی۔ ییٚلہٕ حضرت یُوسف رضؓ تمہٕ ہنہٕ [۳۰]

ڈہوڑ ہیوٗ وأتھ جیلہ ڈراو، سہٕ بنیاو مالکِ مصر۔

مگر یتھ کتھہِ چھُنہٕ تأریخ تائید کران زِ حضرت یُوسفن ؑ کیاہ کوٗر فوطیفار مرتھ زلیخایہ سیتؠ نیتھر۔ فارسی ادبی روایژِ تھوو یہِ قصہٕ کأشرِس منز کرہ کرتھ زِ یوٗسف وچھنہ بروٗنہہ پیٹھے اُسی زلیخایہ یوٗسفنہٕ سندی خواب یوان۔ یوٗتام سہٕ تس گرہ ووت۔ مگر یتھہِ حضرت یوٗسف پاک دامن روزنس پیٹھ ڈٹھتھ رُود، زلیخایہ ووٚراو ہٕ خوابس سہٕ تعبیر، یہِ سہٕ کانٛچھان اُس۔ بلکہ سپدٕ تتھ ووٚلٹہٕ۔ تہٕ تمِس رُود ہِنٛز حسرت پانسی نِش۔

از تہٕ چھہٕ وار یہِن تحت الشعوری آرزوٗن ہیٚے ونٕ گژھان تہٕ سرن وأرِس چھہٕ ونہ یوان اُمس ہسہٕ گیہٕ زلیخایہ ہندی خواب

؎ ترینہٕ خوابَے گیہٕ زلیخا بیدار۔ خواب ڈِیوٹھن آو یوٗسف شہسوار

(۴) دقیانوسی قصہ

اصحابِ کہف ہندِس قصس سیتؠ یمِس بادشاہس سند تذکرہ قرآنِ کریمس منز آمت چھُہٕ، کینٛہہ مفسر چھہٕ ونان زِ اُمی سی بادشاہس چھُہٕ دقیانوس ناو اوسمت یُس ۲۴۹ء پیٹھہ ترین ورین حکمران اوس۔ مگر حال حالکہِ تحقیقاتہ مطابق چھُہٕ اصحابِ کہف ہندِ وقتُک حکمران اکھ رُومی بادشاہ اوسمت۔ یمیٚ عیسائیت فنا کرنس منز کانہہ واریہ کوٚرنہٕ۔ کأشرہ زبأنی روایژِ منز چھُہٕ دقیانوسی وقت تیوٗت پرُون زِ امہِ کھوتہ چھُہٕ خالی کانہہ واقعہ جادہ پرُون۔ حالاں کہِ اُمس بادشاہس سند عہد گژھہ ہٕ سنہ اکھ عیسوی برونہہ آسُن۔ کأشرِس روزمرس منز یتھہِ کنہٕ تتھ واقعس کُن اشارہ کرن آسہٕ یمیک گوڈ تہوٗر تاریخس اندر اَکھے یییہ تہٕ اتھ چھہٕ کأشری ونان — ہا یہِ ہسہٕ گوو دقیانوسی قصہٕ۔" یہِ تلمیح تہٕ چھےٚ فارسی زبأنی پیٹھہ کشیرہ وأژ۔

(۵) رُستمنی داب

فِردوسی سٕنٛز مشہور رزمیہ شہنامُک "ہیرو" چھُ رُستم۔ یُس ۱۱۱۳ ؤری ین ایرانی فوجہ کہ کمانڈر انچیف سٕندِ عہدُک علامتی ناو چھُ رُودمُت۔ اُمی سُند اہرہ اوس ایرانہ اَندی پکُی تیوٗت جادہ زِہ واریاہ لوکہٕ لوکٕچ کٕڑ راجہ اُسی محض رُستمنہِ بہادُری ہنزِ دلیلہِ بُوزِتھی ایرانس کُنہ باج بران۔ یتھہ کنہ اُسی لڑٕنہ بجایہ رُستمنہِ رُعبہ دابہ سیٖتی ایرانکہِ حکمران پننُ مقبوضہ علاقہ بڑرا وان۔ یتھہ پیٹھہ یہ تلمیح کاشرِس ادبس اندر واتٕژ۔

وہاب حاجنین چھُ فِردوسی سٕندِس اتھ افسانوی جنگ نامس ۱۹۴۸، ۲۳ شارن اندر ترجمہ کوٚرمُت یُس اڈگرہِ تھوٚگرہِ تہٕ غلط ژٕرٕ واتِہ پترٕ دہن جلدن اندر چھپاونہٕ آمُت چھُ۔

(۶) کھاوسہ افراسیابی وٕنِہ

اوستایی زبانہِ منز چھہ اَمِس فرنگ رسین ونان تہٕ فردوسی چھُس افراسیاب ونان۔ یہ چھُ تورانُک ہیبت ناک سپہ سالار۔ "شہنامس" اندریم درجنہ واد جنگ بیان کرنہ آمتہِ چھہِ، تمہِ منزہ چھُ اہم ترین جنگ افراسیابُن تہٕ شاہِ ایران کیخسروُن جنگ۔ یتھہ بیان کران کران فردوسین پننہِ رزم نگاری ہنز کھدہِ کھوتہٕ تھزٕ مثال چھہ کرمژ پیش۔ افراسیابنہ زیٚوہِ یُس جنگی پروپاگنڈا ہاونہٕ آمُت چھُ، تتھ وُچھیت چھُ برن واَمِس گمان گژھان زِہ تورانی فوج ہیکہِ نہٕ زانہہ تہٕ شکس کھیتھ۔ اما یوٚنہ اِمہ کھیکنہ باوجود چھُ تورانی فوجس زبردست شکس لگان۔ اتھ زِیٹھس قصس چھہِ چھاکرس یہ اہوٚر نیران زِہ یہٕ کینژھاہ افراسیابن پننہِ بہادُری ہندی دَم اُسی دِتمتِہ، تتھی چھُ ناش گژھان۔ تہٕ اُسی تہٕ چھہ یہ تلمیح پھیٹہٕ دُنس پروپاگنڈہس پیٹھ بطورِ طنز ورتاوان۔

(۷) حضرت سلیمانہٕ سٕنزہ واجہ ہندِ کرانگ قسم

حضرت سلیمان علیہ السلام اوس ۹۶۵ سنہ ق۔م پیٹھہ ۹۲۶ سنہ ق۔م تام بادشاہ۔ روایت چھہ زِہ یمین ماتحت اُسی نہ صرف انسان بلکہ وُڈہ وِنی جانور تہٕ جنّ تامت۔ بادشہن چھہ

ہمیشہ پینٹھ واجہِ کرٲنکس اندر مُہر کھٔنِتھ اٲس مژ۔ تَوَے چھُ "مُہرِ شرف" وَننہٕ آمُت — گویا یِہ پادشاہی ہِنز علامت چھےٚ تسُنز مُہر۔ پیٚژہِ ین ۱۲۵۸۲ وُریَن چھُ یہودِیَن، نصرانِیَن تہٕ مُسلمانن ہِنزہ اَتھ روایتُھ تیوٗت دَرِ یر آمُت زِ یہ ایشیاکین اَکثر مُلکن اندر چھُ یہ لوکہ عقیدِہ بَنیامُت زِ یہ ساری جِنّ رٲچھ اَزتہٕ "مُہرِ سُلیمانی" ماتحت، یَتھ اسمِ اعظم کھٔنِتھ اوس۔ یِوال چھےٚ کِکہ عقیدس اندر چھُ یہ کتھ عام زِ یہ سارِہ وِی جِنّ چھُ حضرت سُلیمانٕ سِنزہ واجہِ ہِندِ کرٲنگ قسم سارِوی قسمو کھوتہٕ زٮ۪ور تہٕ مُقدّس مونمُت۔ توٚے ییٚلہِ کٲنٛسہِ تصرُف گژھان چھُ تصرُف کڈُن وول چھُ جِنّس کڈُنہٕ وِزِ یوہے قسم کھیاوان۔ تہٕ یہِ قسم کھیتھی چھُ تصرُف نیران تہٕ کھوژمُت انسان بیٚیہٕ پیٚنژ حواس لبان۔ (تصرُف گژھُن کیاہ گوو، یہ چھُ اکھ الگ موضوع)۔

از ییٚلہِ کٲشرِ لُوک چھُ کٲنٛسہِ غاٸبس گرِہ یا کشیرِ منزہ دَکہ دِتھ نیٚبر کڈان تہٕ نیران نیرانِ چھس طنزٕ وَنان — "تلہ سَرہ ییٚتہِ دفع گژھ، یتھ کھیٚنیہٕ حضرت سُلیمان علیہ السلام سِنزہِ واجہِ ہِندِ کرٲنگ قسم!" یعنے ییٚتہِ نیر تہٕ تیتھہٕ کیٚنہ یتھ دوبارہ یور یِکھتہٕ۔

## (۸) شدادُن باغ

قیاس چھُ زِ یہ از برونہہ کم از کم ستووٕہ شتھ وُری اوس جنوبی عربس اندر عمان پینٹھ حضرموت تام اکھ بڈہ پابرجا تہٕ بُتھو پھیرُ قوماہ، یتھ قوم عاد اٲسو وَنان۔ عربی لوک اوس اندر چھُ یہ قوم تیوٗت پرانہٕ زمانک مانیہٕ آمُت زِ یہ از تہٕ چھےٚ تم کیٚنہ دُقیانوسی قصس "عادی" وَنان تہٕ آثارِ قدیمہ اندرِ کیٚنہ چیزس "عادیات" مانان۔ اَتھ سرکش قومس سِنزہ وتہٕ لاگنہٕ خاطرہ اوس آمُت حضرتِ ہودؑ (اگرٲیہ مسٹر جیمز آر ولیسٹڈ (James R. Wellested) سِندِس اثری تحقیقاتس پٮ۪ٹھہ کرو تیٚلہِ چھُ ۱۸۳۷ء ہس اندر "حصن غراب" ناوِ جاییہ حضرتِ ہودؑ سِنز قبر تہٕ لبنہٕ آمژ)۔ مگر اَمی قومن کرِ خُدٲیی قانونچ مُسلسل مُخالفت تہٕ اَمِس گوو یہ قوم سراسر تباہ۔

یہِ قوم چھُ اَنجنیٖرِی اندر سیٹھاہ بروٗنہہ اوس مُت تہٕ یہند بوٚڈ پادشاہ اوس شداد "سارِنٕے کھوتہٕ زیادٕہ باجبروت۔ دپان اُمہِ اوس پننِس "خدایی" ہاونہٕ خاطرٕ مُلکِ شامس منز یا یمن علاقس منز اکھ نقلی جنّت تہٕ بنوومُت۔ یتھ اندر وٚنہٕ شدادس اکھ کھوٚر تراونے اوس زِ عزرائیلن کوٚڈ اَمِس دروازٕ ہٕنٛگِسی پیٹھٕ زُو۔ تہٕ اَمِس رُود یہِ باغ چھاوُنٕک ارمانی۔ یتھ کنہِ رُود تس پنُن شاہکار تعمیر ـــــ باغِ شداد ـــــ چھاونے (تفصیلہ خاطرٕ وُچھو امیر شاہ کریری سُند سام نامہٕ) ازیٚس اَکِس پننِہ اَتھکہ قدرِ کھوتہٕ تھوٚد کارنامہٕ چھاونہٕ بروٚنہہ موت ییٚنہٕ تس چھِہ ونان اَمِس ہسہ گوٚد شدادُن باغ ؎

معاومنہٕ جنّت باغ بنوو شدادن تاے
مُورَو یدل تمی ساز کورنے اَنہٕ ہُرِی شن تاے
لتھ ژائی نہٕ اندر جان کوڈنس عزرائیلن تاے

(۹) نستہٕ ژٹٕ چھہٕ نژان

"رامائنس" اندر چھہٕ سروٗپ نکھا ناوی اکھ زنانہٕ کِردار۔ یوسہٕ راوَنہٕ سنٛز بینہٕ چھہٕ اَمس ہُنز۔ دپان اُمہِ کرِ یاوسری رام چندرس کھاوٕنس پیٹھٕ سیٹھاہ زور۔ مگر رام چندر جی رُودی اُمہِ سند بوٚ مکر وٕنِش بچھتھہ۔ ییلہِ یہِ تو تہٕ بدمستی کرنہٕ لَجی تہٕ اَمِس آیہٕ نس ژٹنہٕ۔ یہِ واژ اُتھی حالس اندر بایس نِشہِ لنکایہ تہٕ پننِس تس ہاوِتھ ژھُننُن بھرتھ پھیرن رام چندرِ جیس۔ یوہے واقعہ بنیاو نیایکُ گوٚڈ۔ یتھ پیٹھ والمیک جیئن سنسکرت پاٹھہٕ تہٕ تُلسی داس جیئن ہندی پاٹھہٕ مشہور رزمیہ" رامائن "۔ لیچھ یمکی مختصر ترجمہ کاشرِ پاٹھہٕ تہٕ چھہٕ کرنہٕ آمِتۍ۔ (پرکاش کولُن مطبوعہ رامائن، نیلہ کنٹھ شرما بیٚیہ آنند رام ترسل سُند غیر مطبوعہ کوشر رامائن)

سروٗپ نکھا چھہٕ ستہ ژٹ زنانہٕ یِیہنزٕ اوَرٕ یور وَناوُنی پیٹھٕ راونس تہٕ رام چندر

ژێنس درمیان) نیاے وُزیاو۔ ازیێلہٕ کانہہ نیاے وۄہتھن وول آسہ، اُسی چھِ ونان— "غر
کیاہ سپارہٕ۔ لسہٕ ژُٹ چھہ نژان !"

**(١٠) یوہے بخت نصر ہیوٗ**

یہٕ اوس شیٚیمہٕ صدی قبل مسیح اندر عراقُک اکھ خونخوار پادشاہ۔ اَمی کوٚر ٥٨٧ سنہٕ قبل مسیح اندر
فلسطینس پیٚٹھ حملہ تہٕ کوٚرُن ہیکلِ سلیمانی وُجارہ۔ یہوٗدی قومس کوٚرُن کترٕ بتہٕ۔ تہٕ یُس کانژھا
بچاو، سہٕ کوٚرُن ذلیل و خوار۔ بخت نصر سنزہ اَتھی خوٗنریزی پیٚٹھ رُود عام ذہنس اندر خوٗن
خوارٕچ ہُند مُجسمہٕ بخت نصر۔ فارسی ادبہٕ کرِ اثرہ برونہہ اوس یہٕ خیال ہِتھ یہوٗدین ہندِ دستہٕ پور
ووتمُت، یِم بقولِ البرونی نوٚیمہٕ صدی عیسوی تام کشیرہٕ پوان گژھان اُسی۔ فلسطینہٕ چھہ ١م
تباہی پتہٕ ٤٨ وُری گژِھت بیٚیلہٕ ایرانی پادشاہ خسرو ٚن بخت نصری خاندانُک پایہ تخت۔
"بابل" زِیوٚن، تمیٚ کوٚڈ حکم زِ یِم چھِلہٕ چھانگرِ یہوٗدی زِندٕے چھِ، تِم گژھن بیٚیہٕ فلسطینس
اندر بسن۔

کاشرِس تارٕخس اندر چھہٕ اَتھ مقابلہٕ "یوہے نلسان ہیوٗ" تلمیح بخت نصرس برونہہ
قریباً ستھ ہتھ وُری ووہ پیامُت۔

**(١١) فرہادٕ سُند تالہٕ ژونگ**

یہٕ تلمیح چھہٕ حضرت نظامی گنجوی سنزِ مشہور مثنوی "شیرین خسرو" پیٚٹھ کاشرِ زبانی
اندر واژمٕژ۔ "شیرین خسرو" چھہٕ کاشرِس اندر حاجی محی الدین مسکین تارٕمٕژ۔ خسرو پرویز اوس
٥٩٠ سنہٕ پیٚٹھ ٦٢٨ سنس تام ایرانُک ساسانی شہنشاہ۔ اَمی سندِ عہدہ اوس فرہاد ناوی
اکھ عاشقاہ شیرین ناوی اَکِس زنانہٕ فریفتہٕ گومُت۔ شیرینہٕ پیٚٹھ اوس برونہی خسروٚن نور
پیومُت۔ اما پوز فرہادس اوس کھاندرہ اقرارس شیرینہٕ یہٕ شرط تھووُمت زِ اگر فرہاد کوہِ
"بے ستون" ژٹِتھ دوٚدہ کول کھنہٕ تہٕ تس گرِہ واتناوِہ۔ سہٕ کرِ تس اقرارِ وصل۔ فرہادن مون
یہٕ شرط تہٕ لوٚگ کوہ پرٛاٹنہٕ۔ مدتس کنہٕ ژٹان ژٹان بیٚیلہٕ ووت تس کِنی حِصہٕ ژٹنہٕ اوس۔

تس آیہِ اکھ مال ذات نِنانا ہ (یُس بیٹھ کوٗشر پاکھ تلمیح "فرہاد دُبڈ" بنیامُت چھُ) یِہ اپِز خبر ہیتھ سوزن زِ شیرین کیاہ موہ یہ۔ بے فرصتی منز زولن اَمی زِہ کوٹھ ہنزہ زِندگیہ دُود نہ ودہ نی کانہہ حصر تہ تمُن پنہ نے لوٹنگ تہ لوین پنہ نس گلس۔ تہ موٗد پاک عاشقی منزی — شیرین نیہ آیہ اَنگی پادشاہ خسرُون پرویزن۔

کأشرہ عشقیہ شاعری اندر چھُ فرہادُ سُند عشقہ قِصّک تہ ٹونگرِ سیتی پان گالنک واقعہ قریباً پرتھ شاعرن یاد پوومُت تہ عام روزمرس اندر چھِ یِہ تلمیح تمہ وِزہ ورتاونہ یوان ییلہِ کأنسہ (دھوکس منز پیُسھ) پنہِ نے اتھہ تیٖتھ وَشفا گژھ، یتھہ مونگی پاٹھی کانہہ علاج سپدِتھ ہیکہ۔

(۱۲) سیف اللہ ملکُن سفر

"گُلِ بکاولی" چھُ اُردو زبانی ہنز اکھ مشہور عشقیہ مثنوی۔ یِہ چھُ دیاشنکر نسیمن لیچھمُژ۔ اما پوز کأشرہ زبأنی اندر چھُ اَتھ واریاہ ہیرہ پھیر کرنہ آمُت۔ اتھ مثنوی چھُ اسلام آبادکِس غان صأبن تہ صفاپورکی نعمہ پرے صأبن الگ الگ (قِصہ بہ قِصہ) منظوم ترجمہ کوٗرمُت (غان صأبُن ترجمہ چھُ چھاپ گوٚمُت تہ پرے صأبُن ترجمہ چھُ وُنہ چھاپ گژھُن) غان صأبنہ مثنوی ہُند ہیرو تہ ہیروائن چھِ سیف اللہ ملک تہ گُلِ بکاوُلی۔ ملک صأبس چھُ پننہ معشوق ژھانڈان ژھانڈان تیوٗت کرُوٗٹھ سفر ترُن پیوٚمُت زِ خالی کانہہ مجازی عاشق ہیکہ نہ سُہ سفر برداشت کرِتھ۔ پوٗرہ کتاب چھِ سفرہ کیو مُہموٗ سیتی ٹیٖتھ۔ اَتھی پیٹھ چھُ زیٖٹھِس سفرس بیان کرن وِزِہ وَننہ یوان زِ کأشرہ ہن پیوو آزادی ژھانڈان ژھانڈان سیف اللہ ملکُن سفر ترُن۔

(۱۳) شیخ صنعہ سُنز بانٛد

شیخ صنعا اوس اکھ بڈہِ پایُک عالِم۔ یُس اَکِس ہنزِ کوٗرِ پاٹھ یتھ دِل لوٚگ۔ عشق اندس واتناوِ نہ خاطرہ تھووُس امہ تیٖتھ سخ شرط، یتھہ کانہہ جاہل مُسلمان تہ مانہِ ادا عالِم۔

دوٚپ نس پرٛسیدہ تیلی جاٚئی بیٚلہ میانہٕ بابتھ سور دٔچھک۔ شیخ صنعہ ہن موٚن یہ شرط
تامت۔ تہٕ لوٚگ سور ژھینہٕ۔

کانٛہہ جان یا ناکارہ مقصد حاصل کرنہٕ خاطرہ اگر کانٛسہ تہٕ شہد کانٛہہ کامہ کرٕنی پیٚیہ یتھ تٔس ضمیر، مذہب یا اخلاق اجازت دِیہٕ ہے، تس چھہٕ یوان وننہٕ امس ہیٚیہ گیہ شیخ صنعہ ہنٛز باشٕو!"

یہٕ لوکٹ مثنوی چھہ فارسی پیٹھہ محمود گامی یَن کانٛسہ منٛز تاٗرٕمٕژ تہٕ یہ چھہ چھاپ تہٕ گٔژھ ___

(۱۴) شیخ چلی ینٛز تلہ مٹھ

یہٕ تلمیح چھہٕ اردو زبانہٕ پیٹھہ کشیرہ واتٕژ۔ (حالانکہ عربی ادبس منٛز چھہٕ یہ ہے قصہ بیا کہٕ نوعہ بیان کرنہٕ آمت) شیخ چلی اوس تصوراتی دٕنیہس اندر پنٛن مستقبل وُچھان۔ تہٕ اکھ حالس اندر سونچان زہ شانہ پیٹھک تلہ مٹھ (بہ روایت عربی بروٗنہہ کنیک دوٗدٕ ژوٚٹ) کنِتھ کاٗژاہ آمدنی ییم تہٕ تتھ آمدنی کاٗژاہ برکت بنیم۔ اتھ آمدنی پیٹھ دولت بنِتھ کِتھہ کنہٕ کرہٕ شوٚڈ اکس خوجہٕ کورِ (بقول عرب حجاجہٕ سنٛزِ کورِ) سیتی نیتھر یس اکھ نیچُو تہٕ زیوِ۔ یس تربیت دِوان دِوان کنہٕ وِزہ کنہٕ مٕرن تہٕ کرٕنی پییہ ___ (بہ روایت عرب۔ یس آشنہٕ سنٛز راوٕنہٕ خاطرہ لتھ تہٕ لاینہٕ پییہ) اگر سُہ نیچُو نافرمان ہیوٚ گژھیم تہٕ بہٕ لایس یتھہ کنہٕ تھپا لتھہ " یتھہٕ کنہٕ" وناٗنی دٔہرٕوٚو تمہٕ اتھہ۔ تس پیوٚ تلہ مٹھ شانہٕ پیٹھہ پتھر۔ (بروایت عرب۔ دوٗدٕ ژوٚٹس آیہ لتھ تہٕ گوو ڈٕلِہ) کانٛسہ رٕچھہ قیاسی سرمایہ دارٕی ہندس غلط اندازس پانے شٕنیاٗی کرنہٕ وِزِہ یہ تلمیح ورتاوان۔

(۱۵) نلہ راژن پلوٗ ___ یا نلہٕ گژھن

نل دمینتی چھہ اکھ مشہور عشقیہ مثنوی۔ یتھ لکھمن جو بلبل ناگامی کانٛسہ پاٹھو ترجمہ کوٚرمُت چھہ۔ نل اوس راجہ تہٕ دمینتی امس اُمہٕ سنٛز آشینہٕ۔ نل اوس زاری

تہ اُمہ ہار ہینز ساڑی دولت ینِنس بائیس لشکرس سیتی زار گندان ۔ یوتام چھاگرس اُمس تہ اُمہ سنزہ آشنہ صرف اکھ پلو رود تہ راج تاج راوِتھ دراے یم زہ باغ یوہے اکھ پلو ہیتھ گرہ بار تراوِتھ ۔ امہ پلوہ منزہ تہ ثہ ول اکھ حصہ ہیتھ ۔ وتہ منزی اکھ جانور، یِت رُود مت یہ اوڈ پلو تہ لوگ نلس تہ تسنزہ آشنہ ۔ ییلہ کانسہ ساڑی ٹھینٹھ ہینٹھ راوان یتم چیز تام راوِہ، اُمس چھِ ونان ۔۔ "گوس ہسہ نلہ راژن پلو ۔ اُتھ سیتی چھُ "نلہ گرژھن" بدحواس گژھنس ہیبھ ورتاوہ یوان ۔ تہ کیا زہ زارس اندر ساری سلطنت راوہ وزِہ یوہ بدحواسی نلس گیہ، سہ چھ انہ تہ وارہن سیاسی لیڈران گژھان تہ تم چھ پزی پاٹھی نلہ گژھان ۔ نل اوس نشادھ دیشک راجہ ۔ یہ قصہ چھ مہابھارتک اکھ ضمنی حصہ ۔ گوڈہ اوں یہ قصہ فیضی ین فارسی زبانِ منز

(۱۶) سُدامن کوم بوس

سُودام اوس کرشن جیُن لوکہ چارک یار ۔ کرشن جی گو وتھدان تہ سُودام غریب روزان ۔ اکہ دوہہ ووں سُودامہ نہ آشنہ سُودامس زہ گژھ تہ کرشن جی مہاراجس نش ۔ دیوہ تس ما ینیہ چون آدنک سرینہہ ژہیتس ۔ سُودامن تُلی کوم بوساہ تہ نیوُن کرشن جیس نش ۔ ییمہ یہ نہایت لولہ سان قبول کور تہ سیتی کورُن سُودام تہ ررچ ۔ کانسہ بڈِس انسانس نش کانہہ نہایت حقیر تحفہ نینہ وزِہ چھ یہ تلمیح ورتاوہ یوان ۔

(ب) زبانی رِوایژن ہندی تلمیح

اتھ چھ زہ حصہ (۱) باناو تہ (۲) بے ناو

باناو :۔

(۱) مایا رامنِز نوش :۔ اُمس نوشہ اوس عادت زہ ییلہ کھینہ چینک وقت واتِہ ہے تمی وزِہ اُمس یہ رُدشتھ بیہان ۔

(۲) خوجہ موہنز ٹھُول :۔ یہ اوس روپیہ ہیوان کاہ کاہ ٹھُول تہ کُنان باہ باہ ۔

لہازا اوٚسُس شُوشُس ترٚ پوٚشی پیوان۔

(۳) عالمنۍ دانٕرٕ ہوٗر :- یہٕ اوس مِسکیناہ اکھ۔ اکِہ وٕری یہٕ ژوٗٹ دوٚٹ کٔرِتھ ییلہِ اُمہ اکھ دانٕد ہیوٚتھ۔ یہٕ اوٚسُس لوکُٹ ترٚ سمیاس نہٕ کانٛسہ عرضی اُمہ سُند نکھہ۔ دوٚیمہِ وٕری یہٕ کوٚنُن یہٕ دانٕد ترٚ ہیوٚتن تھدِہ نکھہ نوٚو دانٕد۔ اما پوٚز یہٕ اوس تیوٗت کاڈل زِہ ہمایِن ہندِین دانٕدن عرضی سمیاو نہٕ اَمِس ترِ نکھہ۔ یوٚتام دوٚیمہِ وٕری یہٕ ترٚ اَمِس عرضی کانٛسہ باجھ وَٹھ کٔرِنہٕ ترٚ دوٚیمہِ وٕری یہٕ ترٚ رُود اُمہ سُند زمین غیر آباد۔ (بیاکھ روایت چھہ زِ ییلہِ عالمن دانٕدہ ہوٗسا کُلہ ہیٚرٕ تیٚلہِ دٕرایہ تِم دوٚنہٕ وَے دانٕد ییٚہہ وال) نادانی یا مِسکینی ہِند وجہ کِنۍ ییلہِ نہٕ کانٛسہ تِچھہ ژیچھہ کٔرِتھ کِنہٕ کارس اَتھہ کھوٚر لگان چھہٕ۔ ییلہِ کانٛسہ رادس زیٚٹھان ترٚ ہوٚنٛزس ژھوٚٹان روزِہ یا ییلہِ کانٛسہ اَکِس کارس اصلاح کران کران ییٚس کارس ترِ ییٚرٕ وٕنۍ ناو گٔژھہ، تَس چھہ وَنان اَمِس ہَسہ چھہٕ کار کٔرۍ کٔرۍ عالمنۍ دانٕدہ ہوٗر گٔژھان۔

(۴) آگر بٔڈنۍ گاو :- آگرِ بٔڈِس اوس آلوٚژھ۔ ترٚ یہٕ زانٛہہ ہے نہٕ زانٛہہ ترٚ چِنٕز گوو گھاسہ یا کوٚم اُنۍ مٔژ۔ یہٕ بیچارٕ اَس گرٕ بیتھ گرٕ یٔڈ بساوِنہٕ اژان۔ یتھی گرٕس اژِہ ہے، آگرٕ بِسن وٕلۍ اَسہ ژوٚڈ وٕ اَلِتھ اَمِس چاوان۔ یِتھہِ کِنہٕ دہن گرن ذٔہ تھپہ گھاسہ کھیتھ اَمِس اَمِس دہن جاین لوٚک چاوان۔ ترٚ گرٕ وٕاَتھ اَسہ اُمہ سٕنٛزہ بَبہ بالکل خویشک اَسان گامٔژ۔

اَتھی تلمیحس مُتوازی چھہٕ "بٔڈۍ شہن گرٕ"۔ ترٚ اَمِس ترٚ اوس نہٕ پنُن مالک بٔڈۍ شاہ پٔژھان۔ ۂڈرٕ ۂڈرٕ پھیرنہٕ موٗجب اوس سوٗرہے گام اَمِس بوٚر ساران۔ اما پوٚز مالِکس اوس اُمہ سِندِہ بار سارٕ ہِندٕ ارمانی روزان۔

(۵) نعمہ بٔرِنۍ کھٔرۍ پھٕلے

ازبرٕ ونہہ وٕری یہٕ ہتھا اوس سانِس علاقس منٛز نعمہ بٔرے ناوی اکھ شخصاہ روزان

یمۍ سرینگرٕ اُکس باپارِس تیٖلہٕ گوٚگلس پیٹھ اکھ بوڑ رقم دوٗزمٕ ہیوٚتھ۔ شہر باشس
ادس صرف ستےٚ یوت علم زِ تِلہٕ گوٚگلس چھےٚ لیڈر پھلےٚ آسان۔ نعمہ پرین وول یہٕ
باپارِ دوٚلر سوٗتھس پیٹھ۔ اوٚت واتِتھ ناوِتھ ہوونس سو یتھ دُور دوٚلرچ کھرِ پھلےٚ
شہر باشن ژوان زِ یہُس چھےٚ وانا دِتھ تِلہٕ گوٚگل بِنیامُت تہٕ تمۍ دِژ نعمہ پرِیس بیٖیہٕ
کینژہٕ رٕ وپیہ تہٕ۔ کینژہٕ کال گژھِت بیٚیلہٕ کھرِ پھلے سوریے یہٕ، نعمہ پرین وول یہٕ شہری
باپارِ بیٖیہٕ تتھۍ جایہٕ تہٕ ووٚپنس۔ "وُچھ حقہ اِتھ تِلہٕ گوٚگلس کیاہ کورٕ سہلابن —"
شہر باشن وُچھ پرٕ یتھ انده آپی آب۔ تہٕ امی حیلہ بچاو نعمہ پرے اکرٕ وُری یہٕ خاطرٕ
شہری باپارِ سنزٕ وُگرایہٕ نشہٕ۔ از تہٕ چھ کنہٕ کنہٕ وقتہٕ جعل ساز لوٗک ییتھے کنہٕ سرمایہ دارن
آسمانی تار کھاوتھ یا کھرِ پھلے ہاوِتھ یٹھٕ پرٕاِرِ ہنز سبیل کڈان۔

## (۶) شنکرُنی مکژ

یہٕ مکژ چھےٚ وُرتہٕ ویٚچھارٕ جامع مشیدِ ہنزٕ ڈیڈٕ اندر بند۔ نہٕ ہلان تہٕ ڈلان بیٚیلہ
کانہہ انسان کنہٕ کارس اکی آیہٕ پتہٕ روزٕ، اُمس چھ ونان یہٕ ہسہ گوو اکھ کارس
شنکرُنی مکژ ہیوٗ اگادٕ!

## (۷) بھگہ شہُن دفتر

بھگہ شاہ چھ کُہ تام پنجابی کھتری اوسمُت۔ یمۍ کشیرِ وٲتِتھ نوٚو اندازٕ بہی کھاتہ
لیکھنک طریقہ رائج کورٕ۔ اوٚت تام (بلکہ گامہٕ واہن نشہٕ از تام) چھ بہی کھاتہ تہٕ
روزنامچہ لیکھنک سرٕ پاٹھی پرٕونے طریقہ جاری رُودمُت۔ وونی بیٚیلہ بھگہ شہن پنن
بہی کھاتہ ژوُ دُرس پیٹھ مژراوِتھ تھوو تہٕ کنمُت چیز ژوان پانژن بہی کھاتن تارن
ہیوٚت، کاشرین واہن آو یہٕ طریقہ عجیب بوزنہٕ۔ تہٕ اَتھ پیٹھ بنیو وکھ اودٕ یور کاغذ
وہراوِتھ حساب تھاونس" بھگہ شہُن دفتر"، تلمیح ہٕ

## (۸) مُسہ خانُن کستوُر

کستام مُسہ خانس چھُہ پننہٕ نبن شرُن ہندِ کھوتہٕ پنُن کستوُر ژُوٹھ اوسمُت۔ کستوُری سندِ خاطرٕ مُلہ تیار نہٕ کرنس پیٹھہٕ ژُھنٛز اُمی پنٛژ شُری تامت بیوٚن کڈِتھ۔ گاڑِلو تُرِژھس۔ اَہنو یارہ یِہ مون زِ ژٕ یٔژٕ چھکھ کستوُر ژُوٹھ۔ مگر توٚتہٕ ما واتہٕ ژٕ یِہٕ اُمی سندِ خاطرٕ خانٕہ وُجاری کرنٕی۔ مُسہ خانن وونُکھ۔ کوٹھہ کرِ خانٕہ وُجارٕی۔ اما پوز کستوُرس گژھِ جسمس تکلیف واتُن!"

اَتھ سِلسِلس منٛز چھُہ اکھ تٔمثیٖل نیارس پیٹھ چلِتھ اگر کانٛہہ شخص کانٛسہ ناچیز معشوقہٕ سندِ خاطرٕ گرِ بار فنا کرِ، تس چھُہ مُسہ خانٕنس کستوُرِس سیتی مُشابہت دِنہٕ یِوان۔

## (۹) مسکین شاہن استان

یہ تلمیح چھِ تِمہِ وِزِ ورتاونہٕ یِوان ییلہِ کانٛہہ بیٛن بٔڑ بابہ ہاوِ تہٕ اندرٕ آسہِ کھوکھُر۔ قصہ چھُہ زِ انگریزن ہندِ ابتدٲیی وقتہٕ آو ییٚمہِ پیٹھہٕ اکھ شخص ہا سرینگرس اندر بسنہِ۔ تٔمِس ناو وونُن مسکین شاہ۔ اُمی کوٚر ییٛتی نیتھر تہٕ اُمی سنز تھل مٔل چھِ وُنِہ تہٕ موجوُد۔ مرن وقتہٕ وونُن حاضرن کُن : ییٛتہِ کٔرِو زِ مِہ تہٕ دفن۔ مِہ پتہٕ یور کانٛہہ یُشہِ تِمہِ وُڈرادنم۔ مِہ تھئ یِہ موُد تہٕ تام آے کانٛہہ! دریو تہٕ لوُکن مسکین شاہ تابوُتس تہٕ وُڈرو وُکھ عیسایی طریقہٕ تہٕ بنوہس سرکٲری لاگتس پیٹھ استان۔ امہ وِزِ گوو لُوکن پتاہ زِ یِہ اوس مُسلمان لاگِتھ کرِستانی جاسوس۔ یتہٕ کس پیٹھ ہے اتھ "استانس" پیٹھ۔ از چھُہ یہ استان "وارہ وارہ ویٚسریمت۔

## (۱۰) خضر کوٹن لِکھہِ

خضر کوٹ اوس گروارا (کھوہامہِ) گامس اندر بسان۔ وَنن وول چھُہ وَنان زِ خضر کوٹس اوس پنُن ناو تہٕ دٲرمِل وُہن تام گرنٛد لیکھنٕی تگان۔ کاروبار اوسُس وادِ پیٹھ گامن چھکرِتھ۔ یِہ اوس کاغذہ بدل گرا دارِ ہنگس تہٕ گرا لورِ ٹُھکرس اورہ لور آمدنی تہٕ خرچ درج کران۔ تہٕ اکثر اوس آمدنی بدلہٕ خرچ تہٕ خرچہ بدل آمدنی ہندِس طرفس رِکھہٕ دِی دِی حساب تھاوان تہٕ ییٛلہِ کانٛسہِ حساب آسہِ ہس کرُن، تتہٕ اوس گژھان گنڈ پھیرہ

نیران ـــــــــ

از بیلہِ کانہہ مُنشی یُتھے ہیو حساب بھاوِہ تس چھ طنزاً وَنان اُمِس نِشہ ہسہ
گوو خضر کوٹھ لِکھہِ تہِ کتھاہ !

بیاکھ روایت چھ زِ لیکہِ لیکھ ژارنس تہ چھ خضر کو ٹھنز لیکھ وَنان۔

## (۱۱) مُسّس تیاکیسی !

دپان پتھ کالہِ اوس اکھ شخصاہ، یُسند دوست مُسہ ناوی بیاکھ شخصاہ اوس بیلہِ
اُمِس شخصس وارِیاہ قرض کھوت، یہ آو مُسّس نِشہ تہ وَون نَس۔ "یارا بہ چھُس
قرض دارو چورمُت۔ میہ وَنتہ کانہہ تدبیراہ، یمہِ سعتی بہ دُگرایہ نِشہ بچہ ہا۔" مُسّن وَونس
ژِہ لاگ گرانگل۔ تہ یورہ یُس کانژھاہ یہ کینژھاہ وَنی، اوتہ وَنتُس "کیس۔کیس کیس!"
قرض داران گژھہِ پانے نیبغس تسلّی تہ ژِہ بچک تھہنزہ دُگرایہ نِشہ تہ بے وقری نِشہ۔" چنانچہ
اُمہِ شخصن کرُ اَتھ عمل۔ تہ اُمہِ لوگ اور اَسھہ موت۔ بیلہِ یہ پتھ کتھہ یہ رُود کیس
کیسی وَنان، سارِہ نِی تور فِکرہ زِہ یہ چھُ نلہِ گومُت۔

دپان یہِ شخص دارِہ ہے مُسّس تہ کم جاوِہ رقم۔ مُسّن بیلہِ اُمِس وَون۔" ہیو میہ
کیازِہ چھکہ پننہ رقم دِوان ؟" یہ وَوتھُس یورہ۔ "کیس کیس !" مُسّس کھوت شرارت
تہ وَون نَس۔" ہیو مُسّس تیاکیسی !" اُمہِ وَونُس چانگہ لاگتھ سے پننہ جواب ——
"کیس۔کیس۔کیس۔" تہ اَتھ واقعس پیٹھ بنیوو یہ تلمیح۔

## (۱۲) لوگ تھمہ سہ شعبان منڈیال

کشتوارس نزدیک اکس گامس (سگدی باٹا) منز اوس شعبان منڈیال ناوی اکھ
تھیل انساناہ روزان۔ یس متعلق وَنہ چھُ یِوان زِہ سہ اوس وَتہ گتن دوہ بلہِ لوٹان۔ اگر
کانہہ بتھ پھرِہ ہس تہ تس اوس بندوق ہاوِتھ رُعب کران۔ یوتام اُمہِ سُند اعلانیہ لوٹ
کشتوار علاقس اندر جایہ جایہ "مشہور" گوو۔ چنانچہ از تہ چھُ کشتوارس اندر تس شخصس
کُن یُس دوہ بلہِ ٹھگی کرِہ، یہ تلمیح ورتاونہ یِوان۔

(۱۳) وناں ملہٕ سنہٕ کنہٕ دٔرہ

اکھ روایت چھ زِہ یہ ملہٕ سوٗ اوس پرٛانہٕ وقتہٕ کتہٕ تام لبان تہٕ بیاکھ روایت یہ زِہ یہ اوس کمی کال برونہہ شراکہ وارہ (تحصیل بارہ مولا) لبان۔ قریباً شیٹھ ؤہرٕ گژھت تہٕ اوس نہٕ یہ زانہہ کانٛسہ ہنٛد مانان۔ نہ اوس زانہہ نماز پران نہٕ اوس کانٛسہ ہنٛزٕ بنٛے وازُری سیتی اثر گژھان۔ یورہ دٔپہ ہوس کینہہ، اوۄرہ روزِہ ہے ژھوہ یہ کرتھ۔ یوٗتام لُوک لگی وَننہٕ زِہ ملہٕ سُنس بدل ہسہ چھ اَسی زنتہٕ اَمہ سنزِہ لرِہ ہنزِہ کنہٕ دٔرہ وناں تہٕ توٗے چھُنہٕ اوۄرہ زانہہ تہٕ کنہٕ کنھہ وادکران۔

دپان بُڈِتھ گوو یہ اکہ دوہ درویش آیہ سنگرہ نآوی گامس اندریس شیر نار واد علاقس منز چھُ۔ تہٕ اتہٕ ووٗنس تاجہ نآوی اکہ زنانہٕ زِہ کوٗٹھ چھُنہٕ شرٕ زیوان مہنہ کرتہٕ دُعا۔ ملہٕ سی کوٗڑ چندہ اَندرہ میٹرہ داما تہٕ دِیُتنس۔ تہٕ دوٗپنس اگر ہنیوٗ زآوی تہٕ میٹہ وأتی زِہ شراکہ وور اکھ دانٛد بطورِ نیاز ہیتھ۔ خُدا یہ سُند کرُن زِہ تاجہ زاو ہنیوٗ تہٕ امہ اوٗن پنہ نِس خانہ دارس سیتی ملہٕ سی اکھ دانٛد تہٕ۔ اوٗت تام اوسنہٕ ملہٕ لوٗس درویش ناوس پیٹھ مشہور گومت تہٕ امہ دوہ پیٹھہ لجُ لوٗکن شراکہ وور کُن ملہٕ۔ وارِہن اوس نہٕ نیاز دِتھ حاجت نیران تہٕ تم اَسی پتہٕ پنٕنِس بے فائیدہ نیازس "کنہٕ دُر" وناں۔

چنانچہ ووٗنی لوٗگ یہ لفظ ملہٕ سُنس دوہ یہ اندہ برابر پنہٕ۔ کنھہ نہ بوزنس پیٹھ مکانچھُ "کنہٕ دُر"۔ تہٕ چینٹہ پتٕنس پیٹھ عام کنہٕ دُر۔ تہٕ یمہ نی دوٗن معنین اندر چھ کاشرس اندر یہ تلمیح چلہ گوٗنی رُوزمٕژ۔

(۱۴) حسن غم خوار

یہ مُرکب شاید فارسی زبٲنی پیٹھ کاشرہ زبٲنی منز وومت۔ حسن اوس سیٹھاہ حساس تہٕ ہمدرد لُوکن ہندین غمن ہنٛد شریک سیدان۔ اکہ دوہ گوو اَمس جادٕ سے بُتھ الوند۔ کمہ تام پرٛژھس ـــ کیاہ سہ اکیاہ چھکھ ژہ جادٕ سے پریشان؟ " دوٗپنس۔ "میٹہ ہسہ

ڈُچھ اکھ کھوٗٹ گُر ــــ تہٕ توے چھُس غمگین۔" دوٚیِم پرٛژھس تہٕ" ژہٕ کیازِ ہیوٗ تتھٕ غم؟"
حسنن وونُس۔" اَہن سہٕ رٕٛس اکھاہ اُمس گرُس کھٔسِہ، تس چھُ اُمس زین چارُن۔ زین
دری ہٕ گُری ہنزِ تھرٕ پیٚٹھٕ۔ یوٚتام ہٕ دٔمِج آسِہ س۔ ڈُمجہ ہندِ خاطرٕ چھُ ٹوٗٹ ضروری
چیز۔ مگر یہ گُر چھُ کھوٗٹ۔ لہٰذا اِسٕ اُمس کھچِہ گرِس کھٔسِہ، سُہ پیٚیِہ ضرور پتھر تہٕ پھٹِنس
تان۔ توے چھُس بہٕ غمگین!"
ازٕ یُس کانژہاہ کُنہِ پیٚتھ یِس وقوعس پیٚٹھٕ بے قل پاٹھی اتھٕ ماوِہ مُورِ تس
چھُ وَنٛنہٕ یوان ــــ" لوگ تھٕسہٕ بلٕ حسنِ غم خوار۔"
(۱۵) مادھو بلہٕ وِنی شوٗنٛٹھ ہن
مادھو بلو چھُ اکھ مُفت خور اوسمُت۔ یمۍ چیندس اندر ڈُج ہٕ شوٗنٛٹھ آس امہ
غرضہ تھاوِ مٕژ زِ یتھ گرِس سہٕ جان رِسُن ڈچھ ہے، توٚت وٲتِتھ اوس سولہارِ اندر
رٔنن والین ونان ــــ" شوٗنٛٹھ چھوِہ تراوِ مٕژ اکھ رٕسِنس؟" یی ونان ونان اوس شوٗنٛٹھ
پٔنٛنجہِ کڈان تہٕ دِوان رِسنس دُرِتھ۔ یُتھ زن کالہٕ چھن امی حیلہٕ یہِندِس رسنس شریک
روزِ ہے!
کُنہِ کارس اندر پیتھے کُنہِ شریک روزنس چھِ ونان ــــ" کرِتھس ہسہ مادھو بلہٕ وِنی
شوٗنٛٹھ ہن!"
زبٲنی رِوایژن ہندی تلمیح (بے ناو)
(۱) والہٕ گرِ ہن ہنز کوہ کرُ
والہٕ گرُی طایِفہ چھُ سرینگرس اندر اکھ مسکین طبقہ اوسمُت۔ اَکی والہٕ گرُی گرن
ہٕیٚژ اکھ دو ہہ اکھ کوہ کرُ۔ یمن اَس نہٕ خبر زِ کوہ کرُ چھ اَکِس دوہس اَکے ٹھوٗل تراوِتھ
ہیکان۔ دوٚیِمہ دوہہٕ ہیٚلہٕ کوہ کرِ اکھ ٹھوٗل ترٛاو، یمٕ لگہِ دوہہٕ کین ژوٚن پہرن
کوہ کرِ ٹھوٗل ڈُھنٛڈِ۔ یوٚتام تس بچارِ ٹھوٗلہٕ بلنے ڈسٕتھ آو۔

از چھُ یوان وَننہٕ فلأنی تنظیمن ہٕنز کرٕ حکومتس والہِ گرٕ بن ہنز کو کرٕ۔

### (۲) جُری سہ گرُی سِنز گگر

ایرانی اثرہ یم دائرہ وانگو گردش کأشرِ پوہچھو، تموٗ علاوہ چھ درجنہ واد کھینہ چیز تہ یم اُتھو اثر پذیری ہندس وقتس اندر کشیرِ رائج گیہ۔ یمہ وی منزہ چھ جُری سہ تہ اکھ نعمت۔ جُری سہ گرِس چھُ قریباً پورہ راتس جُری سہ دیگہ پاک دِیُن یوان۔ دپان پتھ کالہ گیہ اُکس جُری سہ گرِس بے جُری وِزہ دیگہ منز گگر۔ صبحس ییلہ اُمی سندس وانس پیٹھ واریاہ گرٲکھ جُری سہ کھینہ بیٹھو، اُمو تُل گوڈہ نیک اکھ چونچاہ تہ تروٗن پنٹس بانس اندر تہ تمہِ پتہ لوٗگ باقی گرٲکن جُری سہ بأگراونہ۔ سأری ییلہ کھینہ لگو تہ جُری سہ گوٚر تہ لوٗگ ژرہ چہ ستہ جُری سہ کھینہ۔ مگر یتھے پنٹ کنہ ناٹہ ڈلس وتھ لوگن اتہ باسے یِس جتھ ہِش ـــ "ناٹہ پھول" رِتے اُسہ منزہ کڈِتھ چھُ وُچھان زِہ یہ اوس ناٹہ پھِلہ بدل گگرہِ دٔند دِوان۔ مگر زون زِہ اگر شوٗثن مجلسہ منز امیک تذکرہ کوٗر، میہٕ ژلن سأری گرٲک تہ دُوبارہ پییہ نہ یور کانہہ جُری سہ کھینہ۔ ییٚمو ژھنو رِتے گگر بیٚنہ منز تہ لوٗگ مزہ سان موٚکرُ جُری سہ کھینہ۔ یوٗتام سأری گرٲک ڈرائے۔

بی چھُ از واریہن لوٗکن گژھان۔ تمن چھہ ستر مہ کتھ رٹہ موٚر دار کھیوٚن یوان مگر یاوتھ چھکنہ بنان کرٕنی۔ تہ کیازہ تمہ باوژستہ ژلنک گرٲک۔

### (۳) گوٗری بایہ ہُند کَن

حال حال تام اوس کأشرِ ن واریہن گوٗری باین کنواجہ ہوٗر تیوٗت وزنی آسان زِہ تمن آسہ کنہ بیٚثرِ قریباً ژوٗر آنچہ زیٹھیا مزہ آسان۔ کنہ کتھ غیر ضروری طول دِنہ وِزہ چھہ اکھ مُشاہدس پیٹھ وَننہ یِوان ـــ "لوگ تھسہ گوٗری بایہ ہُند کَن!"

### (۴) مُلک ژُونٹھو گژھنی

یم "مُلک" چھہ کھو یہامہ لسان اُسو ہتہ۔ دپان ییلہ یم شکار کرنہ جنگل

کھتی، یمو تمی رُوزنہٕ بدل ژٕونٹھ سیر پوٗنٹ پانس سیتی۔ بالس کھسان کھسان ژھکھ لوٗچھ
تہٕ بیٹھو اکِس کُلِس تل تہٕ ژٕلکھ ساری ژٕونٹھ تہٕ کھیک۔ ژٕونٹھ دِپل ترائِو کھ اکھ کُن
ڈیر کرِتھ تہٕ سفر کرنہٕ بروٗنہہ کوٗر کھ اتھ ڈیلس ڈیرس پیٹھ پیشاب۔
شِکار ژھانڈان لوٗگ یمن پوٗرہ دوہ۔ لوکٹو دِگرو ییٚلہِ شکار کرِتھ یم تمی وتہٕ
وٲپس آے ییمہٕ وتہٕ بالس اُسی کھٔتی ہتی۔ یم وٲتی تتھی جایہ ییٚتھن یہندن ژٕونٹن
ہندی دِپل اُسی۔ اِتھن کوڈکھ ٹھک۔ اکی لوچھ ہتھی تل اکھ ژٕونٹھ دِپلاہ تہٕ لوٗگ
کھیوان کھیوان وَننہٕ —— "یتھ دِپلس اوس نہٕ سون پیشابہ بیوٗمُت۔" ییٚسکی تل
بیاکھ دِپلا تہٕ وٚوتھ —— "یتہٕ چھہٕ پاکھی تہٕ گو وکھیوان۔" یوٗتام یمَ لوچھ ہتھ یم
ساری ژٕونٹھ دِپل یی ونان ونان وُرکاوی۔
اُتھی پیٹھ بنیاو یہٕ تلمیح۔ ییٚلہِ مجبوری سببہ انسان پننی اتھہٕ ناپاک کوٗرمُت
چیز پاک زانِتھ کھییہٕ، اُمس چھہٕ ونان: "اُمس ہسہ گیہٕ تلک ژٕونٹھ"!
(۵) کونتہ کیٹھ (کونتہ وارِچ چار پلے)
یہٕ چھہٕ کشتوارِچ تلمیح۔ کشتوار دُور چھہٕ اُٹھ میل اکھ علاقہ، یتھ "کونتہ وار"
ونان چھہ۔ اتِکی لوک چھہٕ اُسی متی تتھی بیعقل، یتھی مراژس اندر وَتہٕ تل ہامہٕ تہٕ
کراژس اندر صدرہ کوٗنہٕ اُسی متی چھہ۔ یمَو ترینہٕ دُیو جاین ہندیو لوکو چھہٕ پننہٕ وقتہ
بادشٲہس اکھ روپے مالیہ نیرُک۔ مگر یہٕ راوُکھ اَڈ وَتی۔ شاہی مجلس اندر وٲتتھ
دِتُک یمن داشن تہٕ اکھ ژٕونگ۔ مگر یم رُودی فاقے ترکیا زِہ یمَو وٚون زِہ کوٹھن
دِتُک نہٕ دان زیو رادنہٕ خاطرہ تیوٗنگل!
کونتہ وارہ کین دِژِک مُقدمہ سندِہ خاطرہ چار پایے۔ اُمی دوٚپ باقین
رفیقن کُن تہٕ تہو تہٕ تھاوِو یتھ چار پایہ پیٹھ اکھ اکھ زنگ، یتھ میٚنہٕ متعلق یہٕ
وَناوُن کرنہٕ ییہِ نہٕ زِہ یوی یوت کیاہ شوٗنگس چار پایہ پیٹھ تہٕ تہو شوٗنگیو

پتھر۔ موقد مر سُند یہ مشورہ مأنِتھ دژاےیِمن سارہٕ نٟ چارن پُنجہ رات۔
کِشتوارس اندر چھہٕ از تہٕ آسأیِشہ بدلہ عذاب تُلنس پیٹھ ونان۔ "گیرہ سُہ کونتہ
کنٹھ۔" تہٕ گوو ژٕہ تہٕ چھک سُہ کونتہ وارہ علاقہٕ کِہن روزن والین ہندی پأٹھۍ چھادہٕ پایہ
پیٹھ اکھ زنگ ہتأوِتھ عزّت لبنہٕ خأطرہ پانس اِذا دِوان؟

## کھار (۱۷): کرالہٕ کورہِ ہنز سُل کھار

وننہٕ چھہٕ یوان زِ یہ کرالہٕ کور چھہٕ شیخ نورُ الدین ولیؒ سنز مشہور مُرید "شامہ
بی بی" اُسمژ۔ دپان ییلہِ حضرتِ شیخن اُمس پرژھ "مول کتہٕ چھےٚ تہٕ سُہ کر
یِیہ گرہ؟" امہ دوپُس "سُہ چھہٕ وُنی گومت۔ اگر سُل کرن تہٕ گژھِہس ژیر۔ اگر
ژیر لوگُن تہٕ گژھِہس سُل!" حضرت شیخن ؒ پرژھس "تہٕ کیاہ گوو؟" شامہ بی بی
دوپُس "سُہ چھہٕ گومت ژٕژنہٕ کرنہٕ۔ اگر ژٕژنہٕ نأیتھ تمو تم پورہ پأٹھۍ ژھینٛتہٕ کرہ،
تس لگی جادہ وقت۔ مگر تیتھے ژینٛس نہٕ وَتی ژٕژنہٕ تہٕ سیوٗدُے واتہٕ گرہ۔ اگر تمو
ژٕژنہٕ نأیتھ وُتاولی کرُ تہٕ اڈہ لیچی ژھینٛتہٕ گژھہ ژٕژنہٕ تچن، تم ژینٛس اڈوتی تہٕ لگیس
تم دوٗبارہ ژھینٛتہٕ کرنس جادٕے وقت!"

## (ج) متفرقہٕ تہٕ حال حالکی تلمیح

### (۱) سلام شاہُن سوٗچھ

سرینگرس اندر چھہٕ ہر ہمیشہ پیٹھہٕ بتچ سختی اُسمژ۔ کینہہ غلہ دار اُسی متہٕ چھہ
عام شہرین ہند خوٗن چوان تہٕ حکومت چھہ رُوزمژ یا تہٕ تماشہ وُچھان نتہٕ غلہ دارن
سیتی اُٹ کران۔ یوتام سرکارن ییلہِ شالی سٹور محکمہ بنیاو۔

غلہ کسأنی ہندِ اکہِ دلیلہ اوس سلام شاہ نقشبندی اسسٹنٹ گورنر ییمس غلہ دارن ہندِ اُرک
کمرٕ بچھ کأم ہتہٕ ہتأوِک۔ سلام شاہن کور غلہ دارن تیتھ زُلکھ، یُس تمن پیرہ پیٹھ پیرہ ژٕہ تُس
دروزہ۔ اڈین کأم سُن دأر۔ اڈی کڈن اُڈی اُڈی۔ کینہہ لدن جیل۔ کینژن دیأوِن ژٕوٗ ورس

پیٹھ کمچ۔ مختصر پٲٹھ اکس غلہ دارس نش یُس ذخیرہ اوس، سہ کڈٕ نوٚوِن۔ یمہِ سیتۍ دتو پیٹھو غلہ مہیا گوو۔ نرخ گوو تیوت یوان یوت نہٕ لوکن گمانے اوس۔ ذخیرہ داری گیہِ رُسوا تہٕ عامس ژھوٚل ڈراگ۔ تہٕ اتھۍ غلہ ارزٲنی پیٹھ رُود "سلام شہُن سوچھ" کاشرِ زبانی اندر چلہٕ وُن۔

## (۲) اُمر دینُن گوٗلۍ

امیرالدین اوس اسلام آبادس اندر اکھ وثایق نویس۔ یُس اَسا من ینُن اَیِنٕ اثر و رسوٗخ ہاوِتھ پانس کُن رٹان اوس۔ اُمی ہُندی ٹرچھ تیتۍ جادہ، یمن اکھ لوکٹ موٚکٹ کتاب بنہِ۔ مگر یمَو منز چھُ اکھ ٹرجادٕے زیٛادٕ کھوتمُت۔

اُمر دینُن بیانہ چھُ زہِ ییلِہ اسلام آباد مارشل لا گوو، جلوٗسن پھٹرادنہٕ خاطرہ کرِہ سرکٲرۍ فوجن اَنتھ رٗوس گولِہ خرچ۔ اُتھۍ گولِہ گیہِ کارس منز پھشیاو شوٗٹھ۔ میہٕ تُجۍ اکِہ کوچہ منزہ ٹکہ۔ تہٕ تام لٲیِہ اکہ سپہہِ من میہٕ کُن گوٗلۍ۔ بہٕ ژاس اکِس مکانس منز تہٕ گوٗلۍ تہٕ لجۍ اُدری اَژنہٕ۔ بہٕ کھوٚتُس گوڈٕ دوٚیمِس تہٕ پتہٕ تریمِس پوہرس تہٕ گوٗلۍ تہٕ لجۍ میہٕ پتے ہیرِہ ہیرِہ کھسنہٕ۔ تریمِس پوہرس وٲتِتھ تہٕ ییلِہ میہٕ وُچھ زِ گوٗلۍ چھےٚ کوٹھس پتے، میہٕ تُجۍ دارِہ کِنۍ وۄٹھ تہٕ تراوُم یوان۔ گولہِ تہٕ کوٚر یوان کُن آے۔ مگر تریمِہ پوہرِہ یوان وسان وسانی ژاس بہٕ بییہِ دوٚیمِہ پوہرِہ چہ دارِہ کِنۍ بییہِ مکانس اندر۔ تہٕ گوٗلۍ بییہِ تریمِہ پوہرِہ پیٹھہ سیوٚدے زمینس پیٹھ تہٕ کوٚٹھ بچاو!

امی گولِہ ہندی پاٹھۍ ییلِہ کانہہ چیز انسانس پتہٕ لگہِ تہٕ تس چھُ "اُمر دینُن گوٗلۍ" تلمیح ژٕہتس پاوان۔

## (۳) جمہ نیاکنۍ شاہی

جُمہ نیا یُک اوس اکِس مرازی گامس منز حال حال تام زِندٕ۔ یہِ اوس بڈٕ زندہ دِل انسان۔ گذارٕ کِنۍ اوس سفید پوش۔ اما پوٗز پننۍ نقلی شان تھٔوٕ تھاونہٕ خاطرہ اُسی اُمو

کینھہ تِھکی چیز ( مثلاً سماوار ، دسترخوان بیترِ ) عامس آیتن تھاوی منز۔ تِہ یوٗت ....
یوٗت یِم چیز نِنہٕ آسہِ یوان ، تتہٕ تتہٕ آسہِ لوٗک جُمہ نیایہ کنہٕ فیاضی ہِندی تعریف کران۔ گرہٕ
اوس جُمہ نیا یُک ٹھابس منٛزِ چھپلان۔ از یِیٹلہِ کانہہ پننٛز سفید پوشی ژُوٗرِ تھاوِتھ
نیٛبرِ ٹیپ ٹاپہٕ سیتی دُنیاداری ہاوِ ، تس چھہِ ونان یِہ ہسہ چھہٕ "جُمہ نیایہ کنہٕ شاہی کران"۔

## (۴) نبہ میرُن آنٛبر

نبہ میر چھُہ قیاساً کُنہ تام ظالم ذیل دار اوسمُت۔ یِمیٛ پننہِ وقتہ پننٛ ذیل رِشوتہٕ،
لُوٹہٕ، بیگارِہ تہٕ دغل دوٗزی سیتی وُچارہ کورمُت اوس۔ "آنٛبر" چھُہ یتھہ محاورس اندر برابر
تی معنی تھاوان ، یِہ اُردو پاٹھی "اندھیر نگری" "مرکّب تھاوان چھُہ۔ چنانچہ حکومتُک کاروبار
چلاونس اندر یِیٛلہِ ہُش مُش ورتاونہٕ یِیہ تہٕ یِیہ سیاسی یا انتظامی نابینایی وُچھت
چھُہ نبہ میرُن آنٛبر یاد پیوان۔ ( ذیل داری عہدہ چھُہ لارن صاحبنہِ وقتہٕ پتہٕ بنیامُت۔
لہٰذا تھوو اسہِ یہِ تلمیح حال حالہ کین تلمیحن اندر )

## (۵) نِظرپیرٕنی پالِسی

"نِظرپیر" چھُہ از تہٕ زندہ۔ کشیر ریڈیو وس پیٹھہ چھُہ امہِ سنٛزِ "پالِسی" ہِندی درجنہ
وادہ نمونہٕ نشر کرنہٕ آمتی۔ یہِ "پالِسی" چھنہٕ کُنھٹس ہیوِس چایرِس فِکرِ تران۔ برابر یتھہ کنہ
کانہہ پزٕ دن خوجا یا اُزیُک لیڈر اہ پننہِ بے وقوفی "پالِسی" ناو تھاوِتھ نکتہ چینی نِشہ
بچنُک حیلہ چھُہ پاوِہ کران ، تِتھے کنہٕ چھُہ نِظرپیر سماجی مسلن پیٹھہ پننُن مخصوص
اندازِ بیان ورتاوِتھ کُنھٹس فِکرِ تاران زِہ ژِہ کیاہ زانکھ احمقہ نِظرپیرٕنی پالِسی کیا
چھہ؟ یِہ بوزِ آنی چھُہ کُنھٹ تِتھے کنہٕ اُچھ ڈُٹھ نِظرصابنہِ "عقل تہٕ عظمت" مانان یتھہ
کنہٕ وارِیاہ کاٹرِ کانہہ سیاسی لیڈر یہ سنٛزِ نابکاری ہرہ کرِتھ تہٕ چھہ لیڈر صابنہِ لیڈری
ڈُنجہ تھاونہٕ خاطرہ تتھہ "نابکاری" پالِسی ناو کران تہٕ لیڈر صابس لورہ دستار
گسٹران !

# حاۓجنکی تلمیح

## (۱) احسن صابنۍ ناو

احسن صاب اوس اکھ سیٹھاہ سیوٚد سادٕ حاۓجنک لُسن وول۔ سیٹھاہ مسکین تہٕ سہلابہ لد بُڈہ۔ یہ اوس کُنہٕ وقتہ پانٕۍ پانس سیتۍ کتھہٕ کران۔ لوکھ اَسی ژُورٕ ژُورٕ اَمی سٕنزٕ امی خود کلامی منز ٹکھا ٹکھا ژٕ تس کتھاوان۔ اکہٕ دۄہ ہیہ اوس احسن صاب پانٕۍ پانس وَنان۔ "ناو گرہٕ ہا' اما پوٚز نہ چھہ کٕہی نہ چھ پچھ! " کمۍ تام بوزن وٲلۍ پرژھس احسن صابا! ناوٕ کُس ترٲیم چیز چھہٕ لگان یُس ژٕ تیار کوٚرمُت چھی! " احسن صاب گوو زن نیندرٕ بیدار۔ مگر جواب توٚ گُس نہ کینہہ۔ از بیلہٕ کٲنسہٕ کھاندرس یا کُنہٕ بیس کامہٕ ہتہٕ چیزٕ منزٕ کانہہ چیز تہٕ موجود آسہ نہ، تس چھہ وَنان۔ " اَمِس ہسہ چھ اتھ گارس گژھ احسن صابنہٕ ناوٕ ہنز وَنن! " یعنے سوائے تصوٚر چھنہٕ اَمِس کانہہ مادی ذریعہٕ!

## (۲) سونہ شالٕن پروپیگنڈا

سنہ ۱۹۴۷ء پتہٕ کرے یہ وار ہیو لیڈر صابو کوٗشِش زِ حاجیچہٕ حلقہ کمیٹی منز گژھن کینہہ انسان ہوی ممبر بننۍ۔ اما پوٚز بتن روٗد یہ ارمانٕۍ۔ نتیجہ دراو یہ زِ یتہٕ کُنہٕ کانہہ وُلا، چورا، اوٚپا، ٹھگا یا نابکارا سانہٕ گامہٕ اوس، سُہ آو ممبر بناونہٕ۔ یمن منز سونہ شالہٕ تہٕ اکھ ممبر اوس۔ ممبر صابو اَسی لیڈر صابن ہندٕ مشک دار دہانہٕ اَندرٕ واریاہ انگریزی لفظ مثلاً فِفتھ کالمی' اینمی ایجنٹ' پروپیگنڈا بیترٕ بوزۍ متۍ۔ یمن ہند معنے کاٲنسہ ممبرس معلوم اوسس نہ۔ نہ اوس کانہہ ممبراہ گامہٕ کُس کاٲنسہ پرٕۍ وَنس نش یمن ہند معنے پرژھان۔ تہٕ کیازِ تمہٕ سیتۍ ییہ ہے یہ ممبر رنچہ ماجہ ہند بوز نہ۔ اَتھ شرہہ کتھس اندر کوٚر حلقہ کمیٹی فیصلہ زِ فلاۓنۍ گُلی اسِسٹنٹ گژھ فوراً نوکری نش برطرف کرنہٕ ین۔ تہٕ کیازِ سُہ چھہ پروپیگنڈا کران۔ تہٕ آو گُلی محکمک ڈائریکٹر حاجن اتھ مُقدمس تحقیقات کرنہٕ۔

حلقہ صدر ژٕول پانٕژ شہر تہٕ تسٕند سیاسی بَب رُود گُین ژھانڈنہٕ تہٕ بیانک سورُے
پور پیٹھ وِچارس سونہٕ شالس پیٹھہٕ۔ یس یِہ اوسنہٕ پتہٕ ہی زِہ پروپیگنڈا کیاہ گوو!
ڈائریکٹر: وَن سونہٕ شالہ صاآبا، یمِس طبری اشٹی ٹنڈس کیازِہ چھوہ تہٕ خلاف؟
سونہٕ شالہ: جناب یہٕ چھِہ کران پروپیگنڈا۔
ڈائریکٹر: خوب! کیاہ پروپیگنڈا چھِہ کران؟
سونہٕ شالہٕ: جناب پروپیگنڈا چھِہ کران۔ پروپیگنڈا۔ تمہٕ کھوتہٕ کیاہ جُرم؟
ڈائریکٹر: نَسہٕ کَس خلاف؟ کیاہ پروپیگنڈا؟ آخر پروپیگنڈا ہس چھا کینہہٕ معنے ترکینہٕ۔
سونہٕ شالہٕ: جناب نہٕ چھِہ میٚہ نہٕ سانِس حلقہ صدرس خبر معنی کیاہ گوو تہٕ وانے کیاہ گوو۔ اسہٕ
کوٚر ریزولوشن زِہ یِہ اشٹی ٹنڈ چھِہ پروپاگنڈا کران تہٕ بس... اتھ کیاہ
چھِہ پُرژھن تہٕ کیاہ گوو تہٕ ہمہٕ کیاہ گوو۔ پروپاگنڈا گوو پروپاگنڈا سپیلہٕ نہٕ
ژیٚہ ہیوٚس حاکِس امیک معنی پتاہ چھُہ، میٚہ اَنا یَس کیاہ آسہٕ خبر؟
ڈائریکٹرن ترٛووُ اسُن تہٕ کوٚرن کیس داخلِ دفتر۔
یمہٕ وِزِہ کانہہ شخص کانہہ کتھ زانہٕ وَرٲئی پرپر کرِہ، تس چھِہ اسی وَنان —
"امِس ہسہٕ چھِہ گومت سونہٕ شالن پروپیگنڈا۔"

(۳) گنہ یِن پوڈر

بتھ کالہٕ اوس حاجنہٕ گنے۔ ناوی اکھ اوپا۔ یس ہمسایہ تُنزِہ ناوی اکھ کھوٚراہ اوس
بسان۔ دونہٕ دَسے آسہٕ پانٕژن پانٕژن دہن دہن روپین ہُند وانیوٚت کران تہٕ دونہٕ وِنی
اوس آرژو لُوک وَتن نا اسہٕ دانا۔ اکِہ دوہ ہیوٚن گنہ یِن تُنزس۔ ژیٚہ ما خبر بڑین
مہنیوین کیازِہ چھِہ تالہٕ مس گلان؟ تُنزن دوپُس "شاید آسکھ جاوہ سونچنہٕ سبب کلس
مس گلان۔" گنہ یَن بیتھے یہٕ اشارہ لوٚز، تمہٕ دوپ تُنزس۔ "اَدہ سہٕ اگر میٚہ تہٕ مس
گلہٕ، میٚہ تہٕ مانن لوٚک تیٚلہٕ یہٕ چھِہ حاکمن ہیوٚ گاٹُل۔" تُنزن دوپُس۔ "کیازِہ نہٕ؟"

یہِ بُوزِتھ ترٛاو گنہٕ یَن زِیُوٹھ وۄش تہٕ وۅنُن تنٛزٕ کھرِس۔ "مگر سہٕ مس کیتھہٕ کنہٕ گلِہ میٖہ؟" تنٛزن اوس حال حالی "بال صفا پوڈر" وانس کُنُن اوٚنمُت۔ گنہٕ ین وۄش بوزاٰنی گوٚو سہٕ وانس بیٹھ تہٕ اوٚنُن یہِ پوڈر تہٕ دِتُن گنٛدِنس۔ یہِمٕ یہِ پوڈر وُچھت زنتہٕ خزانہٕ لوٚب تہٕ لوگ سہٕ بار بار کلس یہِ پوڈر متھنہٕ۔ تہٕ چھیکرس تیٚنیاو تس واریاہ مس۔ لوٚک لگی اٰمی سنٛدِ کلک یہِ حال بد وُچھت اسنہٕ زِ یہِ بیقل کیتھہٕ کنہٕ بنہٕ مس گالنہٕ سیٚتھ گاٹل۔ مگر زمانن ہوو سوٚ یرک اکھ وٲنی لیڈر تہٕ ییٚلہٕ ڈٲگرہ وبراٰئی ہنگہٕ منگہٕ گاٹل بَنیاوِ تِمس تہٕ گِہہِ پٔس آو نکہ برابر تہٕ توٚرے بنوو تمی لیڈر صاٰبن پنُن جانشین گنے یُس تنٛزٕ کھرِس بیٚٹھ بُڈِس وزیرس تام ووڈہٕ نوٚنئے رٕوزِتھ ہاوان زِ کوٹھس چھہٕ سیاسی ملن شُنہٕ شُنہٕ یا سوٚنچنہٕ سببہٕ مس نیرِتھ تہٕ وٚلمُت نہٕ زِ بال صفا پوڈرہٕ سیٚتھ۔ سانہِ علاقہٕ کین وارِہن بتہٕ سازندرن آو سہٕ وارِہس کالس پٔزہٕ پاٹھی سیٚٹھاہ بوٚڈ سیاست دان لبنہٕ۔

یہِ تلمیح چھہٕ تس اٰپِس بیٚٹھ ورتاونہٕ یوان یُس گنہٕ بیٚنہٕ پاٹھی "گاٹہٕ جار" لبہٕ!

(۴۸) نبہٕ خوٚجن ختن ہاٰجی مہرازہٕ

یہِ اوس اکھ وِیُوٹھ نادانہٕ یُس صرف لوٚکن ہندِس چندس کُن نظر اٰس۔ پانہٕ زانہٕ ہے نہٕ کاٰنسہِ ہیٚون دِیُن، اما پوٚز لوٚکن اوس وِنان زِ بہٕ چھس یِمہٕ پاک لیڈر زِ میٖہ سیٚتھہٕ زان کتھا وِنی چھِہ بُڈ دولت۔ اُتھی عہدس اندر بیٚہہ نووا اٰمی ییٚنچوٚ تہٕ قہوہ پیالہ پیالاہ چاوہ ناٰوِتھ کوٚرن لوٚکن نِشہٕ جان رقم وصول۔ یہِ رقم موکلاٰوِتھ ییٚلہِ دوٚیمہ وُری تہٕ آو، خوٚجن کرٕہ بیٚنہ قہوہ سماوار پوٚنشہٕ تہٕ بُلاٰوِنی دوبارہ لوٚک "دعوژ" بیٚٹھ۔ لوٚک لگی کنہٕ پھِرایہِ کرنہٕ زِ خوٚجس اسے اکے ییٚنچو چھہٕ تہٕ تس اسے آیہِ یٔرِس ختن ہال کرنہٕ۔ انٛدکس چھہٕ تس ختنہٕ۔ یِہے کتھ کران ییٚلہِ لوٚک خوٚجہٕ سُند گرہ ژاسے، اتہٕ چھہٕ وُچھان سٕے پرشک کوٚٹ بیٚنہِ ختن ہاٰجی مہرازہ بناٰوِتھ۔ لوٚکو پٔرٕ ژھس "اٰہنوٚ یارہ اٰمس اے

پرٛس اسہِ ہیٚن دِیُن کوٚر تہٕ از کتھ پیٹھ پوٗر بَھن ژریٚ یہِ دُوبارٕ"؟ نیٚرٕ نغوٚجن دٲپکھ۔
ہتا یارٕ نفسٕچ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕٹ۔ بُرچھس ییتھٕ کٔنہ تہٕ عوامس پیٹھی تہٕ ہمتھ کنہٕ تہٕ۔ دوٚن
تھاوِو تہٕ میانہٕ بدلہٕ میأنس یتھ تھوس عزت تہٕ نفِتھ کالی لوٗکن متہٕ وُنی توٗ زہٕ کوٚٹن
بیٚہہ نوو بیٚہہ نوومُت یُچھ۔"

از ییٚلہٕ کانہہ اَکھ سی تقریبس دوہہ یہِ پھیرٕ ہیٚنہ دِیُن ہیٚنہٕ ـــ تس چھ یہ ہے
تلمیح لاگنہٕ یوان۔

## (۵) جار پانژ ہندہ وندراُچھ

جار پانہ ٲسی اوس ساتہٕ گامہ اکھ جان بُڈا۔ اُمی ٲسی ہندہ وند پوکھر رُووی متہٕ
تریامت ہندہ وند ذرا بُڈی گیہٕ یہِ رُود ین پانژ راچھو۔ ییٚمہ وتہٕ گتھا ایارے اوس پکان
تس اوس جار پانہ ہندہ وند ژوٗر زٲنتھ بیوٲری کران۔ ہندہ وند پالیزہ منز پاگ اکس
جار پانہِ پیٹھ ییٚلہٕ یہِ دوہہ واوَن وتہٕ پکہٕ وٚمن ہا ژھ لوٗگ لاگنہٕ تہٕ پنٕنژ بہادری تہٕ
شب بیداری تھٲکہ نادنہٕ۔ کینژو جوانو کوٚر مشورہ زہٕ جار پانہ چونٹھ کیتھ کنہٕ پیہٕ بند کرنہٕ۔
چنانچہ امی راتھ گیہٕ ہندہ وند پالیزس اندر ژور جوان تہٕ لوتہٕ لوتہٕ تلکھ جار پانہ چارپلے
ہیتھ تہٕ واتہٕ نوٗ دُکھ مشیدہ کٔرارہ نکھہ بانگہ منزہ جایہ۔ پانہٕ دراے واپس تہٕ ییتیاہ ہندہ
وند خوش گاک تہٕ ییتیاہ کھیک۔

صُبحس ییٚلہٕ بانگہ بانگ ہیٚژ دِیِنہٕ اُمس آیہٕ یہِ اَتہٕ گیہٕ منز پانس نکھہ چار پلے
لبنہٕ۔ جار پانہ گوو جار پانہِ پیٹھ۔ تہٕ ستگا بانگ ٹھوکھوٚ دُکھتھ تہٕ لوٗگ بانگس دتنہٕ ـــ
"ہیے دلا کسو چھک ہندہ وندن منز بانگ یران۔" بانگس گوو یژاہ ہیوتہٕ ژٕ تہٕ
بانگ تہٕ نہٕ گوٚس نکھہ تہٕ وٚپ نس ـ "ژہٕ ما چھک بانگ کیہٕ پوٗرنہٕ چھک مُردہ ستری
بانگ مشیدہ نشہ واتہٕ نوومُت۔" ییٚلہٕ جار پانس ہوش آو، سہٕ لوٗگ اتھ مُورنہٕ۔ تہٕ
کیازہٕ اوٚت تام اوس ہندہ وند ژور وُن تس لبتہٕ لوٗن دِتیمُت۔ تہٕ تمہٕ دوہہ پیٹھہٕ

اوسنہٕ سُہ پننہٕ بہادُری ہندی زانہہ تہٕ دم دِوان۔

ازیٚس اَکِس کُنہٕ چیزس راُچھِ کران کراُنی پننیٚن دُشمن ڈُڈاوَن، تس چھِ وَنان اُمس ہیٚسہ کریٚکھ بجبار بابن ہندہ وند راُچھِ!"

## (د) کاشرِ تاریخکی تلمیح

یہ چھُ اکھ تیٚتھ موضوع، یتھ سنان اکھ لوکُٹ موکُٹ کتاب بنہٕ۔ کتھ ژھوٗٹراونہٕ خاطرہ ہیوٗ اَسہِ پہٕ بتھ تاریخی عہدہ منزہ زٕہ یا ترے مِثالہ یمہٕ ییٚمہٕ مقالہٕ خاطرہ کافی یِن ماننہٕ:۔

### ہندو عہدکہ زٕہ تلمیح

#### (۱) یوٗھے نلسان ہیُو

راجہ نل سین اوس ۱۴۵۰ کالی سنس منز (۱۶۲۷ قبل مسیح) کشیرِ ہندِس تختس پیٹھ بیوٗٹھمت۔ یہ رُود کشیرِ پانژہن وُرین حکومت کران تہٕ اُمی کوٚر سُہ ظلم زٕہ اکہِ رِوایژ موجب چھُ اُمی سندِ ظلمہ قریباً اکھ لچھ لُکہٕ موٗمتی۔ دیان اُمی سندِس محلس لوٗگ نار تہٕ تتھی اندر دٕزِو ییٚتہِ۔ خوٗن ریزی تہٕ ظلمس کُن ییٚس شخصس نلسانہٕ سند ہیُو' شوق' آسہِ، تس چھِ وَنان یہ چھُ یوٗھے نلسان ہیُو۔

#### (۲) وانادت فصل

راجہ ونیادت بیوٗٹھ ۵۳۱ سنہ بکرمی منز کشیرِ ہندِس تختس پیٹھ (تاریخ حسن) یہ چھُ سیٹھاہ نیک راجہ اوسمُت تہٕ اُمی سندِ وقتہٕ رُچھ عام رعیّت سیٹھاہ بجا اَسی متی۔ فصل تہٕ باقی پاداوار چھُہ تیوٗت جادٕ بنیامت زٕہ اَز تام چھِ کاشرِ "وانادت فصل" تلمیحہ کہ ذریعہ اُمس راجہ سند ناو یاد تھاوِتھ۔ وانادت فصل گوٚو تیٚتھ فصلا، ییٚمہٕ جادٕ ڈوورِ نِشہ دوٗوِ میدی آسہ نہٕ۔

# کأشرِ مُسلمان حکمرانن ہندِ وقتکۍ تلمیح

## (۱) تأزۍ بٹۍ کان گژھن

تأزۍ بھٹ اوس بڈشاہ صأبنہِ وقتہ اکھ سبھٹاہ غریب اِنسان ٲسۍ۔ یمۍ نہ اوس تیوٗت پوٗرمت زِ عہدہ لبِہے نہ اوس تیوٗت رسوٗخہ وۄل زِ کانہہ پرِیژِہ ہس۔ دپان اُمۍ اُس لوکہ چارس منز گِندان گِندان تیر چلاوُن ہیچھمُت۔ بڈشاہ صأبس اوس اکہِ دۄہ فوجی کمانڈرن ہنزِ "تیر اندازی" امتحان کرُن۔ سارِہ وی فوجی کمانڈر وینلہِ نِشانس پیٹھ تیر لأیِتھ ہیوٚکنہ تہٕ تماشہِ وُچھن والیو اندرِہ وۄراو تأزۍ بھٹ ژھینہِ مژن زِچن منز نِشانہ پاوتہِ۔ مأہر کمانڈرن نرٕٹ کرنہ خأطرہ دِیت بڈشاہ صأبن اُمس تیر چلاونک اِجازت۔ خدایہ سند کرُن زِ تأزۍ بٹن یُتھے کمانہ منزہ تیر ترٛووُ یہ پیوو سیٚودُے نِشانس پیٹھ۔ بادشاہ گوو خوش تہٕ کمانڈر خجِل)۔ امی وقتہ آو تأزۍ بٹس بوٚڈ ہیوٗ فوجی عہدہ دِنہٕ۔ تہٕ پتہٕ بنیاو یہِ ساروی کھوتہ جاوِہ اقتدارہ وۄل۔ از تہِ یُس ہنگہ منگہ کُنہِ کامہِ سزرِ ژھوٚر گژھان، تس چھِہ ونان اُمس گوو تأزۍ بٹۍ کان۔

## (۲) میٚیہ تہٕ حأجۍ بأنڈن کرُناو

یینلہِ مرزا حیدرن کشیرِ ۱۵۴۱ءہس منز عارٛضی قبضہ کوٚر، اُمۍ ڈوٚل ابراہیم شاہ تختہِ پیٹھہ تہٕ تھوٚوُن نازک شاہ ناوۍ اکھ کوشر بادشاہ تختس پیٹھ یوہے مژرہ موٚنتھن ہیٚوو۔ حکومتک سورُوی کاروبار اوس مرزا حیدر کران تہٕ کشیرِ اُسن ترٛیہ حصہ کرِتھ مُتہ۔ اکھ پانس کرِ، بیاکھ ابدال ماگرسے یُس کرِ۔ تہٕ بیاکھ ریگی ژُس کرِ۔ نازک شاہ اوس کأشرِن "خودمختاری" ہاونہ خأطرہ تختس پیٹھ زولہ کران۔ عام لوکن مُغلن ہندِ رُعبہ داب بیہہ ناونہ خأطرہ اُسی مرزا حیدرن بٲیہ کینہہ رسوٗخہ وألۍ کأشرۍ تہٕ پانس سیتۍ رلأوِی مِتۍ۔ یمن منز اوس خواجہ حأجۍ بانڈے تہٕ اکھ شخصاہ۔ ڈل رٲنس تیرتھ وِتہٕ

أُسہِ مُغل افسر ہانزِن بیگارہ نِوان تہٕ غالبًا اوس مُغلو خوجہ حاجی بانڈیس ہانز بیگارہ
ہُند انتظام ذِمہٕ تھوومُت۔ تہٕ تَوَے یِیلہِ کانہہ ہانز بیگارہ پتہٕ والِس اوس یوان
سُہ اوس بیگارہِ ہنز مَند چھہ چھلنہٕ خاطرہ وَنان ـــ "میٖہ تہٕ حاجی باندٕین کرٕ ناو ـــ"
یعنے زِہ کوٹھ اوسنہٕ بیگارہِ بلکہ کوٹھ اوس مُغلن ہندِس پتہٕ سازندرس ستی ڈلِ سأیِس
گومُت!

(۳) ہاوتم سَہ کیچم خأنی

مرزا حیدرن یِیلہِ کشیرِ سبھٹاہ سخ ظُلم کوٗر تہٕ کأشرِ سَپدِی سبٹھاہ بےہمت۔
کأشرِن ہُند بادشاہ نازک شاہ اوس زَنتہٕ اکھ لورِہ دستارا۔ امہِ وقتہٕ آو کھکھ قبیلک
سردار کیچم خان راز ویرہِ طرفہٕ مُغل فوجس پیٹھ حملہ کرِتھ۔ سہٕ وُچھِت گیہ کأشرِ
تھوٗدُتھِت تہٕ کرِکھ مُغلن خلاف بغاوت تہٕ درجنہ واد لڑایو پتہٕ آو مرزا حیدرہ سُند
پھٹہٕ پھراٹ فوج وہہ تھوورہ چہ لڑایہ منز مرزا حیدر ہیٛتھ ختم کرنہٕ۔ اگرچہ امہِ وقتہٕ
مُغل گالنس اندر چھہ کأشرِ بو کیچم خانہ سندِہ کھوتہٕ سبٹھاہ کمال ہوومُت۔ امایوٗز کیچم
خانہ سندِہ حملہ ستی اوس عام کأشرِن مُغلن پیٹھ حملہ کرنُک حوصلہ بڑیامُت۔ یتھ
تأریخی واقعس ژٕیتس تھاونہٕ خاطرہ اُسہ ازتہٕ چھہ تمہِ وِزہ "ہاوتم سہٕ کیچم خأنی"
وَنان یِیلہِ کأنسہ آسہِ فکرہ تارُن زِہ چانہٕ چوٗنچہ گلہ وَنہٕ ستی نسہ ژوت کاراَندس
بلکہ ییہِ وبٹیَن لُوکن تہٕ اتھ کامہِ اندس واتناونس پیٹھ زور لڑاوُن۔

## مُغل عہدکِ زٕہ تلمیح

(۱) کچھلی خان بَنُن

قلیچ خان اوس کشیرِ منز ۱۵۸۷ء سٕہ پیٹھہ ۱۵۹۰ء سٕہ تام مُغلن ہُند تریٛم گورنر
(صوٗبےدار) أمی سندِس وقتس تام اُسی کأشرِ حُریت پسند مُغلن ہندس تسلطس
خلاف شین وُرِہ یَن گرا مُنظم تہٕ گرا گور یلا جنگ لڑان رُوودی متی۔ مگر قلیچ خان

سپُد کاشُرین لیڈرن اندر پھاس ترأونس منز کامیاب تہٕ اُمہِ لڈاؤو کاشُرین ہِسی کاشرین تہٕ اتھ خوٗن ریزی کوٗرن "امن بحال کرُن" ناو۔ یم یم کاشرِ لیڈر تو تہٕ مُغلن خلاف رُود ہی، تِم آسے اکہِ اکہِ بے دردی سان فنا کرنہٕ۔ مظلوٗم کاشرِ پو تِتھۍ صوٗبے دارس رٔیژھ تہٕ کوٗرہس "کیچلی خان" ناو۔ اُمس پتہٕ یُس کانہہ غدار لیڈر راہ کاشرین ماران مارٲنی پہٕ ونہِ زہٕ سُہ چھُ امن بحال کران تس چھِ ونان یہِ ہسہٕ بنیاو کیچلی خان۔

## (۲) آغر خانُن ہُوٗس

محمد شہنشہٕ وقتہٕ ییلہِ مُغل سلطنتُک سوٗ سُرا دس لوٗگمُت، اُمہِ ہندہٕ وقتہٕ آسے کشیرِ باہ[۱۲] گورنر دارہِ پت دارہِ مُقرر کرنہٕ۔ اُتھی وقتس اندر آو کشیرِ اکھ نایب صوبیدار آغر خان — یہِ اوس اکھ تھیپل۔ اُکس وُرییس اندر ییاڑی پیاڑی اُمس اتھہٕ پیٔی، تپاڑی تپاڑی رُود یہٕ ٹیکس وصول کران۔ اُتھی تھیپہٕ تھارہِ اندر دیان ییلہِ اُمہِ اُکس کاشرس دوٗپ زہٕ ژیٔ کو نہٕ چھے ہُسے ٹیکس ادا کرمژ، تمۍ دوٗپس جناب کشیرِ منز چھُنہٕ اکھ ہوٗس تہٕ تہٕ یٔکتھ وِمہٕ ٹیکس۔ آغر خانن دوٗپس۔ گوٗو ژہٕ چھک یُت گستاخ زہٕ سانس تخمینس تہٕ چھک کتھ کڈان۔ لہٰذا چھی ژیٔ یہِ اتھ گستاخی ہندِ جُرمانہ خاطرہ برابر سُے ٹیکس اداکرُن یُس اسہِ لوگمُت چھی۔ تہٕ اُتھی واقعس پیٹھ بنیاد یہِ تلمیح۔ از یُس اُکِس تتھ چیزس ٹیکس اداکرُن پیٔیہ یُس نہٕ تمُس آسی، سُہ چھُ ونان "میٚہ ہسہٕ گوو آغر خانُن ہوٗس!"

## پٹھان عہدکۍ زہٕ تلمیح

### (۱) میرزہ رضہٕ ہُنٛ گاڑہٕ آرہ

مرزا رضا ناوی چھُ اوسمُت پٹھان عہدس اندر اکھ شہر باشاہ۔ یُس کتھ تام جُرمس پیٹھ یہِ سزا دِنہٕ آو زہٕ یہِ گژھہِ ساری سی شہرس گاڑہ آرہ ناگر ژھنتھہِ اُڈٕ اُڈٕ کڈنہٕ یِین۔ چنانچہ یِی آو کرنہٕ۔ شامس باگۍ ییلہِ یہٕ اُتھی جالس اندر پانس برونہہ برونہہ ڈنڈ ورہ وایِن والیو گرہِ واتہٕ نوو، اُمۍ کوٗڈ گرد نہٕ منزہ گاڑہ آرہ تہٕ ژاو یہٕ ہیتھ گرہ۔ سرکٲری اہل کارو

دٔولپس۔ یہِ گاڑہ آرٕ چھےٚ سرکاری مال تہٕ یہِ کرِ واپس۔ مگر اُمہِ دِیتُک ٹاکارہ جواب تہٕ دٔوپنکھ کیاہ یِیِ رسوٲیی ہیتھ تہٕ اگر کوٚنھس گاڑہ رٕیُن بنِہ تہٕ تمیٚلہِ اَسے گوو یہِ سراسر "تاوان"۔ تہٕ ژٲو گرٕ۔ تہٕ اَتہٕ چھےٚ اُتھی معنیِس منز "بےشرمس ہٕنز مُچ" تہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ مطلب چھےٚ رسوٲیی ہُند معاوضہ وٕٹُن!

## (۲) عظیم خانٕنۍ چیٚنٹھ

عظیم خان اوس سنہ ۱۸۱۹ تام شےٚن وریِن کشیرِ ہُند پٹھان گورنر۔ اُمہِ یِمہ "دھر" حکومتکۍ مالِک بناوۍ، تِمے گیہِ اُمس خلاف۔ بیربل دھر ژوٚل پنُن نیچُو راجہ کاک ہیتھ کشیرِ سِکہ راج اَننہِ۔ اُمہِ سُند عیال (زنانہٕ تہٕ نوش) آیہِ قیدہ ہیوٚو گوجوارٕ سِندِ گرٕ ژُورہِ تھاونہٕ۔ عظیم خانس یِیلہِ پتاہ لوٚگ زِ ذوالفقار ملک تہٕ کامران ملکہ سِندہ مدد سیتۍ چھےٚ بیربل دھر دیوہ سرکنۍ پیٚتہِ ژولمُت۔ تِمو اوٚن دٲسہ کاک ہیرکارہ تہٕ دٔوپنس۔ یوٚت تام نہٕ بیربل دھرہ سُند عیال ہاوکھ، توٚت تام چھیٖ پرٛیتھ دوہ اکھ ساس روپیہ جُرمانہ اداکرُن۔ تہٕ اُتھی جُرمانس تھٔوو لُکو "چیٖنٹھ ناو"۔ لُو دوہ گٔژھت یِیلہِ بیربل دھرہ سِندۍ زامترہِ (تِلک چند منشین) بیربل دھرن عیال قیدہ بچاوِتھ گرِ کڈٕ نوو۔ تہٕ دھر صابنہِ آشنہِ کھیوٚو شیر گدہِ لکھسا کھاٲنۍ ناوِ منز زہر تہٕ موو یِہ۔ اُمہِ سٕنز نوش آیہِ کابُل سوزنہٕ۔ کمی کالاہ گٔژھت یِیلہِ عظیم خان کابُل گوو، تِمو سوٗز پانس برونہہ اکھ ربتھ سہز رام دھر نقدہ بتہِ اکھ کرور روپیہ ہیتھ کابُل۔ یُس اُمہِ کشیرِ روز نہ جُرمانو تہٕ ٹیکسو سیتۍ وصول اوس کوٚرمُت۔ تہٕ اُتھی تھیپہ تھاوِ پیٹھ چھےٚ یہِ تلمیح بنیامُت۔ (سِکو یِیلہِ پتہِ قبضہ کوٚر، ہندی گورنر دیوان موتی رامن واتہٕ نوو بیربل دھر جیل پیٚتہِ بیمار گٔژھت سُہ بڑیاو)

## سِکہ عہدکۍ ۲ تلمیح

### (۱) گھوکھہا آسے

سِکہ راجس یِیلہِ کشیرِ اندر پیٚتم دوہ آے۔ نظام حکومت سپد درہم برہم۔ گھکھہ تہٕ جِمبو قبیلو ہیوٚتھ کشیرِ دوہ ہلہِ لوٗٹہِ کرُن۔ یہِ سلسلہ روٗد گلاب سنگھنس وقتس تہٕ کیٚتس

کاٚلس چلہ وُن۔ مال وجاداد راوُنک اوس سہلی۔ مگر گوٚکھ اُسی کاشرِ ین شُرین تام وتوٚ
پیٚٹھ اعوا کران۔ تہٕ اُتھی شُری لوٚس پیٚٹھ بھوٚو کاشر لو مالیو ماجو پننین شُرین گرہ نیبر
نیرنس پیٚٹھ بیم تھاونہٕ خاطرہ یہ تلمیح جاری۔ یتھ پوٚز بتھ شُری اُسی گرے سوزان۔

(۲) لوگ تھمہٕ سہ سِشتر اسا

سِکھ عہدس تہٕ ابتدائی ڈوگرہ عہدس اندر اوس کھاندرن پیٚٹھ سرکاری ٹیکس دِیُن پیوان
کھاندر ٹیکس وصول کرنہٕ خاطرہ اوس "سِشترا شاہ" ناوٕ یہ بدلحاظہٕ کارندہ آسان۔ لوک اُسی
سیٹھاہ مسکین تہٕ اتھ ٹیکس سیتی اوس سِشترا شاہ پننہٕ دُشمن تہٕ کران۔ اگر کانہہ "سِشترا
شہس" خدمت "کرنے روزہ ہے، بس اوس نہ مہر پننہٕ ڈولہٕ منز کھسنے دِوان۔ اَمی سندی سی
رذالتس پیٚٹھ چھہ "سِشترا شاہ لاگن" تلمیح بنیامت۔ وہاب حاجن چھہ اتھ ٹیکس متعلق
لیکھان سہ

تتھ زمانس منز مسلمان کرہ ہے یُدٕ ینہ وول
سارے سی ڈیری یس پریشان اوس آسان گوٚبرہ موٚل
قسطہ قسطہ اوس ہوران ظالمن کرِتھ ہیٚتھ ڈیار
اوس درِ شادی مُقرر یتھ اکِس تفصیل وار

ڈوگرہ عہدکۍ زہ تلمیح

(۱) تُر وُو تھمہٕ سہ سوتہ

کشیرِ اندر چھہ ہندو عہدہ پیٚٹھہ بیگاری چلہ وِنی روزمژ۔ اما پوز سِکھ عہدس تہٕ ڈوگرہ
عہدس اندر وُوت یہ ذلیل سلسلہ انتہس۔ اگرچہ ۱۹۲۰ ئس پیٚٹھہ آو کاغذن اندر یہ سلسلہ ختم کرنہٕ
مگر واقعہ چھہ زِ حال حال تام اُس بیگار عملاً موجود۔
گلاب سنگھنہٕ وقتہ یُس کانہہ کاشرِ مُجہس بیگارِ اوس آسان نیرمن تس اُسی
زٕ ڈوگرہ حاکم یا تہندی ماتحت شیٚچھ سوزان۔ بلکہ اُسی راتلے تس ندس آنگنس اندر اکھ

زیُوٹھ ڈُنڈہ دوہ دِنہ تھاوان۔ یتھہ صبحایِٔ وُچھِت محکوم کاٹرِس اوس پانسے فِکرہ تران زِ ازچُھ کوٹھس بیگارِہ گژھن۔ اُتھی ڈُنڈس آسی لُوکھ "سُوہ" وَنان۔ از اگر کانہہ کانسہ اِشارہ پأٹھی آگاہ کرِہ زِ تژ چھے فلأنی جیٚنٛڈ دِنی، سُہ چھس ونان "ترٛو وتھہ سہ سُوہ!"

## (۲) بدری ناتھنی اُدری مہُر

دیوان بدری ناتھ اوس مہاراجہ رنبیر سنگھنہِ وقتہ تام کشیرِہ ہُند وزیرِ اعظم۔ یہ اوس رشوت کھینٛس منز تیوٚت یلہ گوٚمُت زِ اگر ازُکس فریقس نِشہ رشوت حاصِل کرِتھ تس کانہہ عہدہ یا عطیہ دِہہ ہے، پگاہ اوس اُمی سندِس مخالِف فریقس نِشہ رشوت حاصِل کرِتھ یوہ حکمس بالکل وُلٹہٕ بیاکھ حکم کڈان۔ نتیجہ رُسُدی زِ ساری سرکاری مشینری دوٚتھ پھِک تراُمی سندین مِین اکھ اکس خلاف حکمن پیٹھ آو وننہٕ زِ وُنہِ چھہ اُمس اکہِ حکمُک میل اُدری آسان زِ اتھ خلاف چھُ بیاکھ حکم کڈان۔ از یلہِ کانہہ حأکم یتھی متضاد احکام کڈِہ تس چھہ ونان۔ "اُمی سند حکم بُوزِی تو بدری ناتھنی اُدری مہُر۔"

## سانین بُزرگن ہِندِ ترٛیٚ تلمیح

(۱) رُمہِ ریشُن آسے

ریشی سِلسِلس اندر چھُ رُمہ ریشُن پأنژِیُم ریشُن یوان مانِنہٕ:

اوّل ریشی احمد ریشی — دوٚیِم حضرت اویس آو
ترٛیِیُم ریشی ذُلقار[۱] ریشی — ژوٚریُم حضرت پلاس آو
پأنژِیُم ریشی رُمہ ریشی — شیٚیِم میر میران آو
سٔتِمِس کوٚر ہم ہِش نادشی — بۄ کُس ریشی ترٛیِم کیاہ ناو؟

۱ بیاکھ روایت زُلکار، زِلکار یا ذُوالقاء

روایت چھہ زِ رُمہ ریشس بنیہ یہ حیاتِ ابدی۔ زِ یچھہ وُمرہ ہندِہ دُعا خاطرہ چھہ یہ تلمیح ورتاونہٕ یوان۔ (رُمہ ریشنی زیارت چھہ رامُوہ گامس منز۔ کینہہ چھہ ونان رُمہ ریشس گو حضرتِ خضر)

(۲) لَلہِ ہُند نِلہ وٹھ: لَل دید چھہ غالباً ۱۳۳۵ ہس منز زامژ تہٕ ۱۴۰۰ ؤرِیس منز سوٚرگہ

واس گاٹِھ۔ بد خواہ ہَش اُس اُمہِ ہندِس بتہ بأنس اندر کُنہِ (نلہ وٹھ) تھأوِتھ اُمِس بتہ پھیکِھا الکہ شیران۔ مگر لَل اُس تہِ امچہِ باوَتھ کأنسہِ نِشہ کران۔ یُتام یارہ بل واجِہ نِش اُمِس پیوٚو بے اختیأری منز دنُن زِہ میانہِ گرِہ یُدوَے سہ

ہوٚنڈ مأری تن کِنہِ کنھٹ ــــ لَلہِ نلہ وٹھ ژلہِ نہِ ژانہہ

اُتھ واقعس پیٹھ بنیاد اِنتہأیی ژیڈ کرنس تہ ژھوپہ کرِتھ سِتم ژالنس پیٹھ چھِ تلمیح۔

## (۳۲) بابس میر صأبُن پھوک

بابس میر صأبُن استان چھُ سوپورہ۔ اتہِ چھَہ روایت ورتھ گأمِژ زِہ سوپورِس لیو سہ آسمأنی بلاے پیہِ بالخصوص نار ہیٚنِہ، تتھ چھَہ باطنی پأٹھی گوڈہ بابس میر صأبس منظوری دِنی آسان۔ اُتھ نارہ برات کڈنس پیٹھ چھِہ لُوک وَنان "یتھ نارس چھُ بابس میر صأبُن پھوک" اَز تہِ ییٚلہِ کأنسہِ کانہہ بلاے دِوہ بَرن وِزِہ تُورِ کُن آسِش روزِہ، یٚتہِ یہِ بلاے آمِژ آسہِ، تمِس چھِہ وَنان ــــ "ہتا یارِہ ژِہ کیاہ چھُک اُمِس نِشہ ژھانڈان، الٰہ بلا یہِ اسے چھُک بابس میر صأبنے پھوک!"

نوٹ:۔ تاریخی تلمیحن اندر ہیکن تِم واریاہ تلمیح تہِ یتھ، یِمن ہنز ابتدأیی محلِ وقوع دُنہِ لبنَے چھِہ۔ مثلاً تھنہ سُلہ۔ صبوٗر وسوأسی۔ اسمال پیٹھہ کھاو۔ ولی ہڈ، کریم نُنہ ڈوٗر وغیرہ۔ اتھ وسیع موضوعس علاوہ چھِہ اَزتہِ واریاہ تِم رِوایتی تلمیح کشیرِ اندر یِتھ دوہہ ورتاوِنہ یِوان۔ یِمن شرح لیکھنچ ضرورت چھِہ۔ مثلاً فتح مٚتیُن بتہ۔ جل بابنہ حرکت، حسہ متنہ وسمت۔ کھکھ میرُن بیٚوٗر، واسہ کاکنہ گاسہ ناو۔ یکہ چھانہ کوکر بچہ بَرن۔ اَکھون صأبنہ زردی وغیرہ۔

# کأشرِ ثقافتکی کینہہ تأریخی نِشانہ

بُتراٗژ ہِندِ ین تِہند سنن والین ہِندِ ونُن چھُ یتھ کتھِ تائید کران زِ زبردستہ سابہ
واد وُری چھُ سانٛہِ کشیر اکھ بوٚڈ سر اٲسمُت۔ یتھ سانو پرٛانو ستی سر ناو اوس تھوومُت۔
پتہٕ سر اوس پرٛتھ طرفہٕ تھدیو بالو وٕلتھ تہٕ اگر اتھ زمانس اندر اِنسان تشکیلہِ کانہہ منوشا ستی سر
کِین بٹھین یا پتہٕ کِین بالہٕ کرٛیون پیٹھ لبان تہٕ آسِہے۔ تِمند زمانہٕ چھُ تیوٚت پرٛون تہٕ
تِمندی تأریخی حالات چھِ تیتی تأریخہٕ برونٛہہ زِ جادہ کھوٚ تہٕ جادہ ہیٚکو اَسی یہٕ قیاس کٔرِتھ
زِ سُہ آسِہے وُنہِ محض وٕنو اٲسی زِندگی گُزاران۔ ستی سر کر گوٚو ہوٚکھ؟ تہٕ کشیرہ ہنز
وأدی کر بیٚنٛژ یہٕ بسنس لایق؟ یِمن دوٚن سوالن قیاسی جواب ژھانڈان تہٕ چھُ
سابہ واد وٕری ین ہِند بیرہ پیوان۔ یِنہٕ لبُتی لگنگ ساردی کھوٚ تہٕ کم وقت چھُ مِسٹر
ای ہیملٹن ( E. Hamilton ) ژور ساس وٕری مُقرر کوٚرمُت۔ اتھ زمانس رلہِ وُن چھُ
راج ترنگنی ہُند مترجم جےٚ لسی دت ہاوان زِ گونند اوٚلہ سندِ پیٹھہٕ کلہنس تام چھِ ۳۵۹۶ وُری
گُزرے متی۔ پیٚلہِ ۲۲۴۹ کأل سنہ اوس۔

ارضیاتی شہادژ پیٹھ چھُ پیٚژھن مانٛنہٕ آمژ زِ پیٚلہِ کھادنِ یارہ اوٚرہ یور کوہ پھوٹ
ستی سرہ کِس آبس دِژ ایہِ بوٚن لمنس وتھ ——— یُمِیک موجودہ نِشانہٕ دریائے جہلم
چھُ ——— عقیدہ والیو چھُ کوہ ژٹنچ کوم کیشپ رٛشیس منسوب کٔرمٕژ۔ (یتھ عقیدس
پیٹھ وأدی چھِ آدنہٕ پیٚٹھے رٛشی وأر مانہٕ آمژ!) دلیو مالائی قصہ نہ مانن والین چھُ برنیر
(Bernier.) ہیو محقق ونان زِ بٔنلی علاقہ آسنہٕ مُوجب چھُ کوہ ولسریامُت تہٕ

ستی سَرک آب درامُت۔ یِمن یِمن سَنبر جاین تو ترٕ آب رُود، تمہِ چھےٚ یِتکِو سر۔ یِمَو سَرَو منزٕ ہندو عقیدہ مُوجب اَزی کِس سرینگرس اَندی کِنۍ بوٚڈ ہیوٗ سَر چھےٚ اوسمُت۔ یتھ اندر جلد ہوا دیو بسان اوس۔ یہِ موراشیو جی سٕنزٕ آشنہٕ (پاروتی) کِنہٕ وِشنو جین بأیی بلبھدرن۔ یہِ فیصلہ کرٕنۍ چھےٚ وٕنیُکھ پٔرٕتھ دالِبن تام۔ اسہِ چھےٚنہٕ وُنیُکتام کیشب رِشیٖ سٕنز صحیح زان تہٕ۔ پرانِن کتابن ہندِ رِکاڈٕ مُوجب چھےٚ تریٚہ کیشپ رِشیٖ آسی متۍ۔ مسٹر ہملٹن ہٕنزِ وَننہٕ مُوجب اگر آسہٕ یِمَو ترٚیوَے منزٕ کیشب وِلد مرٕچی سٕہ رِیشِن مانون یُس نِلہ مت پراٹ چھےٚ رِوایژ مُطابق یِتی بسنہٕ لوٗگ، تو ترٕ چھےٚ بیاکھ اکھ پھیرٕ واجبیٚنۍ کتھ روزان :-

اگر اکِہ طرفہ دیو مالأیی رِوایژ مُوجب نِلہ ناگ چھےٚ کیشب رِیشُن نیچوٗ (یِمہٕ کِنۍ سٕہ یتیہِ کین ناگن ہنٛد جدِ اعلیٰ یِیہِ مانِنہٕ) تہٕ بیاکِہ طرفہ چھےٚ مِتلسندِس آریأیی نسلس کھٕر پوان۔ سیٚستی چھنہٕ یہِ کتھ تہٕ نان زِ نِلہ ناگن یُس مٕندر دیو برہمنس یِیتہٕ مستقل پأٹھو آریہ قوم بساونک وظیفہ نِلہ مت پرانس اندر دِیُت۔ تِمس بروٚنٛہہ کر آسہٕ یِیتہٕ ناگ تہٕ پشاچ بسنہٕ لگمتۍ تہٕ پانہٕ وأنی دُورے متۍ۔ نہ چھےٚ وُنیُکتام پانہٕ نِلہ مت پرانس مُتعلق یہِ قضیہ طے آمُت کرنہٕ زِ موجودہ نِلہ مت پران چھا نِلہ ناگن عطا کوٚرمُت، کِنہٕ وِیاس جین "وِسمپیانہٕ" نأوی اَکی شاگردن جنمیجا نأوی اَکِس راجس نِشہ بیان کوٚرمُت۔ امہِ علاوہ چھےٚ اکِہ طرفہ نِلہ مت پران کشیرِ ہنٛز سٕہ گوٚڈٕ نیچ کتاب یوان مانِنہٕ، یوٚسہ عقیدت مندن نِش کرشن جی سٕنزِ وقتہٕ بروٚنٛہہ چھےٚ یِیتہٕ آسمٕژ (وُچھو تاریخ کشیر صفحہ ۵ یا مزے) تہٕ بیاکِہ طرفہ چھےٚ اکھ ایڈیٹر پروفیسر کانجی لال تہٕ پروفیسر زاڈو امِکہِ تاریخ تصنیف سٕتم صدی عیسوی مقرر کران۔ پٔرٕتھن قیاسی کتھن سٕنیتھ چھےٚ صرف زٕ کتھہٕ کھرٕ گژھان۔ اوّل یہِ زِ آرین ہندِ یِیتہٕ بسنہٕ بروٚنٛہہ آسہٕ یِیتہٕ ناگ تہٕ پشاچ (تہٕ پشاچن ہٕنزے گژھہٕ یکشا لِسادہ تہٕ کرتا) قوم بسان آسی متۍ۔ تہٕ (۲) ناگن تہٕ پشاچن آس پانہٕ وأنی ترٕسٕہی نسلی موٚتٕرکریٖ۔ پٔرٕتھ آریہ پور واتِت یِمن ترسنہٕ وُنۍ فریقن تہٕ خاص کٔرتھ آرین تہٕ پشاچن جلد وٕنۍ زُورٕ۔

ناگ آسیا بقولِ سی' ایف' اولڈہم سورج بنسی خاندانکی سپوٗت۔ کینہہ بقولِ
جیمز فرگوسن تورانی نسلکی خانہ بدوش۔ کوڈہ گوڈہ آسہٕ یم بحیرہ رومہٕ پیٹھہٕ ژٲلی مٔتین
آسٹرکی قبیلکو حصہ۔ کینہہ کوہٕ ہمالیس جنوٗبہٕ طرفہ ابتدٲیی بسکینہٕ۔ یِم آسہٕ آریہ حملہ آورو
یورِ واتناوی مٔتی، کینہہ یمو آسہٕ بانئے یٔتہِ نوآبادیہ بناوِمژہ؟ یمن سارِی سوالن ہُند
کانہہ اکھ حتمی جواب چھُ قریب قریب ناممکن۔ تمام قیاسی، دیو مالٲیی، تأریخی تہٕ نسلی
اندازو پیٹھہٕ چھُ صرف یوٗت ہنہ کھرہ گومُت زِ ناگ آسی نہٕ آریہ۔ تِم آسی کشیرِ ہندی
ابتدٲیی بسن وٲلی تہٕ تہنٛدی تہذیبس پیٹھ کُھر کشیرِ ہندِ تہذیبچ بُرن۔ ہوٗ بہوٗ
یتھہٕ کنہ پشاچن ہنزِ زبٲنی سأنی اَزچ کأشُر زبان چھےٚ بنیامژ۔

امہِ تمہیدہ پیٹھہٕ دُچھو آسی یمن راوی مٔتین دٔوٚن قبیلن ہندِ تہذیبی اثرہ منزہ
کوتاہ حصہ چھُ تأریخی دورو منزی یران یران رُودمُت۔ حال حالی چھُ دُنیوہ گاٖکِ
شری اقبال ناقن "شیرازہ" رِسالس اندر (اگست ۱۹۶۵ء) "ناگن ہنز تھٲر ــــــ برٛہ
شاسترِ منزہ" ناوی اکھ بڑہ جان مضموٗن چھپیومُت۔ یتھ اندر تمو ہووُمُت چھُ زِ
یٔتہِ کیو ناگو منزہ آسی اَٹھ قبیلہ تھدی لِوان مانِنہٕ۔ یمن اوس پریتھ اکس اکھا اکھ "کُل
ناگ" یا وَنڈک دیوتا۔ یم آسی کوڈہ گوڈہ اٹھن جاین بسان، یٔتہِ خاص خاص ناگ
پھکھرِ آسہٕ:- (۱) اننت کول ناگ۔ اسلام آباد (۲) تکھشک کول ناگ زیوٗنہ (۳)
"واسکی":- لیسند ناگ (دیومالٲیی رِوایژ موجب) رٔیتہٕ کالہٕ کین شین رٔیتن کوہ نڈ
قاضی گُنڈ تہٕ ونڈہ تِمن شین رٔیتن ڈینگہ گامس اندر چھہ۔ (۴) "پرم":- پانپرہ ہیٔرہ یہن
کانئے متس ناگس نِشہ (۵) "مہاپدم":- وولر سرس اندی کُن (سُمبل لوہ نہٕ کینہہ چھ واسی
کُرُس تام اکِس سنہ گنڈ از تِہ مہاپرم ناو ــــ حاجنٕ) (۷) "شنکھ پال":- یتھہِ ناگ
ناگ چھُ باہنا لِہ مرکہِ پیٹھ ویلیسہ لوں پہن اکس دال ڈلس منز، یتھ اندی کُن از پالہ پور
گام چھُ (کھوئی ہامہٕ تہٕ چھہ امہ ناوہ اکھ خوشنما جلائے تہٕ ناگہ کُھرو حاجنٕ) (۸) "کُلِک":- یتیچ جاے

وُنہٕ کھرٕ ژھینہٕ گامٕژ۔ یمن اَٹھن کُل ناگن علاوٕ تہٕ چھےٚ وارِیاہ جایہٕ ناگ قبیلن کُن منسوب
یمن منٛز قابلِ ذکر چھہٕ شیش ناگ، نِلہٕ ناگ۔ الِ تہٕ کرکوٹ (یمہٕ دوٚن ہندہِ ناگ آکر پتھرٕ
تہٕ مۆنیوٕ گاسس منٛز چھہٕ) اقبال ناتھن دۆپ چھہٕ "ناگ" لفظ ادستہٕ "گوڈٕ گوڈٕ سنکرتس
منٛز آبہٕ پوکھرِن وننہٕ یوان۔" مگر پتہٕ بنیادِ یہٕ کوٚنہٕ لفظ آبہٕ پوکھرِن ہندِ باپت۔ ناگ
اُسی ٹینگو دار سرفہٕ ہنٛز پوٗزا کران تہٕ آرین تہٕ آبہٕ یہٕ پوٗزا دیہٕ وِز لبنہٕ۔ ناگ قبیلہ اُسی
مختلف آبہٕ پوکھرِن پیٹھ لبسان تہٕ آریو بڈوٗ آبہٕ پوکھرِن ہُند تقدس پتہٕ پیٹھ ہیوٚر
تام۔ بودھ مذہبہ کہِ ابتداہ پیٹھ کلہنہ سندِس وقتس تام آو ناگ قبیلن تہٕ آبہٕ پوکھرِن
اُندہِ اُندہِ تیوٚت دیو مالأیی زال واہراوُنہٕ زِہٕ یہٕ وۄتھنے کرِنی گیہٕ ناممکن زِہٕ ناگ
چھا کأشرِ انسان اُسی مِتی، کنہٕ غیر مادی (رُوحأنی) رأچھ دریا موکل۔ جیسال چھہٕ
"جیوتش شاسترن منٛز چھہٕ پرتھ دری یہٕ کس موکلس (ورش تیس) سیتی اکھ ناگ
یوہے لبطورِ وزیرِ آسان۔ اٹھو غاندانو منٛزہٕ اُسی یم الوارہ پتھ الوارہ وزیرِ (قسمت:
حاجنی) بنان۔" تہٕ پتھہٕ کنہٕ چھہٕ ناگ کأشرِن ہیٚندِن ہندہِ جیوتشہٕ موجب ازتہٕ
تہندِس قسمتس بناونس یا بگراونس منٛز حِصہ دار۔ تہٕ اُتھی ذِہنی نہجِ پیٹھ چھہٕ مانہٕ
یوان زِہٕ" واسکی "ناگ (سرف) چھہٕ شمبھو بھگوانس نالی۔ شیش ناگہٕ سندِس کلس
پیٹھ چھہٕ سُت پاتال (بلکہ چھہٕ شیش ناگ زِندگی ہُند آگُر تہٕ) وشنو بھگوان چھہٕ اننت
ناگس پیٹھ نیندرِ ترأوِتھ (بلکہ چھہٕ پانہٕ وشنو بھگوان شیش ناگ بُنتھ تہٕ یوان۔)
اننت ناگ چھہٕ وُنہٕ تہٕ" اننت چودش دوہ دِوسے لگان۔ امہٕ دوہ چھہٕ گور "انتھ"
ہیتھ یوان۔ تہٕ بُٹنہٕ چھےٚ سہ" انتھ" کنس الوٚند ترأوان۔ یہٕ چھہٕ آسان پنہٕ داون
ہُند یوہے سرف ہیوٗ۔ تہٕ وارِیاہ "بُٹنہٕ چھےٚ سوٚنہٕ سُند "انتھ" گران تہٕ دوہے نالہ
ترأوان۔" بلکہ چھہٕ کینژن محققن ہُند پتہٕ دنن زِہٕ سرفہٕ آرجو کرِتھ بنٛہٕ زھوگ یا
بُٹنہٕ پوٗزہٕ ہُند سرفہ کلہٕ ہیوٗ پھوٗنگ تہٕ کأشرہٕ زبأنی ہُند سنسکرتی لفظ "آیستان"

(سرفہ سٕنٛز پاک جاے) تہٕ چھہ آریو ناگ تہذیبہ اَندرٕ ے یأنی راۆوی متھ۔ مسٹر ای، ہوُرہ سِندِ تحقیقاتہ مُطابق چھُ "سرُف" دیومالأیی زبأنی منز "علامتِ لافانیت" مانٕنہ آمُت۔ تہٕ مہا بھارتن چھہ درجنہ واد تمثیلی قصو ٔ سیتھ سرفن (ناگن) مُندتقدٔس آریأیی دِینیاتک مُستقل عقیدہ بنومُت۔ چنانچہ یتھ کتھِ ہیٚکہِ نہٕ کانہہ پنڈت انکار کرِتھ زِ "حال حال تام اوس پرٛانین بڈٕ گرن اندر اکھ کھٕلہٕ ناگ تصوٗر کرنہٕ یوان۔ یمیٚس پریتھ پرٛتھ وِزہ اوس بھوگ تھوَنہٕ یوان۔" یم ناگ گوڈٕ گوڈٕ آرین کشیرِ منز مقابلہ اُسی، تمے بنیأوی آریو "دیوتا۔" چنانچہ کلہن پنڈت تام چھہ ونان زِ "کشیر چھُ سُہ مُلک، یتھ نِیلہٕ سنکھا تہٕ پدما نأوی ناگ چھہ رأچھی در۔" بقولِ "اقبال ناتھ" تھرِ اُسن یہ اپنی کرُن یا بھگوانس پوزا کرنی، ناگ چھہ اکِہ نتہٕ بیاکِہ طریقہ بٹن ژیتس پیوان تھاونی ... تہٕ یمن چھُ پرٛتھ دوہ ہوردن ژیتس دِنہٕ وِزہ ناگاتری نتام پرُن پیوان ... ... دُنیاہ بدلیاو، مگر شاستر چھہ تمے تہٕ بھوگ تہِ چھُ دِنہٕ چلہ وُن ...."

ناگن ہندِ امہِ مذہبی اثرُک بیاکھ نتیجہ چھُ یہ نیران زِ کأشرِ چھہ اموب دیومالأیی وراثت رٹِتھ ناونس منز سٹھاہ شدید رودی متھ۔ یوت کانٕسہِ انسانہٕ سُند زمانہ یتہِ پرٛانان چھہ تیوت چھہ تسنز مادیت ژمان گژھان تہٕ سُہ چھُ اکھ تصوٗراتی ہیئت یا رُوحانی وجوٗد لبان۔ ناگن ہنز یتھ عقیدت مندی وُچھت چھہ اُسی اِشارہ لبان زِ ناگو چھُ "سانین پرٛانین وارِیہہ زنگی اتھہٕ رٹٕتھ کورمُت۔ مثلاً یمو ہیٚنچہ نأوی تم کوتگ نوو رادُن۔ ناگو ہا دِہ سانین پرانین ترامہ کانہ بیترہ۔" یتہِ چھُ مُمکن زِ پشاچن مغلوب کرنس منز تہِ ما آسہِ ناگو آرین سیتھ اتھہٕ واس کورمُت۔ یتھ معاونہ یہند ناو ہٮ۪ندین ہنزِ پوزایہ منز تہٕ تہٕ بڈین دوہن اند تہِ یاد تھاونہٕ آو۔ یہندِ طاقتور تکھشک قبیلُک کبیر نأوی زیٹھ آو آریأیی دیو مالأیی علمس اندر اندرازنہِ دربارُک خزانچی تام تصوٗر کرنہٕ۔ یہندِ حکمران

کرکوٹ خاندانہٕ کرٕناوٕ چھےٚ وُنہِ تہِ بنارسس اندر مندر موجوُد۔ نیٖلہ مت پُرانہٕ موٗجب ٲسۍ کم ازکم ۵۲۷ ناگ یِہنٛز پوٗزا کشیرِ کرنہٕ ٲس یِوان۔ از تہِ چھےٚ عقیدہ وٲلۍ ہیٚنٛدۍ گوڈٕ شین پیٚنہِ وِزِ نیٖلہ ناگس تہٕ بٲدٕ رٔنٛیس منٛز ورن ہنٛجی بُڈِس دوہس پیٹھٕ سارِنٕی ناگن ہٕنٛز پوٗزا کران۔

ناگ اگرچہ آریاٖیی نسل ٲسۍ نہٕ، امابوٚز بھگوت گیتایہِ منٛز تام اوس یِہنٛزٕ ذاژ ہنٛد بجر مانٛنہٕ آمُت۔ یِیتہِ بھگوانن اوس وۄنمُت ــــ "بہٕ چھُس ناگو منٛزٕ اننت۔" مُمکن چھےٚ زِ بھگوت گیتایہِ ہندۍ اُمی اِشارن ما دِیُت نہٕ آرین ہندِس نسلی برتری ہندِس خبطس کینٛژس کالس کشیرِ اندر وۄتلنہٕ۔ مگر یُتھے یِمن ہُنٛد ثقافتی بِلہٕ ژار سیاسی ہوٚدٕ ہوٚرِن منٛز وۄلنہٕ آدستھے لوٗگ آرین ذات پاتُک پرٛدن مرمٕنہٕ بیٚیہِ کلہٕ کڈنہِ۔ یُیمُک نتیجہ یہِ درامُد زِ تِمے ناگ آسے کشیرِ اندرٕ ژلراونہٕ یا گالنہٕ یا جبراً آریاٖیی تہذیب ژلراونہٕ یِمن ہندِن احسانن یاد تھاونہٕ خاطرٕ یِہنٛد ناو وُنہِ تہِ مذہبی رسومن منٛز چلہٕ وُن چھےٚ تھاونہٕ آمُت۔

ہی ٲل ناگرٲے المیہ چھےٚ اسہِ تمثیلی اندازس اندر ژینہٕ وُنی دِوان زِ آرین تہٕ ناگن ہندِس سیاسی بِلہٕ ژارس گیہِ محض آرین ہنٛزٕ ذات پات عقیدہ سیٛتی چھلہٕ۔ امہِ عہدہ پیتہٕ "نگر" یا بیٚیہِ کنہِ علاقس کُن ژُلِتھ یِم یِم ناگ کشیرِ لبان رُودۍ، تِمن ہنٛزٕ سیاسی بیدارِی متعلق چھےٚ صرف اکھ رِوٲیتی قصہٕ رُوزِتھ گومُت زِ کرکوٹ خاندانُک بٲنی دُرلبھ وردھن (سنہٕ ۶۰۰ پیٹھٕ سنہٕ ۶۳۶ تام) اوس مُلہٕ نیٖلہ ناگ شہزادہ۔ سہٕ بنیاو کشیرِ ہُنٛد راجہ محض یِمہِ وجہہ موٗجب زِ تٔمۍ سندِس ہُہرِس (راجہ بلادِتیس) اُس یہِ وۄدٕ میدٕ زِ آنٛگ نکھا ناوِ چھنہِ کوٗرِ اکِس وُسِتھ ذاژ ہندِس (غیر آریاٖیی) اِنسانس پیٚشرِتھ بنہِ نہٕ تِہنٛز تھل مُل کشیرِ ہنٛز حکمران خاندان۔ حالاں کہِ تاریخن ہوٚد زِ اُمی "کم ذات" خاندانن کرٕ تِہنٛزٕ ذاژ آرلیہِ کھوٚتہٕ جان تہٕ جادٕ شاہانہ طریقہٕ کشیرِ حکومت

ممکن چھُ زِ یِمن کاشُرِن اڈناگ، ناگی یا کلہ ناگ قبیلن ہندی ہٹہ پیراٹھ باقی ناو کرامہ بدل چلہ وُنی رِچھ رُودی مِتی، تِم ما آسن ناگ قومہ کی یادگار۔

ناگن ہندی ابتدأیی ہم عصر تہٕ آرین برونہہ ہم وطن اُسی پشاچ۔ اگرچہ بقولِ جارج گریرسن پشاچ تہٕ آریا اکی وطنہ (غالباً ایرانہ) پیٹھے ہندوستان کُن دٔرامتی اُسی، اما پوٚز پشاچن رُوز آرین سٕتی آدنہٕ پیٹھے نسلی موٚژ کری۔ کشیرِ اکھ اکس سمکھت تہٕ رُودی آریہ یمن اچھوت ہوی زانان۔ مگر یوٚتام پشاچن ہندِ تہذیبی اثرک تعلق چھُ، یہنز بڈ ہش یادگار چھےٚ کاشُر زبان۔ یَتھ پیٹھ از تام درجنہ واد زبانن ہندی پیوندہ کھسان رُودی تہٕ یوسہٕ آرین پیٹھ مجبوراً پأنی راونی۔

پشاچن متعلق اگر یہ مفروضہ مانِنہٕ یِیہ زِ یِمہٕ کین بیٹھ دوٚن ابتدأیی قبیلن (یمن ہندی ناو نِسادِ تہٕ کِرتا اُسی) سٕتی (یا یمن ورأیی) چھُ بُرزہ ہوم تہند تہذیبی مرکز اوسمُت۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھِنہٕ یہ کتھ ثابت گژھان زِ تمن کیاہ آو ساریٖ سی کشیرِ حکومت کرنُک زانہہ تہٕ موقعہ دِنہٕ۔ ڈی، ایچ گورڈن صٲبُن دٔنُن چھُ زِ بُرزہ ہاکِ بسکینہ چھِ لگ بھگ ۱۲۰۰ قبلِ مسیح زمانس منز اوٚنت وأتی متی۔ مگر یوٚتام کشیرِ بسادنُک مسلہ چھُ، پشاچ چھِ ابتدأیی ناگ عہدہ پیٹھہ ساریٖ سی کشیرِ ولِہ ولِہ نو آبادیہ بناوان رُودی متی۔ تہٕ یہُند تعداد چھُ آرین تہٕ ناگن مقابلہ سیٹھاہ جادِہ اوسمُت تہٕ آدٕسے چھِ یہنزی زبان عوامی زبان بنیامژ۔ قیاس چھُ یی زِ آریو آسہٕ پشاچن نِشے ماز کھیوٚن ہیوٚچھمت ماز کھینس مذہبی جواز پادہ کرنہٕ خاطرِ چھُ کاشرِ پُنڈتو "لوگاکش سمرتی" لیچھمژ۔ یمہ موجب یتکی برہمن مستقل ماز کھاو بنیاسے (یَتھ پیٹھ بھارتی وشنوی برہمن کاشرِن برہمنن ہذ کران "پشاچ" یعنے ماز کھاو تہٕ گنژران رُودی!) ممکن چھُ زِ آریو آسن یہ یام ہینہٕ برونہہ بیٹھ تہٕ واریاہ سنکی لسنکی اطوار یا عقیدہ پشاچن نِشے ہیچھمتی۔ یِہ مقامی رنگہ موجب کاشرِن پُنڈتن تہٕ بھارتی برہمن شیو راتری ہندِ تاریخہ پیٹھ شیو فلسفہ کِس اندس تام وارِہن ذہنی تراین اندر نہٕ فرق پادہ

گیہ۔ اماپوز امہِ تہذیبی لین دینک چھُ خال غالی کنہِ جایہِ تذکرہ کرنہٕ آمُت بلکہ پشاچن علاوہ یِم زٕہ قوم نِساد ہ تہٕ کرِتا (یِم تبتی) ناوی چھِ اُسی مٕتی، تِمن ہُند تفصیلی تذکرہ تہٕ چھُنہٕ کرنہٕ آمُت۔ کلہن پنڈت چھُ صرف یُتے لیکھان زِ نِساد ہ اُسی ہانٛز کار کران تہٕ کرِتا اُسی شِکاری۔ مُمکن چھُ زِ کرِتا ما آسہن تر ھانٛز ھی کار کران، یِمہٕ وَجہہ وُنِستام ہِہنٛز تھل مُل عامہٕ نِشہ بالکُل الگ چھِہ رُوزمٕژ۔ پشاچن سیتی چھُ بیٚیس غیر آریٲئی قبیلک تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہ تذکرہٕ۔ یِمن "یکشا" وَنان اُسی۔ غالباً چھُ کاشِرہ زبانٕ ہِندِس "یچھ" لفظ یِہِندُے یادگار۔ "یچھ" گوو ناکارہ، یِم ناکہٕ بَد تہٕ ناپسند۔ کاشِرہ زبانٕ اندر چھُ "یچھ" لفظ اَکِس موہوم حیوانہٕ سِندہ خاطرہ تہٕ یوان۔ یَس مُتعلق لُکہٕ ادبس اندر وَننہٕ آمُت چھُ زِ یہٕ چھُ راتلِہ ڈایہ کرِتھ دِوان تہٕ یَس اکھاہ اُمِس وُچھہ یا اُمی سِندہ کلہ پیٚٹھہ ٹوپی نِیہ، سُہ چھُ بَڈہ ہارہ ڈول بنان۔ مُمکن چھُ زِ "یکشا" قومچ اِنفرادیت ختم کرنہٕ پتہٕ آسہ آریو یہٕ موہوم حیوان تِتھے پاٹھی تہٕنِدہ ناوہ اکھ دِل تسلا (Consolation Prize) [۱] ہیو بَھوومُت، یِتھہٕ کنہِ ناگ ذاتٕ ہُند کبیر چھُ تھاوِنہٕ آمُت۔ توے چھُ آریٲئی دیو مالا یہٕ منٛز یچھ زمینس پیٚٹھ تہٕ کُبیر آسمانس پیٚٹھ دولت سوزنُک تصوراتی موکل مانِنہٕ آمُت۔[۱]

یِمن اِبتدٲئی قومن پتہٕ یِیلہٕ آریہ کشیرِ واتی، یِمو اُنی پانس سیتی پنُن تہذیب تمدُن، پنُن مذہب تہٕ طرزِ فکر۔ مُمکن چھُ کاشرِن بٹن ہُند سنہٕ ما آسہِ یِہِندہ ییتہٕ بسنک اِبتدٲئی تاریخ۔ یُس ۳۰۷۵ — ۷۶ قبلِ مسیح پیٚٹھہ چھُ شروع گژھان۔ امہِ سنہٕ پتہٕ الہٕ پلہٕ ساڑھ ترٛیٚن ہتھ وُری گژِھمت چھِہ پرانین تاریخن اندر یہٕ کتھ تہٕ آمژٕ زِ راجہ سُندر سین نہٕ وقتہٕ (۲۷۳۵ ق م پیٚٹھہ ۲۶۹۴ ق م تام) آو واڈی اندر سُہ خوف ناک بَھونچال، یَمہٕ سیتی شہر سندمت نگر وُسِتھ گوو۔ تہٕ ییٚتین از جھیلِ ووٗلر چھُ۔ (ییٚتہِ چھُ اکھ لُکہٕ اَدبچ روایت زِ ییٚتین بَڈشاہ صابن

---

[۱] کالی داسہ سٕنزِ "میگھ دُوت" ناوِ نظمہِ اندر چھُ یکیش (ہیرو) کبیرہ سُند اکھ مُلازم گنزراونہٕ آمُت

دولَس اندر لانٛک بناوٕنہٕ چھہ، تتی چھہ امہِ شہرُک مرکزی عبادت گاہ اوسمُت) راجہ سُندرسین
چھہ پانڈو خاندانُک ٲخری حکمران اوسمُت۔ امہِ خاندانن چھہ پننہٕ عہدہ فنِ تعمیرِ تیوٗت برونہہ
واتنوومُت زِ کشیرِ ہندس لوکن اوسُس اندر چھہ از تہٕ داریہن تمن تعمیرن تہٕ "پانڈو ژُولہٕ"
وَنان یوان، یِم امہِ خاندانہٕ پیٹھہٕ ہتہٕ واد وُہری گژھت بناونہٕ آے۔ پانڈون پتہٕ چھہ کشیرِ
ہندِ تأریخ داریہن حدس تام مُسلسل روزان۔ تہٕ آریہ چھہ کھشتری ذاژ ییٚتھی حکمرٲنی ذِمہٕ تھاون
آریو اوٚنی کشیرِ بٔڈی ہوی تریہٕ چیز ——— ہندو دھرم، سنسکرت زبان تہٕ فلسفہ۔ یمن ہند
ثقافتی اثر ویٚنکِ تام چلہٕ وُن چھہ رُودمُت۔ یہندہ داشن کٔڈنہٕ برونہہ چھہ تمن دوٚن تحریکن
ہُند حوالہ دِین ضروری، یمن متعلق ساٲنی بِہ اوٚنی مورّخ یا تہٕ کلہٕ ییٚتھے چھہ کتھ کھیوان، تہٕ سرسری
تذکرہ کٔرِتھ ژھوپہٕ کران۔ یمہِ زٕہ ثقافتی تحریکہ چھہ یہوٗدین تہٕ بودھن ہندیٚو کسی کشیرِ
ہتہٕ واد وُرِیَن پھانٛپھِلیا ہۄژہ تہٕ کانٛہہ تہذیبس اثر تراوان روزہ ہۄژہ۔

## یہوٗدی (یعنے بنی اسرائیلی) اثر

سنہ ۱۹۵۲ہس منز چھپیو لاہور (پاکستان) پیٹھہٕ خواجہ نذیر احمد صاٲبن پننہٕ معرکہ آرا کتاب
Jesus in Heaven on Earth (یسوع مسیح ارضی جنتس اندر) یتھ اندر
کینہہ تھدِ پایکِ انکشاف کرنہٕ چھہ آمتہٕ۔ امیُک تحقیقاتی استدلال چھہ تیوٗتھ زوردار زِ معمولی
فروعی اختلافو سوا ہیٚکہِ غالِی کانہہ پٔرِتھ دٕلِی امہِ کِس مرکزی موضوعس سیٚتی اختلاف تھاوِتھ۔
موضوع چھہ یہِ زِ ییلہِ شہنشاہِ مصر فرعونس نشہٕ بنی اسرائیل پننِس رہبرس (حضرت موسیٰ
علیہ السلامس) سیٚتی مصرہ نیبر دراے، یِم اسی باہ قبیلہ (یہنز کُل نفری اکہِ روایژ مطابق
۷ ساس اُس) وادیٔ سینا پیٹھہٕ برونہہ پکِتھ رُودین وٕتھ تہٕ توسے واتی یمو منزہ
صرف زٕہ قبیلہ فلسطین تہٕ باقی رُوگردان دہن قبیلن آو یہِ سزا دِنہٕ زِ تِم ژٕ تہٕ جہن وٕرِی
زُودریٚم مشرقس کُن یکان یکان حالِ اعاران۔۔۔ ... ... ... ... ...

---

فٹ نوٹ: ییٚہ خدا کرِ تۄہہِ زمینہِ کہِ اکہِ اندہ پیٹھہٕ بیٚیس اندس تام سارنی قومن اندر چھلہ چھانگرِ
کتاب استثناء باب ۲۸ - آیہ ۶۴

شامس، عراقس، ایرانس تہٕ افغانستانس اندر پٔڑاوہ پت پٔڑاوہ گروپ لیڈرن ماتحت اکھ
اکھ کھینچاہ ترٛاوان تہٕ لسان۔ باقی رُودی برونہہ برونہہ پکان، یوتام تِہنز پتِم جاے (یمن
سیتی پانہٕ حضرت موسیٰ علیہ السلام اُسی) کشیرِ منز کھوتی آمر واتٔج۔ یہ اوس کشیرِ لبقولِ
مورخ اتیچ، اتیچ وِسن راجہٕ نیلسانہٕ سُند وقت۔ تہٕ کشیرِ اندرے سمکھ حضرت موسہہس رض
حضرتِ خضر رض یم رُہ دی یکہ وٹہ پکان، یوتام شأدی پورہ نِشہ یم اکھ اکس نِشہ الگ گیہ۔
حضرت موسیٰ رض آسے اتہٕ بیٹھ ہیٚبہٕ پننی جایہٕ۔ نبو (Nebu) نأوی بالس پیٹھ۔ ییٚتہٕ تِمو
حضرت عیسیٰ علیہ السلامس برونہہ ۱۲۷۱ ؤری انتقال کوٚر۔ اتھ کوہہ ٹکنگس سیتی چھہ اکھ
"بورٹ" نأوی گام، ییٚتِکۍ باشندہ صرف ییٚتے یوت وُنتھ چھہ ہیکان زہ "یہ چھہ موسیٰ صابن
استان۔" اگرچہ یہ مقبرہ چھہ محض وجارہ۔ اما پوز امِیک محلِ وقوع چھہ بالکل سٔے، یتھ
متعلق وَننہٕ چھہ آمت زہ حضرت موسیٰ علیہ السلام چھہ اَتی آسودہ۔

حضرت موسہہس رض پتہٕ ترٛواہ شتھ ؤری گژھت ییٚلہٕ حضرت عیسیٰ علیہ السلام یتھ
دُنیہس آسے، یمو فرمو اکثر ییٚنہٕ یمن ژاٹن کُن زہ "بہٕ چھس یمن بنی اسرائیلی قبیلن کُن
سوزنہٕ آمت، یمن یہودی تأریخس اندر "ژھکرنہٕ آمتۍ قبیلہ۔" یا "بنی اسرائیلن ہِندۍ
رأوی ہتۍ ریر" چھہ وَننہٕ آمت۔ چنانچہ حضرت عیسیٰ رض دراے یمن تبلیغ کرنہٕ، یوتام
چھیکرس تِم تہٕ کشیرِ واتی۔ ییٚتہٕ تِمو پانس برونہہ واتہٕ متین یہودین انجیلہ ہند خدائی
پأغام واتہٕ نوو۔ یمن پتہٕ تہٕ رُودی ہتہ واد ؤرین یہودی کشیرِ یوان گژھان، یتھ پانہٕ
البرونی ہیٚو عالم مورخ شاہد چھہ ...

یہ چھہ سہ تأریخی انکشاف، یتھ سیتی یہودین، نصرانین تہٕ مسلمانن ہیکہ وقت
دلچسپی چھہ تہٕ یتھ پیٹھ ہتہ واد ؤرین ہندین رِوایتی قصن سیتی اختلاف تہٕ ہیکہ
سپدِتھ۔ اما پوز امہٕ اختلافک مذہبی پہلو اکھ کُن تراوِتھ ییٚلہٕ غیر جانب دار رُوزتھ
صرف تِمن تأریخی شہادژن سنجہٕ ییہ، یمن منز ییٚہ ثابت کرنہٕ آمت چھہ زہ یمو خانہ بدوش
یہودیو کوتاہ سون اثر چھہ سانِس ثقافتس تہٕ فکرہ ہندس طرزس تراوُمت، پرن

وأنِس چھِنہٕ اکثر جاین خواجہ صاۍبس سیٖتۍ اتفاق کرنس کانہہ چارٕ لگان۔

یہوٗدِین ہندِ یور واتن وِزِ یُس آریٲیی اثر سانِہ عام زندگی رۆٹمُت اوس، تتھ سیٖتۍ اوس یہوٗدی کلچرس ہنگہ منگہ واریاہ واٹھ لگان۔ مثلاً دۄنٕوۍ قومن ہندِ ذات پاتُک عقیدہ۔ اکِس یہ عقیدہ زِ برہمن چھُ برہماسندِ اُسہِ منزٕ ڈرامُت تہٕ بیاکُ یہ عقیدہ زِ یہوٗدی چھِ خُدایہ سُند ژورمُت قوم۔ دۄنٕوے قوم اُسۍ خانہ بدوش مگر تہٕ دِماغ دۄنٕوے اُسۍ پننہِ "انفرادیت" قایم تھاوٕنہٕ خاطرٕ اکِ طرفہٕ قومی تعصبہٕ سیٖتۍ بڑٕتھ تہٕ بیاکہِ طرفہٕ پانس ورأۍ باقی سارِنی قومن دُستھ ذاتہٕ ہندی انسان زانان۔ یِہ وِہی ذہنی ترادو موجب رُلیاومِن اکھ اکس سیٖتۍ نکھہٕ تہٕ یِمن ہندِ پانہٕ وأنۍ فسادک یا مۆژِکرۍ ہُند چُھنہٕ کنہِ جایہِ تہٕ تذکرہ کرنہٕ آمُت۔ یُتھین چھُ یہ کتھ تہٕ یاد تھاونۍ لایق زِ از سنہ ۱۹۶۶ ہس مقابلہ چھُ یہوٗدین ہند قومی سنہ ۵۷۲۶ یُس کأشرِن آرین ہندِ کالی سنہ برونہہ قریباً ۶۸۴ ؤری تہٕ حضرت موسیٰ سُند برونہہ ۲۳۸۷ ؤری چھُ شروع گژھان۔ یِمہٕ سیٖتۍ نِشان چھُ زِ یِمن دۄن قومن ہنز روأیتی قدامت پسندی چھِ قریب قریب اکی عہدٕ شروع گژھ ــــــ یہ چھُ عجیب کتھ زِ یہوٗدین تہٕ کأشرِن ہندۍ کینہہ روایتی وہم تہٕ یہوٗدین تہٕ کأشرِن پنڈِتن ہندۍ کینہہ روأیتی بُڈی دوہ تام چھِ پانہٕ وأنۍ سمان۔ مثلاً یہوٗدی تہٕ مسلمان چھِ قبرِ پیٹھ بُرجہ کُھرِ رُوان تہٕ بقولِ خواجہ صاۍب اُسۍ نہٕ حال حال تام کأشرۍ بٹہٕ (شکہِ موجب) بُرجہ کُلہٕ نکھہٕ تہٕ پکان۔ کیٖر بھوانی ہند مأل چھُ یہوٗدین ہندِس مشہوٗر بُڈِس دوہس Feast of Tabernacles (یتھ عید المظلّہ چھِ ناو) سیٖتۍ رَلان یُت۔ وأتتھ تھاوی یہوٗدی نو آباد کارو واریاہن جاین تِمے ناو، یِم یِہندِس تأریخس اندر مشہوٗر آسہ۔ مثلاً صحرائے بابل، چاہ اروت ماروت، تختِ سلیمان بیترِ۔ یِم وُنِہ تہٕ چلان چھِ۔ بلکہ چھِ یِتہٕ اکھ حقیقت زِ کشیرِ اندر چھِ از تہٕ واریاہ گام، یِہندۍ ناو صرف تِمن لُستین سیٖتۍ چھِ رَلان، یِم تِمہ زمانس مشرقِ وسطیٰ علاقس منز آسہ تہٕ یِمن منز تِمہ وقتہٕ کینہہ یہوٗدین آد جاد اوس۔ کأشرِن واریاہن

قبیلن ہنزِ کرامہ چھہ عبرانی زبانی ہندی ناو (اسم علم) یم یہودی گروپ لیڈرن ہندی ناو انہ ترِ"کتابِ الخروج" کتابہ منز سرہ کھرہ کرنہ آمژ ین۔ کاشرِ زبانی اندر چھہ ورجنہ واد تِتھو لفظ ازِ ترِ ورتاونہ یوان، یمن لغوی بیرہ وترِ صرف عبرانی زبانی اندرئی یوت لبنہ یِیہ۔ کشیرِ ہندی واریاہ معاشری رسوم، عادت بلکہ پرانہ عہدک لباس تام چھہ کاشرین ترِ یہودین پانہ واپی سمان۔ دونہ ونی قومن ہنزن کورین چھہ اکہ خاص طرزِ ژھوگ ترِ زنانن اکہ خاص گنڈہ وانکہ آسان۔ لوک اوس اندر چکلہ کرتھ زنانہ رژہ ترِ تجارتس اندر کھار ہند وزن (غریار بمعنی خرودار) چھہ بقولِ خواجہ صاب یہودی عہدچ یادگار۔ اگرچہ خواجہ صابنس تحقیقاتس اندر کنہِ کنہِ جایہ کانہہ کانہہ کتھ عجیب ہِش ترِ چھہ باسان۔ مثلاً یہ زِ (۱) کاشری ترِ یہودی یاتی چھہ نیتھہ نیژ شونگان (۲) دونہ ونی ہندین شرین چھہ کھر آسان (۳) دونہ وے چھہ تعویذ پرست ترِ دونہ وے چھہ غدود وکھوان وغیرہ وغیرہ۔ مگر یہ آسہ کانہہ انجان پرن وولی یمس خواجہ صابنس اصل موضوعس سراسر غلط مانہ۔ کنہِ بالکل نامعلوم واقعس تاریخی رنگ دِنہ وزِ ترِ چھہ خواجہ صاب تِتھہ کنہِ مقامی روایت تاریخی شہادت ترِ تنقیدی طرز پانہ وامنی رلاوان زِ پرن وول چھہ مت گژھان زِ یہودین ہندِ تہذیبکو چھہ بیہہ ترِ واریاہ نشانہ، یمن کن خواجہ صابنس نظر چھنہ پیے گژھان مثلاً بیلہ بر نبو بالہ دامنس نشہ گذربل گامس نکھہ وونس، میہ گو خیال دِہ ممکن چھہ زِ از برونہہ ۳۲ شتھ وری ما آسہ ہے اتھ گامس "خضربل" ناو اوسمت! ترِ کیازِ حضرت موسیٰ علیہ السلام آسی حضرت خضر ژھانڈنے وادے سینا پیٹھہ مشرق کن دراہمتی۔ ترِ چھکرس اتھ جایہ واتی ہتی۔ قیاس چھہ یہ زِ یمن سکھہ آتی حضرتِ خضر علیہ السلام۔ کشیرِ ہندہ اکثر تم گام، یمن ہندس ناوس سیتی "بل" چھہ یوان، چھہ یہودین ہندے وقتہ آباد کرنہ آمتی (عبرانی بل بلنیا وگوشر "بل") "خضربل" (یعنی سہ ناگ یتھ بیٹھ حضرتِ خضر علیہ السلام بیوٹھ) آسہ ییمہِ وجہہ موجب "گذربل" بنیامت۔ ترِ کیازِ یہ گام چھہ واڈی ہندس اکس اندس پیٹھہ، یتہ واریاہ پھیرِ چینگی ترِ آسہ مژہ چھہ۔ یتہ پیٹھہ اتھ خضربل بجایہ گذربل ناو پیوو۔ [فٹ نوٹ دوئیمس صفحس پیٹھ]

پتہٕ چھُ ممکن زِ تراگ بل آسہِ ہے توراہُبل۔ یُس وادی ہنٛدِس اندٕس پیٹھ یہودین ہٕنز گوڈنچ بستی آسہٕ ہے تہٕ یتھ ٹیک شگوٗنہٕ موجب توراتس نادس پیٹھ ناد آسہِ ہے۔ پتہٕ آسہِ کینٛہہ ہندی واریاہ تراگ وُچھِتھ لوکو "تراگ بل" ناو کوٗرمُت۔ ناوہ بدلی چھُ پانہٕ نبوٗ (NEBU) بالس تہٕ سپنز مژ۔ اَکِہ ان پرہ لوک چھِ
اَتھ نبوٗ بال تہٕ وَنان۔ ابتدأیی ناو "نبوٗ (NEBU) بنہٕ یمہِ وجہہ موجب تہٕ نبوٗ بال ............
تہٕ کیازِ اَتھ کوہس پیٹھ چھُ "نوہ" ناوی پوشن کھسان۔ ابتدأیی عبرأنی تأریخک "نبوٗ"
پیٖاو نوہ پوشہٕ موجب نوہ بال۔ مقبرس نشہٕ داتھ چھُ جھیل ووُلر ک سورٕ سے شمال
تہٕ مغرب زینہ گیرہکس مغربی اندس تام نظرہ یوان۔ یمہٕ ابتدأیی یہوٗدی بستیہ آس مژٕ
چھُ۔ تہٕ کیازِ وادی ہنٛدِس اَتھی اندس اوسنہٕ آریو قبضہ کوٗرمُت۔ بالہ کرٛیوان پیٹھہ آسہ
اَتھ زمانس منز صرف کنہ کنہ جایہ دردٕ بستیہ چھکرِتھ تہٕ بس! مقبرس عین مُعتا یلہٕ
شمالہ طرفہٕ چھُ تراگ بلچ گلچھ (درٛہ) شروع سپدان یُس پانہٕ دقتہ پیٹھ کشیرِ شمالہ
طرفہٕ نیبر نیرنچ کنٛی اہم وتھ چھے آس مژ۔ بیپاری یہوٗدی لو آباد کارو کشیرِ ہندس
تجارتس پیٹھ جان قبضہ آسہِ ہے کوٗرمُت۔ اَتھ پوٗرہ علاقس ییٚلہِ نوہ سرہ تحقیقات کرنہٕ
یِیہٕ، وومید چھُ زِ ولب پیٹھ ماژن ناوی کوہ تالہِ تام گژھن واریاہ تہٕ اِنکشاف
یم بٔڈ اہمیت تھاوَن۔ فی الحال ییٚلہِ اَسہِ جغرافیأیی قیاسو علاوہ اَزی کِس کأشرِس
اِجتماعی لاشعورس تہٕ سنو، اَسہِ وُچھو زِ بنی اسرائیلی نِشانہٕ چھِ وُنہٕ تہٕ موجوٗد۔ یمن
منز تہٕ ہندی کینٛہہ ناکارہ چیز تہٕ کأشرِ ین وراثتس اندر آمتہٕ چھِ۔ مثلاً سیاسی اِنتشار پسندی
زرپرستی، قبیلہ وار تعصب. وغیرہ۔.........

یہ موٗن زِ خواجہ صاحبنس تحقیقاتس چھُ وُنہٕ واریاہن جاین دُچھ لاگنچ گنجایش
اما پوز یہ چھُ اَکھ حقیقت زِ اسہِ ہین خواجہ صاحبنہٕ کینٛہہ اہم کتھہٕ توٗت تام مانٛنہٕ یوٗت
تام نہٕ مکمل تردیدی شہادت قأیم گژھہ۔ یمن واریاہن کتھن اندر چھِ کینٛہہ بٔڈ اہم۔ مثلاً
(۱) یہ زِ زینہ شاہ صاحبنس استانس اندر یُس عصاے شریف چھُ تہٕ یمہٕ کِہ رُوحانی

---

لہ یتھ کنہٕ اَتھو گامس بالکل مقابلہ شمالہ طرفہٕ "دھرم ہوم" گامس ناو گریاو۔ کشیرِ اندر چھُ یہ گام دردن
ہٕنز گوڈنچ بستی آسنہٕ سببہٕ "دردہوم" اوسمُت۔ یتھ ہندو عہدس اندر "دھرم ہوم" ناو کرنہٕ آو۔

اژِک اعتقاد ہتہ واد وَرہو یِیہ پیٹھ کاشُرِ بن مُسلمانن تہٕ (زیارت کرنہٕ بپتھ) پانہٕ خواجہ عالمس تِم سُید، سُے ما آسہِ مشہوٗرِ عالم عصائے موٗسیٰؑ یا (۲) شاگری پورہ نِشہ کوٗرٕ حضرت موٗسہن تہٕ حضرتِ خضرن علیہم السلام پتم مُلاقات، ییٚمِچ یادگار اَتھِک سُہ استان ژُود، ییٚمِچ یژھ یژھ ازمرف کاشرن بَتہٕ (دۄن دریاون ہندِ سنگمہِ آسنہٕ سببہٕ) چھ۔ اکھ اکِس سیٚتہٕ ہشر کو بیٚتھ تہٕ باقی واقعہ اگر کانِسہ دوٗر از کار تہٕ لگنہٕ ین، تِمیک مطلب گو ہُ یہ زِہ ییٚتہٕ چھ زِندگیہ یا ذِہنی تراین ییٚتھ کیاہ چھُنہٕ کانہہ بنی اسرائیلی اثر۔ یُزِس کُن گُژھت ہیٚہ گُجرن ہندِ لسنہٕ لبنہٕ بیٚٹھہٕ سانِہن وارہن ثقافتی نِشانن تام یہ کتاب پُرِتھ تا کاڑہ پانٹھ ثابت گژھان زِہ کاشرن ہندِس اَزی کِس چلنس، اطوارن، کرداتن عقیدن تہٕ تمدّنی لوازمن اندر چھےٚ اکِہ نتہٕ بیاکِہ ترایہِ بنی اسرائیلی اثر اَز تام چلِتھ وَن ژُودمت اسےٚ کاش یہ قوم آسہِ ہے نہٕ حضرتِ موٗسیٰ علیہ السلامس پتہٕ غضبِ خدا یِک شِکار سپدمت!
(تفصیلہِ خاطرہ وُچھو اصل کتاب)

بودھا اثر

اکھ روایت چھےٚ ییٚتہٕ زِہ پانہٕ مہاتما بُدھ آسے کشیرہ (وُچھو چارلس ایلیٹ سنز کتاب: ہندوازم اینڈ بودھ ازم) اکثر مورخن ہُند وَنُن چھُ زِہ مہاتما بُدھ سُند خاص رفیق آنندہ سُند چیلہ مجھہن تِکا آو کشیرِ منز بودھ مذہب پھہلاونہٕ۔ تہٕ تریٚیم تاریخی شہادت چھےٚ زِہ اشوک اعظم آو پانہٕ دۄہ یہ پھیرہ اَمی غرضہ کشیرہ۔ ہیون سانگن وَنُن چھُ زِہ اشوکن اُوٗ پانژھ ساس بھکشو پانس سیٚتہٕ تہٕ بسأوِن کشیرہ۔ تہٕ تمہٕ تھاوِ ساری کشیر بودھ سنگھا خاطرہ وقف۔[1]

---

[1] اتھ نٲوس منز اوس افغانستان تہٕ کشیر ـــــ تمہِ وقتک گندھارا ـــــ اکےٚ خطہٕ یا صوبہ مانہٕ یِوان۔ گندھارُک آخری راجہ اوس ترلوچن، یُس محمود غزنوی سِندہ خوفہٕ کشیرہ ژٕلتھ آو۔ تُہ وانہہِ صدی اندر ییٚلہ سُلطان سکندرن گندھارس ییٚٹھ حملہ کوٗر۔ اَمہِ کوٗر اَمی صوبہ منزہ اوتھند پور چھ شہزادہ سیٚتہٕ نیتھ یُس بدشاہ زاد

اگر بَسمِیک توشتو "کتابہ ہِند یہ اطلاع پوٚت وانِہن ہُند خیال ییہِ زِ مانِنہٕ زِ مہاتما بُدھن ارضِ التفکر
اوس کشیرِ بابت پانہٕ فرمووُمُت زِ کشیر چھُ (Land of meditation)
تہٕ مذہبی زندگی گُزارنُک مُلک۔" تیٚیلہِ ییہِ اسہ پتہٕ مانُن زِ بودھ مذہبہٕ کِس پیغمبرس اوس
بکشف پٮ۪ یقین زِ تٔمُند مذہب نوِہ تہٕ پھولہِ کشیرِ منزٕ۔
از ہیٚکہِ نہٕ یٔتھ کتھِ کانہہ اِنکار کٔرِتھ زِ بھارتی بودھ مذہبس (ہینیان عقیدس) مقابلہ
یوسہٕ شکل مہایان بودھ مذہبن رٕٹ۔ تتھ اندر چھہٕ کاشرِ ذہانتُک وارِیاہ دخل۔ کاشرِ شیومتن
تہٕ کاشرِ تخیلن ترٚوو ابتدائی بودھ مذہبس ریوٚت سوٚن اثر زِ اتھ بدلے یہ کینہہ بُنیادی
عقیدہ۔ کاشرِین ہندِ اثرے ژاو بودھ مذہبس اندر خُدایہ سُند عقیدہ۔ (یُس برونہہ کُنہ
مُستقل پوٚتلہِ پوٗزا یہ تام ووت)۔۔۔ ۔۔۔ ۔۔۔ اتھ عقیدس بودھ تشکیکی فلسفس ملہِ وَن
کرِتھ زاے ہینیانا فرقس وارِیاہ شاخ، یِمو منزٕ ناگ ارجنن مدھیامیکا (درمیٲنی وَتھ) جاوہ
مقبوٗل رُوز۔ اسنگھن تہٕ وسُہ بھتھ وَن ترٲو بیاکھ فرقہ بُنیاد، یمِیُک اندٕ وارہس مدرس
تام ویدانت فلسفس سیٚتھ سمان اوس۔ امِ فرقُک بُنیادی عقیدہ اوس "ساری مادی کائنات
چھہٕ مایا تہٕ محض خیالُک پرتو۔" یِتھے کنہٕ نیاد بیاکھ فرقہ "ویبھاسا"۔ بودھ بھکشو بُدھ
ورمن دراو امی فرقُک تبلیغ کرنہِ چینن۔ یٔتہِ تمہٕ ۴۳۷-۴۳۹ء اندر "مہا ویبھاسا" کتابہ
ہُند چینی ترجمہ کوٚر۔ بیاکھ بھکشو رتنہ چیا اوس "ویناپا" فرقُک عقیدت منٛد یہ ووت ۶۹۳ء
منزٕ چینس اندر۔ اُمی کوٚر شتن سنسکرت کِتابن ہُند چینی زبانی منزٕ ترجمہ۔ دھرم متر بھکشو وَن
(وفات ۴۴۲ء) کرہِ "بودھ دھیانا" فرقچہ باہ ۱۲ سنسکرت کتابہ چینی زبانی اندر ترجمہ۔
یٚیلہِ راجہ کنشکن تینس گوہِ (پرس وہ) سٕندِہ ونہٕ کشیرہ اندر کُنڈل دن (یا کوٗنڈلین)
جایہ بودھن ہُند عالمی کانفرنس بُلوو۔ اتھ اندر رُودی قریباً شئین ربتن پنداہ شتھ عالِم
تہٕ فاضِل مہایانا فرقکی عقیدہ دیٚتھہ ناوان۔ تمِین منزٕ اوس خاص تعداد کاشرِین محققن
ہُند۔ یہندی پیشوا اُسی واسومترا۔ اشوگھوش تہٕ ناگ ارجن ہیوٚ عالِم۔ یہندہ فیصلہ سیٚتھ

نِعدِفہٕ کھوٚتہٕ جاپہٕ ایشیائی مُلکن ہتہٕ واد وُرِی یَن رُوحانی سرور حاصل گوٚو۔ اگرچہ امہِ کانفرنٕسکہٕ فیصلہٕ واتہٕ ناوِی کاشرِ بوٚ تہٕ باقی مندوبو وارِیاہن مُلکن منز ـــــ خاص کر کوشان عہدس اندر یہٕنز حکومت سندھ پیٹھہٕ ختن تام وُہرِتھ اوس ـــــ اما پوز وُنیکتام چھِنہٕ تم ترامہِ پٕترا تھِہ آمتی، یمن پیٹھہٕ امہِ کونسلچ سارِی کارروائی تہٕ فیصلہٕ درج آسی کرنہٕ آمتی تہٕ یمن متعلق کوشان عہدس اندر یہٕ سرکاری حکم اوس زِہ یِم گژھن نہٕ کشیرِ نیبر نیٚنہٕ یِنہٕ۔ ڈالنہٕ یِنہٕ۔ ممکن چھُ زِہ ستمہِ صدی تام ناآسہٕ ہن یمن فاصلن ہندی عام نقل یِتھہٕ کِین بودھ وہارن منز موجود۔ یمو منزہ جیندر وہار جاپہٕ مشہوٗر اوس تہٕ یتھہٕ ہیون سانگ قریباً دوٚن وُرِین بودھ فلسفک مطالعہٕ رُود کران۔

امہِ بودھ کونسلچ اکھ بڈ ہِش یادگار کوم اوس سنسکرت زبانِ پانٕز راونس متعلق۔ اوٚت تام آسی بودھ عالم برہمن ہندہِ عداوتہٕ سنسکرت زبانِ تہٕ اکہِ حسابہٕ رُوشِتھ ہوی تہٕ یِم آسی پالی یا مقامی زبانہٕ ورتاوان۔ ییٚلہِ امہِ کونسلچ کارروائی آیہٕ سنسکرت زبانِ منز تہٕ درج کرنہٕ۔ امیک نتیجہ دراو یہٕ زِہ کاشرِ عالموٚ لیچھ بودھ مذہبس پیٹھہٕ سنسکرت زبانِ منز واریاہ کِتابہٕ۔ تہٕ یوٚت یوٚت کاشرِ بودھ مبلغ واتی، تتہٕ تتہٕ کوٚرُکھ پانہٕ یمن کِتابن ہند ترجمہ تہٕ اتِکِن لوٚکن بودھ مذہبس کُن۔ خاص کر کوٚر کاشرِ بِھکشوو چینس وُچھ تہٕ زبانن اندر ترجمہ تہٕ تبتس تہٕ وسطی ایشیاکین مُلکن اندر بودھ دھرمک پرچار۔ تہٕ یتہٕ چھُ بقول شری بامزئے دینہٕ یوان زِہ گونا ورمن ناوِی کاشرِ مُبلغن کوٚر ۴۱۳ سنہٕ منز جاوا تام بودھ مذہبک تبلیغ یُس کاشرِ بِھکشو مہایانا فرقہٕ کہِ بیمہٕ بیمہٕ فروعی جمٲژ ہنٛد قایل اوس، سُہ لوگ سئے خیال بروٚنہہ بروٚنہہ پکناونہٕ۔ ۴۰۵ سنہٕ منز وُوت "ساکیا شری بھدراہ" ناوِی بِھکشو تبت، یِتہٕ تمو سنسکرت زبانِ منز بودھ مذہبس پیٹھہٕ ستّ کتابہٕ لیچھہٕ۔ تہٕ بیٚیہ کوٚرن وارِیاہن تِمن کِتابن تبتی ترجمہ، یِم تمو پانس سیتی آسہٕ تھٔوِمژہ۔ چینس اندر بودھ مذہب واتناونس متعلق آو وُنی مختصر اشارہ کرنہٕ۔ یمن علاوہ تہٕ چھُ سنگھہ بوتی ناوِی بیٚیکو اکی کاشرِ

بھکشوٗن بودھ سنسکرت کتابہٕ (وِنایا پِٹاکا) چینی ترجمہ کوٗرمُت ۔ یمن علاوہ چھہٕ عام راے
زِ چینس اندر بودھ مذہب واتناونس اندر چھہٕ کماربِیو ترِ بِسنٛدی زِہ کاشرِ رفیق
(دنسا تہٕ ومالکشن) جاوِہ ناماور رُودی مِتیہ ۔ اُمس علاوہ اوس شیام بھٹ ناوی بیاکھ
اکھ بھکشو، یُمی تبتس اندر جاوٕرے شہرت لٔب ۔ ونہٕ چھہٕ یوان زِہ اُمی بنوو تبتی زبانی
ہُند رسم الخط ۔ اُمی تہٕ تصوو ترجمی کوم جاری تہٕ اُمی سُند یہ کارنامہ چھہٕ وُنہٕ زندٕرے زِہ
چینی کمیونسٹن تل الگتھ تہٕ چھہٕ تبت از تہٕ بودھن ہُند مذہبی مرکز مانہٕ یوان ۔ مذہبی کامہٕ علاوہ
آسہ یہنٛدی دسی تہذیبی لین دین تہٕ جان پاٹھی سپدٕ مُت ۔

تاریخ چھہٕ شاہد زِہ دُہمہٕ صدی تام رُودی کاشرِ بھکشو ایشیائی مُلکن منز، یتھیک
علم خاص کر دینیات تہٕ فلسفہ واتناوان ۔ درجنہ واد سنسکرت کتابو منزہ چھہٕ اکثر از
یا تہٕ ترجمہ شکلے زندٕ، نتہٕ سراسر راوِہ مژہ ۔ راوِہ مژن کتابن اندر چھہٕ ترین ہُند تذکرہ ضروری ۔
(۱) گوناڈہ سنٛز "برہت کتھا": یُس یقیناً تمِہ وقتہ کُس کاشرِس اندر اُس مژ چھہٕ ۔ ترٕ ییٚمکی کینہہ
حصہ سنسکرت شاعرو تہٕ عالمو خاص کر کھیشمندرن "برہت کتھامنجری" منز تہٕ سوم دیون
"کتھاسرت ساگر" ناوی ضخیم کتابہٕ منز سنسکرت زبٲنی اندر تارِتھ زندہ تھاو (۲) مشہور بودھ
فقیہہ ناگ سین سنٛز "ملندہ پانہہ": یُس غالباً کاشرِ پاٹھی اُس تہٕ ییٚمکی ترجمہ از تہٕ بودھ
دُنیہس فیض واتناوان چھہٕ (۳) "پنچ تنترا": یتھ متعلق مسٹر ہرٹل چھہٕ وناں زِہ یہ اُسمژ چھہٕ
کشیرہ اندری لیکھنہٕ آمژ ۔ امیک مصنف گُتام وشنو شرما تہٕ چھہٕ قیاس کرنہٕ آمُت ۔ کاشرِ بو
بھکشوو واتہٕ نوو یہ کتاب ایران ۔ یتہٕ اَتھ پہلوی زبٲنی اندر برزویَن ترجمہ کوٗر ۔ اتھ ترجمس کوٗر عبداللہ
ابن المقفع عربی ترجمہ ـــــ کلیلہ ودمنہ ـــــ از چھہٕ اصل سنسکرت، کنہٕ تہٕ تہٕ ابتدائی
پہلوی ترجمہ ۔ بلکہ چھہٕ دُنیہس یہ ادبی شاہکار عربی پاٹھی اتھہِ آمُت ۔

اکثر کنہٕ اُسی کوشان عہدہ پتہٕ ییٚتکی حکمران وِزِہ وِزِہ بودھ دھرمکی قایل بنان تہٕ ییٚتہِ
کنہٕ اُسی کاشرِ بھکشو دوہ یہ مُلکن داتھ تہٕ تمچ حکومت سنبھالان: شیام بھٹ فوت تبت

تہٕ بَنیاو تیٚمیک وزیر۔ برمکی خاندان ووت بلخ یتھ گوڈہ یہٕ خاندان "نوہار" ناوی عبادت گھہک مجاور اعلیٰ رُود تہٕ کیوٚنژھ کالا گژھت ییلہٕ مُسلمانو بلخ فتح کوٚر تہٕ اُمی خاندانن تہٕ پوٚر کلمہٕ تہٕ یحییٰ برمکی تہٕ تٔمسند نیچوٚ جعفر برمکی بنیاے ہارون رشیدہ سندی وزیر اعظم۔ یہندس اثس منز وسطی ایشیا پیٹھہٕ افریقہٕ تام کرورہ۔ وادِ انسانن ہُند قضا و قدر اوس۔ کاشُر شہزادہ رتنہٕ چنتا ہن تراو شاہی تہٕ دراو بھکشو بنتھ چین۔ کیچا سلطنتُک ہندی شہزادہ کُمار جیوا ہن تراو شاہی تہٕ ووت کشیرِ منز بودھ مذہبکو اسرار ہیچھنہٕ۔ کشیرِ پیٹھہٕ دور دراز ملکن ہندِ امہٕ آیہٕ جاوہٕ سمتھ آسہٕ تمہٕ وقتہٕ داریاہ تہذیبی لین دین رُودمُت۔ یمیک ریکارڈ موجود چھُنہٕ رُودمُت۔ مگر تاثرات چھہٕ باقی۔ مثلاً ازتہٕ چھُ پامیر پیٹھہٕ جاپان تام عام بودھن عقیدہ زِ کشیر چھےٚ یہندِ مذہبُک مرکز۔ از تہٕ چھہٕ کشیرِ اندر بودھ اہمابُک یہٕ اثر زِ اکثر مُسلمان تام چھہٕ لوکس کھش کرنہٕ دِزِہ بیاکھ کانہہ کھش کرن وول ناہر ژھانڈان۔ تہٕ کیلنزہٕ تمہٕ چھنہٕ پانہٕ کھش کرن زُریتھ ہیکان۔ سائنس تصوّفس تہٕ ادبس منز تہٕ چھُ "دُنیا چھُ کاوہ یینہٕ دول یلے" ہی خیال بودھ "وِگنن واد" Vignanwad فِرقس سمتہٕ رلان۔ یہٕ تہٕ چھُنہٕ ناممکن زِ برونہہ کالہٕ آسہٕ بے کشیرِ ہُند آرٹ خاص کر سنگ تراشی تہٕ کشیرِ ہُند فنِ تعمیر خاص کر مہاراج گنجہٕ کِس دوٚمٹس ہشہٕ ماررُد بودھن ہندہ اثرے دٔلیتھ۔ بودھ عہدس اندری واژ بودھ عالمن ہندِ اُتھہٕ ساٚنی کاشُر زبان علمی معیارس تام تہٕ اٚتھ اندر آیہٕ کتابہٕ لیکھنہٕ۔ یمو منزہ (قیاس چھُ زِ) جادہ کتابہٕ آسہٕ ہن بودھ تخیّل یوتے پیش کران۔ از اگرچہ وادی منز بودھن ہند سو اکثر کارنامہ بلکہ پانہٕ بودھ تام قریب قریب نابود چھہٕ امہ پوٚز از تہٕ چھُ مہایانا بودھن کرژ کشیر بودھی ستوہ آستھان۔ یتھہٕ کنہٕ بٹن تہٕ مُسلمانن ریشو واژ یا پو واژ چھہٕ۔

## آریائی اثر

بودھن زوال آنہٕ نس پیٹھہٕ آسہٕ یتھ واریاہ تحریکہٕ اکی وقتہٕ چلان۔ یمن منز زِ

تحریکہ جاوٕ کامیاب رُوزٕ۔ سرکٲری سطحس پیٹھ حکمران طبقہ تہٕ علمی سطحس پیٹھ کٲشرٕ ین پنڈتن ہُند شیو فلسفہ۔ دوٚن مذہبن ہنز یہٕ کش مکش رُوز اکہٕ حسابہ کَھہ صدی عیسوی تام چلان۔ اُتھ پتہٕ نوٚوِمہِ صدی اندر سپُد کوٚشر شیومت کاسں وۄت یہِ اوس آریٲیی کلچرُک اِنتہا تہٕ بودھن ہنٛدِ زوالُک اِبتدا۔ یُس الرِ پلہِ ترٛون ہتن وریین چلہ وُن رُود تہٕ ییکرس پیٹھ بودھن ہار مانٛنیہِ۔ بودھن ہُند زور کم گژھنہٕ پتہٕ آیہِ برہمن زہ تریہ ہتھ وری پتہٕ کلچر پانٛچھلاونس وقت۔ مگر سیاسی ہوٚدہٕ ہرہِ لوٚکوز ہندو سماج ژھوٚزہٕ۔ یمہِ سیتؠ رینچن شاہ نہٕ اِسلام قبوٗل کرنہ بروٚنٛہہ اوس کشیرِ ہُند ہندو راج دۄہن ہنٛد مہان بنیامت۔ ۔۔۔ ۔۔۔

۔۔۔ آریٲیی تہذیبُک گوڈٕ نیُک عطیہ چھُ شیومت یمکہِ قٲیِل اگرچہ امیُک تہذیبی اثر چھُ کم از کم ییٚتہٕ کین ژُوٚدہ[۱۴] فی صدی تہٕ کشیرِ نیبر کرودہٕ یدٕ ین ہیندٕ ین پیوٚمت۔

"کشیرِ اندر شیو مذہبُک عروج" چھُ پانہٕ اکھ موضوع۔ یتھ پیٹھ کٲشرٕ و سنسکرت عالمن ہندِ عہدہٕ پیٹھہ آزی کین نیبرِ مِن نقادن تام درجنہٕ واد کتابہ لیکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ انسان چھُ حارٲن سپدان زِ کشیرِ ہوِس لوٚکٹس ملکس اندر کٲژاہ ذہانت چھےٚ آسمژٕ۔ یمیُک سرٛنیہہ ہتہٕ واد وری ین چلہ وُن چھُ رُودمُت۔ امیُک دیومالٲیی عنصر الگا تھٲوِتھ تہٕ چھےٚ دۄہنی یہِ کتھ مانٛنہٕ آمژٕ زِ کشیرِ منز بسن والین آرین ہنز "عقلیت" چھےٚ شیو مَتہٕ نِشے وزیامژٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھےٚ اَمِچ بُنیاد تہٕ توحیدہٕ کس عقیدس پیٹھ آسمژٕ۔ اَتھی عقیدس اندری اندر سپنیہِ یہِ واریاہ فلسفہٕ یِمن اندر ادویت سکول ستارِ وِی کمو تہٕ جاوٕ ویہ وُن رُود۔ اتھ مقابلہ اوس مقامی فلسفُک "ثنویت" تہٕ یمنہٕ اندہٕ واریاہ بروٚنٛہہ پوٚکمُت۔ یمکہِ نمٲیندہ سدیو جیوتی، برہسپتی تہٕ ستنکر آنند آسو۔ مگر ابھینو گپت سندہِ فلسفیانہ فقہ پتہٕ رُود نہٕ یہٕ سوال جاوٕ کامیاب۔ کٲشرِ شیومتس یوسہ آخری شکل دِنہٕ آیہ تتھ چھےٚ وَنان ترکہ شاستر۔ یُس نہٕ صرف بھارتی فلسفس اندر بلکہ عالمی تخیلس منز کٲشرٕ ین ہندِ فلسفیانہ شعورُک نوٚن اضافہ مانٛنہٕ چھُ یوان۔

یُدوَ سے رٔشیو مَتس اندر قدیمیٚ یَت قدیمیٚ تجسیمی عقیدکو پرتَو تہٕ چھِ ملاونہٕ آمتۍ۔
اما پوٚز تجزیاتی اصولن پیٹھٕ اَچھِ وٕتٕھ ہنے کرنہٕ ورزِ چھِ فکرہ تران زِ اَکھ تشلیثی عناصر
(شیو، شکتی، انو) چھِ فلسفس اندر غیر ثنویت (بے دوٕگنیار) غیر ثنویت معہ ثنویت
(بے دوٕگنیار تہٕ دوٕگنیار) تہٕ عین ثنویت (بالکل دوٕگنیار) اختیار کران۔ ترِکہ فلسفچ
بُنیاد چھِ رُوحانی تجربن پیٹھٕ، یِمن ہندہ ذریعہ سالک صاحبِ الہام چھِ بنان۔ ہندوٕیم
دیومالایی زبانی منز چھِ بروایت امہٕ سے صاحب وَننہٕ یوان زِ ۶۴ فلسفکو دبستان
نابوٗد گے۔ رٔشیو چھُس آو مظلوم انسانیتس پیٹھٕ رحم۔ سُہ آو سری کنٹھ ہنتہٕ کیلاش
باس پیٹھٕ، ییٚتہٕ تمۍ دُرواسہ ناوی اَکس بزرگس انسانن صحیح علم واتناونک حکم کوٗر۔
دُرواسن کرِ پننہٕ منٛز کرِ زوزہ ترٛیٚہ نیچوی پاٚدٕ۔ یِمو منزہ اَکس دِیُس تریمبک ناد
(اوس) دُرواسن وحدانیت پسند فلسفک علم عطا کوٗر۔ " تاریخی عہدس اندر چھِ
وسُگپت امہٕ فلسفک صاحبِ الہام بزرگ مانہٕ یوان۔ کشیرِ اندر آسہِ اَکھ عام
پاٹھۍ ترٛیٚہ شاخ (اگما، سپندا۔ پرتہٕ بجنا) دراہمتۍ۔ یِمن عہدہ پتہٕ عہدہ دینیاتی
تہٕ فلسفیانہٕ فرہنگ جمع گیہِ (یِہے وَنن چھِ قریب قریب پریتھ دینیاتی فرقس گژھ
یِتھ اکہِ اَندہٕ تعدٕین عالمن تہٕ بیاکہِ اندہ اَن برہٕ عامس تعف کرنی پیٚیہ) کشیرِ منز
پیوو اَکھ فلسفس امہٕ اندرونی دُوعملی علاوہ بودھن ہندس تشکیکی فلسفس تہٕ وشنوی
دینیاتس سیتۍ تہٕ مقابلہ کرُن۔ یہ اَمس امہٕ فلسفچ خوش نصیبی زِ وَسہ گُپتس پتہٕ بنے
اَکھ پتہٕ عہدہ ودیا گر کاشری عالم برونہہ یکناون وٲلۍ یِمن منز کلتا پرٛدیمنا
بھٹ، پرج نر بوٗنا، اُتپل آچاریہ ابھینوگپت تہٕ کھشم راج خاص کر قابلِ ذکر چھِ۔ یِمو
ترِکہ فلسفہٕ اندرس واتہٕ نوو۔ اکثر اوس ترِکہ فلسفہ کین ترین دبستانن اندر اَکھ نمایندہ
دینیاتی تہٕ بیاکھ فلسفیانہٕ وضاحت کران (مثلاً پرتیا بجنا شاسترن ہند مذہبی مفسر اوس
لوٗوہ فلت پتہٕ بیاکھ سومانند اوس امیُک مفکر) تہٕ پھیکرس رُود پرتیا بجنا دبستان

کشیرِ منز ابھینوگپتہ سِندِ خاطرٕ ترکہٕ فلسفک نقطۂ عروج۔ ترکہٕ فلسفس چھُ یہِ امتیاز حاصل زِ نہ چھُ سہٕ ویدن تہٕ اُپنشدن ازلی تہٕ ناقابلِ تنسیخ مانِتھ پتھ زور دِوان تہٕ نہ ژھِہس محض مایا تسلیم کران۔ بلکہ چھُ ابھینوگپت گوڈٕ تجربہ، پتہٕ عقل تہٕ تمہِ پتہٕ الہامی کتابہٕ ہنٛد درجہ تھاوان۔ تس نِشہٕ چھُ عالمِ ظہور اکھ حقیقت۔ ترکیاز امیک آگر چھُ حقیقت الحقائق (پرمیشور) یتھ آتمن، چِت یا شیو تہٕ ونان چھِ۔ یتھ نہ ہیٚکہِ کانٛہہ مادی شکل ثُنتھ تہٕ نہ چھُ تتھ سون تصورِ زمان و مکان وُلتھ ہیکان۔ امی باطنی حقیقتُک اکھ تخلیقی پرتو (شکتی) چھُ سون مادی کائنات۔ نوِم صدی پتہٕ رُوزی کشیرِ ہِندی اکثر حکمران امی فلسفکی عقیدت مند۔ امہِ کہِن عقیدت مند حکمرانن اندر چھِ ابتدائی زمانس اندر پرورسین تہٕ پتہٕ للتادتیہ جادہ قابلِ ذکر۔ کانٛہہ کانٛہہ راجہ اوس بیک وقت شیو متُک قائل آسِتھ تہٕ وشنوی عقیدہ تھاوان۔ مثلاً اونتی ورمن یُس ذاتہٕ شیو داس اوس تہٕ مرن ونہ وُنُن کوٹھ چھُ وشنوی۔ حکمرانن ہنز مذہبی رنگا رنگی اُس کُنہِ وقتہ اکھ اکس خلاف تیز تیز گرٛھان زِ تمی کشیرِ اندر یمتہٕ مذہبی رواداری اکھ مسلمہ اصول چھُ رُوزمت گیہٕ وارِیاہ تمِ تہٕ حکمران پاٹھہٕ، یمو یِمن ہنٛزن مخالفن تشدُک انتہا کوٚر۔ تہٕ مندر لُٹاوی۔ کینٛشن حکمرانن پننہِ ہنٛز اقتدار قایم تھاونہٕ خاطرٕ بقولِ پی، این، کے بامزئی "پانہٕ بُت پرست آسِتھ تہٕ دیوی دیوتاہن ہِندی پیتلی کانٛہہ رِتھ روپیہٕ بناونہٕ۔" یمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ شیو فلسفہ رُود کتابن اندر تہٕ عملِ گوڈ مسخ ننہٕ ژھٕسے کینٛشن رسمن منز تہٕ بس۔ تاریخ چھُ شاہد زِ حکمرانن تہٕ رعیتن ہنز امی فرقہ بندی تہٕ سیاسی افراتفری ہندٕ وجہہ اوس کشیرِ ہندِس عام نظامس اسلام ہینہٕ برونٛہہ دارِیہ کانٛہہ ستُس ژامت۔

یوتام آرین ہنزِ دِینی زبانِ یعنی سنسکرتُک تعلق چھُ۔ یہِ چھُ اکھ مانی ہُش

کنہ زہ کاشرین عالمن تہ شاعرن ہندس خصوصاً تہ اندر چھُ، تتہ چھنہ عالی حالی تام بھارتی
ودھیاساگر مُقابلہ کرِتھ ہیکو مِتھ۔ بلکہ اگر اسہ شری پی این پُشپن ہنز رائے مانو، سنسکرت
شاعری ہندِس فنس منز چھُ کشیرِ ہُند ۸۵ فی صد حِصہ۔ (وُچھو "سنسکرت ادب کی نشو و نما"
مطبوعہ رسالہ گُل ریز" مارچ ۱۹۵۳ء) اُتھی مائنہ رایہ مطابق چھُ سنسکرت شاعری ہندی
بُنیادی عناصر مثلاً طرزِ نگارش (رِیت) اِشاریت (دھون) جذباتی لذت (رس) اعتیازِ
اظہار (وکروکشی) موزونیت تہ مناسبت (اوچِتیہ) تہ بیٚیہ وارہٕہن شعری نظریَن اندر
یِمَو کشیرِ کیو سنسکرت شاعرو تہ ادیبو تمہ تنقیدی تہ فن کارانہ یادگار ترٲوِتھ مژِہ۔ یِمن ورائے
سنسکرت ادب چھُ ژھوٚرُ روزان۔ اگرچہ دِرجنہ واد شاعرن ہُند کلام (بلکہ ناو تام تہ!)
چھُ سانیو پرٲنیو راوری مِتھ۔ تو تہ یہ کینژھاہ سنسکرت سرمایہ ژُنہ کیو فائلو نِشہ بچیامُت
چھُ، سُہ چھُ تیُوت تھدِ پایہ زِ اسہ ہیکو تتھ پیٹھ ناز تہ فخر کرِتھ۔ پرٲنہ عہدہ پیٹھہ
ولبھ دیون تہ شری ورن "سبھاشِتاولی" ناوی یمِو کیٚن سنسکرت شاعرن ہندی
زہ دیوان جمع کری، یمن منز اسہ بالترتیب ۳۶۰ تہ ۳۸۰ شاعرن ہندِ کلامُک نمونہ
تھاونہ آمُت۔

پنڈت کلہنہ سندِ وننہ موجب چھُ یمہ ٹینک گوڈنیک سنسکرت شاعر کندک
ناوی اوسمُت۔ یُس راجہ تونجین سندہ وقتہ تہ یمہ صدی بکرمی منز اوس۔ دوٚیم شاعر
اوس بھرترمینٹھ۔ یمیُک سند سرپرست ماترِ گُپت اوس۔ ماترِ گُپت اوس وکرمادتیہ
سندِ طرفہ کشیرِ ہُند وائسرائے تہ پننہ وقتُک ملک الشعراء۔ بلکہ چھُ ڈاکٹر بوداجی تہ
شری لچھمی دھر سندِ وننہ موجب یہ ہے مشہور کالی داس اوسمُت۔ کاشرِ یو پوٚت
دانیو سنسکرت شاعرو اُس یہ روایت چلہ ووٚتھ تھاوٕمژ زِ اگر ادبہ پیٚٹھ تہ کُنہ علمی
موضوعس پیٹھ لیکھِن آسہ ہے، تہ اوس نظمس اندری لیکھنہ یوان۔ مثلاً تاریخ، مذہب،
آیور وید، فلسفہ، گرامر، تصوف وغیرہ وغیرہ۔ چنانچہ تواریخی شاعری اندر کلہن، جون راج

مٔثری اور، پرآجیہ بھٹہ شتک، ڈرامائی شاعری اندر بھاس، بلہن تہٕ ہرش۔ مذہبی شاعری منز منکھہٕ، شیو سوامی، اُت پل دیو تہٕ جے رتھ۔ خالص شاعری منز مینٹھ، جلہن، بھلٹ شتک، بلہن تہٕ دامودر گپت۔ فلسفیانہ شاعری منز ابھینہ گپت تہٕ بیٚیہ درجنہٕ واد عالِم۔ الغرض کشیرِ منز اُسی اکھ ساس وُری علاوہ سارِی عام تہٕ خاص سنسکرت زبانۍ منٛز مُتھ گمتۍ۔ عام لُکو منز اوبھٹ، مُکل بھٹ، بھٹ توت، اریک، مایک تہٕ شنکک پنٛٹھ جیا پیڈ، کتا پیڈ، رینادتیہ، ہرش تہٕ اونتی ورمن ہوٚین مہاراجن تام اوس سنسکرت شاعری کُن سٔہ لگاو تہٕ عشق۔ یِمکۍ اکثر یادگار رٲوِتھ تہٕ یِہ کتھ کرٕہ چھہٕ گژھان زِ سنسکرت ادبس پیٛٹھ چھہٕ کاشرِین ہُند اکھ لازوال احسان۔ پیشہ ہن تہٕ چھہٕ شکر زِ ہتہٕ واد شاعر رٲوِتھ تہٕ ـــــــــ یِمن منز کینٛہہ کُتاکُن تہٕ آنند وِردھن ہوی مانٛزہتہٕ عالِم تہٕ اُسی ـــــــــ بیچے یِہ کینٛہہ ہر فنا مولاخن کار تہٕ عالِم (مثلاً کھیمندر تہٕ ممٹ) یِم تہٕ سراسر گال کھاتس گیہٕ۔

شاعری ہندِس اتھہٕ شوقس وُچھت یِہ نتیجہ کڈُن چھُنہٕ صحیح زِ سنسکرت نثر کیاہ اوس ہیٚتہٕ سراسر نابود۔ مُمکن چھُ زِ کلہنس برونٛہہ تمۍ "کاہ تاریخی کتاب" یمو منز تمۍ راج ترنگنی ہندِ خاطرہ مواد کوڈ، آسہن نہٕ سراسر نظمس اندر۔ چنانچہ سوم دیو نۍ کتھا سرت ساگر وُچھت چھُ محسوس سپدان زِ سنسکرت نثر اوسنہٕ کاشرِ لو بالکل ترووِمُت۔ امہ پوز اکہ چھہٕ سیٹھاہ کم ادبی نمونہٕ ژھنا وِنہٕ آمتۍ۔

سنسکرت زبانۍ اُس اکہ طرف ہتہٕ واد وُرِین سرکٲری سرپرستی حاصل تہٕ بیاکہ طرف عالمِن ہُند قلم فدا۔ عامچ زبان اُس کاشُر۔ لیکن یہٕ سنسکرتس مُقابلہ سیٹھاہ کم ظرف اُس۔ تویے رُودزُ سانٛی زبان سنسکرتہٕ اُندرے دوسرچار تہٕ گوہ بر ژھانڈان۔ یِمچ نشان دِہی از تہٕ ہیٚکہٕ سپدِتھ۔ تہٕ یُزس کُن گژھت چھُ سائنس ثقافتی تاریخہٕ اندر یِہ کتھ یاد تھاوُن لایق زِ سنسکرت زبانۍ ہُند چھُ کاشرِ زبانۍ پیٛٹھ اکھ سیٹھاہ

بوڈ احسان!

## اِسلامُک اثر

ژوداہمہ[14] صدی اندر یتھے ہندو حکومژ زوال آو، کشیرِ ووت اِسلام۔ یمہِ یِتھ کِس
ثقافتس پیٹھ اندہ نوۄمے اثر ترٛاو تہ تَوَرہ وُیت۔ اگرچہ یِتھہ اکھ تاریخی واقعہ چھُ
زِہ اَمہ صدی برونہہ آسی مُسلمان یور واتی مِتی۔ یمن منز حمیم بن سامس متعلق چھُ تام
چھُ وَننہ یِوان زِہ تمہ اُس محمد بن قاسمہ سندہ سندھ فتح کرنہ پتے کشیرِ اندر گوڈنچ مسید
تعمیر کرمژ۔ تہ بیٚیہ آسی یِتھہ کیوٚ ہندی راجو محمود غزنوی سندِ وقتہ پتے کاشرِس فوجس
اندر مُسلمان لاگ مِتی۔ بالخصوص ہرش دیو (۱۰۳۹—۱۱۰۱) سندِ وقتہ۔ مگر لوٚز گوڈ
یہ زِہ یمن نوآبادکارو ہنزِہ دَسی اوسہ یِتھہ تیوٚت جادہ ثقافتی اثر پیٚنک اِمکان۔
یوٚت مُسلمانو ہنز حکومت قایم سپدِ نہ پتہ تأثیرن ہووِ (حالانکہ کہنہ لیکھنہ موجب چھُ بُت شکنی سببہ

حضرت عبدالرحمان بُلبُل صابنہ تبلیغہ سیتی ییلہ رینچن شاہن اسلام قبول کور۔ امی
وقتہ پیٹھہ لگ یِتھہ مُسلمان بارسس ینہ۔ سُلطان صدرالدین رینچن شاہس پتہ اگرچہ کوٚٹہ
رانہِ تہ ادھون ویون ہندو اقتدار قایم تھاونہ خاطرہ کافی کوشش کرمژ چھُ۔ امانچ شہمیرس
مقابلہ چوٚل نہ یمن کینہہ۔ شہمیری تہ ژک خاندان بنے یہ عملاً کاشری۔ اگرچہ شہمیر اوس
سوات علاقک تہ غازی ژکن ہنز بب بوہ ہلاقک۔ یمو پانہ رود کوشر طرزِ معاشرت تہ
تمدن تہ کاشر زبان تہ ثقافت[1] یمہ موجب یمن ہند عہد کاشرین ہندی عہد حکومت
چھُ مانہ یِوان۔ یمن پتہ آسے ۱۵۸۶ سنسۂ اندر مُغل ۱۷۵۳ سنسۂ اندر پٹھان ۱۸۱۹ سنسۂ اندر
سِکھ تہ ۱۸۴۶ سنسۂ اندر ڈوگرہ۔ سانین سیاستس اندر چھُ یہ اکھ عجیب واقعہ زِہ یوٚت
جادہ کاشرین پننہ قومیت تہ خودمختاری قایم تھاونس پیٹھ اِصرار ژٛووُت چھُ۔
تیوٚت چھُ سانِس تاریخس اندر پرتھ عہدہ یہ المیہ نظرِ گژھان زِہ کاشری امیر
وزیر چھِ وۄن ہے حکمران [illegible] درامتی۔ ہندو عہدس تہ سُلطانی تہ مُغل، پٹھان تہ

[1] یمہ ہیوو کاشرِ زبانی [illegible] تمام عمرِ وۄنے بلکہ چھُ پانہ صاب یِہ تام ونان زِہ مسلم عہدِ حکومتس منز چھِ دوژ سنسکرت زبان قریباً ختمس وۄتمژ بیس مرکزی زبان

سِکھ تہٕ آے سیٚتھے کٔنہ کشیٖرِ پُھٹاولی کرنہٕ۔ اما پوز بچارو ڈوگرو کڈی نقد پونسہ تہٕ ہیٚژھک کشیٖر ژُلی۔ تہٕ یِہنزٕ پانژھ ہتھ شتت لچھ (نانک شاہی) روپیہ حچھنہٕ اکہ حسابہ دٕینہٕ تہٕ نکھہ وسہ ہرژہٕ!

سُلطان شمس الدین شہمیری سندِ وقتہٕ پیٚٹھہ پٹھانن ہندس عہدس تام (۱۳۳۹—۱۸۱۹ء) اگرچہ وار یہہ پھیر سیاسی نیاے چلہ ورٕ رودی۔ اما پوز عام کاشرِس تہذیبس اندر رود ایرانی ثقافتک اثر چلہ ؤن تہٕ یِتہٕ کین اولیاہن، شاعرن تہٕ فن کارن ہندی خاطرٕ گوو یِتھک معاشرہٕ تیوٗت بدلان بدلان زِ کشیٖر سٕنے یہ پیٚزِ ونہٕ "ایرانِ صغیر"۔ ایرانکی ثقافتی نِشانہٕ رُودی کاشرِس شعورس اندر تیتھ کٕنہ مول دِتھی زِ ڈوگرہ عہدس اندر یم یم مغربی تہذیبکی پرتو کشیٖرِ پیٚیہ۔ تم گیہ نہٕ ایرانی اثرن مقابلہ عامس منز تیتھ مقبوٗل۔ تہٕ کیازِ مسلمانن ہند عہد آو تمہِ وِزِ بارسس ییلہِ کاشرِن ہندِ ذہن پرٛانِ نظامہ نِشہِ تیوٗت تنگ اوس آمُت زِ پرِتھ کانہہ ثقافتی اضافہ اوس یوان پرٛانی لوکن شرٛپان۔ امہِ وقتہٕ اوس بقولِ اوتار کرشن رہبر ٠ اکھ پرٛون نظام وَم ہاران۔ تہٕ نوو زمانہٕ زٕم لبان۔ پرٛون تہذیب اوس سیٚٹھے پرٛان ہی تراوان تہٕ اکھ نٔو تہذیب اوس پننی مول ورٛ راوان۔ تہٕ مسلم کلچرک صحت مند تہٕ پایدار اثر اوس پننی وتھ ہاوان۔" ہتہ واد وٕریٛن آسی ساداتِ ایران (بالخصوص میر سیّد علی ہمدانی رحؒ) ریشیانِ کشیٖر (بالخصوص نورالدین نورانی رحؒ) حکمران طبقہ (بالخصوص بڈشاہ صاحب) تہٕ فارسی زبان تہٕ ادب عوامی شعورس اکِ نوِہ تہٕ دیِہ وِنہٕ انقلابکی وتہٕ ہاوِکی ہنہ بنے شوٗکی پانٕ پانے پھلاوان۔ تۆہی تہٕ پرٛانس اندازِ فکرس اندر اوسنہٕ صرف مذہب بدلاونی یِوان یوان۔ بلکہ چھہ تاریخ شاہد زِ وازہ واؤنکیو گرزِ شو پیٚٹھہ نشاط باغکس حشمس تہٕ ہارہ پربت قلعکس چلاسس تام تہٕ یم زِندگی ہندی شعبہ چھہ، تِمن منز آو نوِہہ، شعور، بجر، سلیقہ تہٕ وقار۔ امہِ ثقافتی انقلابس رُود دٔل دینہٕ ہند تہٕ شیخ نورالدین رحؒ سند اخلاقہ تہٕ معرفتہ بوٗز تھہ کلامہ نِش تہٕ

آبِ حیاتچ کوم دِوان تہٕ فارسی اَدبچ شیرینی سگ دِوان۔

کشیرِ ہُند نرگن فلسفہ تہٕ عجمی تصوّف گیہٕ تیتھہٕ کنہٕ رلہٕ ملہٕ زِ کشیرِ اندر نیاو اکھ نوٚو سلسلۂ عرفان — سلسلۂ ریشیہ —— جبہٕ خوتونہٕ ہندِ دستہٕ گیہٕ ایرانی تہٕ کأشر موسیقی تیتھہٕ کنہٕ اکھ اَکِس سیتۍ مدغم زِ اگر اَسی اتھ اکھ الگ دبستانِ موسیقی تہٕ ناو کرَو تیتہٕ چھُنہٕ ناجائز۔ اَزِکین کأشرین ہُند عام لُسن بسن اَسن یا عادات و اطوار، ادبی مذاق اَسن یا توہّمات۔ دستکأری اندر قالین بأفی اَسن یا پیپر ماشی۔ ڈوٗنی ہیچہ کوم اَسن یا سوزن کاری تمدّنی زندگی منز فنِ باغبأنی اَسن یا فنِ تعمیر۔ المختصر زِندگی ہندِس یتھ یتھ شعبس پیٹھ اَسی اَز نظر تراوَو۔ اتھ ین اسہٕ ایرأنی پرتو نتہٕ اسلامی اثرات لبنہٕ۔ یتھ اندر مرزا حیدر ہندِس باورچی لغز خانہ سُند تام حصّہ چھُ۔ یم کشیرِ ہنز شال باف ہوٚنر عروجس واتہٕ نوو۔ مُسلمان عہدِ حکومتس منز آیہٕ میوہ کلمین ہندی پیوندہ تامت ایرانہٕ تہٕ افغانستانہٕ پیٹھ یور اَنناونہٕ۔ یمن ہندی میوہ اَسی کھیوان چھہٕ۔ کأشرس دِماغس گوٚو ایرأنی تہذیبک سٕہ پیوند زِ ازیکِس اَسی ژوداہمِ صدی برونہہ عہدکو تہذیبی نِشانہٕ ژھانڈَو، اَسی وُچھو زِ یم یم نِشانہٕ یتھ مقامس اندر ہاونہٕ آے، تمہٕ علاوہ چھہٕ صرف کینہہ لوک ادبک تصوّر، کینہہ رسم و رواج، کینہہ سماجی اطوار تہٕ بیٚیہ ۶ فیصدی غیر مُسلمن ہُند مذہب یوتے کم جاوِہ پرانہٕ ڈنجہ رُوزِتھ۔ تمہٕ پتہٕ کأشرہ زندگی ہندِس پرتھ شعبس اندر ایرأنی رنگ بیتھ اندر ہیٚندی تہٕ مُسلمان ہوی شریک رُودی۔

فارسی زبأنی آیہٕ سرکأری سرپرستی باگہٕ تہٕ کأشری گیہٕ اَتھ پتھ شیدا۔ یمیک نتیجہ یہٕ دراو زِ یتھ کنہٕ سانیو سنسکرت شاعرو پنہٕ نیو علمی تہٕ ادبی شاہکارو سیتۍ بھارتس اہم بنہہ نوو، یتھے کنہٕ کوٚر سانیو فارسی شاعرو تہٕ عالمو قریباً پانژن ہتن وَرین فارسی زبأنی اندر سٕہ سرمایہ تیار زِ ایرانس پیٹھ مانُن زِ کشیر چھہٕ فارسی سُخن وری اندر تہٕ ایرانِ صغیر۔ یُدوَے ڈاکٹر محی الدّین صوفی سِندِ وَننہٕ موٗجب اَسی کشیرِ منز ۲۴۳ فارسی شاعر

(مُغلو بروٕنہہ ۱۷ - مُغلن تہٕ پٹھانن ہندِ عہدٕ ۱۹۳ - سِکھن تہٕ ڈوگرن ہندِ وقتہٕ ۳۳)
اماپوز یہِ چھُ قطعاً مُمکن زِ اَتھ شمارس نیٚبر تہٕ آسن واریاہ سُخن ور۔ یِمو منزٕ وار یہن
شاعرن ہندی صرف ناو یا تِ چھِ رُودی میٚتۍ تہٕ ادبی کارنامہ رأوی میٚتۍ۔ واریاہ علمی تہٕ ادبی کارنامہ
چھِ تِمن قدر ناشناس وارثن یا قابضن تِشہ رُودی میٚتۍ۔ یِمو یِہندی مُصنف تام راوٕ رأوۍ۔
بلکہ چھِ کینہہ تِژھ کتابہ تہٕ روزٕ مژٕ یِمن ہیٚک وقت اکہِ علاوہ مُصنف چھِ قیاس کرنہٕ یِوان۔
یِتھ مقالس اندر چھنہٕ یِتھ گُنجائش زِ تِمن ہتہٕ واد عالِمن تہٕ شاعرن ہُند فنی تبصرٕ ییہِ
کرنہٕ یِہندِ علمی فیضہٕ سیٚتۍ فارسی زبان ۱۸۸۵ءس تام کشیرِ ہنز سرکأری زبان رُوز۔
البتہ عام رِوایتن پیٹھ بڈِھ کرِتھ چھِ کاشرِ ن صاحبِ دیوان شاعرن اندر حضرت یعقوب
صرفی رح، حضرت بابا داوٗد خاکی، اکمل الدین بدخشی اکملؔ، نامیؔ، منظہریؔ، ذہنیؔ، اوجیؔ، فصیحیؔ
فہمیؔ، فطرتیؔ، مُشتریؔ، بدیعیؔ، فروغیؔ، فانیؔ، بیہقیؔ، غنیؔ، اِستغناؔ، جویاؔ، گویاؔ، نافعؔ،
معنیؔ، فائقؔ، ساطعؔ، مُشتاقؔ، نُصرتؔ، یکتاؔ، صہباؔ، ہادیؔ، حیاؔ، آذریؔ، راجحؔ
شُعریؔ، محویؔ، کبیریؔ، تسکینؔ، بہاؔ، توفیقؔ، ہمتؔ، یکتاؔ، فاخرؔ، ناظمؔ، مُقبلؔ،
مُلّا فصیحیؔ، محمد صلحؔ، مرزا داراب جویاؔ، کامران گویاؔ، حاجی اسلم سالمؔ، مُلّا بینشؔ،
حاجی حیدرؔ، محمد اشرف یکتاؔ، عبدالغفور نامیؔ، خواجہ حبیب اللہ حُبیؔ، شاہ زوریؔ، محمد
معروف، مُلّا عشقیؔ، عطاءاللہ بہاؔ، مُلّا محمود والاؔ، مرزا مجرمؔ، اسداللہ نحوی تہٕ شیوا بیترِ
یِوان۔ حالانکہ یِمو منزٕ اُسی واریاہ تِم بُزرگ تہٕ (مثلاً صرفیؔ، فانیؔ، اکملؔ، خاکیؔ بیترِ)
یِمن ہِندی علمی کارنامہٕ ادبی کارنامو تہٕ تھدی اُسی۔ یِتھ فِی ہر فن مولا بُزرگن منز چھِ
یِوان مُلّا احمدؔ، نوراللہ دیوانیؔ، مُلّا حبیب اللہ شہیدؔ، خواجہ حسن کول، خواجہ عبداللہ غازی
وغیرہ۔ خاص کرِ تاریخ نویسی منز اُسی قاضی حمیدؔ، محمد اعظمؔ، حیدر ملک، سعداللہ، عبدالوہاب
نُوری تہٕ محی الدین مسکین۔ یِمن منز سِکھ حیونہٕ عہدکۍ تِم شیٚنہٕ مشاہیر کشیر تہٕ چھِ یِوان۔
یِہنز منظوم ثقافتی تاریخ سیاسی انقلابو موجب اڈہ لیٚچی رُوز۔ فارسی عہدس اندر اُسی

دوہ پَتہٕ شاعرن ترٕ کشیرِ کُنہِ رٕز لجٕ ژ۔ ملغرا مشہدی، گُلشنی شیرازی، علی اکبر ہراتی، رحمت اللہ نُجاروی تہٕ بییہ وارِیاہ شاعر (مثلاً میر علی ایرانی، مُلّا اشرف دیری، نوٗر الدین شارق وغیرٕ) لگو ییتی لبہٕ تہٕ غیر کشیری اندازِ فکر تہٕ ادبی رِوایژ پھانٛپھلاونہٕ۔ ییتکو سارٕی سخن شناس لگو ایرانی مذاق پانٛنٕ راونہٕ۔ یمیُک نتیجہ یہِ دُراو زِ کاشرِ پُنڈِتو تہٕ کرٕ فارسی ادبس اندر موٗلہٕ اضافہ۔ یمو شاعرو منٛز جادٕ مشہور شری اوز، ژٕندرہ بھان، لچھمی رام سرٗور، آنند رام کارِہلو، بھوانی داس کاچرو، دھیا رام کاچرو، ست رام ابقایا، آفتاب بھان رفٕیہٕ بھوانی تہٕ کیلاش دھر اُسی۔ اَتھ اثر پٔزیری اندر چھنہٕ صرف مشہور ایشیا شیخ یعقوب صرفی رحہ یلزٕ گوٗناگوٗن تصانیف یا زٔے سون قابلِ فخر ورثہ رُود مُت۔ بلکہ اتھ عہدس اندر چھہ لالہ ملک شہید ہوی گُم نام شاعر تہٕ ینہٕ اندہ قابلِ داد۔ (ملک صاٮ۪بن اُمس سوانح غوث الاعظم" ناوٕی ۱۰۰۰ بانٛتہٕ لیکھمٕتہٕ۔ یمو منٛزٕ پُریتھ بانٛتہٕ منٛزٕ حضرتِ شاہ جیلانہ رحہ سُند زینہٕ تاریخ تہٕ تاریخ وصال نیراں اوس)۔ ساٮ۪ن کینہہ شاعر چھہ فارسی ادبہٕ کینہٕ مخصوص صنفن اندر صاحبِ طرزِ سخن ور تہٕ مانہٕ یوان۔ مثلاً منظوم سوانح نِگاری منٛز حسن قاری رحہ، ہجو گوٗیی منٛز محمد کاظم تہٕ اسد اللہ شگون، عارفانہٕ مثنوی منٛز اکمل الدین بدخشی رحہ، رزمیہ نِگاری منٛز حمید اللہ اسلام آبادی بیترِ۔ سخن وری منٛز یہِ روایت چھہ از تام چلہٕ وٕنی رُوزمٕژ۔ حالاں کہ یتہٕ موٗشیتو وٗرہٕ یو پیٹھہٕ نہٕ چھہ فارسی زبانہٕ سرکاری سرپرستی حاصل، نہٕ چھہ پرانٛی پانٛٹھو یہِ زبان گرہ گرہ پرناونہٕ یوان)۔ مولانا حیرتؔ شمس الدین غمگیوم، مُبارک شاہ فطرتؔ، محمد طیب شاہ غضنفر تہٕ محمد امین داراب چھہ ییمہٕ کتھہِ ہندی زِندٕ گواہ زِ ساٮ۪نس ثقافتس اندر چھہ فارسی ادبُک رُوح شرٕوپتہٕ۔ ییمہٕ موجب ساٮ۪نس روزمرہ کاشرس اندر کم از کم ۳۰ فیصد لفظ فارسی (تہٕ امہٕ کہ ذریعہ عربی) زبانہٕ اندرٕ چھہ وانٛتی متہ۔ نہٕ صرف چھہ ساٮ۪نہٕ کاشرِ زبانہٕ فارسی لفظو دوٚتو تُلی منٛز بلکہ چھہ کاشرس ادبس اندر فارسی نمونسی میٹھ وار پھا اصناف سخن وزنیا متہ۔ یتہِ چھہ اکھ حقیقت زِ فارسی آمیز کاشرس مقابلہ کرِ یہ کاشر بوٚلِ سنسکرت آمیز کاشر چلہٕ دن شعاعُک عدالتہٕ کوشش۔ مگر یہ کوندے کھٲرزنہٕ ییتہٕ!

تہٕ کُنہِ ملکُکس ثقافتی تاریخس اندر چھےٚ زبانی تہٕ ادبچ یہ اثر پذیری اہم ترین درجہ تھاوان...

چھیکرس چھُ روزان ساٚنہِ زِندگی ہُند اکھ شعبہ —— سیاست —— یتھ اندر کاشرین پُشتھ عہدہ پیرٕ وٕنی ناد چھُ رُوزمُت۔ ساسہ داد ؤرین درجنہ واد نظامو منز یُس تھ تہٕ رُود سون سیاسی شعور یا حدٕ کھوتہٕ جادٕ تیز، یتہِ سٕتی خانہ جنگی سون مُستقل پیشہ بنیاو یا حدٕ کھوتہٕ جادٕ خود غرض۔ یمہِ سٕتی معٕمیلن ہنزٕ حکمرانی شاباشہ کرنس پیٹھ اسہِ فتح متین بنا گوٚو۔ امہِ سیاسی بے راہ روی ہندی چھہ وارِیاہ وجوہات۔ یمو منزٕ کینہہ خاص وجہ یم چھہ: (۱) سون علاقہ چھُ رقبہ کنہِ لوکُٹ تہٕ ییٚلہِ امچ خود مختاری قائم آسہِ تھاوٕنہٕ ییٚلہِ توٚت گنہٕ سانین نادان تہٕ عیش پرست حکمرانن محدود وسیلن اندر گزارٕ کرُن۔ اقتصادی بدحالی ژلراونہٕ خاطرٕ ییٚلہِ کاشرِو اندی پکھ علاقہ فتح کوٚر، یم لُکھ پننہِ کھوتہٕ جادٕ مُفلس تہٕ کاشرین کیاہ دِہن۔ (۲) ییٚلہِ ییٚلہِ کاشرِو امیرو وزیرو سیاسی مجبوری کو موجب یا ذاتی اقتدار قائم تھاونہٕ خاطرٕ نیبرِم حکمران کشیرِ واتناوی، کمی کال گژھت گوٚو تمن پتاہ زِ دوبارٕ چھُ کشیر چھاونہٕ، نہ زٕ دعوت، دِنہٕ والین پلالہِ کرنہٕ آمُت (۳) ییٚلہِ ییٚلہِ اورٕ کانہہ غاصب کشیرِ نینگلاونہٕ آو، تس نِش نہ اوس کاشرین یہ توقع زِ سُہ کرِ کانہہ سو چھُ، نہ یہ براٚنٹھہ زِ سُہ ترٛاوِ توٚت تام کشیرِ قبضہ، یوٚت تام نہ سُہ مرکز چھلہ چھانگرِ گژھہِ۔ ژوٚرِیُم اہم وجہ یُس یتھ چھہ سیاسی پریشانی ہُنٛد باعث رُودمُت چھُ، چھُ یہ زِ کشیرِ چھُ ساسہ داد ؤرین ہندٕ ثقافتی ارتقاہُک موجب پنُن اکھ خاص تہذیب تہٕ تمدن۔ پنُن تاریخ تہٕ پنُن اکھ اندازِ فکر۔ پننہِ زبان تہٕ پنُن ادب، یمن ہنز حد بندی اگرچہ گُریز، ٹیٹوال، چھاری، پونچھ، راجوری، چتنی ٹاپ، بھدرواہ، زنسکار تہٕ دراس کین سرحدی مقامن اندری چھہ محدود۔ امیوٚک اکھ خطس چھُ اکھ مخصوص انفرادیت۔ یتھ سٕتی کاشرین اکھ جذباتی لگاو چھُ۔ اگرس لوکٹس گرد ہین قومس ییٚلہِ اکہِ طرفہ پننیو قومیت زِندٕ تھاونُک اکھ جذباتی جوش آسہ تہٕ بیاکہِ طرفہ مادی وسیلن ہنزِ کمی موجب ہمسایین ہُند محتاج تہٕ روزُن پیہ۔ اتھ قومس چھہ پیر در پیر

ذِہنی ناآسودگی روزان۔ یمیُک عام نتیجہ یہ چھُہ نیران زِ اتھ چھُہ معاشی بحران تہٕ سیاسی
اِنتشار رٕیک، وقت چلہ ونہٕ روزان۔ یمن ژوہن ونہٕ صُورژن ہندِ سببہ گوو کاشرین اندر
احساسِ کمتری پاُدہ۔ یمیُک نتیجہ یہ دْراو زِ اسہٕ رُود نہٕ خود اعتمادی ہُند جوہر تہٕ اسہٕ کوٗر پننہٕ
ژھوژرِ چالاکی سیاست ناو۔ اگر تہٕ سائنس سیاسی شعورس یہ غایلہ آمُت آسہٕ ہے، تیلہٕ آسہٕ
ہے سأنزِ ثقافت تمام ہُنز لوٗ نیرِتھ انسأنی تہذیبہ خأطرہ اکھ نموٗنہ پیش کران۔ تہٕ کیازِ کشیر
چھہٕ شاید کُنہٕ سہٕ مُلک یُتھ قریب قریب دُنیہٕ کین سارنی تھذبن کلچرن ہِندی پرتو وأتی
تہٕ لُکو کرِہ جذب۔ امہٕ اِرتقائی سِلسلک اندر چھُہ کأشرین ہنز شرافتِ نفس۔ چنانچہ کشیرِ
ہُند تاریخ چھُہ گواہ زِ میٔلہٕ بقولِ شوٗن برگ "کأشرین سیتی سہٕ سلوک تہٕ کرنہٕ آو یُس نہٕ فرعون
یہودین سیتی تہٕ کوٚرمُت آسہٕ" یا میٔلہٕ دُنیہس منز کُنہٕ مُلکس اندر انسانن ہِنز حالت تیوٗت حسرتناک
منظر پیش چھِنہٕ کران یوٗت کأشرِ چھہٕ کران رُودی مِتی۔" تیٚلہٕ تہٕ رُود کوٚشر سخت جان انسان
پننہٕ تھزِ ثقافتہٕ کِہ خأطرٕ اتھ تمہٕ زمانکی خراب وُچھان، یتھ اندر تِہنز شرافت پزر پُزراوِ تہٕ
شیطانس دکہٕ دِیہٕ۔ یہے شرافت وُچھِتھ پیوو مُغلن ہنزِ غلامی تل لگنہٕ وِزِ تہٕ ابوالفضلس
لیکھُن زِ "یدوے کشیرِ چھہٕ آبأدی گنُج تہٕ روپیہٕ نایاب، امہٕ پٲٹھ خالی چھُہ یمن منز کانہہ ژوٗر
یا بیچھہٕ وُن۔" مُغلو پتہٕ تیٚلہٕ کأشرین ہنزِ شرافتُک بابا کرنہٕ آو، سأنزِ ثقافتُک رُوٗٹ سہٕ رنگ
یتھ وِلیشتھ وار ہیوو دوہ پرقلم کار و کأشرین متعلق تمہٕ سیٚچھ کتھ لیچھ، یم زِ کأشر بحیثیتِ قوم مرہ مژِ آسہٕ!

# کشیرِ پیٹھ مُغلن ہُند حملہ تہٕ قبضہ

## (یعنے کشیرِ ہنزِ غلامی ہُند اِبتدا)

عام کأشرِ ن چھُنہٕ وُنہِ تہٕ خبر زِ کشیر زیٚبان زیٚبان کوتاہ جلکھ چھُ موغلو مورمُت۔ تہٕ چھُ سانین بُڈین فارسی یا سنسکرت پرنس کُن کل، یتھہٕ زن عام سۄنے، توتہٕ تمے ہیکہ ہِن زانِتھ زِ کشیرِ کوتاہ چھُ پننو آزأدی قأیم تھاونہٕ بابت لۄڑمُت۔ سنہ ۱۵۸۶ عیسوی پیٹھہٕ تہٕ چھُ کأشرِ پأٹھی کانہہ توأریخاہ لیکھنہٕ آمُت۔ یتھہٕ بوزان بوزان آن یرہ زانہٕ ہِن اسہٕ کمو وجہو موجب راو آزأدی۔ جادہ کھوتہٕ جادہ چھُ اسہٕ پیشی خبر زِ کشیرِ اُسی کرتامت کأشرِ مُسلمان حکمرانو، یِمن منز ترک خاندان پتیم حکمران طبقہ اوس۔ ممکن اوس یِمن تامِ تہٕ آسہٕ ہے نہٕ یاد۔ اما پوز ترکن مخالفت تہٕ وقاحت کرنہٕ خأطرہ رُود کشیرِ منز پیرن ہُند اَکھ طبقہ چلہٕ وُن۔ یِمن صرف سُیتے یوت پتاہ چھُ زِ ترک اُسی حضرت شیخ حمزہ مخدوم رحمتہ اللہ علیہ سندی مخالف۔ اگر یِم ان یرہ پیر تأریخ پرہ ہِن، یِمن تہٕ ہے فکرہ زِ اول اُسی نہٕ ساری حکمران ترک حضرت شیخہ سندی مخالف کینہہ۔ دویم ترکن اندر اگر کینہہ عأب تہٕ اُسی، اما پوز یِمن اوس تیوُت حب الوطن زِ موغل، اُسی تمن وچھت لوز دِوان۔ ترییم چھُنہٕ سانین وارِہن پیرن یہ خبر زِ یمہ وقتہ حضرت ایشان صأب تہٕ شیخ یعقوب صرفی تہٕ ویڈ باب صأب (حضرت بابا داؤد خاکی) اکبر بادشاہس کشیرِ پیٹھ حملہ کرنہٕ خأطرہ دِلی (دہلی) گیہ، تمہٕ برونہہ اُسی موغلو پانژہ ہِن ورِیم کشیر زینہٕنہٕ خأطرہ حملہ کرِمِتی۔ بیٚیہ اوس تمہٕ وقتہ اکبر بادشاہن ژورن پانژن وریین پتہٕ مذہب اسلام تراوتھ پننے اکھ دیسی دھرم "دین الٰہی" ناوس پیٹھہٕ رأیج کۄرمُت، یہ چھُنہٕ صرف سانین پیرن ہنزی یا ژہ جہالت بلکہ سأنی مورخ تہٕ چھِ موغل شہنشاہ اکبرس "جلال الدین محمد" ناوس

میٖٹھۍ کران رُودۍ مِتۍ۔ حالانکہ اکبرس اوس نہٕ سہٕ دِینی یٖمِشک "جلال" سانِین تأریخ لیکھن
والین دُ ژِرۍ ووٚت چھےٚ کران رُودمٕژ۔

یہے عام غلط فہمی وُچھت پیوو مےٚ خیال زِ یتھ مضمونس اندر کرٕ بہٕ ژھوٚنڈ پأٹھۍ موقف حملن ہُند اکھ خاکہٕ پیش۔ یتھ وُچھت سأنۍ عام پرن وٲلۍ یہِ زانن زِ امہِ عہدچ کأژراہ شوٗبہٕ دار رِوایژ چھےٚ وُنِہ تہٕ سانہِ سیاستک حصہٕ بنٕ روزنہٕ مژہٕ ترأسی کوتاہ چھ پننہٕ مُلکہٕ کِہ تأریخ نِشہٕ بے خبر تہٕ امہٕ بے خبری ہُندیو بدنتیجو سیتی کأژراہ پیرہ وِنۍ ناد چھےٚ سأنِس قومس گأمژ۔

قصہٕ چھُ یہِ زِ بیٚیلہِ سُلطان حسن شاہ ۱۴۸۴ء وَرِی یہِ موٗد، کأشرین امیرن وزیران گیہ زِ وتہٕ ——— یہِ مرض رُود کشیرِ وُنیوک تام چلان وُن۔ اکھ کھیٚنچہِ کوٚر محمد شاہ پسند تہٕ بیٚیکہِ کھیٚنچہِ فتح شاہ۔ شہمیری خاندانس اندر رُود یِہ بیلے اکھ نتہٕ بیٚیکہِ مۅہ کھر آخرس تام چلان وُن۔ چنانچہ محمد شاہ بیہہ نوٚوکھ پانژہِ پھیرہ تختس تہٕ فتح شاہ ترٛیہ پھیرہ۔ امیر وزیر اسی گرا اکِس تختہٕ پیٹھہٕ والان تہٕ بیٚیس کھالان۔ گرا پانہٕ وأنۍ معاہدٕ کران تہٕ پھٹراوان۔ لُکھ اسی اکھ خانہٕ جنگی منز پھنہٕ آمتۍ۔ کشیرِ اوس پادشاہن تہٕ امیرن ہندِ دستہٕ زن ژٕ شکسن نال وولمُت۔ اتھی وقتس اندر ووت پور شمس الدین عراقی پنندہِ تبلیغہٕ سیتی حکمران طبقس منز سیاسی موہرہ ہُرِ لو علاوہ شیعہ سُنی اعتقادن پیٹھہٕ لڑائیہ ووٚژھہ۔ لُکھ گیہ یتیو یلہ زِ بیٚیلہِ محمد شاہ دوٚیمہ لٹہٕ بادشاہ اوس، شیعہ سُنی فرقہ بندی پیٹھ سپز اکھ پورہ سانین حکمرانن اندر اکھ خون ریزہ لڑائی یتھ اندر بقولِ حسن شاہ مورخ سنہ ۱۵۱۸ کٲشرۍ مارنہٕ آیہ۔ کأشرس تأریخس اندر رُود یہِ ناسُور حال حالی تام پرٛیڈہ وُن۔ تہٕ کیازِ امی عہدہ پیٹھہٕ لگو سأنۍ مذہبی "رہنما" تمن فرومی کتھن پتہٕ، یمن منٛیچھنہٕ وردٔی تہٕ کأشرۍ مسلمان روزنہٕ ہیٚکن۔

[۴] سُلطان فتح شاہ بیٚیلہِ ترٛیمہِ پھیرہ تختس بیوٹھ، امیرو وزیرو کٔر کشیرِ ژور حصہٕ۔ یمن منز پادشاہس کیٛتھہ تہِ اکھ حصہٕ تھووُکھ۔ باقی ترٛیہ حصہٕ رٔٹۍ ترٛیو کیڈرو۔ تہندیو ناو اسی ملک کاجی ژک، جہانگیر پڈر تہٕ تشنکر رینہٕ۔ حکومتس منز دراہ یہِ باجہ وٕتھ تہِ نِس تہٕ کشیرِ ہنز خارجی پالیسی گیہ امہِ عہدہ پتہٕ ناکام۔

محمد شاہ یُس تخت پیٹھ وانہ اوس آمُت، ووت دِلِّہ (دہلی) مدد ژھانڈان ژھانڈان۔

امہِ وقتہٕ اوس سکندر شاہ لودھی ہندوستانُک شہنشاہ۔ تس آیہٕ پٔرتھ زہٕ کشیرِ چھا
پیٹھ وُنہٕ دۄژھمِس زہٕ معزول بادشاہ آو کوٹھس لشہ جنگی مدد ژھانڈنہٕ۔ چنانچہ ونن
دٲلِچ وِنان زہٕ تمہِ سوزی ترٛٹہٕ ساس فوجی محمد شاہس سیتی کشیرِ۔ ییٚمہٕ کنۍ محمد شاہس
مدد وِنہٕ خاطرٕ، اندرِ کنۍ کشیر پانہٕ ترٲپنہ باپت۔ از چھہ اسہِ فکرہ ترٲے زہٕ محمد شاہن
یہِ روایت تمہِ وقتہٕ کرِ کرُ، سہ ژوٗنٛز پتہٕ ہتہٕ واد وٗرِیَن چیٚلہ وِنی۔ اسہِ منز ییٚلہِ
کانہہ پادشاہا یا لیڈر راہ کشیرِ ہارتھ رُود، سُہ گوو کنُی ٹکرِ دِلِّہ تہٕ اوٚنن "عوام بِچارا دِنہٕ
خاطرٕ" دِلِّہ پیٹھ فوج!

موٗرخ چھہ لیکھان زہٕ لودھی فوج ووت راجوری تام۔ تہٕ فتح شاہ پادشاہن سندی
امیر وزیر لگۍ ژوکھرہ کرنہٕ تہٕ پادشاہس دکہِ دِنہٕ۔ ملک جہانگیر سنگر رینہ، کاجی ژک تہٕ نُصرت
رینہ (یم فتح شاہنۍ بڑی ہی نواب اٲسی) ڈرٲے محمد شاہس زہٕ آلہِ وِنہٕ (سانیو مُلکی لیڈرو
چھہ یہِ روایت وُنہٕ تہٕ قایم تھاوٕمژ!)

اوہ کنۍ ییہو بہٕ محمد شاہس سوٗرسے لودھی فوج کشیرِ واتہٕ ناوُن۔ فتح شاہنۍ
درباری پانس کُن یوان آو تس دارہ کنۍ اٚنز۔ محمد شاہن اوٚنن کم جادہ لودھی فوج پانس
سیتی۔ تہٕ فتح شاہ ژزل نوشہرِ ییٚتہٕ سُہ کمی کال گژھت زن تہٕ اکھ بچارا موٗد۔
کاجی ژک بنیوو وزیرِ اعظم تہٕ سُہ گوو لودھی فوجس راجوری پیٹھ دِلِّہ کُن دکہِ دِنہٕ۔

پزِس کُن گژھت اوس کاشرٕ امیرو وزیرو منز ملک کاجی ژکی یوت اکھ
سُہ مدبر لیڈر یس زن دگن اندر "کشیریت" اٲس۔ باقی امیرو تہٕ وزیرو منز اٲسی اکثر
صرف پننہِ اقتدارہ خاطرٕ حال حاران۔ چنانچہ ییٚتہٕ کیو ژورو لیڈرو (ملک علی،
ابدال ملک، ریگی ژک تہٕ لوہر ماگرے) کرُ اُٹ تہٕ رٹنکھ کاجی ژکس پرایم منسٹری۔
کاجی ملک ووت اتھن پھوک دِوان نوشہرِ۔ ییٚتہٕ اٚتھن رٹن زن تہٕ اکھ پناہ
گزین رُود۔

امہِ پتہٕ کمی کال گژھت یِیلہِ لودھی خاندانس بابر شہنشاہن شکست دِتیت
تہٕ موغلن ہنز حکومت گیہٕ شروع۔ موغل سلطنت ہندوستانہٕ کس مشرقس تہٕ جنوبس کُن

زیٹھ اوس برونہہ پیوو بابر پادشہس کشیرِ نیٚنگلاونک ظوٚن۔ تمہ سوٗز اکھ بوٚڈ فوج کوچک
بیگ ازبکی تہٕ شیخ علی تبرکی سٕنزِ کمانہِ تل کشیر زینَنہٕ خاطرہ۔ یِمَو فوج توٚ شہر ووت۔ اتہ
اوس کاچی ژک اکھ رٲنیہ جی۔ مگر تمہ سوٗنبرٲوِ اپارہ یپارِ واریاہ سِپاہ تہٕ گوڈہ نچہِ لڑٲیہ
لٔج اٰتی۔ حسین خان تہٕ غازی خان ناوی کاچی ژک نیو دوٚیو نیچو کڈ موغل فوجس گرد۔
موغلن ہنزٕ کلہ کھاپرٕن گیہ ڈیر۔ کماندر ژلہِ اَکھ اَتھن پھوک دِوان۔ تہٕ کشیر بچے۔ یہ
موغلن ہندِ گوڈہ نکہ حملہ نِشہ ـــــ افسوس چھہ زِہ سانہِ اکثر تاریخ آیہ امہِ ورییہ پترِ۔
بلکہ موغل قبضہ گژھنہ پتہ ـــــ لیکھنہٕ۔ یمہِ وجہہ موجب حکمران طبقن اسہ نِشہ تمن
لڑاین ہند پوٗرہ تفصیل واتہ ناوِ نہٕ دِتے نہٕ۔ یمن منز کاشرو موغلن شِکس چھہ دِتمت۔
موغلن وکھ دِت آو کاچی ژک کشیرِ۔ اُمس آو شان دار استقبال کرنہٕ۔ محمد شاہ پادشہن
بنوو یہ پنُن خاص مصاحِب۔ مگر وُنہٕ اوس نہٕ یہ یاراہ ڈنچہ بہانی، یمِلہ کاشرو امیرو
وزیرو سٕتہ فساداہ تُل یمہِ موجب محمد شہس پیوو ژُو ہیتھ ژلُن تہٕ کاشرِس تختس پیٹھ
آو سلطان ابراہیم بیٹھہ ناوِنہٕ۔ اُمس بچارس اوس پتہِ نے آمُت تہٕ پادشٲہی کیاہ کرِہے
بٕلکہ لورِ دستار تختس پیٹھ تھاوِتھ اُسہ امیرو وزیر کشیرِ جاگیردار یا کران، یمہِ وجہہ
کشیرِ اُس دہن راوہٕ گاو تہٕ کہن اُس نہٕ اتھہ یوان۔
ہُپاری اوس موغلن تیلانی۔ تمہ اُسہ اَتھن ژٕی ہیوان زِہ کیاہ کشیرِ ہیوٚ لکٹ
ملک تہٕ دِیا تاتاری ہوٗدرن شِکس۔ تمہ اُسہ کنہِ جیتس پرار اٰتی یمِلہِ نوشہرہ پیٹھ علی
رینہ تہٕ ریگی ژک ناوی دوٚیو خطہ۔ لد امیرو پننہِ طرفہ ابراہیم ماگرے کوٹو بابر شہنشاہس
نِشہ مدد منگنہٕ۔ ماگرے صاحبس آیہِ فُہرہ چھلہ کرنہٕ تہٕ اُمس سِتی آسے وُنہٕ اس موغل
فوج سلطان ابراہیم ہٹاونہٕ خاطرہ کشیرِ سوزنہٕ۔ یہ فوج ووت تار ژاپان ژاپان بانگ
پرگنس منز ـــــ تیمری کنہ کاشرین خانہ جنگی نِشہ بچاونہٕ تہٕ اندرِ کنہٕ کشیرِ پانس کوٚن
دِتنہٕ۔ کاشرو کرٕ یاو پننہِ کنہِ سیٹھاہ کمال تہٕ ہیتہ واد موغل سِپاہ گاچھک۔ اما پوز یہندِ
کماندرن اُسہ جاگیردارو پننہِ ذہنیت شروٗع اُمرِ تہِ یم اگرچہ اکسی کماندرس تل اُسی۔ یہندی
دِل اُسہ چھلہ چھانگرِ تہٕ یہند کمانڈ اوس اڈگرِ تھوٚگرہ۔ نتیجہ سپُد یہ زِہ اتھہ جنگس
اندر موٗدی واریاہ کاشری کماندر۔ یمہِ موجب عام فوجن حوصلہ گریوو۔ تہٕ کاشرو لبوو

شکس تہٕ دولت ژک تہٕ کاجی ژک ژٕلی اتھن پھوک دِوان۔ تہٕ موغلو کوٚر قتلِ عام
شروع۔ ژُک کیاوہ فوج گالان گالان ووت موغل فوج سری نگر، یتہٕ ابراہیم شاہ
اکھ مونتھن ہیوٚ اوس۔ یہٕ اوس ۹۳٦ سنہ ہجری یُک منحوس وُری۔ ییمہٕ وُری یہٕ موغلو بزورِ
شمشیر کشیر زیٚنِتھ تہٕ محمد شاہ تختس بیٚہنووُ۔ موغلو کرٕ کشیرِ ژوٚر حصہ تہٕ دِتِکھ ژوٚن
نواپن ــ ملک ابدال، لوہر ماگرے، ریگی ژک تہٕ علی رینہ اَس۔ پتہٕ مرنی ہندی نواب
ژاٲرِتھ تہٕ کشیرِ تِتھہٕ کنہٕ تقسیم کٔرِتھ، یُتھہٕ برونہہ کُن پوٗرٕ قبضہ کرنس منز جاوِ تھانتھ
پیٚیہٕ تہٕ، دٔنھاسے موغل پتہٕ اہرہ بیہنہ آوِتھ واپس۔

وُنہٕ اوس نہٕ وُری تہٕ گومت زِ بابرہ سُند بوسے مرزا کامران دِتراو بأگی سندِ
اجازتہٕ کشیرِ پیٹھ حملہ کرنہٕ۔ اُمہِ ٹلی ۳۰ ساس سپاہ سیتۍ تہٕ ووت نوشہرہ۔ اتہٕ پیٹھہٕ
آسے مرزا محرم (یا محرم) بیگ تاشلیقی تہٕ شیخ علی ازبکی کشیرِ موغل فوجکی کمانڈر مقرر
کرنہٕ۔

کأشرین توٚر دوٚن فکرہ زِ موغلن چھُ بدل ارادہ۔ تہٕ تمن سیتۍ آو فریب کرنہٕ۔
شاید اوس یہٕ گوڈہ ییک وقت ییلہٕ کأشرِو پننہٕ سأری اختلاف اُکھتہٕ کٔن تراٲوِ۔ تہٕ
تم دِتراسے بحیثیتِ قوم حملہ آورن یلغار کرِتھ۔ عام کیاوہ خاص گیہٕ اُکی سی جھنڈس
تل جمع۔ کاجی ژک آو گکھر علاقہ منزہ کأشرین سیتۍ شانہٕ بشانہٕ موغلن ہُند مُقابلہ
کرنہٕ۔ فوجی نظام آو تمہِ ڈنجہ چلاونہٕ زِ موغلن توٚرنہٕ اتھہٕ واجن گامس تام وٲتھ تہٕ
فکرہ زِ کشیرِ منز کیاہ سپدِ کانہہ خاص مقابلہ۔ اتھہٕ واجنہٕ گیہٕ فوج اکھ اَکس مقابلہ تہٕ
ٹکرِ کشیر آیہٕ بیکدم موغلن خلاف ژٕسِتھ۔ موغلن ہندِس تاریخس اندر چھُنہٕ یُتھ شکس
لیکھنے آمت، یُتھ اتھہٕ واجنہٕ تمن کھیوٚن پیوو۔ محرم بیگ تہٕ شیخ علی لگۍ کأشرین زارہ
پارہ کٔرِتھ صلح کرنس پیٹھ آمادہ کرنہٕ۔ کأشرِو ییٚلہٕ بأنگل لڑایہ منز پوٗرٕ ژکھر کڈ تہٕ
تمو مون موغلن سیتۍ صلح کرُن۔ خانقاہِ معلّیٰ آو اکھ عہدنامہ لیکھنہٕ، یُمیُک لُب
لُباب اوس موغلن مو چھہٕ وٲتھ ژلن تہٕ مندہ چھنس تنہٕ ننہٕ کرنہٕ خأطرہ مرزا کامرانو
سندہ ناوہ کینہہ تحفہٕ وتحایف "بجاے نذرانہٕ" پانس سیتۍ نِنہٕ۔ دولت ژک تہٕ
ابدال ماگرے گیہٕ یکھلی تام یمن ژکہٕ دِنہٕ۔

ہورکنؔ ڈراے موغل تہٕ میٚیارؠ لگٕ کشیرِ ہندؠ امیر وزیر اَکھ اَکِس تچھنہٕ۔ جنگہ دوہہٕ ہنٛزِ یِس اتفاق اوس، سہٕ لوٚگ چھلہٕ چھلہٕ گژھنہٕ۔ تہٕ کشیرِ آیہ برونٛہہ میوٚ ژوٚرَو بجاے دوہٕ نٛز پاٚنٛژھہ حِصہٕ کرنہٕ۔ پاٚنٛژِیُم بوٚگ ڈراو کاچِھ ژرکنہٕ خاطرہ۔ نظامِ حکومت گوو بیٚیہِ پرانٛی پاٚٹھؠ چھلہٕ چھانگرِ۔ عامس کنؔ نہٕ اوس پادشہس توجُہ تہٕ نہٕ نوابن۔ صرف اوس پارٹی بازی ہنٛد دور۔ دوشوٕنٛ تہٕ پادشاہ اوس نوابن ہندِس اتھس اندر زَن تہٕ کٹھ پُتلی۔ یِس تِم اوریٚ یور نژِہٕ ناوان آسی۔

مرزا کامران لوٚگ موغلن ہندِس شکسس پیٹھہٕ اتھہٕ ژاپنہٕ۔ مگر امہٕ وقتہٕ اوسنہٕ موغل فوج بیٚیہِ کشیرِ پیٹھہٕ حملہ کرنس پیٹھہٕ موکُل۔ قیاس چھُ زِ مرزا کامرانن یا بابر پادشہہ نٛی دوہٕ تہٕ لوٚو پنٛن رشتہٕ دارِ امیرِ کاشغر (سُلطان محمد سعید خان) کشیرِ پیٹھہٕ حملہ کرنہٕ خاطرہ۔ نتہٕ اوسنہٕ اُتھت تام ژینٛچھن شاہ نہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ تبتہٕ وتہٕ کانٛہہ حملہ آور یور آمت۔

امیرِ کاشغر رُود تبت، زینان تہٕ پنٛہ نِس نیٚچوِ سُند نیٚچُو ــــ مرزا حیدر سُوزِن ۱۴ ساس پیٚتھری تہٕ ۷ ساس شہسوار فوج ییٚتھہٕ کشیرِ لرہٕ پار کرنہٕ۔ امہٕ وِزِہ اوس محمد شاہ کشیرِ ہُند پادشہ پاٚنٛژِمہٕ پھیرِ بناونہٕ آمُت۔ کاشرِن اوس مرزا حیدرس مقابلہ کرنُک طاقت اما پوٚز یِمن کُس کرِہے منظم۔ علاقہٕ دار ناظم آسی اکھ اَکِس کھیٚنس پتہٕ لگِتھ۔ یِمَو پیٚھتے بوٚز زِ لارہٕ طرفہٕ آیہ بلاے وُتھِتھ، یِمَو دِژ زُٹ تہٕ ژٕلی۔ ژٕلنس اندر رُود یِمن اتفاق ! توٚے گیہٕ ہانجک قلعس اندر قریباً ساری جمع۔ توٚکوٚ کرِ یوٚد پنٛنہٕ طرفہٕ سخ مقابلہ نگر بے ربط فوج اگر سیٚنٛٹھاہ بوٚڈ تہٕ آسہِ، سہٕ چھُ پوٚتُس شِکس کھیوان، تہٕ یہندؠ حملہ چھہٕ حملہ دل بنان تہٕ ختم گژھان۔ کاشغرؠ رُودؠ برونٛہہ برونٛہہ پکان تہٕ کشیرِ لتہٕ مونٛڈ کران ــــ سرینگرس پیٹھہٕ قبضہ لبِتھ ڈراے کاشغرؠ مرازکنؔ۔ صحراے بابل ناوؠ اَکِس جایہِ سپُد کوشرِ بے سر فوج کاشغرین مقابلہ۔ مگر کاشرِن اُس پنٛہ نیو لیڈرَو ونہٕ داجیرتہٕ تِم کیاہ گژھہٕ ہن کامیاب۔ شُراہ ستھ سپاہ گاملِتھ لگٕ کاشرؠ ژٕلنہٕ۔ کاشغرؠ فوج دوریو دیمن پیٚتہٕ تہٕ دپان ہتہٕ واد کاشرؠ پھانہٕ دِکھ لدر ڈریادس اندر۔ شیٚرٕ ربتن کشیرِ تاراج کران کران تہٕ تھوو کاشغرؠ فوجن محمد شاہ کاشرِن، ہاونہٕ خاطرہ تختس پیٹھہٕ۔ امہٕ سیٚتہٕ چھُ یہٕ قیاس یوان کرنہٕ زِ امہٕ وِزِہ آسی تِم صرف حکومت کرنہٕ بجایہ موغل اہرٕ ییٚہہ ناونہٕ آمتؠ۔

ٹُکو ییٚلہِ ہیُند ظلمُ وتشدّد حدٕ برو نہٕ نیران ڈیُوٹھ، تمہِ گیہِ بییٚہِ کاجی ژکس اُندی اُندی جمع۔ گوریلا جنگ لوٚگ تیز ہیٚنہِ۔ ییٚمہِ سیٚتی کاشغری فوجس ذرا فِکرہ توٚر زِ کأشری گیہِ نہٕ پرام۔ چنانچہ درجنہٕ واد حملو پتہٕ لگی تمہِ صُلح کرنہٕ۔ یہِ چھُ یاد تھاونس لایق زِ ییٚلہِ کأشرِ ن سیٚتی کاشغرِ حملہٕ آورن صُلح ہیوٚت کرِ ن، کشیرِ ہندی "تحفہ تحالیف" اُمہِ گوڈٕ لیوان درج کرنہٕ۔ مرزا حیدر سندِ ن تحفہِ تحالِفن منز آیہِ محمد شاہنہٕ کوٗر تہِ تھاونہٕ، یس مرزا سکندر شاہ ولدِ سعید شاہس سیٚتی نیتھرِ آو کرنہٕ۔ لوٗٹ کھسوٗٹ ووٚتھ دراے کاشغری کشیرِ منزٕ تمہِ وقتہٕ ییٚلہِ فصل دوٗہ نک وکھ اوس قریب قریب ختم گومُت۔ زمین دار آسی نہٕ اوٚت تام نیٚبر ہیکان نیرِتھ تہِ دوٗہ ہن کیاہ؟ چنانچہ بوٚل آو ترِیری دوٗہ نہٕ، یس نہٕ ہرُد تام پُختہٕ سپُد۔ نتیجہ دراو یی زِ کشیرِ ووٚتھ سہٕ دراگ، یتھ اندر بقولِ حسن شاہ موٗرخ —

"مالیو کھییٚہ پننی نیچوی تامت —" تہِ زٕ حصہ آبأدی گیہِ اَتھ دورس منز فنا۔ محمد شاہ گوو سیٹھاہ پشیمان تہِ پریشان تہِ موٗد اَتھہٕ ہاوان۔ ۱۵۳۷ء = ۹۴۴ سنہ ہجری یس منز۔ اُمی سندِ س جانشینس پیٹھ تہِ رُوز امیرن وزیرن ہنز لڑأیی چلہٕ ووٚنی۔ شمس الدین بنوو کھ کینژن ریتن پادشاہ۔ یہِ بچارہ موٗد پننی قضہ تہِ کاجی ژکن بنوو پنُن زامتُر اسماعیل شاہ کشیرِ ہند پادشاہ۔ کشیرِ آے ترِ ن "حأکمن" ہندِ ہ خأطرٕ ترٕ یٚ حصہ کرنہٕ۔ پادشاہس اَکھ۔ کاجی ژکس اَکھ تہِ سیّد ابراہیمس اَکھ۔ اوٚت تام اوس نہٕ کاجی ژک فرقہ بندی کران۔ دوٚنی لوٚگ سُنہٕ وانہٕ شیعہ فرقچ طرف دأری کرنہٕ۔ تہِ اُمی سندِ ن مخالِفن بنیوٚو ییتھ تہِ تموٚ تِل اَکِتھ کنہٕ کشیرِ اندر فِتنہ فساد تہِ بییٚت کنہٕ گیہِ ابدال ماگرے تہِ ریگی ژک دِلِ ہ (دہلی) کُن فریاد کرنہٕ۔ اگرچہ امہِ وقتہٕ اوس ہمایوں زوٗ بچاونہٕ خأطرٕ شیر شاہ سوری سندِ ہ خوفہ ژلان۔ توتہِ دراو مرزا حیدر لاہورہ پییٹھٕ کشیرِ حملہ کرنہٕ۔ ییٚپأری موٗد اسماعیل شاہ تہِ کاجی ژکن بنوو اُمی سُند نیچوُ ابراہیم شاہ پادشاہ۔ کشیرِ ہُند انتظام اوس تیوٚت پیٚہٕ ووٚنی ناوِہ گومُت زِ ییتھے مرزا حیدرَن کشیرِ کُن پَتھ کوٚر، سیّد ابراہیم تہِ کاجی ژک ژٕلی نوشہرہ تہِ مرزا حیدر ژاو ۲۰ رجب ۹۴۶ سنہ ہجری یس اندر کشیرِ۔ اُمس سیٚتی اوس خواجہ حاجی بانڈے، یس موغلن سیٚتی بہ دنہٕ لیچھ واتھ اوس۔ ابراہیم شاہ دوکھ تخت پیٹھہٕ تہِ اُمی سندِ س جایہِ تھوٚو کھ لوٚہ دستارا اَکھ نازک شاہ ولد فتح شاہ۔ مرزا حیدرَن

بوگرو وکشیر ترین حصن اندر۔ پانس اکھ حصہ ابدال ماگریس اکھ حصہ تہٕ ریگی ژکس بیاکھ حصہ۔ یہ کتھ چھےٚ یاد تھاوٕنی لایق زِ اکھ حصہ بیاکھ منز آدینہ "پادشہس" کرٕ کانہہ حصہ تھاونہٕ۔ یمہٕ سیتی صاف چھِ نتان زِ امہِ وزِ اوس موغلن پورہ پتاہ زِ کشیرِ منز چھِ تمن کھلہ ڈلر راج کرن۔ تہٕ پانس سیتی تمے تمے کاشرِ تھاوِنی یم موغل راجس "ظلِ الٰہی" زانن۔ تو سیتھے یمہٕ نی دوہن ابدال ماگرے موٗد۔ مرزا حیدرن کھوو فوراً تسندے نیچو حسین ماگرے تسند جانشین جاگیردار۔ کشیرِ موٗل دِنہٕ خاطرہ لوٗگ مرزا حیدر رعیتن خاص کر ہیٛندین سیتی جان سلوک ورتاونہٕ مگر حکومتس نِشہ الگ تھاونہٕ۔ کاجی ژکس تہٕ زانہہ تہٕ موغلن ایمان انان اوس نہٕ دوہ پرن کشیرِ ہنٛد "محافظ" مانان اوس۔ گوو کشیرِ ہنٛد حال وچھِت شیر شاہ سوری سند امداد ژھانڈنہٕ خاطرہ مجبور۔ مگر شیر شہس اوس امہِ وقتہ ہندوستانس اندر موغلن ہنٛد نظام وُڈاونہٕ خاطرہ سوروُے فوج آدر گومُت۔ امہِ وجہہ موجب ہیوٗک نہٕ سُہ پانژ و ساس سپہ ہو علاوہ کشیرِ سوزِتھ۔

کاجی ژکن زول یہ فوج تہٕ غنیمت تہٕ شیر شہس پننہٕ داغ ہاوِتھ۔ بیئہ پننہٕ پنٛزرِ نیتھ رٕتھ وڈاو کاجی ژک حسین خان شیروانی تہٕ عادل خان ہیٛتھ مرزا حیدرس کشیرِ منزہ کڈناونہٕ گوڈہ ونٛتھ نار، پتہ گیرہ ڈار تہٕ آخرس پیٛٹھ دہہ تھورہ لڑان لڑان سپُد چھیکرس یہ فوج لسپا۔ تہٕ کاجی ژک، سید ابراہیم تہٕ دولت ژک ژلِ اتھن پھوک دِوان ژیرہ ہار وتہ کنہ پروٗنژھ۔ یمن لڑایین اندر تہٕ چھِ ممکن زِ کنہٕ کنہٕ جایہِ آسہ ہن عام کاشرِ کاجی ژکس سیتی رلے مِتۍ۔ لہٰذا آو مرزا حیدرس جیتھ۔ سُہ لوٗگ دوہ نو موغل گُتھ ہاونہٕ تہٕ کاجی ژکنین طرف دارن ہاتھ پھیراونہٕ تہٕ شیعہ سُنی فساد تلہٕ ناوِتھ کاشرین چھلہ چھانگر کرنہٕ۔ دِلہِ منز پالیسی اس یی رُوزمژ زِ کاشرین گژھِ کاشرین ہندہ اتھے پیرہ وٕنی ناو کرٕنی۔ مرزا حیدرن لوٗک اَتھی پالیسی پیٛٹھ۔ گوڈہ روٗدنا ریگی ژک پانس سیتی تہٕ تمن داکھو باگہ۔ پتہ ژُلروٗن ریگی ژک تہٕ مُژُن حیدر رینہ تہٕ حسین ماگرے پانس سیتی۔ حاجی باندے اوس بڈو نہی موغلن ہنٛد "نمک حلال" مدّاح۔ تِکس کمیتھ گرود ریگی ژکن کاجی ژکس سیتی صلح تہٕ کرٕ ووکھ مرزا حیدرس سیتی گلمرگِ طرفہٕ پتیم حملہ۔ اَتہٕ پوٗز موغلو بیٛلِ شب خون کرِتھ ہتہٕ واد کاشرِ گاٹلہٕ، یم دوہ نہٕ وے گیہٕ پامال۔

کاجی ژک ژول۔ تتھ جایہ دأتھ موُد ملیریا سیتۍ کشیرِ ہُند یہ مُجاہد۔ افسوس چھُ زِ اسِ چھِنہ پننِ تاریخچ ییژ ہن تہِ نالے رُوزمژ زِ اُمِس بہُودرہ سنز قبر تہِ ژھانڈہ ہیو! مرزا حیدرن شرارت تیزیوو امہِ پتہ جادہ ہن تہِ تمۍ سندیو پتہ سازندرو کرۍ شیعہ فرقس خلاف تِم تِم کاربد، پہندِ یاد وُترہ سیتۍ ہتہ واد وُریو شیعہ سُنی موُژ کری چلہ وِنی رُوزہ۔ مثالِ خاطرہ چھُ زِ واقعہ کاٲنۍ زِ ییلہِ اُمۍ برسپور لۆک رشوخہ وول شنگلی رشی ژوٹ اُمۍ سند کلہ دِگہِ نوُون موہلہ سیتۍ تہ نِدلُن گہس منز۔ یتھ اُمۍ سند نِشانۍ کنہ جایہ روزِ نہ۔ شمس الدین عراقی سند نیچو میر دانیال انہ نوُون اسکردو پیٹھہ وُریس جیل کھاٲوِتھ مارہ نوُون" فتویٰ" حاصل کرتھ۔ ییلہِ سُنیت ہاوی ہاوی ... مرزا حیدر حدسے برو نہہ نازک شاہ بچارس پیو یاد زِ کوٹھ چھُ کشیرِ ہُند لوبرہ دستار پادشاہ۔ حاجی باندرے تہِ لۆگ زانن زِ کوٹھ چھُ کشیرِ غلام بناونہ خاطرہ اکھ باعث۔ عبدی رینہ بیترِ تہِ لگۍ ہُشیار سپدنہ۔ تہ عوامس دیمن بیگارہ سوا موغل فوج اوسنہ پریشانی گیہِ موغلن ہنز نفرت تہ لگۍ موغلن خلاف منظم سپدنہ۔ کیچم خان ناٲوی کھکہ قبیلک سردار تہ آو موغلن خلاف وُتھِت۔ پرتھ طرفہ لۆگ نار وُزنہ۔ فتح ژک دراو تہ ژھنن اندر کوٹس اندر مرزا حیدرن شاہی محل زالِتھ۔ علاقایی موغل کمانڈرن پیٹھ آو حملہ کرنہ تہ مارنہ۔ تیتس اندر مُلا قاسم کشتوارہ ژلان ژلان یوسف مرزا تہ پکھلی پیٹھ ژلان ژلان ... مُلا عبداللہ سمرقندی آسے گالنہ۔ مرزا حیدرن کریو سینٹھاہ زور۔ درجنہ واد لڑایہ لڑِتھ تہ چُلس کنہ کشیرِ ہندہ راہ وُری دراسے تس فتنہ فسادن منز تہ پوتس رُود تس نِش اَکھ دستہ رِسالہ فوج، تِمس کاشرِ یو وِہرِ تھور ختم کوٚر۔ اَتھۍ جنگس منز آو مرزا حیدر تہ مارنہ۔ اُمۍ اُسۍ کاشرِ ن تیمچ پتہ واٲلۍ کری مِترِ زِ اگرچہ سید محمد بیہقی بیترِ منزہ پہن اُمِس رِہن نہ کاشرۍ مظلومن قبرِ سوتب تہ جلے۔ تو تہ آو یہ مرتھ یانژہ دوہہ دفن کرنہ۔ بڈشاہ گنبدس سیتۍ آو اُمۍ سند مقبرہ سنگین بناونہ۔ یتھ اُمِس ژک قبرِ اندر کڈتھ ہونین ایتِہ کھیاوہ ناولن۔ اُمۍ سندی رشتہ دار آسے کاشر سوزنہ تہ عبدی رینہ بنیو نازک شاہ پادشاہہ سند وزیر اعظم۔

یہ اوس کاشر ابن کیتھ بیاکھ موقعہ اکھ اَکس عہدس ژُلیتھ میلیتھ روزنک تہ پانہٕ وأنی بلہٕ ژار ورتاوُنک۔ مگر یتھہ چھینہٕ زانہہ تہ سیاسی برادری جاوہٕ کال رُوزتھ۔ پتہٕ چنانچہ موغلن ہُند دَبہ دُبہٕ ختم گو، عبدی رینہ لوگ ژکن عہدس بدسلوکی ورتاونہٕ۔ حالانکہ موغل گالنس اندر اُسی یم سارِ نی برونہہ برونہہ کلہٕ چلیتھ نیران۔ یہ اوس سہٕ وقت، ییلہ وقتہ سوری خاندانک سلیم شاہ اوس دِلہٕ ہُند شہنشاہ۔ تہ موغلن ہُند جاہ وحشم اوس ہندوستانہٕ موکہ لیومت۔ دونی موکہ لیو کشیرِ منز تہ۔

سلیم شہن یتھے بوز زِ کاشر لوگ موغل تہ دونی چھہ تمی پانہ وأنی زیچہ ژٹان تس تنبے یہ اَچھہ تہ سوزُن جمہ دتھ ہیبت خان نیازی اکھ بارہ فوج کشیرِ پیٹھ حملہ کرنہٕ۔ دولت ژک اوس شاہی دربارہ نیبر۔ مگر یوہے ڈراو دوہ پہ فوجس مقابلہ۔ پادشہن سوزی شمس ملک تہ نجی ملک اُمس مدد خاطرہ۔ مگر تموکوشش کنس تہ دولت ژکس عہدس رلے یہ نہٕ۔ دولت ژک اوس زانان زہ یم خود غرض کوسہ احمقی چھہ کران امایوز تس اوس سارِ وی کھوتہ جاوِ حب الوطن تموکوز اکھ بارہ فوج بانہالہ طرفہ تیار۔ تہ ہیبت خانُن فوج یتھے اَڈت دوت تہ تتھ آو کترِ بتہ کرنہٕ۔ مؤرخ چھہ لیکھان زہ ہیبت خان نہٕ فوجِ منزہ بچے یہ صرف ترٛیہ کمانڈر باقی یا ژُلی یا گوٚ۔ امہ وقتہ ہوو ییلہ اکہ پھیرِ کاشر یو زِ اُسی چھہ دِلہ ہندِ فوجہ کھوتہ جان لڑن وألی۔

سوری فوجس شکس دِتھ آو دولت ژک "دولت خان" بنتھ سرینگر۔ عبدی رینہ ہٹوٚن تہ نازک شاہ ژھنن تختہ پیٹھہ واٹیتھ۔ اسماعیل شاہ ثانی بنوٚن پادشاہ تہ پانہٕ بنیو وزیر اعظم۔

وُنہٕ اوس سہٕ کرسی کھسأنی زہ ترٛسہٕ لوگ تی کرنہٕ یہ سانیو امیرو وزیرو چھہ ہمیشہ کورمت۔ تہ گوو لوکن اکی بیٔ جنڈس تل سوٚمبراونہٕ بجایہ مخالفن انتقام ہیوٚن۔ یہ کینژھاہ مرزا حیدرن شیعہ فرقس عہدس درتومت اوس، تی لوگ اسماعیل سُنی فرقس عہدس دوونہٕ ونہٕ اوس اُمی سندین کارن ہندسو یہ بیٔول زبوأنی بیٔلہٕ دولت ژکس گیہ پننہٕسی خاندانس عہدس موٚ ژُکری۔ غازی ژک ولدِ کاجی ژک گوو اُمس یوت مخالف زِ اُمس کڈہ نادین زندہ سی اَچھہ۔ یتھے یوت نہٕ بلکہ اسماعیل شاہ آو تختہ پیٹھہ والنہٕ تہ حبیب

شاہ کھالنہٕ۔ یہ اوس سنہ ۹۶۱ ہجری (۱۵۵۴ء)۔ وُنی کھنڈ گژِھت نیوُکھ حبیب شاہس بربر
دربار تاج تہٕ تھوٗوُک غازی ژکہ ہندِس کلس پیٹھ۔ تہٕ اَتھی واقعس سیتؠ سپُد کٔشیری
خاندانُک اقتدار تہٕ دوہ یہ ہیتہٕ تہٕ شراہہ وُہری ختم۔ غازی ژک اوس حبیب شاہن ماموٗ محبوب تہٕ۔

ژک خاندان گراوہ تہٕ خاطرہ ڈراو عبدی رینہ سُند نیچو شمس رینہ وَلہِ کُن۔ امہِ
وقتہ اوس ہمایوں بڑ یومُت۔ اما پوٗز ہمس منز اُسنہ تہٕ اوس موغل دربار ہمیشہ ییتھ
کینژھ نہٕ تہٕ ارامی ژوزِتھ نہٕ کٔشیرِ ہندی "لیڈر" کر واتن دِلہٕ ہندِ مایہ ژھانڈنہٕ۔ اوہہ
پیوان یورہ پیوان آو مرزا ابو المعالی موغل فوج ہیتھ۔ اَتھ وِیرِہ سپُد کٲشرس تہٕ
موغل فوجس مقابلہ۔ دونوٕ وٕنی طرفو گٔی ژوٚر ساس سِپاہ۔ کٲشرِو رُٹی سداہ شتھ جنگی
قیدی ییمن منز شمس رینہ تہٕ اوس۔ یم ساری جنگی قیدی ژھنک گٔیکھ تہٕ شمس رینہ
ژھنک پھہہ۔ موغلو کھیوو سر شکس یتھ تیہ تمن وار ییس کالس پیھان روز۔

کاش کٲشرِین حکمرانن ترٕ ہے امہِ وِزہ تہٕ فکرہ نہٕ سانہٕ نا اتفاقی سیتؠ گیتھ کیٛہہ
چھپ لوان سانہٕ آزادی پیٹھ دوہ ییمن چھاپہ مارنُک موقعہ اتھہ۔ غازی ژک ییتھے موغلن
شکس دِتھ پُزی پاٹھی غازی بنیاد تس تہٕ کھوٚت نشہ۔ ییتھ اندر تس ہوش رُود نہٕ۔ تہٕ
اَتھی نشس اندر ژھن تمہِ حضرت شیخ حمزہ مخدوم رحمۃ اللہ علیہ سرینگرہ نیٖبرٕ بیرو
جلا وطن کرِتھ تہٕ سیتی کٔرن بییہ کینژن بزرگن سیتؠ بدسلوکی۔ ییتھ وٕنی کار دو سیتؠ گیہ
اکثرن اُمہِ ہنز نفرت۔ تہٕ لگو کٲشرِ خانہ جنگی کُن۔ مخالفت گیہ گنان تہٕ حاجی باندٕ سے
یوسف ژک تہٕ ناجی ژک ڈراے مرزا حیدرہ سندِس بابہ پھترس قرا بہادرس فوجی امداد
منگنہٕ۔ موغلن اوس اَتھ ویرِہ ہندی شکسن کٲشرین ہندس عداوت تو روومُت لیس
تمن بے قرار کران اوس۔ قرا بہادرس پیوو سیتی مرزا حیدرن انجام تہٕ یاد تہٕ ڈراو اَنِسکھ
فوجا ہیتھ کٔشیرِ قصاص ہینہٕ۔

کٲشرِو ییتھے پوٗز زِہ موغل لگہِ کٔشیرِ حملہ کرنہٕ، یم سیدی غازی ژکس اَندی
اَندی سمنہٕ۔ انسان چھُ راوان نہٕ قریباً پریتھ موغل حملہ وِزہ اُسی کٲشری "لیڈر" دِلہِ
دالین بلاوان۔ تہٕ ییتھے موغل فوج کٔشیرِ اژان اوس، یلتکو اکھ لیڈر اُسی پننہٕ برپچھ
تل تھاوِتھ مقابلہ کرنہٕ خاطرہ اکی ترٲیہ پکان۔ غازی خانس خلاف یوو سپُد عام نفرت

اُس، سو گیہٕ لُوکن مُشِتھ تہٕ پرینھ طرفہٕ آیہٕ موغلن خلاف سِلاح سامانہٕ گنڈِتھ۔ بہرام گلہ ناوی جایہِ سیزٕ لڑٲیی۔ یتھ اندر موغلن حسبِ معمول شِکس کھیوٗن پیو۔ غازی خان بنیوٚو یتہِ پتہٕ ونہی ہیوٚ قومی رہنما تہٕ ہیرو۔ اما پوٚز کمی کال گژِھت لوٚگ تس اُچھن ہُند گاش ژھوکنہٕ تہٕ تسنزِہ جایہِ آو تسند بوے حسین شاہ ژک۔ پزِ (س) کُن گژِھت تھوٚو غازی خانن پننِس ناوِ سند ریکارڈ قایم۔ نوشہرس اندر پناہ گزین آسِتھ اوس اُمی لوہ کہ چارس اندر موغلن تیتھے شکس دِیتمٕت، یتھ پادشاہ بنِتھ دِیت ٹکھ۔ اما پوٚز ساٲنی موٗرِخ چھینہٕ یمن دون ناوِ پترن ازتام موغلن بار بار شکس دِنس بپہٕ ٹھ سہٕ رُتبہٕ دِوان یُس یِہُند حق اوس!

حسین شاہ نہٕ وقتہٕ ازموو اکبر پادشہن بیاکھ سامراجی حربہ۔ سو گیہٕ جاسوٗسی۔ مرزا مقیم ناوی آو موغل سفیر کشیرِ۔ یُس ییتہٕ وزِہ وِزِہ "مُفتی اعظم" تہٕ لوٚگ بننہٕ۔ ینہٕ ژُورِہ ژُورِہ فتویٰ سازی سیتی مارہ ناوی تمی زِہ مشہور سُنی مُفتی —— مولوی الماس تہٕ مُلا فیروز امہِ سیتی ووٚتھ ییتہٕ سہٕ بنیایا، یمہٕ موٗجب سُنی فرقُک اکھ وفد اکبر پادشہس نِشہ فریاد کران گو۔ مرزا مقیمس اُس زِڈ ڈراہٕ۔ لہٰذا کاشرِ ن ہمدردی ہاونہٕ خاطرہ بُلُووسہٕ اکبرن دِلہِ تہٕ ژھنُن دِلہِ واتہٕ ناوِتھ گالِتھ۔ حسین شہن سوزی تحفہٕ تحائیف موغل شہنشاہس۔ مگر تمی کری یم چیز واپس۔ یمن "تحفن" منز اُس حسین شہن اکبر پادشہس سیتی نِکاح کرنہٕ خاطرہ پننِ کوٗر تہٕ سوٗزمژ۔ (یہ چھینہٕ موٗلوم پتہٕ آیا واپس کرنہٕ کینہٕ نہٕ!) یتھ زن عام لوکھ تس بڈِہ معاف دِل مانن۔ ہیٲری اُسی کاشری امیر، وزیر اکھ اکِس ذلیل کرنس پتہٕ لگیمتی۔ اندرہٕ کیا وہ نیبرِہ پانس مخالفت ڈِیشتھ گو حسین شاہ سیٹھاہ پریشان تہٕ تمی دِژ تختس دست برداری۔ تہٕ بیوٚٹھ زینہٕ پورِہ عبادت کرنہٕ۔ اُمس پتہٕ آو علی شاہ ژک سندِہ عہدہ اکبر پادشہنہٕ زِہ "سفیر"، قاضی صدر الدین تہٕ مولانا عشقی۔ یمو سُلطان علی شہہ نہٕ باوزِہ شہزادہ سلیمس سیتی نِکاح پوٚر۔ اُشناٲیی سپدِتھ اُس علی شہس کوٗرِہ ہُند وارِث آسنہٕ سببہٕ گردِن بوٗن تہٕ اُتھی شرافتس ناجایز فایدہ تُلان کوٗز موغلو کشیرِ اندر خطبس اندر موغل پادشہن ہُند ناو تہٕ جاری۔ یہ اوس اکہِ حسابہٕ عام لوکن نِشہ یتھہِ کتھہِ ہند ثبوت زِہ کشیرِ پیٹھ چھِہ موغلن ہُند "مذہبی سایہِ"۔ یتھ سایس تل علی شاہ مرانی موغلو جاے ہیٚژر رٹنہٕ۔

علی شہنہ عہدہ رلیوو (باغی) امیرن وزیرن سیتی گرا شہیری خاندانک زُر تہ گرا
شہزادہ یُوسف شاہ ییمہ مُوجب اُمِس تہ رُود آرام کرنک تمنا۔ تہ نُون ؤری ین
حکومتک کلہ دود ژاۓلتھ پیوو یہ گرِہ پیٹھ سپدِتھ تہ مُود۔ اُمِس پتہ آو اُمی سُند نیچُو
یُوسف شاہ ژک ۱۵۷۹ء سنس منز کشیرِ ہُند بادشاہ۔

یُوسف شہس متعلق یہ کینژہاہ سانیو تأریخ لیکھن والیو لیوکھمت چھُہ۔ تتھ
اندر چھِ اُمی سُندی صِفت پیٹھی پیٹھی بیان کرنہ آمژ۔ تہ اُمی سُندین عاین پیٹھ تفصیل
لیکھنہ آمُت۔ یتھے پأٹھی چھِنہ اُمس تہ موغلن مقابلہ کران سانین مورخن یاد رُودمُت
زِہ ظالمِ کُس اوس تہ مظلوم کُس۔ یتُتھی یوت نہ بلکہ اکبر پادشاہ سُندی رنگین کارنامہ
چھِنہ ہاوسنے آمژ تہ یُوسف شہن عشق تہ نغمہ چھِ مُتأثرس کھالنہ آمژ۔ نہ چھُہ ییمہ
واقعہک شرح آمت لیکھنہ زِہ یُوسف شہس دھوکہ دِتھ تہ کشیرِ قبضہ کرِتھ کیاہ
رود اسہ تہ کیاہ زیُون تہ نہ یہ یاد نہ آمت زِہ یس حبہ خوتونہ ہندس عشقس پیٹھ
یُوسف شاہ بدنام کرنہ آمت چھُہ، سوی کیا زِہ بنے یہ کاشرین کرنہ "لوک ادبس"
منز ہیروئن ؟ اسہِ ان ژأنی ہُند بوڈ ہیوو وجہ چھُہ یہ زِہ سانیو اکثر مورخو چھِنہ تأریخ
لیکھان لیکھان تہ یہ نتیجہ کوڈمُت زِہ ہتھ عأب اُسِتھ تہ اوس یُوسف شاہ
کوشر تہ ساس صِفتہ اُسِتھ تہ اوس موغل شہنشاہ اکھ فاتح، یُس کاشرین رعیتہ
بدل غلام اوس زانان تہ غلام اوس بناوان۔ سانین مورخن چھُہ اکبر آمُت "جلال
الدین" تہ یُوسف شاہ نابکارِ محض لبنہ۔ حالاں کہ اسہِ وِزہ اوس اکبر دینی نقطہ نگاہ
کِنہ مُرتد تہ یُوسف شاہ شیعہ اُسِتھ تہ مُسلمان تہ کشیرِ ہُند راچھ در۔ بوڈ ہیوو
افسوس چھُہ ییتھ کنتھ پیٹھ زِہ اکہِ طرفہ اگر سانین مورخن چک خاندان محض ییمہ وجہ
مُوجب ناپسند چھُہ زِہ تِم اُسی شیعہ فرقس سیتی تعلق تھاوان۔ تہ بییہ طرفہ چھِنہ
ہتن تِم موغل گورنر زنتہ یادی رُودی متی، یِم پانہ شیعہ اُسی تہ یِمو ییتہ ژکن مقابلہ
موغل سامراج قائم تھاونہ خاطرہ ہتھ گنہ ظلم کوڑ (مثلن اعتقاد خان بیترِ) یُوسف
شاہ نیچُو تختس بیوولٹھ، تیتھے کُنج محمد بٹس تہ ابدال بٹس وزیر اعظم بننس پیٹھ
پانہ وأنی ٹھول۔ ابدال بٹ اوس ژوکرِ کرِتھ محمد بٹس اسہ عہدہ پیٹھہ وألن

وُیژھان۔ اُکِتھو کِنۍ زیٹھیوو امیرن وزیرن یِھنٛد نیاے بٔنیت کِنۍ لوٚگ پادشاہ "عیشِ یوٗسف شاہی" کرنہِ۔ سیّد مُبارک بیہقی اوس پادشہس تہٕ امیرن وزیرن رسامسا پأٹھۍ یکہٕ پنٛچ تہٕ اتھہِ واس تھاونٕچ کوشش کران۔ اما پوٚز چھیکرس پیو یوٗسف شہس ژُرٛ داہ رٕتھ حکومت کرِتھۍ دست بردار سپدُن تہٕ امیرو وزیرو بنوو سیّد مُبارک بیہقی کشیرِ ہُند پادشاہ۔ اتھہ یارانِس وُڈاے صِرف شیٚیہٕ رٕتھ تہٕ امیر وزیر لگو بیٚیہِ یوٗسف شہس گارنہِ۔ یُسٕے ابدال بٹ یوٗسف شہس اوس یہِ موٗجبِ مخالفت کران زِ تمۍ کیازِ کھوٗد محمد بٹ وزیرِ اعظم۔ سُہٕے لوٚگ یوٗسف شہس لول بَرنہِ تہٕ جنگ کرناونہِ۔ مگر یہِ چال بازی تہِ ناکام گژھت کرِہ نوو تمۍ سیّد مُبارک معزول تہٕ بنوٚن لوہر خان کشیرِ ہُند پادشاہ۔ یوٗسف شاہ دُراو آگرہ کُن اکبر پادشہس پنُن حال وَننہِ۔ یپأری لوٚگ لوہر خان کشیرِ منٛز حکومت جان پأٹھۍ سنبالنہِ۔ [illegible] روٗد اکبر، یوٗسف شہس اُمیس نابد پھوٚل تھاوِتھ مدد دِنہٕ نِشہٕ گوٚش دِنہٕ۔ یوٗتامت وُری لوٚگ سپدنہِ۔ آخرکار دِیت اکبرن راجہ مان سنگھس تہٕ مرزا یوٗسفس کشیرِ پیٹھ حملہ کرِہ ناوِنُک حُکم۔ وُنہٕ اوس یہِ فوج لاہور واتہٕ سٕنۍ میٚلہِ ابدال بٹن بیٚیہِ تسند بوٚہ سازندرو یوٗسف شہس اکھ خط سوٗز، یتھ اندر یوٗسف شہس نارہٕ پارہ کرِتھ لیکھنہٕ اوس آمت زِ تخت تہٕ تاج چھُہ چھنۍ۔ ژِہ کیازِ آنہٕ ہکھ تمہ موغل پانس سٕتۍ یم کشیرِ قبضہٕ کرنہٕ خاطرٕ حال حأران چھہ رُودی مِتۍ۔ تہٕ یم سانہٕ آزأدی تہٕ اقتدارس ختم کرن۔ یوٗسف شہن یُتھے یہِ خط پوٚر، سُہ وُیژیوو نہٕ جامن منٛز۔ تس ہیٚنۍ یہِ بوٗکہٕ زِ تیتہٕ چھا کوٹھس گژھہ موغلن ہندہٕ مدِہ ورأی پنُن مقصد حاصِل۔ تہٕ کیازِ تمۍ اوس کہن رٕتن اکبرس نِشہٕ بیہتھ موغل سامراجُک پوٗرہ تجربہ کوٚرمُت۔ چُنانچہ اکبرس اجازت ہیٚنہٕ ورأی دُراو سُہ کشیرِ کُن۔ اُمس سٕتۍ رلے یہِ واریاہ مفرور کأشِرۍ امیر وزیر، خاص کر محمد بٹ لاہورہ اوٚنۍ تأجرن نِشہٕ اکھ بوٚڈ رقم وۄزُم۔ تہٕ ژوٚر ساس فوجی ہیتھ آو سُہ کشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرنہِ۔

اکبرن یُتھے یہِ بوٗز، تس لگو نکہِ وأری وُپھنہِ۔ تس اُس نہٕ خبر زِ یوٗسف شاہ یمو کشیرِ بلوو، تمے اگون امس بتھہِ لار کرنہِ۔ چُنانچہ یُتھے یوٗسف شاہ راجوری ووت،

ابدال بٹ تہٕ لوہر خان وٲتی اُمِس مقابلہ کرنہٕ خاطرٕ ہیرٕ پوٚر۔ یوسف خانن کھوو مین
مقابلہ کرنہٕ بابت بہرام گلہ جایہِ کم جادہ فوج تہٕ پانہٕ ڈٲجن وَقھ تہٕ ژاو وَرٕ مُلہِ طرفہ
کشیرِ اندر۔ گوڈٕ سوپورہ تہٕ پتہٕ لچھ ڈیلنہٕ سخ لڑٲیی۔ یتھ اندر ابدال بٹ فنا گیہ و۔
تہٕ یوسف شاہ بنیوو دوبارہ بادشاہ۔ یہ اوس ۹۸۹ سنہ ہجری۔ شہرس منز اوس لوہر خان
ژووِرہ رُوزِتھ۔ امنِ عامہ اوس وُنہٕ خطرس منز۔ لہٰذا لوگ یوسف شاہ گوڈٕ پننیو دشمن
صاف کرنہٕ۔ اڈین ژٹِن اتھ، اڈی لدِن جیل۔ اڈی گو تہٕ اڈی ژُلی۔ حیدر ژکن کریوو
تریُہ طرفہ حملہ دِل۔ مگر تس لوگ شکس تہٕ پیوو تس کشتواڑ ژلُن۔ اما پوز سید مبارک
بیہقی یس کوڑن سیٹھاہ عزت۔ یتھ پتھ محمد بٹ گوو بنیہ اُمس پرٲنی پانٹھو ناراض
تہٕ لوگ بادشاہس خلاف امیرن وزیرن ورغلاونہٕ۔ پتہٕ رلیوو بنیس اکس یوسف ژکس
سیتی بادشاہس مارنچ سازش کرنہٕ۔ سازش گیہٕ تنگہٕ تہٕ ژھنگ یہ جیل۔ حیدر ژکن
یس یلہِ یہ حال تام بوز زہ بادشاہس چھیہ پننی تامت مخالف، سہٕ دوریوو راجہ مان
سنگھس مدد منگنہٕ لاہور۔ راجہ مانن دِتی اُمس گرہ کی آڈرہ بمبر تہٕ نوشہرہ جاگیر۔
یتھ ژن کاشرین پانہٕ وٲنی بھاڑون واد چلہِ وُن روزنہٕ۔

یوسف شاہ اوس وارِہس حدس تام سادہ مزاج، یمہٕ موجب تس اوس نہٕ
جِل جل تران فکرہ زہ دوست کس چھم تہٕ دشمن کس۔ یپاڑی اوس سہٕ خواجہ قاسم ناوی
اکس دو دلٲسں وزیر اعظم بناوِتھ یہ وو میدکران زہ کشیرِ ہند انتظام ییہ نا ڈنجہ۔
ہپاڑی اوس حیدر ژک مغلن ہند وفادار بنتھ تِن کنہٕ نیتہ کنہٕ جیتس پتھ کشیرِ
پیٹھ حملہ کرنک جیس دِوان۔ یپاڑی تہٕ ووٚ یوسف شہن عیاشی تہٕ لوگ سیٹھاہ نیک زندگی گزارنہٕ۔

اکھی وقتس اندر چھ اکہِ دوہ یوسف شہس ہنگہ منگہ اکبر بادشہن اکھ شاہی
"فرمان" واتان۔ یتھ اندر یوسف شہس چھیہ حکم پوان کرنہٕ زہ سہٕ سپدِن فوراً شہنشاہہ
ہنزہ بارگاہہ پیٹھ "فرش بوسی" ہندِہ خاطرہ حاضر۔ یوسف شاہس تووُر پانسے فکرہ زہ
یم گیہ کشیرہ کھینٹکو ژھرٹ۔ تہٕ کیا زہ خطس منز اوس یہ تامت زہ اسہ نشہ کیاہ چھنہ
چاپنہٕ ٹلکچ کانہہ خبراہ اتراہ واتان۔ زن تہٕ کشیر پڑ ونہی محض یمہٕ وجہہ مغلن ماتحت اُسس
زہ جمعہ دوہ اوس خطبس اندر مغلن ہند ناو تہٕ کُنہٕ کنہٕ جایہ ہینہٕ پوان۔ امیرن وزیرن

خاص کر مرزا قاسم وزیرِ اعظمس دِاے ہیتھ کوٚر کاشرِ پادشہس بدل شہزادہ یعقوب
خان تحفہ تحائف ہیتھ اکبرس کُن روانہٕ۔ موغل شہنشاہس گیہ نہٕ یہِ ادلابدلی پسند۔
بلکہ یعقوب خانس آو نہٕ خاص استقبال ترٛ کرنہٕ۔ اُمی لیوٚکھ یہِ سوروٗے حال ناوس
مگر مرزا مقیمن دِیاوِ تِم سارِیے چھٹھ، یمن منز یوٗسف شاہس رنگہ رنگہ وٕ ہکی آسہ۔
دود لاٚلی وزیرِ اعظمس اوس مقصد یہ زِ اکبر گوٚژھ دوہ کھوتہٕ دوہ یوٗسف شاہس نشہ
ناراض سپدُن کشیرِ نیٚنگلاوُن! چھیکرس سپُد تی۔ اکبرس اوس کابل کُن گژھُن۔ تمو
تِل یعقوب خان سیتی ترٛ لدھیانہ واتِتھ کوٚڈ تمیٚ آزر حکیم علی ترٛ صلح عاقل ناوی دون
شخصن زِ تِم گژھن ہمی دم کشیرِ ترٛ کرن یوٗسف شاہس اصالتاً لاہور حاضر۔ یعقوب
خانن سیتھے اکبرن شرارت ڈیوٹھ، سُہ ڈٲو قاصدن برونہہ اجازت ورائی کشیرِ
کُن ترٛ مِتِن برونہہ وۄت ناٲلس نشہ اکبر پادشہٕ اطوار باوِ نہٕ۔ اکبرن ثُمتھے یہِ یوٚنہ
زِ یعقوب خان ترٛ دوریوٚو کشیرِ، سُہ لوٚگ ارمہ ژاپنہٕ۔ اما یوٚنہ شرارت شروٗپُن
اُندری، یوٚتام یِنہ تیو قاصدو لیوٚکھُس زِ "یوٗسف شاہ چھہ ژرینشہ یِنس حملا
ٹال مٹول کران۔ تس چھہ یعقوب خان ڈالان ــــ" اکبرس اوس یِتے کافی!
چنانچہ امی وقتہ آو راجہ بھگوان داس پنژاہ ساس سپاہ ہیتھ کشیرِ پیٹھ قبضہ کرنہٕ
خاطرہ یور کُن کڈنہٕ۔ تسندی قاصد اٲسی وۄنہ کشیرِ منزی ییٚلہ موغل فوجن دریاے
کِشن گنگایہِ تار دیُت۔ یوٗسف شاہ گو و حٲران زِ موغلن کاژاہ چھہ طمعن وۄنہٕ
ڈاہ جمپرٕ۔ یِنہال چھہ تمی ترٛ ہیٚنز جنگچ تیاری کرٕ فی۔ سیاسی قیدی خاص کر محدث ترٛ علم
شیر تراٚوِن یلہٕ۔ ترٛ کیازِ تس اوس پوٗرہ یقین زِ موغل ڈیشتھ چھہ ساری کاشرِ
پننیٚ اختلاف اکتھ کُن تراوتھ اتھہ واس کران۔ پانہ ڈٲو ۱۱ ساس شہسوار ترٛ ۳۰
ساس پیادہ فوج ہیتھ "کوارمست" جایہ (مفصل اوٚڈی) (بیاکھ روایت چھہ "نین سکھ") کُن موغلن
مقابلہ کرنہٕ کشیرِ کُن۔ یِنس یمہ ترٛ پہاڑی وتہ آسہ، تمن پیٹھ تھوٚون کوٚتر فوج تیار
یمن منز "بولیاسہ" جایہ کاشرِ اکھ موغل فوج ختم ترٛ کوٚرہ۔ بڈی زِ فوج ییٚلہ اٚش ترٛ
لگو ترٛ کاشرِ آو سو بہودری' یتھ پیٹھ اُسرا نہٕ ہیٚنکو فخر کرِتھ سیتی تو کُن
نیوٚت رُود' ہیمہ سیتی موغل فوجس چھلہ چھانگر گیہ۔ اکہ طرفہ موکلے بلکو رسد ترٛ

---

سلہ یمن منز ژٕبی شال، زعفران ترٛ اکھ ہیتھ تیز رفتار گُر و ترٛ آسی۔

بینکِہ طرفہٕ ژھینِک دِلہٕ ہنزہ ساریے وَتہٕ۔ یِم گرُو تہٕ ہیٚسو سیتۍ اَسکھ تِم تہٕ مو کرٕ لاوِلھ کھینہٕ۔
وَتہٕ لگو سرٕ دِیہ، دیہ رُودن تہٕ بےغارتی کوٚر موغل فوجس سہٕ ڈاس، یتھ وُچھت راجہ
بھگوان داس لوٚگ انِٹ وَننہٕ۔ تہٕ منده چھَنس تنہٕ ننہ کرنہ غاطرہ امی زیٚوہ ہیٚنگ تہٕ ہاونہٕ۔
تہٕ امی زیٚوہ چھوڑ تہٕ چھکنہٕ۔ گرا یہٕ وَننہٕ زہ یدُوے اسہٕ موسم خراب آسنہٕ سببہٕ شِکس
تہٕ لوٚگ اکبر سوزِہ برفہٕ نہہ کُن اکھ لچھ سِپاہ۔ ہندی ہیٚسی کشیرِہ لتہٕ موٚنڈ کرِتھ فنا کرن۔
تہٕ گرا عاجزی کرنہٕ زہ " اگر ژہٕ اکبر بادشاہس نِشہ پائے یکھ، نہ کرو اَسی کشیرِ پیٹھ
قبضہ نہ تمو اَسی ژیہٕ تخت و تاج"۔ شاپور خان ناوی قاصدن سیٚتھی یہٕ چِھٹھی یوسف شاہس
نِشہ واتہٕ ناو، تمو اوٚن پنُن وزیرِ اعظم مرزا مقیم۔ یُس تلہٕ موغل جاسوس تہٕ زر خرید اوس۔
اَمی دِژ یوسف شاہس وُلٹہٕ داے۔ یمہٕ موجب یوسف شاہ پنہٕ نین فوجی کمانڈرن، رشتہ
دارن تہٕ باقی وزیرن پژھنہٕ ورأے موغل فوجس کُن صرف زہ ترٕیہ نفر ہیٚتھ گوو۔ موغل تہٕ
اَسی پی پژھان، بیٚلہٕ کاشرن گیہ خبر زہ یوسف شاہ آو فریب دِتھ ورغلاونہٕ۔ تمو تھوٚو
جنگ جأری۔ دنان چھہٕ نِصف دوہس اندر مأری کأشرو بیٚہ ترٕیہ ساس موغل فوجی۔
چھیکرس سوٚز بھگوان داسن یوسف شاہنہٕ تصدیقہٕ لیعقوب خانس نِشہ اکھ مرزا علی اکبر
یمو کأشرن یقین دیُت زِہ یوسف شاہ آونہٕ قأد کرنہٕ، بلکہ تس چھہٕ صرف اکبرس سیتۍ مُلاقات
کرِتھ بیٚیہ کشیرِ واپس یُن تہٕ بادشاہی کرٕنی۔ یہٕ وعدہ بوزِتھ کوٚر کأشرو جنگ بند۔ عملاً
لوٚگ اتھ لٹنایہ منز تہٕ موغلن شِکس۔ بھگوان داس دراو یوسف شاہ تہٕ پنُن پھٹہٕ پھرایہٕ
فوج ہیٚتھ آگمہٕ شہرس کُن تہٕ لیعقوب شاہ آو شہر کُن۔ یٚیتہٕ اَمی علی ڈار ناوی اکھ
بے وقوفاه وزیرِ اعظم بنوو۔ یمہٕ پنہٕ نیو اطوارو کشیر سنبھالنہٕ بجایہٕ جان پأٹھی ییرہ ونی
ناو کرٕ۔

ہتیأری بیٚلہٕ یوسف شاہ پکھلی واتہٕ لوٚدُکھ تہٕ اَتی پیٚٹھہٕ توٚر تس فکرہ زِہ بھگوان
داسن سوا چھہٕ باقی سأری موغل افسر تس اکھ جنگی قیدی زانان۔ اکبرس نِشہ وأتتھ
گوو تس واریہ تسلی۔ یُس یُس وعدہ تس سیتۍ کرنہٕ اوس آمُت، تتھ کوٚر اکبرن یب۔
موٚرخ چھہٕ لیکھان زِہ بیٚلہٕ راجہ بھگوان داسن اکبرن وطیرہ وُچھ، تمہٕ ہیٚژ خودکشی
کرٕنی۔ آخرکار گوٚنڈُک یوسف شاہ بڑہٕ پرن اندر تہٕ شوٗزُکس تام رام داس ناوی

حوالہ دارس اتھہٕ لاہور جیلس اندر، یمیتہٕ شہ دوہن ؤریَن ہیٚکھان رۅود۔ دوہ یہٕ وُہرِ یِسٕلہِ راجہ مان سنگھہ پننِس ہمیہ لالس اکبرس منزٕ پیوٚو تہٕ بنوٚو کھ یوسف شاہ بنگالُکِ فوجس اندر پنج ہزاری کمان دار۔ یوسف شاہن یِسٕلہِ یہٕ حال وُچھ، شہٕ سیُد پاگل تہٕ اُتھی مرضس اندر گو وُنہ ۱۵۹۱ء منز مرتھ۔ لگ بھگ ساڑن ترٛین ہتن ؤریَن آس نہٕ تسنز قبرتام کانٛسہِ وٕنیز۔ حال حالی چھہ امہِ قبرِ ہُند پتہ آمُت کڈنہٕ۔ یہ چھہ "بسوک" ناوِ اکِس گامس منز، بہار صوبکس پٹنہٕ ضلعس اندر۔ ترٛنیتہٕ اکبر بادشاہن لوکٕچ نور جہاں بیگمِ ہُند یہٕ شار اسہِ ژیٚتس پاوان سہ

بر مزارِ ما غریباں نَے چراغے نَے گُلے
نَے پرِ پروانہ سوزد نَے صدائے بُلبُلے

یتھہٕ کنہِ کوٚڈ موغلو پنُن سوروے شرارت یوسف شاہس پیٹھ۔ امہ پتہٕ امہِ وزِ تہٕ دوٚد مُلک کشیر زینہٕ نکھ ازمان موجوٗد۔ یعقوب شاہن یِسٕلہِ موغل فریبُک اطلاع لوٚب، تمہٕ چلوو پننِس ناوس پیٹھ ییتھیک سِکہٕ تہٕ خطبس اندر کوٚرُن پنُن ناو ژامیج۔ یمہ زن موغلن یہٕ فِکرِ ترٛہ زِ کشیر چھہ یوسف شاہس پتہٕ تہٕ آزاد تہٕ خود مختار۔

کاش یعقوب شاہس آسہِ ہن تم مشاورِ اتھہٕ آمٕتہ۔ یمن کشیرِ ہنزٕ آزادی ہُند دود آسہ ہے۔ یہ امس ساینہٕ مُلکُچ بدقسمتی زِ امس آسے تم ژاسے دِتہٕ وأل یمہٕ یمن کشیرِ ہنزٕ خود مختاری کھوٚت تہٕ پنُن عیش و آرام جاے لوٗٹھ بوزنہٕ آو۔ اکِہ طرفہ اُسہٕ عوامس جبہ خوتوٚتہٕ ہندیٚ وہدٕکھ موغلن ہنزِ فریب کأری خلاف خوٚن گرماوان تہٕ بیٚیکہِ طرفہ اوس علی ڈار وزیرِ اعظم امیرن وزیرن کالہ پگاہ جاگیر دِوان تہٕ نوان۔ یا نہٕ نابکار اُسیتھ تہٕ وأژ کتھہ یوٚت تام زِ علی ڈارن سوٚمبرأوی کینٛہہ امیر وزیر پانس سیتھ تہٕ تھوٚن یعقوب شاہس خلاف اعلانیہ بغاوت۔ گوڈٕ شہرس اندر تہٕ پتہٕ سوٚپورس اندر لوٚگ باضابطہ بادشاہس تہٕ جاگیر دارن درمیان جنگ۔ یتھہ اندر واریاہ کأشرِ پانہٕ وأنی لڑأی گیٚیہٕ۔ اگرچہ یعقوب شاہن یہٕ بغاوت دبأو تہٕ، امہ پتہٕ یمن جنگن دِتہٕ کینٛژو غرض اَنیو فرقہ بندی ہنز رنگت تہٕ اُتھی جعل سأزی پیٹھ نیرٛو بییہٕ شیعہ سُنی تنازعہ۔ ییمہٕ کشیرِ ہُند اتفاق پرٛأنی پأٹھو بییہٕ چھلہ چھانگرِ کوٚر۔ باغی امیر مثلن شمس چک،

میر حسن، علم شیر ماگرے بیترٕ گیہٕ چکیرس علی ڈارس سٟتی دربدر تہٕ محمد بٹ آو وزیرِ اعظم
بناونہٕ۔ یمہٕ وقتہٕ پیٹھٕ یِک سیاسی نیاے پوٗرہ فرقہ بندی منز تبدیل گوو۔

امہ جہالتُک نتیجہ دراو یِہ یعقوب شاہس رُود نہٕ موغلن نِشہ کشیر بچاونُک خیالی
تہٕ مشہ تہٕ پھیوٗو تیتھہٕ کنہِ شیعہ سُنی تضادس منز، یمیٚتھ نہٕ تس نیرہ نے تۆگ تہٕ یمیک اند
دوت سُنی مُفتی اعظم قاضی موسیٰ سٕندس قتلس تام۔ یہ اوس تیُتھ انتقامی واقعہ یمہٕ
سٟتی یعقوب شاہس خلاف شہرہ کامہ عام نفرت پٲدہ گیہٕ۔ تہٕ اتھ وقتس اندر گیہٕ
شیخ یعقوب صرفی تہٕ بابا داوُد خاکی، اکبر بادشاہس کشیر ژینہٕ پنچ دعوت دِنہٕ۔

بیاکھ اوس یمہٕ نی دوہن یعقوب شاہن محمد بٹ معزول کٔرِتھ ژھٕن مُت تہٕ تسنزٕ
جایہ علی ڈار نہٕ کھو تہٕ نابکار اکھ شخص ناٹک بٹ وزیرِ اعظم بنوومُت۔ یمہٕ یہ تام اوس
فکرہ ترٲوِ نہٕ کشیرٕ ہنزٕ نا اتفاقی سٟتی ما راوِہ تسُند عہدہ تامت! یمیٚتھ پٲٹھۍ اوس
یعقوب شاہس بیاکھ بیقلاہ ـــــ مُلا احسن اسود ـــــ یمہ سُند لو احمقانہٕ مشورہ سٟتی
عامس تیُت دوارہ دوت، یمیُک حضرت ایشان صاحبس ہیُوٗس عالمس تام جیرہ اوٗن۔ چنانچہ
یمیٚلہِ تِہند وفد اکبر بادشاہس نِشہ دوت، تمو کوٗر موغل دربارس سٟتی اکھ معاہدہ، یتھ
اندر تریم ژوٗر دفعہ تہٕ اٲسہٕ ـــــ (۱) وقتکۍ حاکم (مطلب موغل افسر) کرن نہٕ کاشرین
ہندین مذہبی معاملن یا غلہ کین قیمتن اندر کانہہ اعتراض۔ دویم یہ زِ موغل بناون نہٕ
کاشرین مردن غلام تہٕ زنانن کنیزہ۔ تریم یہ زِ کاشرین پیہِ سخ تکلیفو نِشہ تہٕ رنگہٕ
رنگہٕ بدعتو نِشہ آرام دِنہٕ۔ ژورِم یہ زِ کاشرۍ تِم وزیر تہٕ امیر یِم وُنی کینس نیایِن ہندی
باعث ژھٕہ رودِن نہٕ ملکی یا مالی کامن اندر دخل دِنہٕ دألو۔

عہد نامہ کٔرِتھ دراو مرزا قاسم خان میر بحریہ حضرت شیخ یعقوب صرفی صاحبس تہٕ
حیدر ژکس سٟتی ۴۰ ساس سوار تہٕ ۲۰ ساس پیادہ فوجہٕ کشیرِ موغلن کرٕ ژینہٕ۔ دِنہٕ اوس یہ
فوج راجوری دوتمُت یمیٚلہِ یعقوب خانن بوٗز۔ امیر وزیرن ہنز نا اتفاقی اٲسِتھ تہٕ
سوٗمبراوِو تمو ۳۰ ساس سوار تہٕ ۱۰ ساس بندوقچی تہٕ دوت یہ۔ فوج ہیبتھ ہیٚرہ پوٗر موغلن
مقابلہ کرنہٕ۔ شہرس اندر ترٛاوٕن پتہٕ وزیرِ اعظم ناٹک بٹ ولد ابدال بٹ پننہٕ جانشین۔ یہ
اُس کشیرِ ہندس خارتس پتِم آزمایش۔ امابوٗز ساری امیر وزیر اٲسی موغلن برٛونہہ قریباً

نصیف درجن کھیٚچن منز بٲگراونہٕ آمتۍ۔ چنانچہ یُتھے یعقوب خان شہرہ دُور ووت، سیّد
یوٗسف بیہقی ناوۍ اکھ امیرن کوٚر فریب دِتھ ناژُک بٹ وزیرِ اعظم "معزول" تہٕ علم شیر
شیر ماگرے تہٕ ظفر ژک ولد شمس ژک پانس سیتۍ رلٲوِتھ ترٚجن اعلانیہ بغاوت۔ جیلس
ترٲوِن دروازہ یلہ تہٕ کرِن پژون وزیرِ اعظم محمد بٹ تہٕ شمس ژک رہا۔ عام لُوک متے یہ
شیعن ترٛین دوہن لوٗٹنہٕ تہٕ ترٛژھ بے حُرمتی کرنہٕ، ییٚچھ تلخ یادا ورۍ کاشرٚین مسلمانن
ہتہ واد وٚرین اکھ اکس نِشہٕ بدظولن ہٕا وان رُوزنہٕ۔ ییٚتھ شرمناک قصہٕ کرِتھ ژلِ
تہٕ رٕلیہ موغل فوجس سیتۍ۔ محمد بٹ تہٕ شمس ژک تہٕ اُسی موغلن سیتۍ ژلنس تیار۔
اما پوز تمن پیوو پرٛن سیّد ابو المعالی تہٕ چھکرِس رلیہ یم زہ یعقوب خانس سیتۍ
تمی دوہہ ییٚنہٕ دوہہ موغل فوج ییٚر پانژال بالس ترٛٲوِتھ ہیٚرہ پوٚر ووٚتمت اوس۔
سانہِ موٚرخو چھُنہٕ امہِ جنگُک پوٗرہ شرح لیوٗکھمُت۔ صرف چھِ کینہہ اشارہ لیکھنہٕ
آمتۍ۔ یمو سیتۍ فِکرہ چھُ تران زِ ماٛدانِ جنگس اندر تہٕ اُسی نہٕ سارِی امیر وزیر
اکی ترایہٕ یکان۔ اگر اکھ کینہہ آیہ خان، سیّد ابراہیم یا یوٗسف ژک ہی لڑان داٛلی
یعقوب خانس سیتۍ وَژِھ واٛنجر اتھس کیتھ کلہ ہیتھ دراٛمتۍ اُسی، بیٚییتھ کینہہ اُسی
محمد بٹ تہٕ شمس ژک زِنتہٕ بیگارِہ آمتۍ سوزنہٕ۔ تہٕ تمن اوس وسواس زِ اگر یعقوب
خان جنگ زینہٕ، تِم ییٚنہ کٔنِہ منز مجرا کینہٕ۔ ییتھے پٲٹھۍ اگر اکِ طرفہ بہرام نایک
تہٕ شنگی نایک اُسی فخرن موغلن سیتۍ رٕلِتھ کاشرٚین مخالف تہٕ بیٚیکِ طرفہ اُسی
قاسم نایک، حسین ژک تہٕ محمد ژک موغلن ہندِس رتس زاٛگتھ یعقوب خانس
سیتۍ موغلن خلاف لڑان۔ امان چھُ حاٛران گژھان زِ کاشرٚہ سیاستکۍ یم در
وُچھیت کوتاہ آسہٕ ہے یعقوب خانس لوٚن تیلان تہٕ سُہ کوتاہ اوس جگرہ کرِتھ۔
بٔنیس کانٛسہٕ پادشاہس اگر ماٛدانِ جنگس منز ییتھ خاٛیلہ بتھٕرین، سُہ ہارِہ ضرور
ہمت مگر کاشرٚین ہُند آخری تاجدار رُود توٚتہٕ تام لڑان، یوٚت تام بدقسمتی موجب
اُمِس پننہٕ ماٛدیانہٕ پییٚٹھہ میٚنہ ماٛدانِ جنگس اندر لوٚن وسنُک ضرورت پیوو۔ اکِ اتھہ
اوس سُہ لاکِہ نقف کرِتھ تہٕ تام آو اپارۍ موغل فوجُک اکھ آوارہ گرٛ ٲیس ماٛدیانہٕ
سیتۍ لڑنہٕ لوٚگ۔ لاکہِ آو ژٕرسہٕ تہٕ ژھیٚنہٕ تہٕ ماٛدیانہٕ ژُھجی گرٕس سیتۍ لڑان لڑان

شاہی ڈیرس کُن۔ مادیانہ وتھ ژلان ژلان یعقوب خانس رووستے وچھت گیہ کاشرین یہ غلط فہمی زہ یعقوب شاہ چھہ مارنہ آمت۔ یمہ سیتی سارہ نی فوجن اندر ہئ رُود دوٚنھ۔ کاشرین ژھوپکے یہ ہمت۔ اوٚت تام اَسی موغل تھی ینین تم یوانی دٹنہ اَسی آمتی۔ کاشرہ فوجن پریشانی تہ چھپلہ چھانگر وچھت کوٚر موغلو ہنٛز حملہ تیز۔ یتھ اندر یعقوب شاہ ژیتھ ولنہ آو زہ تیسند ین ہمسایہ سپاہن تہ توٚرنہ فکرہ زہ شاہی ڈیرہ طرفہ کیازہ لگی سپاہ ژلنہ۔ یتھ یہ بہتھ طرفہ اتہ گوٚٹ دوٚنھ۔ یعقوب خان ژوٚل اکھن پھوک، دِوان برنگ دتہ کنی ہنٛز ماتا مال کشتوار تہ موغل فوج تہ تہندی کاشرین وتہ ماوکی ژاے امی دوہ یہ شوپیان امہ دوہ یہ اَسی لگتی یعقوب شہس صرف ژہ دہ داہ رہتھ (یا اژداہ رہتھ) تخت بیٹھ تہ موغلن قریباً ینزاہ ووٚری کشیرِ زینہ نکہ خواب وُچھان۔ امہ خوابہ چھ اکہ ژھایہ ہنٛد تعبیر دژاو ۱۷ ذی قعدہ ۹۹۴ ہجریس اندر یتھ قاسم خان سرینگرس اندر ساسہ واد کاشری ماران ماران ووت۔

کاشرین بوالہوس امیرن وزیرن منز اَسو امہ دقتہ تہ وارِیاہ تمتی بیقل موجود، یمن یہ گمانہ اوس زہ قاسم خان آو امہ پانہ اکبر جلال الدین تہ کشیرِ آسہ اَسی راج تاج کرن، مگر یتھی موغلو ہنٛز یتھ ہوو یمن بیقلن لجہ اُچھ یوٚرس تہ یم لگو اتھ ماوہ ژاپنہ مثلاً یس حیدر ژک تالہ ژلِ دِتھ موغلن وتھ اوس ماوان زہ کشیر کیتھ کنی ژھ فتح کرنی سٹے واتہ نوو گوڈہ موغلو جیل خانس اندر۔ یہ دٟلیشتھ سورے یہ باقی موغل ایجنٹن تران تہ لگی ژھونکرہ کرنہ۔ ہیأر ہہ یتھ یعقوب خان کشتوار ووت، تس کرِ تکت راجن ـــ بہادر سنگھن ـــ سیٹھ ملامت تہ کوٚڈن واپس کشیر زینہ۔ کشیرِ واتانی سوٚمراو تمی وارِیاہ امیر وزیر، یمن منز تس پژھ اوس زہ یم چھ پژی پانہ ٹھی موغلن خلاف (مثلاً ابراہیم ژک، علی ملک، بتیرہ) یمو ژھن قاسم خانن شاہی محل تام نالہ ناوِ تھ۔ یہ بوٚزتھ لوگ شہرہ گامہ موغلن خلاف گوریلا جنگ۔ سید ابو المعالین لوٚٹ سرکاری خزانہ۔ موغلن گیہ ناکہ بندی تہ قاسم خانس یتھ دزال دنال بوزنہ آو، تمی ژھ گوڈہ تم کاشری لیڈر یم وُنیوستام جیل اَسی تہ ژھنن ناتھ یمن منز تسند ہمدرد اوٚل حیدر ژک تہ کاشرین ہنٛد اکھ تقدِہ پایک بہادر علی میر

کوکہ تہٕ آسی۔ موغلن ہنزہ امہِ سبلے غارتی سیتی آو شہر وارسے وُکھٹنہٕ تہٕ سید ابوالمعالی سنزہ رہبری منز کور کاشرو موغلن کاہ تاکن۔ ہُپارہ اوس یعقوب خان کاشرین ہنز لشکر ہیتھ یکان تہٕ قاسم خانس لوگ نہٕ شہرہ نیبر ژلنس کانہہ چارہ۔ یعقوب خان آو تہٕ بیوٹھ بیٹھ تختس۔ کاش امہِ وقتہ تہٕ ہیٚچھہن ساری امیر وزیر تہٕ سون آخری پادشاہ صرف اکھ کتھ: سو گیہ یہ زِ دوہ پہ فوج یُتام کشیرِ منز روزِ، تُتام واتن نہٕ اسہِ اکھ اکس زِچہ ترٹھنہٕ۔ بلکہ روزِ جان اتھہ واس کرِتھ تہٕ پننہٕ اختلاف پتہٕ تل تھاویتھ دوہ یرن دکرِ دین تہٕ پتہٕ جاگیر باگراوی۔ وُنہ اوس قاسم خان پننہٕ فوج ہیتھ وادی منزی نیبر نیرِ یعقوب خانن آرڈر کوڈ زِ "ییمہٕ ییمہٕ شخصن ہیٚرِ پورہ چہ لڑایہ ورزہ موغلن سیتی لیچ واتھ کور، سہ ژھنن برٕ گالتھ۔" یہ حکم بوزِ ژلی قسمندہ درباری اندرہ قریباً ساری امیر وزیر۔ تہٕ کیازِ تمن اوس دارہ کونڈلور۔ یہ اُس تِمن کتھ زِ یمو منزہ آسی اکثر موغلن سیتی رلے متی۔ یہ واقعہ سیٚلِہ قاسم خانن بوز، تس آو دارہ کنہٕ اُنز تہٕ سہ ژاو بیٚیہ سرینگرس اندر۔ ییٚتہٕ تیز افراتفری آس زِ آمس سپد نہٕ کانہہ خاص مقابلہ تہٕ۔ یعقوب شاہن ییٚلہٕ پانس سیتی نوٹ تہٕ حمایتی یوت ڈیوٹھ تہٕ تمہٕ دِتہٕ زِچہ تہٕ ووت ژلان ژلان کوہستان آولر ( پتہٕ دوڈیو کشتوار)۔ امہِ پتہٕ یُدوی کانسہ کاشری لیڈرن (مثلاً سید ابوالمعالی یا شمس ژکن) کلہٕ تھوود تل، سہ آو موغلن ہندہ دستہٕ بڑہ بے رحمی سان دباونہٕ۔ یُتام وندک وندہ کاشرو وطن دارو ژورہ ژورہ کوڈ۔

سونتھ یوانی آو یعقوب خان بیٚیہ کشتوارہ پیٹھہ واپس۔ اصلس کن گژھت اوس امہِ وقتہ موغلن ہندس قبضس اندر صرف سرینگری یوت۔ گامن اندر آسی لوک یا تہٕ کشیرِ ہندحالِ بد وچھِت راوی متی ہوی، نتہٕ یعقوب شاہنہٕ طرفہٕ دار۔ یہ حال وُچھِت، اوس اکہِ طرفہٕ قاسم خان پننہٕ بہودری تھیکہ ناونہٕ خاطرہ کاشرین موغل نواز لیڈرن ہندی وفد دِلہٕ سوزی سوزی یہ ہاوُن یژھان زِ کاشری چہ موغلن ہندی طرف دار تہٕ وفادار۔ مگر بیٚیکِہ طرفہٕ اوس اکبرس کمک منگان۔ یتھہ کاشرین ہندہ دستہٕ مارہ گژھہ تہٕ۔ شمس ژک اوس شمالی کشیرس اندر تہٕ سید ابوالمعالی جنوبی کشیرس اندر موغلن خلاف فوجس ٹرینگ دِوان تہٕ عامس آچھ ہرراوان۔ یمن علاوہ تہٕ آسی وارِیاہ

کأشرۍ لیڈر صرف یتھ کتھِ پتہٕ لگہٕ مِتۍ زِ موغل گژھن کُنہِ طریقہ کشیرِ منزٕ دفع گژھنۍ۔ چنانچہ موغلن تہٕ کأشرٕن ہنز باضابطہ لڑأیۍ لجۍ "گاسو" گامس نِشہِ، ییتہِ موغل فوجک کمانڈر مرزا نادِہ علی خان ترِیٔہ ہتھ سپاہ ہیتھ کأشرو ہٕوُدرٕو قتل کوٚر۔ قاسِم خان رُود اَتہٕ اتھہِ ہاوان تہٕ ووت پھُٹہٕ پھِراٹہٕ موغل فوج ہیتھ شہرس نزدیک۔ اوٚڈ فوج تھوٗوُن پانٕدریٹھن تہٕ اوٚڈ گیکارہ تہٕ تام ووت یمن نِشہِ یعقوب خان، سیّد ابوالمعالیس سیتۍ فوج ہیتھ۔ صُبحہٕ پیٹھہٕ پیٚیِہ تام لوٚگ سخ جنگ، یُس کأشرٕن ہندِس تاریخس منز یادگار روزِ ہے اگر نہٕ شامتہٕ نہٕ کارہ عین موغلن ہندِ شکسہِ وِزِ کأشرِ فوجِ کِس کمانڈرس "لوزُنگ ژکس" اُچھہِ اکھ کان ییہِ ہے، ییمہٕ سیتۍ سخ اَتی موُد۔ کأشرس لشکرس گیہٕ بے ہمتی۔ ییمہٕ موُجب موغل فوج مران زِندے رُود۔ اگر شمس ژکُن امہِ وقتہ یعقوب شہن شیٚنچھ بوٗزِتھ موغل فوجس پیٚتھ کنہِ حملہ کرِ ہے، قاسِم خانہٕ تیرٕ خأنی گیہٕ ہے ختم۔ اما پوٚز شمس ژک رُود پتہٕ نیِٛ ڈرأتس لوٚک دِوان۔ ییمہٕ موُجب پیٚہ دوہہ گژھت یعقوب شہس پیہو شہرس اندر اَژُن بۄڑ دنہِ ہانجک قلعس کُن لاو لشکر تُلُن۔ موغل فوج ییٚلہِ اوٚت ووت، کأشرو دِیُت یمن زبردس شکس۔ ییندراہ ستتھ موغل سپاہ گیہٕ چھوکرلد تہٕ قتل۔ امہِ جنگہٕ پتہٕ رُود قریباً ڈایَن رِہن کأشرٕن تہٕ موغلن منٛد جنگ جأری تہٕ سہ اوس نہٕ کانہہ دوہ، ییمہٕ دوہہ نہٕ اکس نتہٕ اکِس جایہِ اوس جنگ چلِہ وُن روزان۔ تہٕ کأشرۍ سپاہ اتھہٕ مرٕز موغلن نِشہِ ساز و سامان تہٕ لباس نِوان۔ اما پوٚز امہِ وقتہ تہٕ اُسۍ کأشرِ امیرو وزیرو منزٕ (عادتہٕ موُجب) کینٛہہ دغاباز مثلاً خلیل بابہٕ تہٕ محمد بٹ بیترِ اکبر بادشاہس نِشہِ واتِمتۍ تہٕ کأشرٕن دَگہٕ ژٹان۔ چنانچہ ییمہٕ نِی سیتۍ آو کشیرِ دوٚیُم موغل گورنر سیّد یوسف خان رضوی پنٛژاہ ساس زِرہ پوش سپاہ ہیتھ قاسِم خانہِ جایہِ سوزنہٕ!

اوٚت تام اُسۍ کأشرۍ برابر کہٕنٛ رِہن موغلن خلاف لڑان رُودۍ متۍ۔ عام اوس دیوالۍ نیرِ بنیومُت تہٕ خاص اُس کہن راُ ہُرگاو تہٕ بہن نہٕ یوان اتھہٕ۔ اُتھہِ وقتس اندر ییٚلہِ کأشرو بوٗز زِ یوسف خان رضویس سیتۍ چھہٕ محمد بٹ بیترِ تہٕ یکان، تِمن کوٚر واٚنٛج زِ شاید تشدّدس منز ما گژھہِ کمی۔ امیرن وزیرن منز یُس

یُس جادِہ آنیتہ اوس مثلاً لوہر ژک، اسماعیل نیایک، بہرام نیایک تہِ رلے یہ حملہ آورن موغلن سیتی۔ یُس یُس کشیرِ غلام وُچھُن یژھان اوس بہِ (مثلاً سید ابوالمعالی، شمس دھوبی، شمس ژک) سہ سہ رُود توتہِ یعقوب خانس سیتی۔ مگر یمن اوس بہِ تازہ دم موغل فوجس مقابلہ کرنُک طاقت رُودمُت۔ بالخصوص ییلہِ محمد بٹ لوگ موغلن ہندِہ طرفہ وُزال ئنتھ لڑان والین پھساوہِ۔ چنانچہ یوسف خان تہِ ابراہیم خان آیہ یک ہزاری نواب بناونہِ۔ علم شیر ماگریس تہِ آیہ اَسس کٹا دِنہِ۔ تہِ تم لگو پائے موغلن اَہیا کرنہِ۔ کشیرِ ہندین لیڈرن ہنزہ اَمی یِرہ وِفِناوِہ وِزِہ دوت دوٚیم موغل گورنر سید یوسف خان رضوی کشیرِ۔

رضوی اوس قاسم خان بہِ کھوتہ جادہ حکمرانی ہندی پھند زانان۔ مثلاً کاشرِین امیرن وزیرن یہ ہاوِنہِ خاطرہ زِہ موغل چھِنہ یمن بالکل بے اختیار زانان، رلائے یم موغل فوجس سیتی۔ کاشرِی "موغل نواز" کمانڈر تہِ بیتھ کاشرِی مخالف گالنس منز "بدنامی" گژھنہِ۔ موغل کمانڈر سید بہاؤالدینس سیتی تھوودُن محمد بٹس یہ کام ذِمہِ زِہ پرینزھس منز گژھِ شمس ژک تہِ شمس دھوبی ہنز "بغاوت" دباونہِ یژ۔ یہ "بغاوت" دباوِ تھوودُن محمد بٹس سیتی حاجی میرک یعقوب خانس تہِ ابوالمعالیس مقابلہ کرنہِ خاطرہ۔

یعقوب خان اوس امہِ وِزِہ بییہ کشیرِ وومُت تہِ دچھن پارہ علاقس اندر اوس موغل فوجس تہِ کاشرس فوجس جنگ لوگمُت۔ دہن دوہن تام اَسی واریاہ دُشمن کاشرِ لو پیٹھ پاوی متی۔ اماپوز محمد بٹن اوس دُزال لاگتھ امہِ وقتہ وارِہن کاشرِین سِپہ ہن یہ پروپیگنڈا کورمُت زِہ موغل تراوِن نہِ زانہہ تہِ کشیرِ۔ لہٰذا ییسے وُٹھکِنس موغلن سیتی سُلہِ کرِہ رلِہ سُے یوت بچہِ۔ نتیجہ دُراوی زِہ یعقوب خان گوو سخ پریشان۔ تو تہِ پننہِ کینہہ وفادار ہیتھ رُود لڑان یوتام وُجبارِہ نزدیک کوہ نارستانہ کِس دامنس تکمہِ تس آخری شکس لوگ۔ تہِ تس پیو وجان بچاوِنی خاطرہ کشتوار ژلُن افسوس چھُ یی زِہ امہِ آخری جنگس منزِ مقابلہ اوس تس محمد بٹ، یُس یوسف شاہ ژکن گوڈہ نیک وزیرِ اعظم اوس رُودمُت۔ امہِ افسوس ناک واقعہ پتہِ آسے سید ابوالمعالی شمس ژک تہِ شمس دھوبی منہ ناوہِ۔ امیرن ہنز بیالکھ جماعتھ، یمن منز علی ڈار، لوہر

ژک، اسماعیل وھوبی اُسی، آسے وفاداری ہاوِنہٕ خاطرہ دِلہٕ سوزنہٕ۔ بیاری یِم یِم بار سُورخ انسان تو تہٕ موغلن سیتی رلے نہٕ۔ تِمن سیتی آو وحشت ناک سلوک کرنہٕ۔ یِمن منز سیف خان بیہقی، علی خان دچھن پارہ، ایبہ خان اُسی، یِمن آیہ زِندنی اُچھ کڈنہٕ۔ لوہر ژک آو دارس کھالنہٕ۔ بہرام نیایکین کھیو شرٕ ہیتھ زہر۔ ہو خصر یِہ ہیتھ دوہ ہہ اُسی موغل سپاہ کاٗنسہٕ نتہٕ کاٗنسہٕ کاٗشرس رٔٹتھ زنان تہٕ کتراوان۔ غازی ژکن تہٕ لوہر ژکن نیش آگرہ واتِتھ اکبرس حال وَنِنۍ تہٕ عار اوٗن نہٕ، تِم آسے رخصت ہیتھ ردٕستے کٔشیرِ۔ یِتہٕ آیہ تِمن یوسف خان رضوی سِندِ حُکمہٕ تہٕ محمد بٹ نہٕ ذریعہ اُچھ کڈناوہ۔

کاشرین غازین ہُند یِہ حال بیان کرنہٕ خاطرہ گژھہ اکھ پورہ رِسالہٕ آسُن۔ موخصر پوٗزو صوبے دار صاٗبس نیش تنگ آو تہٕ تمام ووت اکبر بادشاہ کٔشیرِ۔ یِہ اوس ۲۵ رجب ۹۹۶ سنہ ہجری۔ یِتہٕ تھوون پنن موٗل دِنگ پوٗرہ انتظام کٔرِتھ تہٕ گوو واپس۔

امہٕ شاہی دوٗرہ پتہٕ آو یعقوب شاہس سیتی عہد و پیمان کرنہٕ تہٕ چھیکرس گوو یِہ فٲصلہ زِ اُمِس گژھہ وُہ ساس روپیہ جاگیر دِنہٕ ینۍ۔ مگر صوبہ بہارس منز اکیس گژھہ راجہ مان سنگھ برٕ اُچھ روزُن۔ مگر کاشرین پتہٕ سازندر ژٕودی اُمِس بہارس واتنا وِتھ تہٕ واگوٗی کران تہٕ موغلن نِشہٕ ژلان۔ چنانچہ جاگیرداری کرانی آو یِہ قلعہ رہتاسس اندر نظربند تہٕ تھاونہٕ۔ آخرس ترٛاوکھ یلہ۔ ساٗنی اکثر موٗرخ چھہ لیکھان زِ رہٲئی پتہٕ آو یعقوب شاہ بینہٕ کٔشیرِ۔ یِتہٕ اُمِس قاسم خان ناوی اکس (ہٹہ بٹہ) بامِس اتھہ زہر آو دیاونہٕ۔ مگر حال حالی چھہ یِہ کتھ نیاہ زِ یِہ کینژہاہ بہارستانِ شاہی" ناوی تاریخس اندر اُمہ سِندس انجامس متعلق چھہ لیکھنہٕ آمت تی چھہ پوٗز۔ امہٕ تاریخُک مصنف چھنہٕ وُنیکتام اتھہٕ آمت۔ اتھ اندر چھہ یِہ کتھ آمژ زِ یوسف شاہ مرنہٕ پتہٕ نیش یِہ مجاہد رہا آو کرنہٕ، یِہ دزراد پننس جاگیرس کُن یُس بہیرہ گامس اندر اوس۔ اورِ ینہٕ وِزِ گوو یِہ پننس نقلی بامِس (قاسم خانس) رخصت ہیتھ نیمہٕ اُمِس پانہٕ دُتھرس اندر زہر دِیت (غالباً چھہ قاسم خانن جاگیر کھینہٕ خاطرہ یِہ کام کرمژ) بے خبری اندر زہر کھیتھ نیش یعقوب شاہ بہیرہ گامس منز ووت تہٕ تس کوٗر زہرن اثر۔ تہٕ کینژن دوہن بیمار روٗدِتھ گوو یِہ مجاہد ۸ محرم سنہ ۱۰۰۲ہ دُنیہس اندر رحمتِ حق۔ اتہٕ تَلہٕ اُمی سُند تابوت تہٕ واتناوکھ اتہٕ پیٹھ اَٹھ میل دوٗر یوسف شاہنِس مقبرس نِشہٕ بسوک گامس منز۔ یِم دوشوے مقبرہ چھہ گام ہیتھ اذ وُچھارہ۔ نہ چھہ کاشرین تاریخ ناشناس لیڈرن تہٕ نہ محکمہ آثارِ قدیمس ینہٕ دوٗن مقبرن مرمت کرنچ فرصت آمژ۔ انّا للہ وانّا الیہ راجعون!

یوٗسف خانٕنۍ اَخری دورِ ہن کرٕلیوٚو کاشرِ لو گرا حسن بیگ ہاوِتھ تہٕ گرا نائب ناظم (مرزا یادگار) ہاوِتھ
بیٚیہٕ موغلن ہندِ پنجہٕ لِشہٕ کشیر چھٕٹاوِنٕک سنٛز۔ اما یوٗز بے ربط، غیر منظم آسنہٕ سببہٕ چلیوٚکھ
نہٕ کینٛہہ۔ سیتی ییٚلہِ اکبر دوبارہ کشیرِ آو، تٔمۍ لٲگ نوٗک ہارِ پربت قلعہ بناونس کٔن۔ یمہٕ
سیتی عامس آو "روزگار" ہاونہٕ۔ حالانکہ یہِ اوس اکھ چال۔ یتھ زن موغل اقتدارٕ خاطرٕ
اکھ مضبوط قلعہ پیہٕ تعمیر کرنہٕ۔ یتھ نہٕ کاشرۍ ڈُوڈس ہتس وری یس تام تہٕ پھٕرٕٹ ادِتھ ہیٚکن!

یوٗسف خانس پتہٕ آو محمد قلی (یا قلیچ) خان کشیرِ ہند صوبہ دار بناونہٕ۔ یہِ اوس ۹۹۷ سنہ ہجری
ییٚلہِ وۆنہٕ یعقوب شاہ جلاوطنی اندر زِندٕے اوس۔ قلی خانس اوس کشیرِ ماتحت تھاونہٕ خاطرٕ
اکے کارِ ذِمہٕ آمت تھاونہٕ۔ سُہ گو وی زِہ ییٚتہٕ ییٚتہٕ کانہہ کوشش موغل راجس پسند کرِ نہٕ،
تتہٕ تتہٕ گژھہ سُہ بے دردی سان ختم کرُن۔ چنانچہ کشیرِ ہندین ژُہن ونٛی اندن آو گیرو دار
کرنہٕ۔ شمالی طرفہٕ آو کوپوارہ منز حسین ژک تہٕ شمس ژک ملا جمیلہ نہٕ دستہٕ قتل کرناونہٕ۔ جنوبی
طرفہٕ سوٗمبراوی دچھن پارہ علاقکۍ ساری کاشرۍ لیڈر محبت علی ناوی اکی موغل ملازمن
ملازمتک فریب دِتھ مچھہ بون ناگس پیٹھ تہٕ کرِن اتی ساری قتل۔ مشرقی طرفہٕ کرِ یوٚو
حسین خانن تہٕ ایبہ خانن تیٚتہٕ کُس پادشاہس سیتی تہٕ کشیرِ آزاد کرنک منصوبہٕ۔ اما یوٗز
یہِ سکیم تہٕ گیہٕ ناکام۔ یمن دون سیتی آیہٕ ہتہٕ واد کاشرِن بہودرن ہندی کلہٕ شیر کوٹ—
(کھوہامہٕ) انبار کرنہٕ۔ اُکڈون علاقس منز دوہ ژھوو آیما خان ناوی اکھ رسوٗخہ وول کوشر
موغل دِرندن مقابلہ کرنہٕ۔ یہِ تہٕ اوس سندی طرفدار آیہٕ بیروہ علاقہ منزہ ژاری ژاری
کڈِتھ مارنہٕ۔ ژک خاندانک ییٚتہٕ ییٚتہٕ کانٛہہ لسان اوس، سُہ آو صرف ژک گژھم
آسنس پیٹھ ختم کرنہٕ۔ اَتھی تشددس اندر آو یعقوب شاہس ۱۵۹۳ء ہس منز زہر دیاوہ
ناونہٕ۔ اکبرن ییٚلہِ یہِ بوٗز زِ محمد قلی خانن نہٕ تھوٚو کاشرِن لیڈرن وفہٕ کنہ صورت
تہٕ نہٕ رُود تٔمسند اصلی مخالف یعقوب شاہ زِندہ۔ تس آیہٕ لوٗرہ پژھ زِ موغلو ژینہ
کشیر تہٕ سُہ دراو (۱۵۹۸ء) ترٛیمہ پھیرِ کشیرِ "سیر و سیاحت" کرنہٕ تہٕ اکہرہ بہہ ناونہٕ۔ ییٚتہٕ منو ون
عیدگاہس اندر اکھ کنونشن۔ یتھ اندر قریباً شیتن ۸۰ ساسن کاشرِن ییٚلہِ پھیرتھ بھتہٕ تہٕ
ناٹہٕ دِژن۔ سالرن رس بأگران بأگران کوٗرُن اعلان زِہ " دوہ نی کیاہ گیہٕ کشیر پیٚنٛزی
پانٹھو "آزاد" تمہٕ دقتہٕ کیو موغل نواز کاشرِ لو کوٗر "ضرور ضرور"۔ چنانچہ آمی روٚزٕ آو
"جشن آزادی" مناونہٕ خاطرہ ساری سی شہرس، کوہِ مارانس، کوہ سلیمانس تہٕ دریاے جہلمس زوٗل کرتہٕ تہٕ
نعرن گشہ گشہ "آزادی" ہندی نعرہ دِتہٕ!

# اسد پرے بحیثیتِ صوفی شاعر

## (۱) تمہید

کأنسہِ صوفی شاعرہ سُند ذہنی یا رُوحانی مقام کھرہ کرنہٕ خاطرہ گژھہ لیکھن وول یا تہٕ پانہٕ "صاحبِ حال" انسان[۳] آسُن، نتہٕ گژھہ سُہ تس شاعرہ سٕنزِ شخصیتُک تہٕ کلامُک گوڈہٕ ستیٚ پأٹھی مطالعہ کرُن تہٕ اوٚدہ "صاحبِ قال" نقاد بنہٕ نچہ کوشش کرُن۔ اتھ وُلٹہٕ اگر تمۍ پانہٕ نہٕ رُوحانی دُنیا سوٚرمُت اوس، نہٕ شاعرہ سُند سورُے کلام وُچھمُت اوس، نہٕ پرٛیتھ اندہ کم ازکم تسٕنز دُنیوی شخصیت وُیژھہ ناوِزٕ آس، تیٚلہِ اگر نقاد مأنس لُوک کأیل تہٕ آسن ونان، سُہ چھُ کم ازکم اتھ تنقیدس اندر "ناقص" سونزان۔ تہٕ اَن زأنی پأٹھی (یا غلط زأنتھ) صِرف قیاسی زورہ تہٕ تہٕ شاعرس کُن لأگتھ تھاوان، یتھ پُرِس ستیٚ کٲلی واتھ چھُ انسان تہٕ یمہِ موجب تسٕنزہ راہہِ قدمہٕ پتھ قدمہٕ دُچھ ریچھ پیوان لاگنۍ۔

اسد پرے حاجنی چھُ ازبرونہہ ؤری پانژہ تاجی[۴۵] مرہ دوٚیمیس ورُنہس کُن بڑیامُت۔ اما پوز یِی تمن ؤرین اندر آونہٕ اَمۍ سُند سُہ کلام جمع کرنہٕ، یُس سأری سی کٔشیرِ اوٚدگرِہ تھوٚگرِہ گژھت چھکرنہٕ آمُت چھُ۔ یہٕ آس اسد پرِنۍ خوش نصیبی زِہ تسٕندیو أخری رفیقو أندرِہ لوٚب میٚہ اکھ بُڈہ ــــــــ قادر میر اندرہ گام ــــــــ یَس نِشہ میٚہ کم جاپہٕ اَمۍ سُند کلام پوٚز تہٕ یُس میٚہ پننہٕ آیہ بشیرتھ سنبھالتھ دوہہٕ ثمن ۳۲ صفحن اندر چھپوو تہٕ۔ دُنہٕ چھُس بہٕ اَمۍ سُند باقی کلام ژھانڈان (یمہِ وجہہ میأنی ساے تہٕ اوٚدہ ادمی روزِہ!) اما پوز ییٚژھن چھُ شکر زِ اگر تسٕندِ کلامہ منزہ سأنس

ادبس اندر وُنیکتام یلیٖ دہ بہٕ ترٛہ صفحہ جمع گےٚ۔ یمن وُچھت ترٛہینکو اُسی دارہٕ ہیس حدس تام یہ زانتھ زِہ سانہٕ صوٗفی شاعری اندر کوٗہ مقام چھُ اسد پرٛیس باگہٕ آمُت۔ چنانچہ یہ مقالہ چھُس بُہ صرف اُمتی کلامس برٛونٛہہ کنہٕ رٔٹتھ لیکھان۔ (اسد پرٛنہٕ زندگی ہندی حالات چھِ میٚہ دارہین پراٛنین نشرِ بُوزِتھ یتھ مقالس اندر اُنی متی)

## (۲) سوانح

اسد پرٛے اوس وُنہٕ نابالغ، یِیٚلہٕ اُمس مول رحمتِ حق گو۔ ماجہ کوٗرُس ووٗیُم نیتھ شہرہ (ملک صاب محلس اندر) ماجہ تُل یہ معصوٗم پانس سیتی تہ یتھہٕ کنہٕ گُزرود اُمی شہرس منز پننی لوکہ چار (تورے چھِ سہ شہرہ آیہ کلامہ اوسمُت کران) لوکہ چارہٕ پیٹھے لوٗگ سہ درویشی کُن۔ دپان اتھ وقتس اندر اوس اکھ سیٹھاہ باکمال مہدہ صاب ٹاکین درویشاہ، یمیٚ اُمس روٗحانی تربیت کرٚ۔ اُمی سُند روٗحانی سلسلہ چھُ یتھہٕ آیہ اوسمُت :-

ستی صاب کھنڈہ واو (نوٗر باغ سری نگر)




مہدہ صاب چھُ اوسمُت قادری سِلسِلُک سالِک۔ بالغ گژھت چھُ اسد پرٛے اتھ دورس یاد پاوان، پانس کُن وَنان سہ

وسکلےٚ اوسُمس تہٕ چیوس پانس — سیتی سیتی اوسُم پیر رہبر
قادر محی الدیٖن اوسُم دایس — وُچھی میٚہ تتھ سایس تل کم کم

ترٛہ نیرن تس دِلس اشارہ کران سہ

سُلطان سکندر لوٗگ یِیٚلہٕ پایس — ظُلماتِ اکبر لعلن ژاو
وُونتہٕ ہیٚنہٕ آبِ حیاتس دایس — وُچھی میٚہ تتھ سایس تل کم کم

اگرچہ ڈُنیکتام پچھِ اُمہ سِندِہ زِنیک صحیح تاریخ اتھِ آمٕت، امابوٚز زبانی رِوایژن
چھانٔتھ چھُ قیاس یِی نٕہ یہِ اوس سنہ ۱۸۶۰ء پیٹھٕ سنہ ۱۸۶۲ءہس تام کُنہِ وقتہٕ ژامٕت۔
کشیرِ ہندس تاریخس اندر اوس یہِ مہاراجہ رنبیر سنگھُن عہد، یتھ اندر سائنس علاقس ڈلاگ
بٹلو تہٕ سیلاب تہٕ وزیر پُنیٚن ظلمُ المختصر سارِے بلایہٕ اکھ اکِس پتہٕ وبرے مژٕ آسہ۔
تشدد تہٕ لُوٹ اوس یہِ حد زِہ لُکہ گرہ تراوِتھ ژلان تہٕ کانہہ زمین داراہ اوسس تہٕ
پٔتُن زمین دارِس پیٹھ تہٕ تیار سپدان تہٕ تُوسے اوس ڈوگرہ حکومتن زمین آباد کرناوِنہٕ
بابت تہٕ اکھ خاص فوج ـــ "پلٹنِ لنظامت" بنوومٕت۔ یمکہ سپاہ اوسی سُونشہ بقولِ فردوسیٔ
کشمیر دہاب سہ

لوٚرِ زورہ دوہ ناوان وایہ ناوان اُسی دانٔد
اوس سہلابس ماٗوی سۄن دوگُن تہٕ کھور تہٕ شانٔد
اوس وُریس کہ وتھ دِین پشہ آسان لوتہٕ وُنی
کٹھ کو کرژادر تہٕ ذٔہ وُذٔ نقد رشوہ گیو تہٕ تھنز
ناو آبادی مگر تم اُسی ویرانی کران
حیلہٕ کری کری اُسی ییران لُوٹ تہٕ غارت کران
اوس خلقن حصہٕ ژُل تہٕ لیہ، الہٕ بیٚنہٕ اکھ ہنٔد
رنیتہٕ کاٗسس اوس تحویل دار حاکم اندہ وند
تمہٕ وقتکو ظلمُ کاُتیاہ آسہ بہٕ اندر شمار
لوٗٹ حاکم اُسی کیتھہ کیاہ اوس ٹکس گنڈ کار

اسہ پرِ آو نہٕ یہِ گٔژ کام چھاونہٕ حاصن۔ نہ تُہندِس پنہٕ مالی وراثت یاد تہٕ نہٕ (بیگارہ
ہیبتہٕ پنہو) اُشناو تُشناو۔ مگر شہرس اندر بالغ سپدِتھ تمِکس نہٕ اتہٕ دِل۔ چناں چہ
بالغ گژھانی آو سنگستان گامس اندر، یتہٕ تشند وفاوان مُرید رمضان بٹ بسان
اوس۔ اُتی کوٗرُن ناگم گانگ نیتھرِ تہٕ اَتی رُود سُہ شتن وُرین بسان۔ پھاکرس گرہ و
عیال ہیبتھ سو لز (گاندربل) یتہٕ آخری وقتس تام بسان رود۔ تہٕ اتی چھُ سہ آسوٗن

پورٕ مجلس منز آسودٕ تہٕ۔

دٕمرٕ منز ژٲژِن جاین ڈیرٕ بدلاوِتھ اوس نٕ اَمِس کانٛہہ مُستقل پیشہٕ۔ شُرۍ رُود سارِی دٕمرٕ ژوپٕ شوٗی سوٗی کم جادٕ زیٚنان تہٕ گرٕ چلاوان۔ ظاہر چھُ زِ اتھ کمایہ پیٚٹھ اوس تٔس مُشکلسان گزارٕ سپدان۔ مگر پنٕنِ معاشی بدحٲلی ہنز چھُنہٕ سُہ زانہہ تہٕ گلہٕ کران۔ سخنتیہٕ ژالان تہٕ رُود سُہ لاأبال پٲٹھۍ پننہِ نٔسی عالمس اندر بسان۔ یٔمِتۍ تٔس یہِ پورٕ احساس اوس زِ اگر پننِس مُلکس اندر کُنہِ جایہِ دولتِ دُنیاہ ژھانڈِم تہٕ، اما پوز مۍ گیہِ نٕ سارِی دٕمرِ چھُنبٕ۔ بلکہ یِم سہٕ رُوحانی دولت، یمکِ قدر دان بروٕٹھہٕ کُن وۅپِدن۔ چنانچہ اُمی سُند پورٕ باتھس

زِندٕ پان دِکن تہٕ ڈولن سِتۍ مرِتھ زُتۍ ہو دِپہ نے

چھُ اَمی احساسُک یادگار۔

## (۴) پسِ منظر

یہِ کتھ چھےٚ سانِس ادبس اندر یاد تھاونٕ لایق زِ سانیو صوٗفی شاعرو منزٕ چھِ جادٕ کموتہٕ جادٕ کالہٕ شاعر، یِمن اَسی صاحبِ طرز شاعر ہیکو دٕنِتھ۔ وارِیاہ چھِ یِم بُزرگ تہٕ یِم دٕمرٕ کِنہٕ بالغ گژھت تہٕ رُود مُریدی سِلسلٕ منزی یکان تہٕ بڑے یہٕ— (مثلاً ملہ خالق پہلان بیترٕ) یا یِمن ہنز زِندگانی وفاکوز تہٕ اڈٕ پچھٹی گیہِ رحمتِ حق— (مثلاً رمضان بٹ گلستان بیترٕ) صاحبِ طرز شاعرن اندر روزٕ کینٛہہ رِوایژ پیرٕ پتھ پیرِ چلہ ونہِ، یِمن اندر وارِیہن جاین وارِیاہ غلط فہمیہ چھےٚ پاداہ گژھان۔ مثلاً اگر اَسی یوہے یرت مسلہٕ نمہٕ زِ کاشرِ ین صوٗفی شاعرن پیٚٹھ کوتاہ چھُ مقامی رِوایژن ہُند اثر پیوٚمت تہٕ کوتاہ چھُ یِمن تجربہٕ اوسمُت، اسہِ گژھن دہن کالہٕ وَتھ۔ اکھ محقق دَنہِ زِ کاشرِ صوفی شاعری اندر چھِ ہِندو فلسفکۍ آثار لبنہٕ یوان۔ بیاکھ وَنہِ زِ اتھ پیٚٹھ چھُ ایرانی تصوفُک اثر جادٕ سوٗن تہٕ دوٗر۔ اَکس اگر کاشرِ صوفی شاعری اندر اثر میان ورشکۍ پرتوین نظرِ تہٕ بیاکھ وَنہِ رِشی سِلسلکِ اثرٕ چھُ سانہِ صوفی شاعری پیٚٹھ بودھ رہبانیتکۍ تِژ نشانہٕ موجوٗد۔ یُتھے یرت نہٕ تصوفکین منزلن، مقامن بلکہٕ وظیفن

سُنتھ تہٕ وَنَن کینہہ مُحقّق زِ اسلام ینہٕ برونہہ اُسی یِم مقام کانٛسہٕ رٕ سادھو سُرہ کرِمٕتۍ۔
مگر یِہ ساریٛ مشابہت کھرہ کرنہٕ پتہٕ چھُ اکھ سوال روزان زِ کیاہ کانہہ رُوحانی
حال چھا نقل کرنہٕ سِتۍ حاصل گژھان، کِنہٕ عملاً ورتاونہٕ سِتۍ؟ اگر یِہ عالَم "عالمِ حال"
چھُ، تیٛلہِ پزہِ اَسہِ یِہ تہٕ مانُن زِ یِتھہٕ کنۍ عام شاعری اندر "توارُد" (کلامُک ہشر یا
خیالُک ہشر) اکھ مانٛز حقیقت چھَ، یِتھے کنہِ چھُ رُوحانی ترقی پذیری ہُند ہشر تہٕ
اکھ سرہ کھرہ گوٚمُت تجربہ۔ یتھ اندر اکھ اَکِس نِشہ کنہِ حالہٕ کِہ نقل کرنُک یا کنہِ خیالہٕ کِہ
وو زُم تلنُک سوالی چھُنہٕ پادٕ گژھان۔ خاص کر یمہٕ وجہ زِ کانٛسہٕ رٕ صاحبِ طرز صوفی
شاعرو اَندرہ چھُنہٕ پرانندس (بیٛٹیہٕ شاید لل دیدِ) ورأۍ اکھ تہٕ سُہ شاعر یُس سنسکرت
زبأنۍ ہُند ابجد خوان تہٕ اوسُمت چھُ۔ ادا اَتھ زبأنۍ اندر لیکھنہٕ آمتہٕ ویدانتُک عالَم!
بلکہ چھَ یِہ حأرانی ہنز کتھ زِ یمو شاعرو منزہ تہٕ چھِ اکثر محض اَن پڑہ اُسی مٕتۍ۔ یمو
اِسلأمی تصوّف تہٕ درساً ہیوٚچھمُت اوسنہٕ۔ لہٰذا کتھ کنہٕ ییہِ یِہ کتھ مانٕنہٕ زِ اگر زبأنۍ
ہُندہِ یا خیالہٕ کہِ اَندرہ سأنِس کانٛسہٕ صوفی شاعرہ سندِس کلامس لل دیدِ ہندہِ وقتہٕ
برونہہ کنہِ عقیدس سِتۍ ہنگہ منگہ ہشر گوو، تہٕ اُمس شاعرس کیاہ چھُ اُمی پرأنۍ
عقیدن اثر تروٚمُت؟ مثالے اگر اُسہِ اَن پڑہ اَسِد پرییٚس کلامس اندر جبسِ نفس،
ارتکازِ نفس یا ضبطِ نفس موضوعن پیٹھ واریاہ باتھ لبَو، تہٕ سِتۍ یِمن مقابلہ ویدانتس
اندر پرے نیام "پریے تیار" تہٕ "یِم تہٕ اَکھ" "دُھو"، امہِ سِتۍ گوو نہٕ یہ ثابت زِ اَسِد
پرییٚس اوس ویدانتُک علم تہٕ پتہٕ روٚٹُن امہِ کے اثر تہٕ۔ تہٕ کیازِ رُوحانی عالمس سران
سران اگر پرانہٕ عہدہ پیٹھہ کینہہ معیّن طریقہ کھرہ کرنہٕ آمتہٕ چھِ، یِم وارہہن مُلکن اندر پننے
آیہ تہٕ ایہ ورتاونہٕ آے یا یِمن پیٹھ الگ الگ تہذیبو اثر تراوِتھ بُنیادی نوعیّت تام
بدلوو۔ یِمن طریقن ہندہِ نا وہ ہشرہ سِتۍ ییہِ نہٕ یِہنز رُوحانی کیفیت ہشی مانٕنہٕ۔ تہٕ
کیازِ پریتھ کانٛسہِ صوفی شاعرس چھُ پنُن پنُن تجربہ تہٕ پننہِ فن کاری ہُند سلیقہ آسان۔
یِم دونوَے چیز نہٕ چھُ نسلہٕ یتھ نسلہِ حاصل گژھان تہٕ نہٕ چھِ عمرانی تہٕ نفسیاتی اصولو
موجُب دون صوفی شاعرن ہُند شعور سراسر اکی ڈنجہ پکہٕ ناوان۔ خواہ تِم کیازِ آسن

تہٕ ہم عصر تہٕ اکی سِلسلکۍ سالِک تہٕ۔

پتھ گیہٕ یہِ کتھ زِ اِنسانہٕ سٕنٛدِس اجتماعی لاشعورس اندر چھےٚ کینٛہہ تہٕ ایہ ضرور ییم ذہنی وراثتس اندر یِوان چھےٚ۔ تہٕ ییلہٕ ما آسن زمانہ پتھ زمانہ نٔوۍ نٔوۍ اسلوب وٹان؟ اتھ نفسیاتی قاعدس سٕتۍ چھُ پتہٕ تجزیہٕ نفسیات علِمُک اکھ مۆلُت اصول زِ شعوری عالمس اندر چھُ اجتماعی لاشعورہ چن ترایہٕ ہُند اکثر اوقات تیٚتھ روخ بدلان زِ اِنسانہٕ سٕنٛز شخصیت چھِہ اکِہ عالمہٕ نیرِتھ سراسر بیٚیس تتھ عالمس منٛز شٔرۍپتھ گژھان۔ یتھ کُن نہٕ پُشتنی ترایہٕ ہُند کانٛہہ ہِشر تہٕ چھُ آسان۔ مثلاً بومر سادھ چھُ اجتماعی لاشعورٕ کہِ خیراتہٕ ساُدھ "رُوزِتھ تہٕ "بام دین" بنان۔ یمٕہٕ سٕنٛدِس شعورس مُنٛز انقلاب یِوان چھُ، یتھ پرانِس عالمس سٕتۍ نہٕ عقیدس واٹھ چھُ روزان تہٕ نہٕ عملہٕ۔ شرط چھُ یہِ زِ شعورس اندر انقلاب آنہٕ خاطرہ گژھہ حضرت شیخ نوُرالدین رحمتہ اللہ علیہ ہیُو صاحبِ حال تہٕ صاحبِ نظر رہبر نصیبہٕ آسُن۔ اتھ وُلٹہٕ اگر کانٛہہ چالاک "فن کار" تصوفس سرٕ نہٕ وراُیی صِرف نقل کرِہ تہٕ ورتاوُن ہیٚیہٕ، سُہ ہیٚکہِ جادہ کھوتہٕ جادہ گُلی فقیر بٔنِتھ نہٕ زِ صوُفی شاعر!

اسد پریرِس کلامس سُنِتھ تہٕ تسٕنٛزِ زندگی ہٕندۍ حالات چشمِ دید شاہدن نِشہ بُوزِتھ چھِہ یہِ کتھ ناکارہ پانٛٹھۍ ننان زِ سُہ اوس "صاحبِ حال" "بزرگ تہٕ صاحبِ نظر" شاعر۔ سُہ اوس تی تی ونان، یہِ تمۍ عملاً سوزمُت اوس ؎

| | |
|---|---|
| نِشہ آسدِس فقیر کتھ دِنایے | تُبیس کیٛہ خُدایی آسیے |
| گو دیارس یار واُرِمِل یے | بوزِ کانٛژھاہ معنہٕ کانٛہہ لیے |

## (۴) امتیازی چیز

اجتماعی لاشعورچن ترایہٕ ژاُر کرہٕ وِزہ ونو آسہ اسد پرے چھُ کاشرٕ پُرٕ آنہٕ صوُفی شاعری ہُند یتھ حدس تام واُرِث زِ سُہ رُود "باطن پسند" (Introvert) نہٕ زِ ظاہر پسند (Extrovert)۔ اما پوز تسٕنٛدِس شعورس تہٕ ذاتی لاشعورس سُنِتھ چھُ اسہِ گوڈٕ یہِ وُچھُن زِ تمۍ کیاہ چھُ (الف) شاعری منٛز پانہٕ سُوزمُت۔

ترٛدب)، سہ کتھ اندس تام چھےٚ صوٗفیانہٕ مسلکس دوٚمت :-

(الف) زیرِ نظر کلامس نظر ترآوِتھ چھ اَسی وُچھان زِ ہتھ اندر چھ کینہہ چیز، یِم سائنس ادبی تأریخس اندر "نایاب" ین مانِنہٕ مثلاً :-

(۱) طرزِ بیان : اگرچہ پیٹھی پیٹھی وُچھن واَلِس یہ ییہِ عام صوٗفی شاعرن ہُنٛزٕ آیہِ گرایہِ لبنہٕ، اما پوٚز اُمِ چھ کینہہ فنی تجربہ شاید گوڈٕ نِکہ پھِرہ سانہِ شاعری منز کرنہٕ آمِتؠ۔ مثلاً ہِندی نٔوی قسم —— مُکرّر یا مستزاد طرزہ چہ پیٛدہ —— یِم تِمہِ زمانہٕ چہ نظمِ معرّا ین مانِنہٕ۔

(۲) موضوع : اکثر جاین چھےٚ باتن اندر شاعری کھوتہٕ جادہ موضوعس پیٹھ زور دینہٕ آمُت ییہِ موجب کلامس اندر چھےٚ حدہِ کھوتہٕ جادہ سنجیدگی آمٕژ۔ امی خاصیتہٕ موجب اگرچہ عامس اندر یہ کلام عام سپُد نہٕ، اما پوٚز صوٗفیانہٕ مجلسن اندر رُود یہ کلام —— بالخصوص کرازس منز —— پیاپیٛ چلان۔ صوٗفیانہٕ ذوقہٕ واَلی چھ پرٛیتھ کُنہِ زمانس اندر اوٚنگجن پیٹھ گنزراوِنی یِتی رُودی متۍ۔ توٚے چھےٚنہٕ دکینٛژرٕ (باقٕ سوا) اتھ کلامس اورہ یور پھِرہ ناون واَلی نہٕ بچہِ تعمن اندر نظرہ گژھان نہ بِتہٕ تقریبن اندر ین عوامی ذوق تہٕ نژراوتھ نیایہی فکرِ چھےٚ۔

(۳) فن کاری : اتھ اندر چھ صوفیانہٕ اصطلاحاتن ہُنٛز سہ کثرت، یوسہٕ بیک وقت صِفت تہٕ تہٕ عاب تہٕ ییہِ مانِنہٕ۔ صِفت ونوس امہِ موجب زِ موضوع چھےٚ ییمیٛ اصطلاحات ونژھان۔ عاب امہِ موجب زِ سنجیدہ موضوعس کُن جادہ توجہ ہتھ دِنہٕ وجہ چھےٚ وارِہین جاین شارن منز "انبساطی کیفیت" راوان۔

(۴) تخییل : سانین صوفی شاعرن اندر چھےٚنہٕ کانہہ تِتھ شاعر، یُس سندِس کلامس اندر کینہہ سنٛے تہٕ تہٕ گوڈٕ نِکس دورس اندر مجازی رنگ آسہِ نہٕ۔ مگر اَسہِ چھےٚ ینٛہ زیرِ نظر کلامہٕ چھےٚ اوان زِ اتھ نہٕ چھےٚ مجازی رنگ تہٕ نہٕ غزل گوئی ہِندی تِم خواص، یِمن اندر عام حُسن ونژھناونہٕ یِوان چھےٚ۔ بلکہ کُنہِ جایہِ اگر عشقیہ اصطلاحات تہٕ آمتۍ چھےٚ، تِم چھےٚنہٕ کانٛہہ انسانی صورتہٕ معشوقس کُن بلکہ سیۄدٕ سے دِلس

یادِ لرِ چھ کتھٕ کیفیژ کنؠ ورتاونہٕ آمتہِ ۔ ( ملاحظہ کرِو سہ عاشق گیٛہُستھ مُتہٕ ییے ۔ لُتیے!)

(۵) مجموعی تأثر ۔ چھُ یہ نیران زِ اُمہ بنزِ شاعری ہُنٛد ستی چھُ عقلہِ کھوتہ جاپہٕ وِجدانس، دِماغہٕ کھوتہ جاپہٕ دِلس تسکین (تشہلتھ) یوان ۔

(ب) اُمہ سندِس سلوکس نشانہ دِہی کرنہٕ وِزِہ ہین اسہٕ وٕنیٚو ڈوٚٹھی پاٹھوٚسٹ حِصہ کرِتھ (۱) مرکزی خیال (۲) ارتقائے ذہن (۳) شرعی بُنیاد (۴) مدارجِ سلوک (۵) صِفاتی رنگ (۶) انکشافِ ذات (۷) عالمِ اکبر

## (۱) مرکزی خیال

زیرِ نظر کلامس ستھنتھ چھُ لبنہٕ یوان زِ اسدپرے چھُ پننہِ سلوکُک انتہا "لت" ہیٚنٛڈٕ تلِتھ پننِس آخری دورس تام واتنا وان ؎

تتہِ رُوحن میانٛی پوٚژ یہِ قالُوا بلیٰ  ییٚتہ تی زن میہٕ بوٗز آدی اَنْتَ الْعَادِیْ

در ازل مأجنکی اسدہٕ ونی متہٕ غزل  پرٚیہٕ نہٕ سوکورِہ اُستادی اَنْتَ الْعَادِیْ

"آدی" لفظس اندر چھُ زمانہٕ تیوٗت ژومراونہٕ آمُت، زن تہٕ اسدپریَن دُنی چھُ رُوحن ہُندسہٕ کاروان نیرِان وُچھمُت یُس صِفاتی رنگ رٹان رٹان عالمِ ظہورٕ بنیاد ؎

ہمس شوٗلس موٗلس ژاود  رنگہٕ رنگہٕ ظہور صفاتس دراود ہا

اٹھ دہَن ساسن عالمن چھُ یاد  وعلیکم السلام فرض توٚرہ آود ہا

ہمس، شوٗلس تہٕ موٗلس اندر چھُ عالمِ حیوانات، نباتات بلکہ عالمِ انسان یوان اسدپرینِ کنہٕ چھُ امہٕ تمام صفاتی ظہورُک چلاون ڈول اِرادہٕ الٰہی ییٚمیُک دوٚیُم ناو قدرت چھُ ؎

تخمس تاثیر قدرتُک ژاود  تہٕ گژھِت حجابٕک لسا ود ہا

عیسیٰ، خضر، الیاس دوٚیہ یاد  وعلیکم السلام فرض توٚرہ آود ہا

امہِ قدرتی نِظامُک گوڈہ نیک شاہکار چھُ آدم یُس مسجودِ ملایک بنیاد۔ اتھ نِظامس کُنھ کڈن وول یا اتھ اندر خلل ترٛاون وول چھُ شیطان یُس محض پننہِ خود سری سببہ یا پنن پان مُشراونہ دجہہ چھا کرس لعنتی بنیادس۔

امر آو حضرتِ ابلیسس آدمس کُن نژہ ترٖ نم تامے
تس گوو گمانہٕ برچھس نارہ پیٹھ آدم میٹرِ لوٗدُ نم
پیشوایے ملکوت وعظ اوسے پران تامت طوق وچھنم تلے
ذُونِ ملکو تس طوق ہو چھُ وسان تو بس منز بھاوی نم
نژان نژان ناگی گوس پانس شرمندہ سہ گوت کوٗرنم تامے
نارس سوٗر گوو تمہِ نِشہ دوٗر ییہو ییہ کی دم دِتسنم

مگر لعنتی بنیتھ تہٕ رُود نہٕ شیطان بیکار، بلکہ کھوٗن انسانہ سِندس نفسِ امارس اندر پانس کرِ مستقل جائے رٹتھ۔ توے یُس بنی آدم نفسِ امارس شکس دِیہ تہٕ شیطانی ازمایشو نِشہ بے داغ نیرِ تھ "نفسِ لوامس" تام ذہنی یا رُوحانی سفر کرِ تس چھ پوان "چلہ" کڈنی۔

آدمس منز ابلیس ژ ایاو تمہِ شاییے ارمان کھیتھ دراو
ییتھ گوو پیہ منز میٖہ کڈم چلہ[1] پے گو یارس یار واصل یے

[1] چلہ

اتھ رُوحانی چلہ کشی اندر رودِ ہ بِسے سالک کامیاب یُس ازلک سہ وعدہ ژیتس بھاوِ یُس اُمہِ سِندہِ رُوحن خالقِ کائناتس برونہہ کنہِ کوٗرمُت چھُ۔ ذُومین لفظن منز چھ پرکام یا بی تسلی ممکن ییلہِ انسانی رُوحک محرک "لا الٰہ الا اللّٰہ" روزِ یُس اسہ پیٖمِنہ شاعری ہُنٛز محور تہٕ تیسندہِ تصوفک بنیادی وظیفہ چھُ سہ۔

(۱) لا ہیتھ لامکان لار کعبس تہٕ عرشس لولا بر تو
اِلّا اللّٰہ ان وصول ژٖلی مر مر تو پرتو چھی صفات صفات

(۲) لامکان گژھتی کیاہ بہٕ اُنزراوو ذرّہ ذرات کائنات ہاتی دراوو ہا

کوڑ استدپرین تھتھ ورتا دو وعلیکم السلام فرض تورہ آ دو

اتھ عقیدس پیٹھ عمل کرنک نتیجہ نیرِ یہِ زِ انسان سپدہ ابدی زندگی زینہ نس منشر کام یاب۔ یہِ ازلی وعدہ وِزِ انسانن سپدِ پاُدہ کرنک منشا اوس سہ

لا تہ الا اللہ گژھ منز پرُنُے اِدہ زانکھ با زِندہ مرہ نَے

پوُر زِنُوہ ہُند گژھ منزل ییے گوٗ یارس یار واصل ییے

[" واصلِ یار" سپدنس کرو بروٗنہہ کُن وارہ وضاحت ]

استدپرین دوپ چھُ زِ تس گوٗ یہِ بُروحانی منزل حاصل ییٚلہِ تمہِ گوڈہ قادری سلسلہ ترِ تربیت لبٚ تہ تمہِ پتہ چشتی سلسلچ وتھ رٹ سہ

تعریف کٔہنز تُو دُنی استدپرین اِرشاد تہندی آیے

خدمتِ خواجہ دوپ تم چھی کرن رُڈی ہتہ چمک پایے

چشتی سِلسلس پیٹھ ڈاڈ کرتھ تووٗتس فکرہ زِ سہ

مِنْ حَبْلِ الْوَرِیْد نکھہ آسِتھ ہا نیرِ اَلْاٰن کَمَا کَانَ

دیدنِ جانِ جہان آسِتھ مُرتھ رُستےٗ ہو دپنے

تہ امیہِ انکشافہٕ سیتہٕ آو تس ازلی وعدک ابدی مقصد یہِ لبنہٕ زِ سہ

لا نفی ساروے فانی دزاو اِلَّا اللّٰہ اِثباتہٕ وصول آو

لا تہ اِلَّا اللّٰہ کُل دفتر سلسلہ چشتی چھُم رہبر

## (۲) ارتقائے ذہن

اتھ منزلس تام واتنہٕ بروٗنہہ چھُ اَمہِ سُنزہ صوفی شاعری اندر اکھ سلسلہ وار ارتقاء ، ییمکہ نِشانہ قدمہٕ پتہ قدمہٕ دِنیمی چھِ یوان۔ بلکہ کینہہ "باتہ" (گیت) چھِ ییرہ بون اُمکی موضوعس پیٹھ۔ مثلاً تم زِ باتہ یمن ہِندی مطلع چھِ سہ بہ رسہٕ رسےٗ کوٗرنس تیار ـــــ تہٕ سہ وُچھ مینہ تھہ سایس تل کم کم

اَمی سندِس رُوحٲنی ارتقاہس ذِہنی تجزیہ کرنہٕ وِزِ چھہ اَسی وُچھان زِ اَمی سُند شعور چھُ وار پٲٹھی حدس تام بے ربطی نِشہ تہٕ دوٚد تل بُجر نِشہ بچاوان۔ چنانچہ گوڈٕ دورس اَندری چھُ اَمِس احساس زِ رُوحانی عالمس اندر سفر کرنہٕ خاطرٕ چھہ سالِکس تہٕ عوامس ہِنز ترشی ضرورت پیٚوان اَکِس عام اِنسانس چھہ سے

تور چھُ رحمت منہٕ منز تھاوُن ؎ دِل تمہٕ سیتی چھلہ ناوُن
صفا سیدِتھ وفا کرِتن ؎ گفا موزان جسِ تہٕ لولو

تہٕ کیازِ عوامسو روٗس سالِک چھُ یا تہٕ مجذوب بنان نتہٕ مجنوٗن۔ باحواس سالِکس چھہ عقل ڈیٚنجہ روزان تہٕ سہ چھُ ذِکرِ تہٕ فِکرِ ہِندی مَنزل کھرہ کرِتھ ہیکان سے

فِکرِ ہُندِ زورہ ذِکر سوٚنبرتو ؎ عقلہٕ سیتی واتکھ دربار

یا

سیتی ہیتھ فِکرے ژھانڈان ذِکرے ؎ عاقل ولی صحبتیے، لُتیے

اما پوٚز عقل چھُنہ سالکانہ شعورُک آخری مَنزل۔ یتھ پٲٹھ امام جعفر صادق رضی اللہ عنہٗ ہِندِ پٲٹھہ علامہ اقبالسؒ تام سارِنی تصوّف زانن والین ہُند اتفاق چھُ۔ یتھ عقلہٕ علامہ مرحوم "چراغ راہ" وَنان چھہ، تتھ متعلق چھُ حضرتِ امامؓ فرماوان سے عقل (گاٹہٕ جار یا زیرکی) چھہ اکھ آلہ یُس "عبوُدیت" قایم کرنہٕ خاطرٕ چھُ دِنہٕ آمُت نہ زِ "ربوُبیت" زانہٕ خاطرٕ۔ یُس کانٛہہ اَتھ آلس ربوُبیّت زانہٕ خاطرٕ ورتاوِ، تس چھہ اَکِتھی کینٛہہ عبوُدیت راوان تہٕ میٚلتھی کینٛہہ نہ ربوُبیّت اَتھے یوان۔"

عقلِ پتھ شعوری منزل چھُ شاعرن نِشہ عشق تہٕ سالکن نِشہ وجدان سے

یم لولہٕکے دروازہ ژلے۔ تم ناپیرِتھ ڈرامے۔ توٚرہ ناپیرِتھ ڈرامے
پژھ ہنزِ لنٛزِ پژھ بران کھٲریا سے سیدِتھ بنیاوار۔ سیدِت بنیاوار

اَتھ منزلس پیٹھ چھُ ظاہِر تہٕ باطن تیتھہٕ کنہٕ شعورس اندر رَلہٕ مِلہٕ لبنہٕ یوان زِ محض

عاقلس چھُنہٕ یہٕ کیفیت دِماغس وُنِنہٕ اَمی۔ بلکہ چھہ تس پننہٕ گاہے جاره چپر تُرکره سالِک نادان پوان لبنہٕ۔

ظاہرس منز باگ باطن تیتھے ییتھ دوٗره منزه چھہ تھنگ نیران
بیقلن نِشہ عاقل ڈُلمتے مُرتھ رُتے ہو دِ یپہ سے

حالانکہ سالکہ سُند وجدانی شعور چھہ عقلہٕ پیٹھے وُزیومت آسان۔ توے چھہ اَتھ درجس پیٹھ واتتھ تہٕ اسہ پرسے سالکس " عاقل " مانان۔ اگر سالکہ سُنز "عبودیت" صرف گاہ جاری ماتحت رُوز، تیلہٕ چھہ عام پاٹھو سالک وحدت الوجود نظریس اَندی اَندی تران۔ توے چھہ ساہو صوفی شاعرو اَندرٕه کانہہ اکھاه، ییمہ تہٕ "ہمہ اَوست" نظریس پیٹھ کینہہ نتہٕ کینہہ اظہارِ خیال کوٗرمت آسہ۔ مثلاً۔ گوڈٕ دوره منزی نیران نیران

(۱) چھہ یہٕ منز تُستھ چھی دُریاو ناو دورآب تہٕ آب در ناو (سوچھ کرال)
(۲) چھہ سیتھ جُبین پھوک دِیت چھاپس پھوکہ سیتی بیلہ ہیوُل آبس سیتھ
موٗد کیاه رُود کیاه باقی چھاپس زِندہ چھُک زِندہ کتھ آبس سیتھ
(محمود گامی)
(۳) ماہین در ماہین پانے چھے دُمہ رُمے بالہ چم تموٗ سُند فراق (رحیم صاب)
(۴) کلمہ سره کرتن۔ حلمہ سینہ برتن۔ دُو تن یک تن سین تامے
زُوره لا گُزهت لامکان
منز نِشہ تن ناو۔ شک تہٕ نفی تراو عین دُریاو تہٕ یی بن تامے
تتھو پیو ناو یکسان (احد زرگر)

تہٕ ہندی پاٹھو چھہ اسہ پرسِ تہٕ کینژن کالس امی دوره منز یہ نیرن پیومت، ییلہٕ اُمو وُنمت چھہ سے

ویدن منز باگ میہ پیاوسے وہایتھ گُرہ تھی زِ گتھا چھی

یُہ چھہ بُذی پردٕ ژٕنڈھ ترسے رٹھ با    چھِس ژٕ و پاژی وٚڈیشان تمی سُند گاہ

وچھہ کمے درشن وِہہ ورِہہ ہیچی    اَندرٕ منز گژھہ کاسنہ وَدی

"شوہم سو" کمے پژ اگا شاہ    چھِس ژٕ و پاژی وٚڈیشان تمی سُند گاہ

ییتھ اندر وحدت الوجوُد نظریہ مانن دٲلی تیتھے ثبوت لبن، ییتھ اُپنشدن ہُند سہ طالبِ علم تہٕ لبہِ، ییمی یہ کتھ پرمژ آسہ۔ "لہٰذا وسٔہ" یہ کینژھاہ چھہ۔ "سہٕ، چھس بہٕ، تہٕ یہ کینژھاہ، بہٕ چھس، تہٕ چھہ "سہٕ"۔ (ترٚیہ ۱۱-۲-۴۶) حالانکہ یہ مقام ـــــ مقامِ استغراق ـــــ چھِنہٕ سلوکٕک انٛد۔ بلکہ چھہ اکثر عارفو امہِ تھوٚد معرفتکو "مقام" سرٕ کٔری مٕتی۔ یِمَو تمو بیٚیہ پننہِ "انفرادیت" "لُب" تہٕ "معرفتِ نفس" حاصل کوٚر۔ یِژہ مَن چھہٕ پوٚنز زٕ امہِ منزلہِ منزٕ چھہٕ پژ ہتھ کانٛسہ تیژن پیوٚمت۔ ییمہِ موجب سانٛین صوٗفی شاعرن چھہٕ وَنن پیوٚمت سہ

پانس لگیتھ رووُکھ میہٕ ژٕ    میہٕ ژٕ ژھانڈان لوسُم دوہ

پانس منز ییلہ ڈیوٹھُکھ میہٕ ژٕ    میہٕ ژٕ پانس دِتیم ژھوہ

(للہ دید)

یا

دِمیانس میہٕ ژٕ تہٕ پانٕے بہٕ ژٕ    اُتھی گیانس ژٕ میہٕ تمسکار

(روپ بھوانی)

یا

بہٕ دٔین ہا ابسا ہیہ تراو    عدم تہٕ قلام تہہندُسے ناد

آو کہتامت تہٕ دزاو صداہ    تس کتہِ رُودُسے کیہہ تہٕ کیاہ

مگر یہ چھہ غلط طریقہ تنقید زِ اگر کانٛسہ صوٗفی شاعرہ سندِس گوناگوں یا ابتدائی کلامس اندر اکہِ خاص نظریکو کینہہ شار نظرٕ گژھن تہٕ تمہِ پتھ بیٖٹھ کیاہ گژھہ اُمی سندہ صوفیانہ شعورچ ساری بُنیاد تھاونہ یہ۔ سلوکس اندر چھہ طالبس اکہِ خاص لیہ تربیت دِنہ یوان۔ ییتھ اندر عقلہِ ہِندی امتدادِ زمان و مکان تام وٕنہ وِژہ بدلان چھہ۔ یمہ

موجب یتھ اُسو عقلہِ پیمانہ "پتھ" "یا برونہہ" - "ہیُور" "یا" "بوٚن" چھ وَنان۔ تتھ چھُنہ دردیشی ہندس عالمس منز سۄ مفہوم روزان، یُس بیکس ساننہِ عقلہِ عادت چھُ۔ بلکہ چھ یہِ اکھ ناٹُھ مرِکٹھ زِ اَتھ عالمس اندر چھُنہ سأنی گرنٛد تہٕ تصوّرات نکھےٚ وسان س

یِیتہِ نو رُود "ژہ "تہٕ" بہٕ" گرنٛژ مثالس

کیاہ تتہٕ دریا کیاہ تتہٕ جوے (کاظم گنائی)

یا زف مال تہٕ شایہ ردو سادسے

گف اَسس گرنٛد گنٛز زَن وُسِتھ پیوو (اسد پرے)

تہٕ شایہ سٕنٛے وِہرار وُچھ نودسے

بہٕ رسہٕ دسٕے کوٚرنس تیار (اسد پرے)

توٚسے یِیلہِ اُسو اسد پرینہٕ موجوٗدہ شأعری سنان چھُ، اتہٕ چھُ تسندہ وِہرارُکی نٕوی امتداد زمأنی تہٕ امتدادِ مکأنی لبان۔ یِمہٕ اسہٕ نہٕ صرف عقلہِ ہنٛدِ پریمانوٚ سرٕ کٔرِتھ گژھن نہٕ بلکہ یِم مقامِ استغراق برونہہ تہٕ چھ تسلیم کرٕنی پیوان۔ مثلاً مکأنی اِمتدادہ منزٕ س

(الف) ھاشتو زمینو تلہٕ کھال ہُوٚ توٚ فلکو پیٹھے وال

ہُوٚ ہٕس تہٕ ہٕس بِہ ون کر سِلسلہِ ہستی چھُم رہبر

(ب) ظہورِ انسان ژہٕ پأری تابان عالم بارہٕ سٕتھنم تأمے

پہٕ درعالم تہٕ در آدم عارفن اُنزرو و نم

زمأنی اِمتدادہ منزٕ س

(الف) تتہٕ رُوٗحن سأنی پوٚرِ یہٕ قالوٗا بَلٰی

یِیتہٕ تی زن میٚہ بوٚز اُدی اَنْتَ الْهَادِی

یا (ب) در اَزل خانکو اسدی دُنی متھ غزال

پُرِنٛز ساٚلو وہٕ اُستادی اَنْتَ الْهَادِی

پانہٕ کانہہ" صاحبِ سلوک" ہیٚکہِ سلوٗکُک امتدادِ زمان و مکان پننہٕ مقدورہ مطابق مُعیّن کرِتھ

مگر یِیٚلہِ کانہہ نقاد (میانی پانٹھی) صرف" صاحبِ قال" یوتے آسہٕ تیٚلہِ چھُ کانُنہ صوٗفی

شاعرہ سنٛدٕ ارتقائی مقام کھرہ کرُن دِزِہ (یہ زان میٚہ دوٚن) اکثر اوقات شاعری ستہٕ بے

انصافی سپدان۔ توٚرے ییٚلہِ اَسہِ واسدہ پرینہٕ شاعری منزہ صرف کینہہ شار ژٲرِتھ یہ ونُن زِ

سہٕ رُود سارِے سی وُمرہ وجوٗدی (ہمہ اوست) نظریُک قایِل۔ یہ چھُنہٕ اُمی سنٛدِس کلامس پیٹھ

صحیح راے۔ اُمی سنٛدِس کلامس وارہ سُنتھ چھہ اَسہِ وُچھان زِ اتہٕ چھہ وجوٗدی (ہمہ اوست)

شہوٗدی (ہمہ اندر وست) تہٕ ایجادی (ہمہ از وست) عنصر موجود۔ یینہٕ ستہٕ یہ کتھ چھہ ننان

زِ یم شار چھہ اُمی سنٛدِ شعورُک تہٕ وارِدات، یم دِزِہ دِزِہ اُمی سُرِ میتہٕ آسی۔ بلکہ چھُ یہ

حیرتس لایق کتھ زِ کُنہِ کُنہِ وقتہ چھہ اُکُس پی پانٛتس اندر" یم وارداتِ قلبی" یکہ وٹہٕ آمتہٕ۔ مثلاً

ب (۱) رنگہ رنگہ چیزِ تُس عطارس نِشہ اِنہٕ | مین عطارس ستے بنہٕ لو لو

بادہ فروشاہ سُلطان ستے بنہٕ | حاجنگ اسدہ پرے ونہٕ لو لو (ہمہ اوست)

ستہٕ رنگہ سُت شہوٗد دیدہ ٹکہ پھیرنہٕ | از وجوٗد لگہ نیسہ بنہٕ لولو

تس عل پینہٕ نی گتھ کری برو نہہ کنہٕ | لیس اُندرہ صفا بنہٕ لو لو (ہمہ از وست)

(۲) وُچھم ییٚلہِ عیب الغیبس ! | عائب نقصان زوال نوتس

بُہ منز یارس میٚہ منز چھی یار | سہٕ بہار ہو میٚہ ہوو مُتیِ لیے (ہمہ اندر وست)

رنگا رنگ دِہی تُمِس پانس | بے چوٗنے تہٕ بے چگونس

منزہ چھی کرِتھ یلہِ زار | سہٕ بہار ہو میٚہ ہوو مُتیِ لیے (ہمہ از وست)

پانہٕ منزہ آسِتھ کانٛہ پانس ژٲلِتھ آسُن چھُ سہٕ تصوّر یتھ فلسفس اندر" ترینہٕ

آمہ وِنہِ ھنے کرنہٕ ستہٕ ترینہٕ شاخہٕ ـــ وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجابی چھہ درامتہٕ۔ امہِ

چھُ پتہٕ ممکن زِ یم ترینہٕ وَے نظریہ یا چھہ اصلس کنہٕ گژھت نظریہ توحیدُک ترینہٕ پرتَو

یا ظہور۔ یمن جذب کران کران چھہ اکہِ اندہ فلسفین تہٕ بیاکہِ اندہ صوٗفی شاعرن ترینہٕ دٕتہٕ

گاٗمژ، یمن پیٹھ الگ الگ پکنہٕ وِزِہ ساٗلکس چھُ اکھ عارضی یقین روزان زِ یمہٕ علاوہ چھُنہٕ منزلس واتنٕچ بییہ کانہہ وتھ۔ چنانچہ اتھو حجّت طلبی پیٹھ چھُ صوفیو وار یہہ چھیرہ توحیدہ کین یمن ترٛین ظہورن قرآنِ کریمہ پیٹھہٕ تہِ حجّت ژھاڈمژ[1]۔ حالانکہ واقعہ چھُ یہ زِ اگر ساٗلکس پیرِکال آسہٕ بنیامت، سُہ چھُنہٕ اَمہِ سندِس شعورس اکِس مقامس پیٹھ ژہتھ گژھنہٕ دِوان۔ بلکہ وِزِہ وِزِہ سہٕ دوسہٕ چار عطا کران، یمہٕ سیتی ساٗلکس تم لوک تامت توحیدہ سی کُن لمان ڈریٹھ لیوان چھُ، یمن ہندی رہبر عقیدہ توحیدہ تِشہ سراسر عیز زان چھُ آسان سہ

دوستٕت ملت تن دِتھ کنہٕ رسے

یوٗن یوٗن سازہ فی چھی رہبر

حاجنکہ اسدی وُچھ یکسانے

یہٕ رسہٕ رسے کوٗنس تیار

سوال چھُ پاٗدہ گژھان زِ اتھ "وسعت طلبی" ہندِس عالمس منز کتھ دٕو "یکسان سپدُن" یُس پرٛتھ ساٗلکہ سنٛزِ زندگی ہند آخری مقصد چھُ ...

اَمہِ عقیدک مفہوم زانُنہٕ برونہہ چھُ اَسی منطقہ موجب یہ "کلیہ" قایم کران زِ اِنسانہٕ

---

[1] مثلاً "ہمہ اوست" بابت وَنَحۡنُ اَقۡرَبُ مِنۡ حَبۡلِ الۡوَرِیۡد

یعنی "اَسی چھِ انسانس شہہ رگہِ کھوتہٕ تہِ جاہِ نکھہ"

ہمہ از وست بابت: اِنَّا لِلّٰہِ وَاِنَّا اِلَیۡہِ رَاجِعُوۡن

یعنے "بے شک چھِ اَسی خُدایہ سندے خاطرہ (زِندہ) تہٕ تسی کُن پھیرن واکہ"

ہمہ اندر وست بابت: وَھُوَ عَلٰی کُلِّ شَیۡءٍ مُحِیۡطٌ

یعنے "سُہ (کاینات گیر ذات) چھُ پرٛتھ چیزس حاطہٕ کرتھ"

پننِس محدود شعوٗرس منز کنہ لامحدود ـــــ کائنات گیر ـــــ ذاتُک تصوّر چھُ سراسر محال۔ اد اتھ ذاتھ ہیٚیت دیُٹھ ناوٕنۍ۔ امائۍ منطقس ولٕٹ چھُ مذہبن یوتے اِنسانس یہِ جُرات دِتمٕژ زِ سُہ چھُ کائناتہٕ کِس اُنتِہٕ زٕ نس دٔعوہٕ ہٕنٛزن بارہٕ پننِس ذات تس ینٛد پو میٛفاتو کنہٕ زانِہٕ پنٕچھ کوشش کران۔ انسانی شعوٗرہٕ کِس اُتھ استعدادس چھِ فلسفی ونان۔"بارِ امانت" تمُک طاقت یتھ متعلق پرنتھ کانٕہ صوٗفی شاعرن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وٕنمُت چھُ۔ اسد پٔرے تہٕ چھُ ونان ؎

بارِ امانت عرشس تہٕ کرسیہِ دٕپیام تٔل تم تٲے
تم نہٕ وارہٕ آسے خدا ے پاکس، آدمن بارہٕ ہیُٹ تم

اَمی استعدادکی تریٚ رنگ چھِ توحیدکی پٔنٛژھم تریٚ ظہوٗر (وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجابی) یمن تجزیہ کران کران از بروٚنہہ کم از کم ۸۵۵ ؤری چھُ حضرت امامِ غزالین رحمہ لیوٚکھمُت زِ "التوحيد لبّان وقشران كاللوز فالقشر العليا القول باللسان المجرد۔ والثانية الاعتقاد بالقلب جازمًا واللب أنْ ينكشف بنور الله سرّ التوحيد بان ترى الاشياء الكثيرة صادرة عنْ فعل واحد ولب اللباب ان لا ترى فى الوجود الّا واحدًا

یعنی توحیدس چھِ دٕونٕۍ پاٚٹھۍ زِ گوجِہ تہٕ زِ کنجہ (ژوٚر تمثیلی حصّہ) پٔنٛژھیم گونٕلہٕ گوچھ غائلی ژیٚوِ ہُند لفظاً یا اقرار، تہٕ بٕیٚیم کنٛڈ گیُہ دِلُک اعتقاد۔ گوٗجہ گیُہ زِ ژیٚ موکلی خدایی نوٗرہٕ سیٚتہٕ تیٚزر ھ نظر زِ زِ وُچھک وارِیاہ موجوٗدات اکی تخلیقی عملہٕ سیٚتہٕ دوٚن بان تہٕ گوپہٕ ہنز گوٗجہ (تیل) گیُہ زِ عالمِ وجوٗدس اندر وُچھک نہٕ زِ کُنِس (معبوٗدس سِوا بیٚیہ کانہہ۔"

توحیدہ کِس تریٚیمِس مُنزِس اندر یتھ امام غزالی رحمہ "خدایی نوٗر" چھِ ونان، تمہ متعلق چھُ اُپنِشدن منز تہٕ آمُت زِ "سُہ نوٗرِیس آکاشن ہیٚور چھُ پریٚزلان، وُنہِ

کیٛن تمام چیزن نِشہٕ دوٗر۔ تمام کاینات نِشہٕ دوٗر۔ تقدیس مقامس پیٹھ، ییٚمہٕ تھوٚد نہٕ بییٚہ کانہہ مقام چھُ۔ سہٕ چھُ ستے نوٗریس بلاشک ییٚتہٕ انسانس منز چھُ۔" (کوشُر ۲-۸)

تصوفس اندر چھُ امی نوٗرہ سیٚتؠ انسانی روٗحس "حقیقتہ الحقایق" زانُن تہٕ استعداد پاٛدٕ گژھان۔ ییٚتہٕ سنان فلسفکو ترایہ نظریہ (وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجابی) دراینہ چھِ (سہٕ ظہوٗر دِتھ گوٚو ییٚنہ یُس کُنہٕ رُس۔ آسہٕ پہٕ رے) توٚرے چھِ بالغ نظر صوٗفین اندر کُنہٕ وقتہٕ یِم ترینٹُے نظریہ (یا روٗحانی پرتو) اکٕسی حالس اندر زٕلہ ٕ گژھان تہٕ اُتھ اِدغامی حالس چھِ صوٗفی شاعر پنہٕ پنہٕ (اندہ) "یکسانیت" ناو کران۔

وجوٗدی نظریس چونکہ بُت پرستی ہند امکان تہٕ چھُ پاٛدٕ گژھان۔ ییٚتھ کُنہٕ "سگنُ بھگتی" ہندی عقیدت مند عملاً بُت پرست بنان روٗدی۔ لہذا چھِ سانیو صاحب شرع صوٗفی شاعرو دیٚین منز اسدٕ پرے تہٕ چھِ) ہمہ از دست نظریہ ماٚنتھ ییٚتھ عقیدس کُن اشارہ کوٚرمُت زِ صوٗفی چھُنہٕ فنا گژھنہ وِزِ پنُن وجوٗد سراسر راوٕ ران۔ بلکہ چھُ سہٕ پنُن انا "یکسانیتہ کِس عالمس منز تہٕ" موجوٗد" محسوٗس کران۔ سہٕ چھُ مینِ ذات بنیٚتھ بجایہٕ خاص خاص وقتن پیٹھ وجدانی طریقہ محسوس کران زِ ٚسہ

پردے میں رہنے دیں گی کہاں نوٗرِ ذات کو
ہر سو شعاعیں بن کے برستی ہوئی صفات

تہٕ صرف صفاتی رنگو سیٚتؠ مشابہ بذات سپدُن وِنژھان۔ امہ وِزِ چھُ تس مینِ فرٲکھ پانُے بے رنگ بنیٚتھ بجاے ناسوتی پانس سیٚتؠ ملکوٗتی رنگ وسیٚت سکوٗنِ قلب (قرار) حاصل گژھان سہٕ نوٗرِ ذات گوٚو اللہ اللہ۔ نوٗرِ صفات بلہ ناو۔ نوٗرِ صفات بلہ ناو

صفتِ قدیم ذاتِ قدیم یقین آم روٗٹ مے قرار۔ یقین آم روٗٹ مے قرار
از مقامِ ناسوٗت گوسے تہٕ تتہِ بُہ پھیرتھ آس۔ تتہِ بُہ پھیرتھ آس
ذات دُچھیا بے رنگ وبے نشان تس ہیوٗ بییٚہ کانہہ مہ گار تس ہیوٗ بییٚہ کانہہ مہ گار

## (۴) شرعی بنیاد

اسہ پوشن عقیدہ چھُ زِ رُوحانی عالمس (ییتہ صوفی "عالمِ ولایت" چھِ ونان) منز پرواز پکنہٕ خاطرہ چھِ شریعتچ پیروی بُنیادی شرط۔ ییتہٕ اکُے کلمہ "لا الہ الا اللہ" وجودُک مُحرک چھُ رودان۔ تیمیُک نتیجہ چھُ یہ نیران زِ ولی چھِ پیغمبرن ہُند وارث بنان ؎

اکُے حرفاہ ایُس سیناودو ۔ سارے علمک وچھنے بادو ہا

ورثة الانبیاء اولیاء بناوو ۔ وعلیکم السلام فرض توِرہ آدو ہا

صاحبِ شرع سالک چھُ تربیت لبانی یہ زانان زِ فانی الشیخ سپدِتھ گژھ سالکس اتباعِ رسول حاصل سپدُن۔ یہ رُوحانی دور چھُ سالکہ سندِس دِلس نش نور عطا کران، یُس سالکہ سندِس رُومس رُومس اندر نورس چھُ پرزلاوان ؎

سبقاہ مے پورُم محمد عربی سورُم ۔ تمُے میٚہ موکلوو سو آدی انتَ الھادی

نورِ علی نور گو بدن میون پور ۔ اکہ کتھاہ اُرسم مُراًدی انتَ الھادی

اتھ اِرتقاے دورس اندر چھُ سالک نُنی پانٹھی استغراقی حالس اندر وِنان ؎

نُریُس کُن خدایی آیے ۔ نِشہ اسِس فقیر کتھ دِرایے

بوزِہ کانژھاہ معنہٕ کامل پیے ۔ گو ویلہ سن یار واصل پیے

استغراقی حال چھُ بڈہ کم وقتس روزان تہٕ سالک چھُ بیٚنہ تھا اندازہ کلام کران زن تِ تس چھُ باطنہ کھوتہٕ ظاہرس کُنی جاِدہ نظر۔ اتھ حالس اندر چھُ تس شعور یتھ کتھ بیٹھ واتان زِ رُوحانیتکو سارے دریاو چھِ چھا گرس اکسی آگُرس یعنی حضرت نبی کریمؐ (صلی اللہ علیہ وسلم) تام واتان ؎

ژوداہ طبق دادتن نشہ دِرایے ۔ بیون بیون اکہ طریق آیے

کتھ چھے کُنی وتہٕ چھے بیون بیون ۔ اکسی شہرس لسان

یِم ژٕہ داہ خانٕدواد گٔیہِ اسلٲمی تارِخس اندر تصوفُکۍ ژٕہ داہ سلسلہٕ یمن منٛز مشہور قادری

سِلسِلہٕ تہٕ چھُ۔ یتھ سیٖتۍ اسد پریٚس گوڈٕ داتھٕ اوس سہ

دِتہٕ اسہٕ ہاوِتھ حضرت نبیٚن سٕتۍ شیرہ غوثِ پاکن جاسیلے

ظاہر تہٕ باطن دین زِندٕ کوٚرُم پیوٚس محی الدین اڈٕ ناد

تہٕ تیٚمۍ تربیت رٹنٕ خاطرٕ گوڈٕ زٕنیک عقیدہ چھُ یہ زٕہ "پیرِ برحق" تہٕ "مُریدِ صادق"

گژھن اکی ترایہِ آسنۍ سہ

پیرِ برحق تہٕ مُریدِ صادق آسُن گژھہ امہٕ شایے

کتھ اُنٛدٕ راوان پان منٛزٕ راوان از عشقِ خدایے

پان منٛزٕ راونٕ وراے یُس کانٛہہ سانین اکثر استان مُجاورن ہندی پاٹھی علمہٕ روٚستے

پانس "پِشتنی" سالک زانِتھ تِکن زہبر بنان چھِ۔ تِمن چھُ اسد پریٚسے چار واین سیٖتۍ

تشبیہہ دِوان سہ

کالانعام بل ھم آیہ فرقان بوٚ وِستے امہٕ کُے معنے

عارفن عاشقن ہنٛزن کتابن علمن کنۍ کنۍ کھیوان

اتھ جعل ساز طائیفس چھُ اسد پریٚن بنیس اُکس جایہ پورٕ پاٹھۍ کنہٕ مُرن کرُمژ امہٕ

ہانٛکُ مطلع چھُ سہ غافلس چھے گژھ غفلت نالی تِمن سوے چاہ

اتھ سیٖتۍ چھُ اسدپریٚسے پوٚرٕ وضاحت سان یہ تہٕ دنان زِ سلوکُک چھُ وتھ کُس کُس ہیٚنکہٕ

دُرِتھ۔ تہٕ کُس کُس لگہ یہ وتھ کرٕنۍ سہ اُمی سِند باتھ سہ

یُس واوہ ہلے منٛز ژونگ زالے سہ ورُن تتھ چھُ اشکال

چھُ اکہِ طرفہ ناپکارن ہنٛز بینہٕ طرفہٕ "دست باکار" یارن اوان زٕ شبہٕ پتہٕ پانس حساب

ہیٚنتھی ہیٚنکہٕ اِنسان سلوکس اندر بروہہ پکتھ۔ چنانچہ اُمی سِندِ کلامس اندر چھُ اِحتسابِ

نفس، ضبطِ نفس تہٕ عرفانِ نفسچ قدمہٕ بتہٕ قدمہٕ نظرہ گژھان سہ

دَمہٕ دَمہٕ یُس اَکھاہ نالے          ہرنفس سٕتے گالے پان
بور تمہٕ کِے یُس نباژالے          سہٕ دِرُن تیتہٕ چھہٕ اشکال

تہٕ کیاژہٕ سلوکس اندر چھہٕ بندگی ہُند دوٚیم ناو احتساب نفس تہٕ ساُلکہٕ سِندِ ن شہن ہُندے عاباہ چھہٕ تِہندہٕ رُوحک رفتار روزان۔ یہٕ رفتار چھِنہٕ عقلہٕ ہِندِ یو پیمانو مینہٕ یِوان۔ بلکہ مکانی لحاظہٕ چھہٕ کنہٕ وقتہٕ یہٕ رفتار ساُلکس کاینات گیر یِوان لبنہٕ ؎

ییتہٕ کُن ارداہ ساس عالم تُتھی منز بسِتھ چھی دَم۔ تُتھی منز بسِتھ چھی دم
ساُل کران اُتھو کمہ وُن تہٕ دَمہٕ وُن امرِ اُفلس کُن قرار، امرِ اُفلس کُنٕ قرار

یِیتھی ہی رُوحانی عرفانس پیٹھہٕ چھہٕ اسہٕ پرین دوٚنمت ؎

کَل تَل اُمیس داہ پڑھہٕ لادو          فنا فی الشیخ رسول اندِ یادو ہا
گژھ فنا فی اللہ بقا پرژہٕ نادو          وعلیکم السلام فرمن ترہٕ آدو ہا

مذہبچہ کوم چھہٕ پڑی زہٕ سہٕ چھہٕ انسانہٕ سِندِس نفس شیطانہٕ سُند بندہ یِوان بنہٕ۔ شیطانہٕ سِندی ذہنی کارکُن مثلاً طمع، دِی بیترہٕ چھہٕ اکھ عالس منزاژ اُنی دِلہٕ نشہٕ دُور پیوان چھکنہٕ ؎

دِلہٕ کِس کنزِ مس دَمہٕ کُنے مل تار          توٚ طمع دِی کِنہٕ بیوٚن ژار۔ دوگ دِتھ کرُس برنجبار
یُس اَکس شہر ییتھ شہر شیطان یا حیوانی جذبات تویہٕ گژھن نہٕ تس چھہٕ اسہٕ پرے وعظ خوان اندازس اندر ونان زہٕ نہٕ پیہِ تس پانس اُندی کُو کانہہ جان بوزنہٕ نہ ہیکہٕ سہٕ رُوحانی عالس اندر کھوٚرہٕ دُور راوِتھ ؎

یُس نہٕ پنہٕ نٕے پان سنبھالے          تس کس پیہِ بوزنہٕ جان
در حدیث چھی پانُن والے          سہٕ دِرُن تیتہٕ چھہٕ اشکال

من سنبھا لنسی چھہٕ دنان صحیح ضبطِ نفس، ییتہ پیٹھہٕ فقیر پرن چھہٕ دِرتھ ؎
نفس پنہٕ نی تحقیق یُس گٕے تمہٕ خدا پردہ توٚنم تمسے

مَنْ عَرَفَ نَفْسَہٗ فَقَدْ عَرَفَ رَبَّہٗ کیاہ حدیثاہ[1] پولُم

پہ معرفتِ نفس ژھانڈان ژھانڈان رُود اسہ پرے پُورِ وُمرِ اسلأمی احکامن مُنٛد

پُورٕ پابند۔

## (۴) مدارجِ سلُوک

کشیرِ منز چھہ تصوفچ اکھ عام غلط روایت رُوزمژ زِ معرفتِ نفس ژھانڈنہٕ خأطرٕ

چھہ شریعت، طریقت، حقیقت تہٕ معرفت اکھ اکس نِشہ علیحدہ تہٕ اکھ اکس پتہ ییتو نہ

دلہٕ ونٛی ژور منزل۔ یم امی ترتیبہٕ سالکس حاصل چھہ گژھان۔ اسہ پرے چھہٕ اتھ جاے

ییتہٕ سہ چھہ توحید تہٕ تصوف تتھ کنہٕ اکھ اکس پتہ شعرن اندر ونان زِ یم ژور دے

منزل چھہ زن اکی ہانٛکلِہ ہندی تتھی کڑی بنان، یم پینٛٹھی ترتیب بدلاونہٕ تہٕ چھنہٕ ہانٛکلِہ نیبر

نیران۔ حالانکہ وَنہٕ نس تل چھہ یمن پہنٛے ترتیب رونان۔ مثلاً سہ

شریعت پال، طریقت ژال، حقیقت دِیدہ فی احوال

کرِنٛی محنت چھہ معرفتس۔ یُتے گوس غرق توحیدس

سہ چھہ یمن رُوحانی منزلن تمہٕ آیہٕ شعرن اندر انان زن تہٕ یم چھہ نہ صرف اکھ اکس

نِشہ وُزان بلکہ دارہہ پیپرہ اکی جایہ مختلف پرتو سہ

(الف) عشقہ کس گرس سرس تہٕ پایس یوُری ہینہٕ لامکانس ونٛاسے

سالکن ییتی ما لِک بنیایس وُچھ مینہٕ تتھ سایس تل کم کم

(ب) لامکان گژھتھی کیاہ بہٕ اَنٛنزراوو۔ ذرّہ ذرات کاینات ہا تتی دراوو ہا

کوٚر اسہ پرین تتھو درتاوو۔ وعلیکم السلام فرض تورہ آوو ہا

---

[1] اسہ پرین چھہ عام روایژ پژھ گرِتہ اتھ مقولس حدیث ونٛان۔ حالانکہ یہ چھنہٕ حدیث بلکہ اکس بزرگہٕ سُند مقولہ۔ وُچھو "رحمتِ عالم نمبر" دعوت "۱۹۶۶ء دہلی

یِتھۍ بلند دعویٰ وُچھِت چھُ مانُن پیوان زِ یِیلہِ حضرت علامہ اقبالن رح یہ شعر
وۄنمُت اوس، تتھ اندر اوسنہٕ کانٛہہ مبالغہٕ۔

دادیٔ عشق بسے دُور و دراز است ولے
طے شود جادۂ صد سالہ بہ آہے گاہے

اسہِ پرینٛہ کنۍ چھُ غرقِ توحید گژھِت صرف دۄن حرفن پیٹھ تھٔر کٲسِتھ تہٕ پتہٕ
چھُ ساریوے وَتہٕ پلَے، یوٚتام زِ سالِک چھُ "ترکِ ترک" مقام تام سران۔

پُہ ترکِ ترکسی منز گوس　　پیٹھ تھٔر دۄن وَژنن اوس
اسہٕ پریہ واتہِ کُس احدس　　پٕتے گوس غرقِ توحید مس

تَوے چھ اُمہ سندِ بن اکثر باتن اندر اکی وقتہٕ اُڈۍ شار تہٕ، یمن سلوکہٕ کِس
ابتداہس سٕتۍ تعلق چھُ تہٕ اَڈۍ تمہ شار یمن ہُند احساس واریاہ درمیانی منازلِ طے
کرتھ پتہٕ سالکس چھُ سپدان۔ مثلاً

بنے کھٔے سکندر اَژھ اندر ظلمات۔ تتہِ ہوہِشی دوہ رات۔ غیب الغیب پکان وات
بوزِ نفی اثبات گوو صفات تہٕ ذات۔ گژھ غرقِ محیط بن وِہات۔ تتہٕ گو وُکنٕے ذات و صفات

یِتھۍ اندازِ بیانہٕ سببہٕ چھُ اُمہ سندِ روحانی دُنیہکۍ مقام کھرہ کرنہٕ وِزِ پُہ مُشکل
بنتھِ یوان زِ ناسوتی عالمس اندر لسان کِتھہ کنۍ چھُ اُمہ سند صوفیانہ شعور "بقا"
ژھانڈان. فنائی ہندی ساری درجہ مددگار زانان۔

گژھک ناسوتہٕ نِشہ یُد فان　　لب کھ ملکوتہٕ سے نِشان
چھُ جبروت بس لاہوتس　　پُتے گوس غرقِ توحید مس

اَتھ مُشکلس چھُ سہ پانے فٹ تہٕ کڈان تہٕ ونان زِ انسانی روح چھُ مختلف
منزلو منزہ نیران ژنتہٕ مرو مرو زندہ سپدان۔ یہ مرِ نہٕ زانہہ بشرطیکہ سالِک آسہ
رِند تہٕ عاشق۔

رُوحس چھیہ سہ پننہِ زِندگی　　یورہ وِسن حیاتی لاگ رِندہ گی
عاشقن زانہہ چھُنہ مرنک ڈر　　سِلسلہ چِشتی چھُم رہبر

مگر یہ حیاتی لبنس چھِ تیٚلی "رِندی" چلان ییٚلہِ سالک وزجہ پتھ درجہ پننِن ناسوتی صِفاتن خدائی رنگ دِیہ سہ

شرف المکان اُنز مومتے نیرِ ین سانی بالمکان زان
صِفات گُل وحدت پھوٚلمتے، مرِتھ رُتے ہو دِیہ سنے
مِنْ حَبْلِ الْوَرِيد نکھہِ آمتے ہا نیٚرِ اَلْآنَ كَمَا كَان
دِیدن جانِ جہان آمتے۔ مرِتھ رُتے ہو دِیہ سنے

## (۵) صِفاتی رنگ

کلاسیکی تصوفس اندر اوس یوان وننہِ زِ صوفیس گژھن ستن پیغمبرن ہندی شتھ صفت آسنی۔ سخاوتِ ابراہیمؑ۔ رضائے اسحاقؑ۔ صبرِ ایوبؑ۔ اشارہ زکریاؑ۔ غربتِ یحییٰؑ۔ سیاحتِ عیسیٰؑ۔ فقرِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم۔ مگر اسہ پرین چھُنہ ناوہی ہی کُنہِ جایہ یمن صفاتن ہند تذکرہ کوٚرمت۔ مگر تِہندِس کلامس وارہ شنتھ چھُ ینکہِ تران زِ تس نِشہ چھی یم ساری اوصاف "فقرِ محمدس" اندر موجود۔ ۱۷ عقیدس چھُ "تاریخ تصوف" تہِ تائید کران۔ تِہ کیازِ اکثر صوفین ہندی کِنہ چھُ حضرتِ انسان کائناتک مرکزی نقطہ یتھ۔ دُچھنہ کھوٚرعہ عالمِ رحمانیت تہ عالمِ طاغوتیت چھہ۔ تہ آں حضورن صلعم ہنز نبوت چھُ عالمِ رحمانیتک سُہ حد یتہ برونہ انسانی شعور پکتھ ہیکہِ نہ۔ امہِ سِلسلک ابتدا گوو وحی وسنکہِ دوہ سہ

میخانہ کِس درواز پیٹھ جبریلس چھے جاے۔ جبریلس چھے جاے
دوون منز تمہ سے باگر دوے۔ تم تی رٹنہ قرار۔ تم تی رٹ نے قرار
تہ اِنتہا معراجہ چھُ ساگر اندر سپدمت ییلہِ سہ

ذاتس صِفاتس سیُن بِلہٕ ژار  تجلّی دوٚنہٕ وِنی بنیوٚ دیدار
جلوہ پیوٚو عاشقس تہٕ معشوقس  یُہ وَندس زُوٚ تہٕ جان اسرارس
فرشہٕ پیٹھہٕ عرشس سیُن آکو  ژھین کتہٕ لانہایتس گوٚد
نوٗر گوٚو یکانی اَحد ظہورس

تصوفس منز چھُہ یہ عبودیتک سہٕ مقام یُس سارہٕ نی وُلین کرِتھ اکھ آیڈیل
(Ideal) رُودمیتیکہٕ ابتدأیی زانن وألی ظاہری ژوٗر یار تہٕ باطنی ژوٗر یار
چھِہ س (الف) مشایخ ورتاوہٕ ژونہ دَسے یار آسے  صدّیق صاحب جبر وتیے
حضرت عمر صاحب عدل ورتوٗوی  ناسوٗتہ پان تھووٗی
حیادار حضرتِ عثمان غنی  ملکوٗتہ جاے ژٹ نیے
حضرتِ علی صاحب جہاد ورتوٗوی  لاہوٗتہ پان تھووٗی
(ب) شیٖوہ طرفہٕ کُو کرُ زان  اُویس ہلال بلال سلمان
بباطن کلمہٕ پوٚز ہے یُس  یہ تِے گوس عرقِ توحیدس

یمہ سیتی یہ چھُہ ثابت گژھان زِ اَسہ پزِ نہ کیٛنہہ چھُہ ظاہر تہٕ باطن اصلس کُن گژھِ

اکی پزرِ چھِہ زہ شکلہٕ س
ظاہرس منز چھُے باطن تیتھے  یتھہ دودہ منز چھے تھکہٕ نیران
بیقلن نشہٕ عاقل ڈوٗلتے  مُرِتھ ژِتے ہوٚو رِپہ سنے

ظاہری ژوٗر یار باطنی ژوٗن یاران ہندی حقیقی نمونہ یا (Photo type) تہٕ
ظاہرکہ ذہنس منز یتہ اسی صدقِ ابوبکرؓ۔ عدلِ عمرؓ۔ حیائے عثمانؓ تہٕ ایثارِ نفس جہادِ
علیؓ زان چھِہ۔ تمے ژوٗر صفت چھِہ عالمِ ولایتکہ تھدہ کھوتہٕ تھدی صفات، یمن
سُر تہٕ باقی پیغمبرن ہندی مخصوص صفات پلنٕے یوان چھِہ س
صدّیقؓ پوٚز تہٕ عدل عمرؓ، حیاے عثمانؓ جہادِ حیدرؓ
یہنز یاد چھُہ محکم یُس  یُہ تِے گوس غرقِ توحیدس

یِم پراٗوِتھ پرِبتھ کانٛہہ ساٰلِک رُوحانی منازِل طے ہیٚکہِ کٔرِتھ ؎

دوٗرِ جبروٗتس ہےٚ ترٛاوِتھ ناوٗن فنا فِی الرسوٗل ہیٚکہِ ماوٗن
جبریل ورٛناوٗن

عالِمِ ملکوٗت سپدی زانٛنے۔ فنا فِی الشیخ میانٛنے
اسرافیل پانٛنے

ناسوٗتہٕ وحدتہٕ کٔے کٔرِتھ دربار۔ بٕہ چھُم بقا باللہ یار
میکائیل خبردار

لاہوٗتہٕ فقیر ماٰلکِ مختار گژھ فنا فی اللہ بیدار
عزرائیل خودی مار

سانہِ صوٗفی شاعری اندر چھُ شاید گوڈٕ نِکہِ ییٚژہِ ییٚتھ کنہِ رُوحانی بیداری ہندین منزلن تہٕ مقامن ہِنز نشان دِہی کرنہٕ آمژ۔ تہٕ ژوانہٕ یارن ہندِس وجوٗدس اندر اندوسلوٗک انٛدٕ ہاونہٕ آمٕت۔ سہٕ انٛدٕ ییٚتہِ آسہٕ پرٛسے "عزرائیل خودی مار" وٕنِتھ زن تہٕ حضرت ابراہیم بنِ ادہم رحؒ ہِنز چھِ کتھ چھُ یاد پاوان زِ "اے اِنسانہٕ ژٕ یِنہٕ گوٚسے کیاہ؟ ژٕ کوٚت تامت روزِکھ موٚتس کھوژان۔ ژٕ واتہٕ تتھ حالس ییٚتہِ موٚتھی ژٕ یِنہٕ کھوژِی!"

یٔتیٚن چھُ تصوفکِس تاریخس متعلق اکھ اَکھ اَعلیٰ پادٕہ گژھان۔ وُنیکتام چھُ اَسہِ بوزان آمُت زِ اسلامی تصوفکیو ژوٗرٕ وُہ سِلسِلو منزٕ چھُ ترٛیٚن[13] حضرت شاہ ولایتس رحؒ تہٕ اکھ (سِلسِلہٕ نقشبندی) حضرت صدیقِ اکبر رضؒ کُن منسوٗب کرنہٕ آمُت۔ مگر اَسہِ پرٛسے چھُنہٕ تاریخہٕ مطابِق یِمن سِلسِلن ہُند "نسب نامہ" تہٕ آگُر تسلیم کران۔ سُہ چھُ ژورِ وقہٕ یارن (دٕ ژہِ صِرف دوٚن) رُوحانی دُنیہِکہِ ژوٗرٕ "اساطین" ماٰنان۔ یِہندی صِفاتی رنٛگ رٔنٛگتھ باقی اولیاے اللہ چھِ "خُدائی رنٛگس" (صبغۃ اللہ) پاٗدٕ زادان تہٕ ییٚمہِ برکتہٕ تم چھِ ییٚمی زِندگی منٛزی نیران معرفتِ حق لبان ؎

دورِ اولیائ زورِ فقرہ کُے جابجا — اوّل آخر سوے منادی اَنْتَ الْھَادِی

دولتِ ابدی پیس بنی تس نہی — چھوٗ رووٗی سۍ جاد اٰدی اَنْتَ الْھَادِی

امرِ رُوحانی تجربُک صحیح تبصرہ ہیکہِ صاحبِ حال "اِنسانی یوت کرِتھ سہ

بوزَن معنے عشقہ مسلن — مذہبِ خواجہ ییم آسن

وۄن اسد پرین سرہ ژری کر — سلسلۂ چشتی چھُم رہبر

## (۶) انکشافِ ذات

ارسطو (   ) پسندہ وقتہ پیٹھ چھِ اکثر مشرقی عالمن ہُند یہ عام عقیدہ رُوٗدمت زِ مادی کاینازِ ساری وجوٗد چھِ ژور عنصرو —— خاک و باد و آب و نار —— اندرے درامتی۔ ایرانہ پیٹھ آو یہ خیال کاشرِ صوفی شاعری اندر تہ شاید چھُنہ کانہہ اکھ شاعر تِتھ یُس نہ اَتھ غلط خیالس ویٛوٗہ ہار کرِتھ کیمیاوی عناصرن سٕتۍ ورائ امہِ اندرِ رُوحانی حقیقت ژھانڈنی ییٚژ سہ

رلہ دِتہِ خاک تہ آب آو — ظہور نارس تہ داوس دراو

رِمن ژون پیٹھ چھہ بستی یس — بٔستے گوس غرقِ توحید مس

پتہ چھِ اکھ مانی مُژ کتھ زِ مادی کاینات تک ظہور وۄت ارتقائی منزل طے کران کران تیتلی اِنسانس تام ییلہِ تس اندر سہ رُوح ژاو، ییمہ موجب اُمس "اشرف المخلوقات" ناو پیو۔ صوفین ہُند عقیدہ چھِ زِ یُس پُس انسان پننہ رُوحانی وجوٗدہ نِشہ بنے خبر سپد تھ صرف مادی عناصرن اندر وَلنہ آو، تس چھِ ذہنس دوٗریت گژھان۔ یہ چھِ ایہ چھ پارہ زانی وادان تہ اتھ گلگوشس اندر چھِ امس تہ رُوحانی ترایہ مشان۔ یہ امس سجودِ ملایک بناوتھ ہیکہ ہن۔ اتھ دورانس اندر چھِنہ امہِ پسندِ بس جسس رُوح حاکم روزان بلکہ چھِ تس ہند جسم بقولِ فیثاغورث پسندِ رُوحچ قبر بنان۔ ییتھاں چھِ اَتھ رُوحانی بےبصری چھِ اکثر شاعر ژھلے تِ وتان سے مایا چھِ ژھایا اتھ نہ کینہہ پایا۔ امہِ پسنزی پچھے باڑی گارٕی

کایا امہِ نشہ پاؤدہ سپدے یی    دِلس پنہ آو سمار    (کیشوناتھ مندلو)

صوفین ہُند عقیدہ چھُ انسان چھُ بااِرادہ تہٕ تس چھُ پنہٕ اختیار آمُت دِنہٕ زِ سُہ

کا سہ پہ ژھلے پننہٕ پانہ سہ

پانئے ژھایہ چھِک پانس رُوزِتھ۔ خالی چھُنہ انسان    (شاہ غفور)

ترکیایہِ یہ ژھلے چھُ پننی شعورک وُ لٹ فلس تہٕ شعورچ تر آیہ چھُ صوفیانہ تنظیمس

تل پنہٕ ہتھ صوفیس بدلاونہ پوان سہ

ژھلے چھےٚ پننی تہٕ راے بدلاوو    پانہ منز پان پرزِنا وو لو (مومن صاحب)

یوہے پانہ منز پان پرزہ ناوسنے چھُ تصوفک بُنیادی اصول تہٕ اخری منزل۔ یُس نہٕ

اَتھ پژھ آسہ، سُہ چھُنہ توحیدہ کِنو ترِیٚو نظریوٚ منز اُکس پیٹھ تہٕ عمل ہیکان کرِتھ۔ بلکہ

چھُ صوفیانہ اصطلاحس منز سُہ غافل پوان مانہٕ، یمچ ہندِس شعورس مرن وقتن تام

یقینہ بدلہ "تذبذب" روزان چھُ سہ

غافلس چھُ گمانہ چھا کنہٕ چھُنےٚ    سُہ اوس پلنئے ونئے کیاہ؟    (شاہ غفور)

اَتھ مقابلہ چھُ سالک "معرفتِ حق" پننہٕ انتہائی عروج (Climax) پانان۔ یتھ حاصل گُرتھ

نہ صرف چھُ سہ پانہ نوٚ زِندگی لبان، بلکہ تس چھُ بیٚن تہٕ دائمی زِندگی دِنک رُوحانی قوت

حاصل سپدان سہ

زِندہ اَے آسہ کانہہ زِندہ کرِہ مُردس    پانس تس آسہ ژھجر ژھاے

جانیا ژی ہیرِ تس قان انہ $\frac{\text{بوزدس}}{\text{دردس}}$    دردِہ کِس پرِدس تل چھِم جاے (شمس فقیر)

یوہے "زِندی" چھُ سلوکس اندر "عشقِ حقیقی" مانہٕ پوان، یتھ کُن اسدریے چھُ ونان سہ

عشقہٕ کِس گرِس سرِس تہٕ پاِلس    پوٚرِی ہینٔہ لامکانس ونٔاے

سالکن سیتی نامُک بُنیاِلس    وُچھ منہٕ تتھ سالس تل کم کم

نامِک بُنہ نک احساس چھُ سالکس لاہوتی شعور عطا کران، یتھ لُبتھ سُہ ہیکہٕ وٚنتھ سہ

لا موتہٕ فقیر مالک مختار ۔ گژھ فنا فی اللہ بیدار ۔ عزرائیل خو دی بار (آسد پرے)

سوال چھُ پاُدہ گژھان زِہ کیاہ عقلِ ہُندِس دُنیہس اندر چھا عزرائیل مارُن ممکن ؟
اگر یہِ عقیدہ ناممکن چھُ تیٚلہِ چھا یہِ دعویٰ اَپزٕ ؟ یمن دۄن سوالن ہُند جواب چھُ یہِ ونُنہٕ
آمت یِزہ اگرچہ یہِ دعویٰ اَپزٕ چھُنہٕ، اما پُوز عقلِ ہُندِس عالمس منز چھُنہٕ یہِ دعویٰ ویٚژان ۔
امہِ دعوِک پزر چھُ تتھ عالمس منز سرو گژھان ۔ یتھ صوفیو "عالمِ مثال" ناو کوٚرمُت چھُ ۔
امہِ عالمک شعوری اِستعداد لبنہٕ خاطرہ چھُ صوفیو " فنا برائے بقا " نظریہ پیش کوٚرمُت ۔
یتھ ویٚژنہٕ کران آسد پرے چھُ ونان ؎

مُرشد توٚرِک اِمام زانُن    تس ہیوٗ بینیہ ماکانہہ مانُن
فنا فی الشیخ حاصل ژ ریہٕ بنی    حاصل پنٕنِس وِسِس تہٕ لولو
فنا فی الرسول تتھو منز چھی بستہٕ    زِندگی بستھ زانُن
دربار دُچھہِ مَن سرکارِ عالی    ساُلی نشہٕ صوفیس تہٕ لولو
فنا فی اللہ اسرار دی تار    وصول ان اسرار
تنہٕ راُدو نفع نقصان ساُری    یاُری چھ فقیرس تہٕ لولو
بقا باللہ کرِتھ وہاتھ    صفاتس منز پاک ذات
نورِ صفاتس بینیہ نورِ ذاتس    یکسان منز احدس تہٕ لولو

اگر وُچھو یہِ درجہ بندی چھُ قریب قریب ساُنِ پژ یتھ کانسہِ صوفی شاعرن اکہِ نتہٕ بیاکہِ آسہِ ماُنمُژ ۔ اما پُوز یمن روٗحانی مقامن ہُند پایہ واُتِ واتہٕ چھُنہٕ ساروی پنٕنین شارن اندر ورتاومُت ۔ آسد پرے چھُ یمن مقامن تتھہٕ کنہِ اکہِ اکس ستھو واتھ کران زن تہٕ یم پلنٕے اکھ اکس لشہ پتس ییتھ قدرتی وزان چھُ ؎

تی گو فنا فی الشیخ بینہٕ نے    فنا فی الرسول دیدار    فنا فی الرسول دیدار
وصول فنا فی اللہ ہُم آسد پریو    تم بقاوُ چھنے ویژار    تم بقاوُ چھنے ویژار

پم مقام سرہ کرنہٕ خاطرہ چھہٕ شعورس عام پاٹھو ژور ؛ محکم ؛ تصور آمتو کرنہٕ ۔ (۱) شریعت (۲) طریقت (۳) حقیقت (۴) معرفت۔ یمن ییٹھہٕ پریٹھہ کانہہ صوفی شاعرن اظہارِ خیال کورمت چھہٕ۔ مثلاً ـــ

شریعت زہ پالنن تائے طریقت ژلی یو ژنگار
حقیقت چھی دِیدن تائے معرفت ییتھ رٹھ قرار (رحیم صاحب)

یا اسد پرین یہ شار ـــ

شریعت پال، طریقت ژال، حقیقت دیدنی احوال۔ کرنی محنت چھہٕ معرفتس
پرنے گوس عرقِ توحید مستس !

معرفتک لبِ لباب چھہٕ "حقیقۃ الحقائق" یا "حق الحق" مشاہدہ کرنک شعوری استعداد بین۔ یوت ت دامتھ سالک چھہٕ بقولِ ابو جعفر النووی ونان" سورے معرفت گوو یہ مانُن زِہ کوٹھ زانِہ نہٕ کینہہ ! " تہٕ کیازِہ عام کانہہ وجدانی کیفیت تہٕ لفظن اندر انہٕ وزِہ چھہٕ سالکس زیوٕ کلان۔ سہ چھہٕ یہ حال صرف محسوس ہیکان کرتھ۔ ییتھ ساتہٕ صوفی "دِیدنی احوال" چھہٕ ونان۔ اتھ حالس پیٹھ قایم روزُن چھہٕ یقیناً اکھ رُوحانی مشکل، ییتھ اسد پرین "محنت" ناو چھہٕ کورمت۔ ییتھی پیٹھِ کانہہ سالک تمثیلی اندازہ کانہہ رُوحانی کیفیت بیان کرنچ کوشش کران چھہٕ، سہ چھہٕ بیان کرتھ پتہٕ پانے مانان زِہ یہ تس ونن اوس تہٕ آو نہٕ ونن۔ تسندِہ معرفتک انز چھہٕ واتان سُبْحَانَكَ مَا عَرَفْنَاكَ حَقَّ مَعْرِفَتِكَ ونہٕ تس تام۔ ییتھ حالس متعلق سارِہ نی دلین ہندی سردارن ـــــ

حضرتِ شاہِ ولایتن ـــــ فرمومت چھہٕ :

(الف) وَمَنْ وَصَفَهُ فَقَدْ قَرَنَهُ وَمَنْ قَرَنَهُ فَقَدْ ثَنَّاهُ وَمَنْ ثَنَّاهُ فَقَدْ جَزَّاهُ وَمَنْ جَزَّاهُ فَقَدْ جَهِلَهُ ؕ یا

(ب) وَمَنْ اَشَارَ اِلَيْهِ فَقَدْ حَدَّهُ وَمَنْ حَدَّهُ فَقَدْ عَدَّهُ

یعنے "یُس تہِنٛدی صِفت وَنہٕ سَہ چھہٕ تس نکھہٕ یِوان۔ یُس تس نکھہٕ یِوان چھُ، سُہ چھُ
تس تعریف کران۔ یُس تس تعریف کران چھُ، سُہ چھُ تس (پَنٕنہِ نوگٲو سیتھ) حد بندی
کران۔ یُس تس حد بندی کرِہ، سُہ چھُنہٕ تس نزٲنتھ ہیکان۔" یا

(ب) یُس تس کُن اشارہ کرِہ، سُہ چھُ تس اَنٛد رٹان۔ یُس تس اَنٛد رٹہِ۔ سُہ چھُ ہیوان
تس (لامحدود ذاتس) گرٛنٛد کرٕنۍ۔"

تَوے چھُ وارِہے صُوفی عالمو یہ وَنُمت زِ یُس یہ فِکرِ ترِہ زِ تمہِ عالمُک صحیح حال ییہِ نہٕ ترٛیہٕ
اِمتداوی شعورس اندر۔ ونٛژ مادہ نہٕ تِہٕ یِنہِ یہ عاجزی گیہ صحیح زانُن۔ (اَلْعِجْزُ عَنْ دَرْکِ
الْاِدْرَاکِ اِدْرَاکٌ) سُہ چھُ نعمہ صاحبہٕ کتھ وَنان ~

زانہہ ترٛ وَو تس نہٕ نہایتس — گرٛہ فنا ژٕہ فنا چھاو
تی میہٕ وُچھُم منٛز کِس خطس — پیوم ژٕہ مَتس تس چھُ میون ناو (نعمہ صاحب)

اَتہٕ اسد پرینہٕ اندازہ گیوان ~

عالمِ ملکوتس اندر ژرایس — در سجودُ موجودُ چھی صفاتِ ذات
یوٚرک سجدہ کر توٚریٖپ خدایس — وُچھ میہٕ تتھ سایس تل کم کم

دوہ ڈینٛلہِ اُسی اسد پرینس زیرِ نظر کلامس اندر سے سِلسلہ رِستی چھُم رہبر ——
بیتہٕ باتھ وُچھان چھہٕ، اُسی چھہٕ بِتن ذکرن یا وظیفن صرف ہِنٛدی ناو (ترکم جادہ عکاسی) وُچھان
یِم اُمس کماوِنۍ پییہٕ۔ مثلاً ذکرِ خفی، ذکرِ صفی، ذکرِ اخفا۔ اسمِ اعظم۔ یا اطوارِ ذکر مثلاً
فرمن دایم۔ نفی اثبات وغیرہ۔ مگر رُوحانی تربیتہٕ ورٲئی چھہٕ یِم ساری اذکار" صاحبِ قال "نقادس
نِشہ محض اوراد نہٕ زِ رُوحانی وُنیکِر یِرونہہ پکناوَن وٲلۍ قوتٕ (Propelling forces)
یِتھے پاٹھو ڈینٛلہِ اُسی اُدی سندِس اَکِس ریاضتس —— یتھ حبسِ نفس" ناو چھُ —— ستو
یِتھ ہندو فلسفس اندر راجہ یوگُک ژوٗرِم منزل "پرے نیامہ" تہٕ وَنان چھہٕ۔ اُسی لبو زِ اگرچہ
اتھ ریاضتہٕ اندر زنانہٕ پیٹھ زنانہٕ توٚت تام کانہہ فرق چھُنہٕ لبنہٕ یِوان، یوٚت تام شاہ بند کرنکہِ طبی

اَثرُک تعلق چھُ۔ اما پوز اَمہِ چھُ بیتر مانُن پیوان زِ ناو تہٕ طلبی اثر سُردٲسِنہ باوجود چھُ
حبسِ نفسُک ذہنی، رُوحانی تہٕ ماورائی تاثر پریتھ اَکِس سالکس پیٚٹھ پننہِ شعورہ تہٕ استعداد
موٗجوٗبی دٕریٚنٹھی یوان تہٕ کیفیژ پأدٕ کران۔ توٚتے بیٚیلہِ اُسِو ۔۔۔۔

حبسِ نفسُک اَکُے تاثر۔ نفی اثبات سیٚوتِنے اُسی نوٗ، اتھ اَکِس رُوحانی تاثرس
اندر تہٕ لبو اُسی کأشرِ پیٚن صُوفی شاعرن اندر کٔمی تِم شاعر یمَن ہٕندی قلبی واردات اکی ترایہِ رُوِ
مِتہِ چھِ۔ یایِم نفی اثبات سران سران ہوی مُشاہدٕ پیش کران چھِ۔ تَوے چھِ اکثر صُوفی
شاعرو امہِ عالمہٕ مَنزٕ یِران یِران علم الیقین، عین الیقین تہٕ حق الیقین ہیوین ذہنی
حالن ہُندی الگ الگ منظر شارن منزٕ اُزی مِتہِ۔ حالانکہ سارنی پننہ دعویٰ چھُ زِ "نفی اثبات"
چھُ حبسِ نفس ریاضتُک اہم حاصل۔ اسہٕ یہٕ پیٚنہ نو رُوحانی مکاشفو منزٕ بیٚیلہِ اُسو
نفی اثبات (تہٕ امیُک ذریعہ حبسِ نفس) ہِنو اُسی وُچھو زَن تہٕ ابتدأ اُنزٕ راوانی چھُ سہٕ
اِنتہاہس (اَندس) واتان ۔۔

| | |
|---|---|
| از حکمِ رہبر مُژ راو بَر تو | قُلفن کُنز ژٕھ کر |
| ہشتن کوٹھِن کر تو نظر تو | پرتو چھی صفات ذات |
| ان وصول دم بنہٕ نے ہیپر تو | کرسأ لِ سمندر |
| کھالتن دُر تہٕ لعلِ گوہر تو | پرتو چھی صفات ذات |
| کعبن تہٕ عرشس لو اُبر تو | لا ہیتھ لامکان لار |
| اِلّا اللہ ان وصول ژٕلی مرتو | پرتو چھی صفات ذات |

نفی اثباتہٕ پیٹھے ابدی زندگی ہندِ امہِ احساسہٕ تل چھُ یاد پیوان زِ خوش نصیب
صُوفی چھِ کُنہ وقتہٕ پُزی پأٹھو ۔۔

وادیِ عشق بسے دور و دراز است ولے
طے شود جادۂ صد سالہ بہ آہے گاہے

در طلب کوش و مدہ دامنِ اُمید ز دست

دولتے ہست کہ یابی سرِ راہے گاہے (علامہ اقبال)

شارن ہند عملی نمونہ ہاوِتھ ہیکان تہٕ اُمھی حالس پرٕ کھاوِتھ گوان سہ

هر کینھہ چھہ مُلبسِ فقرہ کے زورہ سپتی   ساریی اور کنُ نم تاے

زون افتاب بیٹھ ارڈ داہ ساس عالم   فقرس تل تھاوِ نم

شاہی تراوِتھ گدائی ہینز گرزھ   فقرس کنُ ژ‍ی نم تاے

ستن اقلیمن ہنز پادشاہی   تمہِ گرژھت ژی بخشتم

اسد پریس ینہٕ گیہ گسہ کلن   تل تموُ ژھلن رُوٹ نم تاے

دمہ دمہ بجنور و چھنوتس نوُر   کیاہ کلے سوُر کوُرنم

یہ اوس امی "دمہ دمہ بجنور" نوُر و چھنک فیض زِہ تس آو عارفہ شند دِل "عالمِ اکبر" بنن سہ

ظہورِ انسان ژھ یاری تابان   عالم بارہ ہیوتنم تاے

یہ در عالم تہٕ در آدم   عارفن اُنز رُود نم

تہٕ اُوتے چھہ ساٹکن نشہ تصوفک اند تہٕ داتان سہ ییمیک تصدیق یانہٕ حضرت شاہِ ولایت علیہ السلام نوِمن شارن منز کران چھہ سہ

دَوَاؤُکَ فِیکَ وَمَا تَشعرُ   وَدَاءُکَ مِنکَ وَمَا تُبْصِرُ

وَتَزْعَمُ اِنَّکَ جِرْمٌ صَغِیْرٌ   وَ فِیکَ انطَوَی العَالَمُ الْاَکْبَرُ

وَاَنْتَ الْکِتَابُ الْمُبِیْنُ الَّذِی   بِاَحْرُفِہٖ یُظْہَرُ اَلْمُضْمَرُ

فَلَا حَاجَۃَ لَکَ فِیْ خَارِج   یُخَبِّرُکَ عَنْکَ بِمَا یُسْتَرُ

یعنی "چون دوا چھہ ژےی منز، اما پوز ژیہ چھے نہٕ زان۔ چون دوا چھہ ژیوی نشہ گر ژھ چھکنہٕ و چھت ہیکان۔

ژیہ چھی گمانہ کو ژھ چھہ لوکٹ اکھ جسماہ، حالانکہ "عالمِ اکبر" چھہ ژیہ اندر وٹنہ آمت

ژٕرٕ چھِک رٕ نٕژ کتاب، یِمہٕ کیو حرفو سیتھ غائب چھِ ظاہر ہیکان سپدِتھ
ژِیٕ چھے نہٕ پانس نیبر کینژھہٕ ژھانڈنک ضرورت۔ چون روٗح ہیکی ژِیٕ پانس متعلق
سٕ خبر دِتھ، یہٕ اُچھو تلہٕ ژھایہ رُوزِتھ چھُہ۔"

## تنبیہہ

مگر یُن وجوٗد "عالم اکبر" بنِتھ وزِہ چھِنہٕ انسانی شعوٗرس پٕٹھ کیفیت ویٹراونک تاب حادہ
کالس رُوزِتھ ہیکان۔ تہٕ کیازِہ تجزیہ نفسیاتہٕ کیو اصولو موجب چھِنہٕ انسانی شعوٗرس فوق
البشر (Super ego) اِدراک کینژَو ژھہو علاوہ اَکہِ ٹُجہِ تھاونک قووَت۔
تہٕ تووے چھُ سالِک امہِ وجدانی حالہٕ نِشہٕ فوراً واپس پھیران تہٕ پتہٕ ویداکھ دِوان۔ شاید
چھُ یہوے مُشاہدہ مُرِتھ ابوالحسن شر وانیس لیکھُن پیومُت زِہ "صوٗفی چھُ لکو نِشہٕ
ژھینان تہٕ حقس تام نہٕ واتان! یتھہٕ کنہٕ خدایِن حضرت موسیٰسؓ کُن وُن ژٕرٕ ژورکھ
میٔ پنُنہٕ غامِرہ۔" (وَاصْطَنَعْتُکَ لِنَفْسِیْ) امہِ پتہٕ ژُنڈُن یُس بتھ کانہٕ ماسوا اللہ امس
نِشہٕ تہٕ اَخرس وُپ نس "دوی نِیٕ ہیکمہٕ تہٕ میٔ زانہٕ تہٕ وُچھت!" (لَنْ تَرَانِی) یِمہٕ
سیتھ اَسہِ یہٕ اِشارہ چھِ لبان زِہ اِنتہایی اِستغراقکِس عالمس اندر ـــــ یتھہٕ صوفیانہٕ
اِصطلاحس اندر مقام "ترکِ ترک" تہٕ چھِ وَنان ـــــ چھِنہٕ سالکہ سُنز "اِنفرادیت"
ختم گژھان بلکہ چھُ وُقس تو تہٕ یُن" انا "قایم روزان سہ

بٕ ترکِ ترکہی منز گوس      پھِرہ تھر دوٗن وژن اوس
اسد پہٕ یہٕ واتہٕ کس احدس      بٕ سے گوس غرقِ توحیدس

---

# ٹیگور بحیثیتِ ڈرامانگار

بنگٲلی زبان زانن وٲلۍ کٔرتن رابندرناتھ ٹیگورٕ ہندین ادبی شاہکارن پیٹھ کانہہ بحث
ذٕنی اکہ چیرٕ گستاخی بانن ییہِ، امہ پتہٕ سو رائے آسہِ پیٹھ ذٕنگہ اتھٕ آسہِ ۔ امہِ بتہٕ ٹیگورٕ
ہندین شوراہن ییٚتی تہندِس ادبی شعورس پیٹھ کانہہ آخری فاصلہ دِنچ کوشش کرنی
اگرچہ زیادٕ گیہِ ٹیگری فاصلہ ییہِ بہرحال اکھ ذاتی تبصرٕ گٕنزرٕونہٕ ۔ یتھ پیٹھ
پیٹھ کانسہ ادیبس حق چھُ ۔ ییٚلہِ اگر ہر ٹیگوران پانہٕ پننین ونیٚن پُھتران انگریزی
ترجمہ کورمُت آسہِ ہے ۔ تیٚلہِ ییہِ ہے یہ تام وَنِنہٕ زہ ترجمہ کرن ڈول تہِ چھُ ٹیگورٕ ہندہ
سٲیلک شریک تہٕ بنگٲلی نہ زانن وٲلیس چھُنہٕ اصلس تہٕ ترجمس ترجیح دِنچ توفیقت ۔
یہِ اُس بنگٲلی زبان نہ زانن والین ہنز خوش نصیبی زِ ٹیگورس اوس انگریزی زبانہِ پیٹھ
دسگاہ حاصل ۔ ییمیک اثر چھُ یہِ صدی ہندین انگریزی بولن والین ادیبن تہٕ ادبس تہٕ ییمہ کس
بوتس منز ییتھ یوت یاد تھاوُن چھُ کافی زہ تمہِ کور پننین ترین پُھتران ۔۔۔۔۔ (۱)
گیتانجلی (۲) ۔۔۔۔ تہٕ (۳) مالنی ۔۔۔۔ صرف اکس ہی نقطس اندر ترجمہ بیٹھ کٔن
۔۔۔۔ چھُ زانن تہِ ییم اُتھ زبانہِ منز لیکھنہٕ آمہِ آسہِ ۔ چنانچہ ترجمہ دأ ذ
۔۔۔۔ ہندہ لُفظو اندرٕ اکھ اَنگ فن ییمیک تشریح برونہہ کٔن تہٕ
کرنہٕ ییہ ۔۔۔۔

یہِ اوس یتہِ عرض کرُن زِ ٹیگور چھُنہٕ جان ملٹن ہیو کانہہ شاعر ییم بالغ گرٕھست

کُل وُمرِ اندر ۱۸ اڈداہ ساس شعر لیکھۍ زِ تبصُرٕ کرِن وٲلِس ییہِ نہٕ اُمید سُند مقام کھرٕ کرنس اندر کانہہ تھانٛت۔ یہِ چھُ سہٕ ٹیگورٕ ییمۍ ۱۸ اڈداہ وہرِ بروٗنہہ نثرٕ علاوہ قریباً ستٕ ساس شعر لیکھۍ مگر اُمی کھالال کرتس اُمس نہٕ تتھٕ تربیتھ کرُن نہٕ اُنہہ ترِ کے، یوسہٕ تربیت ہاوو ناوہ اُسی چھِ مدرسن تہٕ کالجن اندر تنخواہ حلال کران) یہِ چھُ سہٕ ٹیگور یُس ندین چھپیا متین پاٹھرن تہٕ شاعری ہُند شمار چھُ ڈوڈ لچھ سطرٕ کرنہٕ آمُت تہٕ نثرُک خزانہٕ چھُ امہِ دٕ گنہٕ، یتھ منز ناول، سوانح، تنقید، افسانہٕ تہٕ ہتہٕ واد علمی تہٕ صحافی مضامین چھِ، یمو منزٕ وُنہٕ واریاہ پوٗرٕ پاٹھۍ جمع تہٕ چھپنہٕ کرنہٕ آمتۍ۔ ییتھۍ سینی بُڈ وگ پسندٕ درجہٕ واد ادبی کارنامو اندرٕ مِرف پاٹھری یأتی "ٹیگور نما" "مانیا زانہہ گژھِ ترِ کتھا، یتھ تنقید ثرانس عالی سراسر غلط وبن۔ خاص کر یمہِ وجہِ موجب زِ ٹیگورن اوس شراہ وہرِ پیٹھے ڈراما لیکھنہٕ ہیتمتۍ تہٕ یہِ سلسلہٕ روٗد پتھ ہو وُری لوکھو تہٕ جادٕ چلہٕ وُنے۔ گوڈٕ نکیو پاٹھرو اندرٕ اگر اُسی مِثالِ خاطرٕ "رودا چندرا" ڈراما تمو، یُس ۱۸۸۱ سنس اندر بازریہ تریس تمو شراہِ وہری لیو کمُت اوس۔ اتھ چھِ ۱۴ ژوداہ منظر تہٕ اٹھ شتھ (۸۰۰) سطرٕ تہٕ یہِ چھُ اکھ "میلو ڈراما" Melo drama۔ اتھ اگر اُسی ٹیگورٕ سندس بنیس پاٹھرس "مکتا دھارا" "سیتی تلہٕ ترٛاد کرو، یُس تمو ۵۲ دوونزہ وہرو لیو کمہٕ زمین آسمان فرق لبتہٕ چھِ خواہی کرِتھ اُکِس پاٹھرس تعریف کرنہٕ ونزِ بنیس پاٹھرس ٹیپ پوان ژٹنہٕ تہٕ کیازِ یہِ فرق چھنہٕ صرف تہندِ بالغ نظر گژھنہٕ موکھے وُری یہِ پتھ وُری یہِ نتو نیران۔ بلکہ چھِ ۲ وُنہٕ وہرِ پیٹھے ٹیگورٕ سٕنز شخصیت ساجہِ کین تہٕ آونہٕ کین درجہٕ واد گوشن اندر یہِ ڈیوٗزِ تہٕ چھکرا دنہٕ پوان، ییتہٕ ییندرس قومس تہٕ فعلس پتھ اندہٕ لمہٕ لگو۔ تہٕ ییتہٕ تہٕنزٕ شرکت اکِہ نتہٕ بیکہِ ترٛاویہِ شامل رُوز۔ تہٕ ییتہٕ بھارتچ غلامی تہٕ غربت یا ہیندین ہنزٕ رسوم پرستی، ذات پات تہٕ بُت پرستی وُچھت اوسنہٕ سہٕ وُنہٕ اکِہ اندہٕ پنُن پیغام وُ نیتھ موکہ لیوتھے انسان تہٕ تام اُمس بنگالچ تنگ دلپسندی تہٕ فرقہٕ وارانہٕ ذہنیت تس ترِتھ بے قرار کران زِ سہٕ اوس عینِ گرٛکہِ ونزِ اتھ موران: آخر انسان کیازِ چھُ حیوان بنان؟

تہ یہے بے قرارٔی تہٕ حسرت اُسنہٕ تس نزاتھ تہٕ ادبہٕ کِس اکِس قسمس اندس دِوان واتہٕ ناونہٕ۔ تہٕ یہ وِی مُشاہدٕ بنوو سُہ تیوٗت غم پسند زِ تِسندِین اکثر پاٹھران منز لوٗگ غمک اکھ نتہٕ بیاکھ موکھ کلہٕ کڈنہٕ۔ چنانچہ بنگٲلی نقادن نِش چھ ٹیگور سارِوے کھوتہٕ بوڈ ہیوٗ "شاعرِ غم" یِوان مانہٕ۔ تیمِچ پرٲن تِسنزٕ گوڈنِچ کتابہِ پیٹھے کھُرٕ ــــــ یتھ نمو "داستانِ شاعر" ناو تھوو۔ غم نِش کِتھہ کنہٕ لبہٕ اِنسان مسرت یا نجات؟ یہ چھ اکھ سُہ سوالاہ، یمیُک تمثیلی جواب ٹیگورہ سِندین آخری دورٕ کین پاٹھران منز سیٹھاہ سون وُسِتھ چھ اتھہٕ یِوان ... ...فی الحال نمو اُسہ اکھ اِبتدٲئی سوال زِ تِسند ترجمہ کمہٕ آیہٕ تراوِنہٕ اوس

ترجمہ

جِترا پاٹھرِس یُس انگریزی ترجمہ تمو کورمُت چھ، تتھ کُن وُچھِت چھ یِہنٕز ترجمک طریقہ کار ( Method ) فکرِ تران یُس اکثر ترجمن اندر تمو مُسلسل ورتوو۔ بنگٲلی زبٲنی منز یُس جشوٗر اکھ پاٹھرس رُوزِتھ گومُت اوس۔ سُہ چھ انگریزِس اندر پتھر تراونہٕ آمُت۔ اصلس تہٕ ترجمس درمیان اُسہ دٕہ وُری گزریمژ۔ مثالہٕ خٲطرٕ نمو اُسہ زٕ نموٗنہٕ، اکھ زبٲنی ہِند تہٕ بیاکھ خیالُک :ــ

بنگٲلِس منز اوس ( زبٲنی ہُند نموٗنہٕ ) :

اے نازُک خاتون! میہٕ وَنتہٕ ژٕ راتِچ دلیل۔ میہٕ چھ یہٕ زانُن خواہش زِ آیایم پوشو کان میہٕ لالے یِ، تمو کیاہ کار کورٕ؟

انگریزِس منز چھ :

بہٕ چھس یہ زانُن یژھان زِ پتمہٕ راتٕ گیوو کیاہ؟

(خیالُک نموٗنہٕ) بنگٲلِس اندر اوس :ـ

یتھہٕ کُنہٕ اکِہ لحظہٕ کِس سرُودس اندر چھہٕ باتہٕ مُنزہٕ اکھ آنتہٕ روٗس کرِتھ دوان دوان نیرِتھہٕ ژلان۔

انگریزِ لس منز چھُ:۔

اکِہ تمہِ آنتھہٕ اَزوس معنیکو پاٹھو یُس اکِس باتس اندر چھُ ژمان ژمان رُوزِتھ آسان گومُت۔

ٹیگورَن اوس پننِس نثرس یوتُے اِصلاح کٔرِتھ انگریزِیس اندر تاران۔ بلکہ "راجا" پاٹھرس انگریزی ترجمہ کران، بدلوو تمہٕ امیک ناو تامت۔ بنگالیس اندر یِم باتھ اَتھ پاٹھرس بلۍ ہنز راوان، اُمسی تِم آسے پتھ تراونہٕ۔ انگریزِیس اندر آیہِ تِم گیون واجنہٕ چکھرہ دفع کرنہٕ۔ "یہندِہ چرچرہ تہٕ فضول ژرنگہٕ تلنہٕ سیتی پاٹھرک رنگی اوس ڈٔولمت۔ امہٕ شاخ تراشی علاوہ آسے اکھ منظر نیہ سرہ مُرتب کرنہٕ۔ یمنہٕ سیتی امیک فضا چارنہٕ ہیوٚ آو۔" اتھ مقابلہ کورنہٕ "ڈاک گھر" ناوی پاٹھرس تمہٕ پانہٕ ترجمہ تہٕ توَے رچھہ اَتھ اندر بنگالی اصلکو ساری چیز آمتہٕ۔ ترجمس اندر اصلک رُوح تھاونہٕ بابت اوسنہٕ سہٕ پرِتھ پاٹھرس ژٹہٕ واٹھی کران بلکہ کنہِ وقتہٕ بُرژر تہٕ کران ——— مثلاً "ہردہ ورِوس" ناوی پاٹھرس اندر یُس سنہ ۱۹۰۸ ہس منز چھپ لیکھنہٕ آمت، ترجمہ کورہس۔ امہٕ پتہٕ ژوداہہ وُہرہ "ادائیگی قرضہ" ناوس بپٹھ "قربانی" پاٹھر اوس گوڈہ بنگالیس اندر ——— دردیش پادشاہ ——— ناوی تہند اکھ ناول، یتھ انگریزِیس اندر صرف مرکزی خیال قایم رُود، تتہٕ مہٕ بدلیوو اَتھ ناولہٕ پیٹھ پاٹھرس تام سورُے ڈول ڈال۔ المختصر اوس نہٕ سہٕ پرِتھ وَقتہٕ لفظی ترجمک قائل بلکہ سہٕ اوس مجموعی تاثرک شیدا۔ تاثر اگر تس برونہہ برونہہ یکان ترجمہ پانس تہٕ دیہہ ہے نہٕ، سہٕ اوس نہٕ پننِس ترجمس تہٕ پسند کران۔ یمیُک ثبوت تسند ڈراما "پھٹمت دِل" چھُ یُس اِنتہائی جذباتی آسنہٕ موجب تمہٕ دُبارہ چھاپ تہٕ کورنہٕ۔ مگر یوت اِصلاح نظرِہ تل تھاوِتھ تہٕ چھہ کینہہ بنگالی نقاد یہِ وَنان زِہ اَڈِین پاٹھرن رُود نہٕ ترجمس اندر بنگالی اصلک زورِ بیان تہٕ لطافت موجود۔ تہٕ اکِہ شکلہٕ پیٹھ بنیس تام واتہٕ ناوان واتہٕ ناوان ڈٔول بتن بُتھے۔ یتھان چہ یہنزہ مان ماڈُلگو واریاہ بیٚنہ نقاد یمن پاٹھرن نیچہ نظرِہ وُچھنہٕ۔۔۔ لہٰذا تمہٕ اُسی گوڈہ محنا لِعن

ہنرٕی رائے :-

ترجمک اعتراض ین پنہٕ نس لسندس حوالہٕ کرِتھ چھِ ٹیگور زانن والین یہِ خبر زِ اگر تمی شیکسپیئر سندی پاٹھی اکہِ سٹایل ورتاوِتھ اندس واتنووٕمت آسہِ ہے، شاید گژھہن نہٕ نقادن اکھ اکس خلاف پیش جاوِ رایہِ۔ مگر یمن پاٹھرن بیٹھ چھِ کالی داسہ سندِ وقتہٕ پیٹھ موجودہ زمانہٕ کین یورپی ڈراما لیکھن والین ہُنٛد۔ تام الگ الگ اکہِ نتہٕ بیکہِ آیہِ اثر پیومت۔ یمہِ موجب پرٛان واٲلِس چھُنہٕ یہِ فیصلہ تگان کرنہٕ سئے زِ ڈرامائی لوازمو موجب چھا ہندی منظوم ڈراما جادٕ تھدٕ ہی، کنہٕ نثری ڈراما۔ تم ماتر وٕدہ جان ۂمین منز کیوٚن واٲلی ہیتھ درجہٕ واد اداکار (ایکٹر) چھِ۔ کنہٕ سہٕ پاٹھر یتھ اندر کُنتی تہٕ کرنا" پاٹھرکی پاٹھی صرف زہ ایکٹر چھِ۔ یا یتھ اندر لیکھہٕ تس تل اکھ ایکٹر تہٕ یِچھنہٕ آمت۔ بلکہ چھِ جبار زٕلے ننان زہ کس کو ہندِ کلامِ گژھ آسُن۔ مثلاً "سونتک یِن گژھن" پاٹھرس اندر۔ یتھے کنُو چھِ کردار نگاری تہٕ ڈرامائی تاثرس منظر کشی تہٕ اداکاری منز تہٕ نقادن پانہٕ واٲنی تپوت اختلاف، یتھ اکھ الگ کتاب بنہِ۔ کتھ ترٛٹنہٕ خاطرہٕ تمو اُسی یمو اعتراضو اندرٕ صرف کینہہ خاص خاص اعتراض :-

(۱) ٹیگور سندین پاٹھرن اندر چھِ کتھ جادٕ تہٕ اداکاری کم۔

(۲) ہنگامی تہٕ مقامی رنگ جادٕ سوٚن تہٕ شدید تہٕ آفاقی رنگ گوٚٹ تہٕ تچھو تچھو کٔڈٕن پیوان۔

(۳) شاعری جادٕ تہٕ عمل برائے وزنِ شعر

(۴) خیالن اندر یک رنگی

(۵) منظر کشی اندر زمانکو لوازِم گول مول

(۶) عین عروجہِ وِزِ ذہنی تساہُل

(۷) یم نٔے تو تہٕ تصوراتی اشاریت تیز گٔو، یتھ منز مادی جدلیت کُنہٕ اندہ ونیتھ ہیکہٕ نہٕ۔

اگرچہ یم ساری اعتراض چھہ وزن دار، امہ پوز اوّل چھنہ دٔنیہک کانہہ بوڈ ادیب تہٕ اعتراضو نِشہٕ بچومت۔ دوٚیم چھِ نہٕ یم اعتراض اکثر سی جایہ سمیتھ کنہٕ پاٹھرس سراسر بے ربط بناوان۔ تریم یوت تام تہٕ ٹیگورہ سنزِ ذہنک پس منظر ژھانڈنہٕ ییہ، بیٚڑ ھ کتھ روزان اکہ طرفہ ودہ تھان تہٕ بیٚیہ طرفہ ڈٔلہٕ گژھان۔ ترکیازِ یہ چھہ تِمسندِ ذہنک پس منظری یُمہٕ وجہہ موجب تس پیوو یتہ نہٕ اکثر پاٹھرن منز (زن تہٕ لاپہٕ لار) تہٕ تہٕ درج کرُن یتھ دُچھت اعتراض پادہ گے۔ یا یمہٕ سببہ تسندِس اندازِ بیانس (دِلس وَیہٕ ون لگھِ تہٕ) ہنگامی، جذباتی تہٕ ذاتی عنصر جادہ پہن رُود۔

## پسِ منظر

یہ چھہ اسہ خبر زِ ٹیگور اوس تتھ زمانس منز ییٚنہٕ آمت، یٚنہٕ تس یوت جیرہ آو دِہ سہ رُود خُدایس تام ونان ـــ " ہے ہے لوکن کوتاہ کال گوو ژیٚنہٕ گِندان گِندان۔ زن تہٕ اوسک اکھ اچھہ دار ـــ " اُتھی دورانس منز پیٚٹھ اوس تسند دماغ تمہٕ تراپہ یکان یتھ وارہ سُنتھ تسندین وارہین اعتراض کرن والین تام پائے تسلّی گژھہ۔ یِتھاں چھ امہٕ تراپہ ہندی خاص خاص ذہنی موڑ چھہ لَم :-

(۱) ٹیگور اوس تمہٕ پراچینہٕ دھرمک شیدائی، یٚمِک سہ اندی کُلہ کنہٕ نِشانے اوس لبان۔ اُپنشد پرِتھ تہٕ پرٛہو سماجک زبردست پرچارک بنِتھ اوس سہٕ تِمتھ لُون باغی یوان لبنہٕ، یمن کتھ وارہین عقیدت مند گورن بڑہ اُس لگان۔ یِتھانچہ یمہٕ تمہٕ " اچلیاتن " پاٹھرس اند ذات پات مانن والین کنہٕ مرُن کرُ، تس خلاف آو طوفانِ بے تمیزی تُلنہٕ۔ اتھ پاٹھرس اندر چھہ پنچک ناوی اکھ باغی قدامت پرستی ہندس موکلس ـــ مہا پنچکس یہن تام ونان زِ " ذات پات مانن والی چھہٕ اکہ پاگل خانکی بسن والی ـــ یہ اُمس تتھ صاف گوئی، یتھ بیٚٹھ شور دو ٹھن اوس لازمی امر۔ مگر ٹیگورن دیُت اُتھ مخالفتس یہ دُنتھ کُنے جواب زِ " ییٚنہٕ چھہ اداکارن ہندِ ذریعہ دراصل ہیٚندین ہندی تمہ ہوم بد پھُڑا وینچ نیّت، یُس ستی ہندو جاتی ویران گیہٕ۔ " اُتھی خیالس وَسہ جاوِتھ اوس سہٕ

اِنسانیت اکھ سرٕ میراث زانان۔ یتھ نٕشہ خود غرض مخالف بے خبر اُسی۔ چنانچہ اِنسانی برادری خاطرٕ
بنیاد سٕہ یوٚت جذباتی زِہ تمُ لیوُکھ یہِنٕ تام زِہ "یُس انسان' اِنسانس نفرت کرِہ ، سُہ چھُہ
(خاکم بر دہن) خُدایس نفرت کران۔ بھارتن چھِہ تَوے اچھُوتن نفرت کرِہی کرِہی پانس
کرِتھ دُنہیچ نفرت زِینہ مرٕ۔"

(۲) ٹیگورس اوسُنہ اکثر بھارتی لیڈرن ہُند طریقہ کار پننہِ ترکرِہ برابر یوان۔ حالانکہ
تس کُن نظر کرِتھ ووٚن ڈاکٹر وِل ڈرانٹن (DR; WILL DURANT) :-

"You alone are sufficient reason why India
Should be free."

اُکتھ کنہٕ اوس سُہ برطانوی حکومتس پُٹ یژھان کڈِنی۔ یتھ پیٹھ تس وانسرائے بہودرٕ ون
دھکی تامت درٕ۔ بیٚیتھ کنہٕ اوس سُہ ننہِ وانہٕ ونان زِہ ہندوستانین ہندِہ خاطرٕ چھِہ یِہ
خلافِ منطق دلیل زِہ پننین باین ہنز گردن بٕٹے دروی سان لٹن تل رٹِتھ ونن تم ظالم
حکمران چھِنہ اسہِ سیتہٕ منصفانہ سلوک ورتاوان۔ "... چنانچہ "چنڈالکا" یا ٹھر وچھِت
چھُہ یِہ پانَے فِکرِ تران زِہ یاہ وأنی حیوانن ہُند سلوک ورتاون دالین ہُند نہ اوس
تس عدمِ تشدّد ویٚژان تہ نہ سیٹھہ پیٹھ چھِہ کرٕیکہ وَیان۔ سُہ اوس سُہ یِہ خلوص لول تہ
مانے یژھان ییمِہ سیتہٕ وارہین سیاسی جماژن بدل کانہہ اوزقا ژھانڈُن پئیہ ہے۔
چنانچہ تسندین اکثر پاٹھرن اندر بالخصوص "قومیت" "ناٹوی کتابہ منز چھُہ یِہ بار بار ارشاد
کرنہ آمُت زِہ سیاسی اتحاد حاصل گژھِہت تہِ مہ کرِنہ تہ اُسی گھرِ کُلی اختلافو موجب
غُلامی ہندِ پنجو تلہ۔ تأریخن ہود زِہ اگست ۱۹۴۷ھ ہس اندر دراو بھارتی سیاسی
اِتّحادس تہِ پھوکہ ڈونگی پاٹھو کُنے ٹاس۔ فأصل رُودی یاہ وأنی تم اختلاف دُنیکتام
چلہ وِنی ییمِن ہنز نشان دِہی کران ٹیگور اوس یمن دوہن کانگرسس تام وُکرِہ گژھان۔
مِثلے نموٗ اُسی تسُند "کفارہ" "ناٹوی پاٹھر یُس ۱۹۱۳ھ ہس اندر لیکھنہ چھُہ آمُت۔
اُتھ اندر چھُہ دھنن جیا سِنزِ زیٚوِہ سُہ ونان زِہ ظالم حکومتس خلاف مانگیہ ییند کرن تہ

عدمِ تعاون رٕچھ جان ہتھیار۔ مگر یُتھے امہِ پتہٕ شینبہ ستہٕ ڈہرِ ہرین اصُولن پیٹھ لُوک
لگو پکنہٕ تیتھے کھوٚت تس عالمُک یہ طریقہ کار ٹارے۔ یتھے پاٹھی پیٹلہٕ گاندھی جین
کھدر تحریک اسمان کھاٚجو، ٹیگور لوٚگ اَتھ کُھل کڈنہٕ :۔

"If Swaraj comes to us in the semblance of mere homespun yarn, it would be intolerable."

کتھ واٚتر پوٚت نزہ تمو لیوکھ اکھ مقالہٕ کلچرلان (Contact of Cultures)
یتھ اندر گاندھی جی ین اصُولن تمو کھُلہٕ نوکتہ چینی کرٕ، ییمیُک جواب پیو دپرت چندر
چیٹرجی یس لیکھُن۔ بیٹلہٕ بہٕ گاندھی جی یس تہٕ کانگرسس نوکتہ چینی کرنس تمو واپہ وُچھ
بینہٕ کس کھسے تس ٹارہ۔ چنانچہ تمو سومبراوی بینہٕ اکٹر سیاسی عقیدہ پنہٕ نس اکس
پاٹھرس "کتا دھاراہس" اندر۔ یتھ گوٚڑہ "پال ژاور" ناو اوس۔ یہ گو ۱۹۲۲ ہس منز
"ماڈرن ریویو" رِسالس اندر چھاپ۔ اکتھ کنہٕ چھ اتھ اندر ٹیگورن سانس غلامانہ طرزِ تعلیمس
وچھ کچھ مزہ۔ بینہٕ کنہٕ تتھ حکومتس پیٹھ مکمل عدم اعتماد ہوومت یس چالو سیتو چلاونہٕ
پیہ۔ اکھو اندر چھ تتھ سیاستس تہٕ بنے دوری کرنہٕ آمژ یُس اکس قومس بیاکھ قوم
لتن تل رٹنس پیٹھ آمادہ کرِہ۔ ٹیگور چھ اتھ ہتھرہ پاپرس تمثیلی کارناس منز ۱۹۳۱ ہس
برونہہ تُو وُوری مکمل آزادی ژھانڈان ییہن تام وَنان زِہ "خدا تہٕ چھ آزادہ
منزسے لبنہٕ پوان۔ تہٕ یُس ظالم قوم سانیس لاگہٕ تشدد یا ظلمس کُن سہ قوم تہٕ
سہ سانیس چھ ملامتس لایق۔" اگرچہ تعاون پین یم ہنگامی تہٕ مقامی کتھ بوزہ تہٕ
اما پوز ین پیٹھ چھ تہٕ لقینہ سان قلم تُلنہٕ آمژ زِہ یرن واٚنس چھ باسان یوہے
نتہٕ یوہے پیغام چھ جاوہ منزوری۔ اتھ پاٹھرس پردہ چھ فکرہ تران سے زن تہٕ
خدا چھ ینہٕ غیظ وغضب سوبرِ سوبرِ تھاوان۔ یتھ زن پنہٕنس وقتس پیٹھ
انسانہٕ سنزہ سنگ دِلی چھپلہ کڈِہ۔"

ٹیگورہ سنزہ ڈراماین پس منظرگ ترتیم کارن (سبب) چھ بھارتی عوامُک سہ

ادبی مذاق ییُس کالی داسس پننِہ پٹھ سبٕہ قدری ہِندِ وارِہو دورٕ منزٕ چلیتھ ترٛ ژھوکیوٚو نٕہ۔ چنانچہ تس آسے دارِیاہ تِم کردار ینہٕ نِس مَنَس برابر، یِم یا تہٕ ہِندی دیومالاعلمس اندر اسی۔ مثلاً "چترا" پأٹھرس اندر کامہ دیو تہٕ وسنتا . . . . . .
یا کُنہِ کلاسیکی شاہکارس اندر محض اکس ضمنی قصہٕ کس صوٗرتس اندر رُوزِتھ آسی گمتۍ —
مثلاً دہا بھارتس اندر "کُنتی تہٕ کرنا۔" ٹیگورن ینہٕ نہٕ صرف پرانہِ عہدکۍ کردارہی یأتۍ بلکہ بھارتی مزاجٕہ موافق چھہٕ اکثر پأٹھرن اندر پرانہِ عہدکۍ عقیدہ تہٕ خیال تہٕ فن کارانہ طریقس اندر پأٹھرن اندر نوٚو راونہٕ آمتۍ۔ مثلاً مالنی پأٹھرس اندر بودھ مذہبک بُنیادی عقیدہ اہمسا تہٕ بادشاہی ترأوِتھ عامس سیتۍ مِلہٕ ژار ورتاوُن۔ "ستی" پأٹھرس اندر پرِ اُپدیشس زِہ "زنانہِ ہنز کوم چھہٕ تِتھی پیٹھ روزُن یہِ سو ہیٚنچھ نادنہٕ ییہٕ۔ ترٛ کیازِ سُہ چھہٕ پانہٕ تمن معیارن نِشہٕ ڈلِنس سیٹھاہ کھوژان۔ یِم تس کرِتھ ژھلی یا بُلہٕ مقرر کرنہٕ چھہٕ آمتۍ۔"

امہِ علاوہ اوس ہندو جاتی اندر سنسکرت ڈراماہو سیتۍ کینہہ تِم تصوّرات تہٕ ادبی عقیدہ چلہٕ وِتھی رودی مِتۍ۔ یِم اگرچہ اُزی کِہ زمانہٕ کس پأٹھرس اندر خال خالی چھہٕ لبان۔ مگر بھارتی عوامک نبض وُچھِتھ تھأوی ٹیگورن تہٕ چلہٕ وِنی۔ مثلاً پردہ پتہٕ کنہٕ گیوٚن۔ نقاب پوش کِردار، شکنتلا یہِ ہندی پأٹھو فطری منظرن سیتۍ عشق۔ مینِ عروجہِ وِزِہ گیوٚن چوکھرِ سنٛجس پیٹھ اَنُن۔ یمن رِوایتی تصوّرن علاوہ اوس بنگالہ کین گامہٕ پأٹھرن ہند تیکنیک تہٕ وشنوی شاعری تس اُچھن تل۔ چنانچہ تسند گوڈنیک موسیقارانہٕ ناٹک "بالمیکی پرتِبھا" چھہٕ بالکل تمی طرزٕ لیکھنہٕ آمُت، ییمہِ طرزٕ بنگالس اندر "کتھکا" ناوکۍ گامہٕ پأٹھرٕ موجوٗد اسی۔ تہٕ وشنوی شاعری ہندی نشانہٕ چھہٕ قریب قریب سادِہ وِنی غنائیہ پأٹھرن اندر۔ مگر یمہٕ اُفی کِردار یا یمہٕ اُفو تہٕ ہم عصر تصوّرات پأٹھرن اندر ورتاوِتھ چھہٕ اکثر جایَن سوٚ معقول فن کأری کرنہٕ آمٕژ۔ یوٚہے ہندوستانی عوامس دِل چھہٕ نِوان ڈیٚشِتھ۔ ییٚمہِ چہ مثالِ خاطرٕ اُسی "چِترنگدا" پأٹھر نموٗ یُس ژترہِ ہٕس وُرہیس اندر لیکھنہٕ چھُہ آمُت۔ اَتھ اندر چھہٕ دراصل ژور سے کِردار، یِمن منزٕ زٕہ لافانی ——

کامہ دیو تہٕ وسنتا —— یِمہٕ یِم دوٕ نہٕ وٕسے چھِ پأتھرٕ منزٕ تِتھے کنٔ نٕنہٕ گژھان، یِتھٕ کنہٕ زن شیکسپیرٕ سٕندِ پأتھرٕ منزٕ وِگنہٕ چھِ ہنگہ منگہ وُنہٕ منزٕ پأدٕ گژھان۔ مگر کامہ دیو تہٕ وسنتا چھِ (ہندوستانی فلسفہ مطأبق) انسانن سٕتی جان پأٹھی رلان۔

بشرن ہُند عالم ملکوتس سٕتی رٕلیتھ میلتھ یکُن چھُ امہٕ ٹیگورٕ سٕندِس ڈرامائی پسِ منظرٕ کِس ژٕ دٕرِس اندس واتہٕ ناوان۔ سہٕ گیہٕ ٹیگورٕ سٕنز شخصیت۔ یتھ اندر پانژٕ ہأٹھن وٕرِہن اکھ مُسلسل ثقافتی تحریک وُزان رُوز۔

اگر اَتھ سأرِسی تحریکس اُسہٕ اکھ ڈراما ناو تھاوَو، تیٚمہ ہیروِین تسنز شأعری اُس، ناول نویسی، افسانہ نگأری، تصویر کشی، رفاہِ عامہ، ناچ تہٕ موسیقی باقی کِردار۔ ڈراما پیٚمہٕ یمن اندر سہٕ اداکار مانہٕ، یُس سارِی وِہکھو تہٕ مُشکل پاٹھ ذِمہٕ اوس۔ تہٕ کیاژِ اتھ اوس نہٕ صرف نوِس تہٕ پرأنِس ٹیکنیکس واٹھ وِیُن بلکہ بنگألی زبأنی ہُند اِستعداد تہٕ برٛاؤن، یُتھ زن سہٕ مختلف دورن ہنزٕ ناٹک نویسی کھٕتہٕ بنہٕ ہے۔ امہٕ علاوٕ اوس یِہنزِ شخصیژ منز بیک وقت مشرقی رُوحانیٔتک تہٕ مغربی سائنسک سٕتی اثر یمہٕ موجب تِہنزٕ شأعری ہِندی پأٹھی تہِندین پأتھرن اندر تہٕ عقلہٕ تہٕ وجدانچ کشمکش چلہٕ دِنہٕ رُوز۔

امہٕ ترایہٕ ہِندی مُول اُسہٕ ہندی فلسفس اندر۔ یتہٕ یہٕ سوٗرُے کأینات اکہٕ حسابہٕ اکھ ازلی پأتھر چھُ تصور کرنہٕ آمت۔ یتھ اندر پرکرتی (ازلی مادہ) تہٕ پُرش (وجودِ اوّل) نکھہٕ وأتأنی نژُن چھُ ہیوان۔ تہٕ اتھ کأیناتی ناچس منز چھِ ترٛین ترٛین گونن (ازلی صفات —— Attributes) اندر اضطراب وۄتھان، یمن ستوس (Tranquility) رجس (Activity) طمس (Inertia) ناو چھُ۔ امی اضطرابُک نتیجہ چھُ سون مأدی دُنیاہ یُس سانکھیا فلسفہ مطأبق ہمیشہ چلہٕ وُنے روزِ۔ امِچ مثال تِمو اکھ سہٕ پأتھر یُس ٹیگورن پنُنہٕ ڈرامہ چھُ لیوکمُت ناو چھُس "فریبک پأتھر" (The play of illusion) یہٕ اگرچہ اکھ غنأیہ

پاٹھر چھِ، یِمکۍ شعر سبطاہ مشہوُر گےٚ۔ اما پوٚز امِنک تاثیر رُود ٹیگورہ سِندِس شعوُرس وار ہس کالس نال وُلِتھ۔ اکِو فوق البشری کِردار (Mis - maidens) یمن اُسی پرٚیہِ یا وِگنہِ وَنَو، روزِہ اکر نتہ بیٚکرِ آیہِ ہندو دیومالا تہٕ جدید معقولیت یا بیٚین لفظن منز لاشعوری تہٕ شعوُری زان رلہٕ مِلہٕ یکہٕ ناوان۔ بیٚلہٕ یِم وِگنہِ یکہٕ وٕتہٕ ڈگیوان چھےٚ، یِم چھِ ونان سہٕ "اُسی چھےٚ فریبک سۭ زال ووٚنان، یتھنہٕ اَنٛدی چھِ کٔنہٕ۔"

یہٕ بوٗزِتھ چھےٚ گرٕ ڈٕرِنچ پرٚی ونان سہٕ اُسی چھےٚ خواب انان تہٕ سو تیامژن اُچھن یران۔"

دوٚیِم پرٚی چھِ ونان سہٕ اُسی چھےٚ پوٗشیدہ دِلن اندر ژھلن ہُند پلنگہ تراوان ——"

ترٛیِم پرٚی چھےٚ ونان سہٕ "اُسی چھےٚ سونٛتہٕ ہوٗرہ ہس تیٚتھ پھوک بران، مُیتھ زن نِشہٕ چھِ لہرہ ہتھوٗد ہتھوٗد چھےٚ گژھان وُتھتھ۔"

مایا نظریک یہٕ اثر اوس اکِتھۍ کیٚنہٕ ٹیگورس یتھ عقیدس کُن لمان زِہ یہٕ دُنیاہ چھےٚ تیٚتھ پاٹھرا، یتھ پرکرتی پنٕنہِ نامہٕ سیتۍ کمن کمن ہوٗش داران چھےٚ وُنہٕ والان۔ تہٕ انسانی قدرن نِشہٕ نابینا بنا وان۔ تہٕ بیٚتھی کیٚنہٕ اوس تس وشنوی رِوایژ کیٚنہٕ اتھ میانہٕ فلسفہ یہٕ مانٕنس پیٚٹھ مجبوُر کران زِہ خبر یہٕ دُنیہک پاٹھرا چھُ بھگوان شیو جیہ سندِس اَچھو وٹنس پیٹھ ساران تہٕ گژھِہ ختم۔ چنانچہ اکِس پاٹھرس اندر چھےٚ سو یتھ ونان زِہ "سوٗرسے گو ختم۔ تیٚتھےٚ کٔنہٕ، یتھ کٔنہٕ یہٕ شروع اوس گومُت۔ سوٗرے ژمیوٗ فنائی منز۔ بھگوان شیو جیٚن وچھ اَچھ تہٕ پھیوٗر سۭ بیٚیہ مراقبس کُن ——" یہٕ چھُ دیومالائی عہدہ پیٚٹھہٕ ہِندی شعوُرک سۭ تصوّراہ، یتھ بیک وقت شاعری تہٕ وَنَو تہٕ فلسفہ تہٕ عقیدہ تہٕ دَنَو تہٕ محض قیاس تہٕ۔ مگر تجزیہ نفسیات زانن والۍ ونَن زِہ یہٕ چھُ بھارتی شعوُرس اندر اجتماعی لاشعورچ اکھ "ازلی تمثیل" (Archetype)

یِمہٕ ٹیگورہ سِندِس شعوُری حِصس اندر خارجی شکل اختیار کرٕ۔ تہٕ شاید چھِ توٚے یمن پاٹھرن ہندین مجموعی تاثرس متعلق یہٕ وَنُن آمُت زِہ یِم چھِ ترانٔ جستجو، نہٕ زِہ انسانی معرکن ہنٛزہ دلیلہ!

"More idyles of the Quest than stories of the human Conflict.

ییٚتہٕ تسٕنٛز "مثالی معصومیت" چھےٚ یہ بیتھ ذاتی تجربہ منٛزٕ تہٕ پھوٚٹ پھوٚٹ نیران تہٕ "سنٛوس" ژھانڈان۔ شاید اوس توے سہ بقولِ تھامسن گوٚو نوٚو پھیرٕ دِیٚہس پنک شوقین تہٕ ژمانٕہ حال اوس تسٕندی کنہٕ اکھ موہوم تصور۔

ٹیگورہ سٕندس ڈرامائی سِس منظرس دِل آویز رنگ دِنہٕ والین منٛز چھےٚ کالی داس تہٕ شلکے عوامی وحدت الوجوٗد تہٕ برہمو ساجی توحید-ویدی وحدت الوجود (Pantheism) تہٕ وشنوی روایات، یمو تسٕند شاعرانہ وجدان ووٚزہ نوو تہٕ دِل عراش ماحولس سیٚتۍ رٕتھ کنٕہ ملہ نوو، ییٚتہٕ اگرچہ زندگیہ ہندیٚن نہایت باریک تہٕ تاریک گوشن ہندی پرتو چھےٚ اماپوٚز پریتھ پاٹھرس اندر چھےٚ شعوٗرس تہٕ لاشعوٗرس پانہٕ وانۍ تکر دوان۔ ییٚہٕ عجیب وزارہن جاین پاٹھرس اندر یہ بوزمنٕے چھےٚ تنگان زِ "سہ چھا کانٛہہ زنانہٕ کردارس کُن خطاب کران کنہٕ کانٛہہ دیوتھس کُن۔ تس چھا کردارن ہنٛزٕ زیوٚہ زمینکہ قصہ ادا کرٕنۍ کنہٕ پاٹھر وچھِن وول شاعری سیٚتۍ بےہوش کرِتھ کٕنہ بٔنِس عالمس واتہٕ ناوُن تہٕ یہ اسی تُن "ڈاک گھرک" "سٹایل یا "منزلِ عشق" پاٹھرک اندٕ" فریبک پاٹھر ناوی ناٹکچ کردار نگاری یا کھیمت دِل ناوی پاٹھرک پلاٹ پرن وول چھےٚ زن تہٕ اکہٕ خوابہٕ کہ عالمہٕ منٛزی پکان۔ چنانچہ فنکاری ہندِ یہ خواب آور طرز وچھِت پیو دھرج پرشاد مکر جیس یہ تام وَنُن زِ "اگر ڈراما وٚو کردارن ہنٛزٕ معرکہ آرائی ٹیگورہ سٕنٛز عبقریت (Genius) ہیٚہ نہٕ ڈرامائی ماننٕہ"۔ مگر نقادن ہنٛزٕ رضامندی خاطرہ اوٚسنہٕ تسٕند شعور پنُن اکھ سہ ٹوٹہ عقیدہ ـــ جیٚمن دنیا تلے ترادس پیٹھ کنہٕ ادبی کارنامس منٛز تیار سیدان۔ ییٚتہٕ کیٚہ محدود انسان ہیکہ لامحدود پادٕ کرن واپس سیٚتۍ ژلتہ۔ چنانچہ سنیاسی "ناوی پاٹھرن اندر ییلہ سنیاسیس آیہ اکس اچھوت کورہ ہندہ دِلہ منٛزی سوٚ وتہ وٚزہٕ، یوسہ لا انتہا ذاتس کُن گژھان چھےٚ ٹیگورن وٚون

فخرِن اَتھ پیٹھ پانہٕ تنقید کران زِ "محدود انسانس اندر لامحدود ذاتس تام وات تہٕ پنچ مسرّت چھِ میانِ ساری ادبی زندگی ہُند تعارف تہٕ یِہ چھُ سہٕ مضمون، یَتھ پیٹھ میانی ساری تصنیفات دُرِتھ چھِ۔"

یِتھہٕ وِی ظاہری کیا وہ باطنی سببو موجب اُسہٕ تسنزہٕ شخصیژ پیٹھ کینہہ اخلاقی، تمدّنی تہٕ رُوحانی اقدار ( Values ) زان تہٕ کھننہٕ آمتہٕ۔ یِمَو منزہ خاص خاص تصوّرات چھِ حُسن، سُرور، نُور (جیوتی) امن (شنتم) خیر (شیوم) تہٕ وحدانیت (ادے واتم) یِم قریب قریب پرتھ کانٛسہ کِردارس مثبت یا منفی طریقہ اثر رادنی چھِ پیے متہٕ ــــــ

پانہٕ شہری تہٕ امیرانہ زندگی گزاران نہٕ بنے یِہ تسنٛز زبان دِہاتی نہٕ بنیو دِہاتی زندگی ہُند حال یِدٕ لیکھان تسُند خیال مارکسی۔ سہٕ رُود ٹالسٹایہٕ سِندی پاٹھو انسانہٕ سِندِس ضمیرس کھنان کھنان پاتھرن اندر تِہِے کوشش کران زِ ییلہِ انسان پزی پاٹھو اخلاقی تہٕ رُوحانی سطحس پیٹھ حضرتِ انسان بنہِ۔ طبقاتی کش مکش گژھ پانے نابُود۔ تہٕ یِوسہ کُن گژھت اوس یِم وِی تصوّراتو سیتی تسُند فلسفہ حیات تس صرف پنہٕ نے اکھ مذہب، یتھ اندر تہٕ کالی دیوی ہنزِ عقیدچ گنجایش اُس تہٕ نٹشے سِندِ احترامچ کانہہ وتھ۔ سہٕ اوس کِردارن ہنزِ زیوٕہ تمہِ مثالی سماجچ بازے دِوان۔ "یِتہِ غم تامت مسرّتک اکھ ضروری جزو بلکہ اطمیناک اکھ لازمی پرتو پیہ مانٛنہٕ۔" چیاں چھ پنہٕ نس اکس مضمونس اندر یَتھ تمُ "مِثٔن دھرم" ناو چھُ تھوومُت، چھُ سہٕ لیکھان ــــــ

رُوحک ظہور گیہٕ مسرّت ییٚہٕ خاطرہ انسان ہیکہِ غم تہٕ موت تہٕ قبوٗل کرِتھ۔ یُس اکھاہ خوفہ موجب، آلژھ [illegible] جب یا شکہٕ موجب غم چھِ وتہٕ یکہٕ نس لوٗب ہیٚنہٕ۔ تس چھنہ یتھ سمارس اندر سو مسرّتھی یوان عطا کرنہٕ" یا الفاظِ دیگر چھُ تسُند رُوح مُردہ روزان۔ یِہ مسرّت [illegible] چھِ حاصل سپدان ؟ امیک جواب چھُ تسُندہ اکہِ ابتدائی پاتھرہ منزہ نیران، یَتھ پراکرت پرِشدھ Prakrit Parisodh ناو چھُ۔ اتھ اندر چھُ

سٕہ ہاوان زِہ اِنسانی فِطرتس سٕنِتھ ( تہٕ زِہ سینیاسیو آشرم حاصل کرِتھ ) چھُ اِنسان ہُرٕ دِرٕ ابدی لبسان۔

شاید اوس یوہے وجہ زِہ تسندِن دارِہِن پاٹھرن اندر چھُ یا تہٕ کانہہ لوکٹ شرٕی (عمل) یا کانہہ لوکٹ کوٗر ( پارنا) کانٔسہ مُدٕس (دھنن جیاہس) سٕہ سیتی یتھ کنہٕ زُلیتھ میلتھ آسان زِہ موت چھُنہٕ قطعاً مہیب یوان لبنہٕ۔ پاٹھرن اندر یہِ نظریہ وَرتاونٕ خاطرٕ آسو پانژھ بُڈی ہی منبع۔ یِمو منٛزٕ ٹیگورن پننٕ فن کارٕی اندس واتہٕ ناو۔ (۱) موروثی تربیت (۲) عوامی جذبات (۳) فطری مناظر (۴) ذاتی خودی تہٕ (۵) فلسفیانٕ الوہیت...........

دوٗی نمبرٕ اُسی یِمن پاٹھرن ہنٛز سٹیج کارٕی۔ یہِ چھُ یہِ ستہٕ کانٔسہ خبر زِہ ہندوستانی رِوایژِ مُوجب چھِہ عام پاٹھرٕ پرٛانہٕ عہدہ پیٹھہٕ کھُلہٕ میدانن اندر چارنٕ یوان۔ یِتھہٕ زن یِمن پرٛیتھ کانہہ وتہٕ پکِتھ وُن ٹکٹ ژھانڈنٕ رووستُے وُچھت ہیکہٕ۔ ٹیگور تہٕ اوس امی رِوایژِ ہُنٛد مانن وول۔ تَوَے چھہ تسندِ اکثر پاٹھرٕ شانتی نکیتن درس گاہہٕ کیٛن لُرکن ہندِ ذریعہٕ ہاونٕ آمتی۔ یِمن اندر موجودٕ زمانکِ سٹیجکی پاٹھی تِم لوازِم چھِنہٕ بکارٕی آسان یِم مشینو سٕہ سیتی سینما ہالن اندر ازکل مہیا چھِہ۔ مگر امیُک مطلب گوٚو نہٕ یہِ زِہ یِمن پاٹھرن اندر کیاہ نچھِنہٕ کُنہٕ پیٹھے منظر نِگارٕی۔ ٹیگور اوس پننِٛن پاٹھرن ہُنٛد سٹیج پانہٕ سٕیران۔ تہٕ وُچھِن والین اداکارٕی سٕہ سیتی دیسی طریقہٕ برمحل منظر تہٕ انان بروٚنہہ کُن۔ تہٕ امہٕ سٹیج کارٕی منٛز آو سٕہ وۄستاد تہٕ ماننہٕ۔ بالخصوص ییٚنہٕ سٕہ پانہٕ تہٕ زِہ سٕہ اوس پاٹھرٕ کِس مُشکل اداکارہ سُند پارٹ پانہٕ کران تہٕ یتھہٕ کنہٕ سٹیجُک اکھ حصہٕ دار روزان۔ اگر نہٕ تسندی ڈراما دارِہِہ نومِہ آسہٕ ہِن تہٕ اگر نہٕ یِمن اندر غنائیہ تہٕ علامتی غلبہ آسہٕ ہے۔ یِمنٕ موٗجب واریاہ ژاوٕی جار کھُلہٕ میدانن اندر یِہِہٕ چھُ گژھان۔ مُمکن اوس زِہ یِہندی اکثر پاٹھرنا روزہٕ ہن کم از کم بھارتس اندر وُنہٕ تہٕ میدانن اندر۔ مگر پاٹھرن ہنٛزٕ رنگا رنگی سٕببہ واتی قریباً یِم سارٕی وارٕہ سینما ہالن اندر تہٕ وِزٕہ وِزٕہ آسے یِم پاٹھرٕ سارِوٕی یوٗرپس منٛز ہاونہٕ۔

یمن سارِہ نی پاُتھرن چھِ ترێ دور مُقرر کرنہٕ آمتۍ ــــــــ

گوڈنیک دور چھُ ۱۸۹۱ؔ تس تام۔ اتھ دورس اندر یم پاُتھر لیکھنہٕ آے۔ تِم سارۍ چھِ اکِہ "مالنی" پاُتھرہ ہِوۍ نظمِ معرّاہس اندر، یمن اندر شیکسپیرِی طرزِ پانژھ ایکٹ چھِ بھاونہٕ آمتۍ۔ "اتھ گروپس اندر چھِ "قربانی" بحیثیتِ ڈراما۔ "چتراتہٕ مالتی" بحیثیتِ شاعری سبٹھاہ تھدِ پایِہ مانہٕ یوان۔ "چترانگدا" چھُ تغزّلانہٕ رنگہٕ بھرِتھ۔ حالانکہ بنگالِس اندر چھِ اَتھ انگریزی ترجیح یاُژ تیز عملی (Swiftness of action) اَتھ بیٹھ آو غیرِ اخلاقی آسنُک اُلامہ تہٕ۔ مگر اَتھ اِلزامس جواب دِوان وَون پانہٕ ٹیگورن "اگرچہ اتھ منز شہوانی اجزا تہٕ چھِ۔ مگر شاعری منز چھِ یم چیز آسانی تہٕ بُہ پُھس پُرِتھ تس اُکس یُس اتھ اخلاق سوز وَنہِ نیبٹھ ہاوان۔" امی دورُک بیاکھ پاُتھر چھُ پراکریت پرشیدھ (Parikriti Parisadh) یتھ اندر موسیقی کھوتہٕ عمل جادہ چھِ۔ تہٕ یمیُک تاثر ٹیگورس سارۍ سۍ دُمرہ سیتۍ رُدد۔ یُس کوٗر میہٕ عرض دُفی زِہ "سناسی آیتھ مرکھوتہٕ چھِ انسانی فطرت انسانس لامحدود ذاتس کُن نِوان۔" چترانگدا پتہٕ چھُ یِوان (رد خصتہ وِچھ لعنت) Curse at Farewell۔ یتھ اندر باقافیہ عبارت آرائی تہٕ شدید جذباتیت یکہٕ وٹہٕ چھِ یکان۔ بلکہ چھُ کینژن نقّادن ہُند وَنُن زِہ اَتھ اندر چھُ تخیّل تہٕ وجدان نہایت حسین اندازہ رلِتھ رلِتھ گژھان (میہٕ چھُنہٕ یہ پاُتھر اَتھہِ آمُت)...

بنگالی زبانی منز منظوم پاُتھرن ہُند دُسلابہ۔ اگرچہ ٹیگورس برونٹہہ میکل مدھوسودنن تہٕ وینہ بندھو مترن کورمُت اوس۔ اما پوز ٹیگورن واتہ نوو یہ سٹایل سبٹھاہ برونٹہہ۔ پتھ کنہِ اُسۍ ٹیگورس برونٹہہ گریس چندرا گھوش بنگالی پاُتھرن منز ہندوستانکۍ دیومالائی کردار اُنِمتۍ۔ مگر دھرجتی پرشاد مکرجین وَنُن چھُ زِہ یم ڈراما اُسۍ نہٕ ٹیگورن وُچھمتۍ مقامی زبانی منز اُسۍ یم نوۍ نوۍ تجربہ۔ حالانکہ یوٗرپی زبانن اندر اُسۍ یم چیز پرانۍ متۍ۔

پاُتھرن ہُند دویُم گروپ چھُ سایِنزِ کِنہ لوکُٹ۔ مگر یاتہٕ سنسکرت نمونس پیٹھ نتہٕ "ستی" پاُتھرکۍ پاٹھۍ کِنہِ کلاسیکی کتابہ اَندرٕ۔ یم سارۍ چھِ مُقفّیٰ قطعن اندر

ٹیگورنہٕ آمتہٕ تہٕ ڈرامائی تیکنیکہٕ کنہٕ چھہ یم ساری سٹیجہٕ کامیاب یوان مانہٕ۔ امہٕ دورٕکۍ
خاص خاص پأتھر چھہ (۱) لکشمی ہُند اَزماوُن (۲) جہنمُک لُٹن لُٹن (نراکھس) (۳)
چھہ بدن ہُند کلب (۴) کرناکنتی (۵) گندھارا بیدن۔

یُہند ڈرامائی طرزِ بیان چھُ لطف کران تہٕ یہنزہ موضوعچ رنگا رنگی چھےٚ پرن وأرس
کیا وہ وُچھن وأرس حیران کران۔ نقاد چھےٚ یمن اندر صرف اکھ خأمی ہأو مژ، سو گیہ
یی زِ یہند دائرہ عمل چھُ محدود۔

ترٛیم گروپ چھہ نثری پأتھرن ہُند، یمن منز بکثرت اِشاریت یا علامتیت —
(Symbolism) چھےٚ۔ یمن اندر چھہ پأتھر کو ساری لوازِم خیالن ماتحت گڑھان
ہردہ وردوس ۱۹۰۸ء۔ کفارہ ۱۹۰۹ء۔ راژہ تہٕ رانی ۱۹۱۰ء، ڈاک گھر ۱۹۱۲ء مُکتادھارا
۱۹۲۲ء بیترٕ چھہ امہٕ دورٕکۍ خاص شاہکار۔ نقادن ہُند وَنُن چھُ زِ گوڈٕ نکہٕ تہٕ ترٛیمہ
گروُپہٕ منزٕ اگر کنہٕ ہدس تام "مالنی" پأتھر تہٕ انگریزی (نہ زِ بنگالی) "چترا" الگ کُن
تھاوَو، یمن دوشوٕنی گروُپن اندر چھہٕ ڈرامائی ڈول ڈال (Form) قابلِ
تعریف۔ گوڈٕ نکہٕ دورٕکۍ چھہ ملکہ اَلزبتھ سِندِ وقتکۍ نموٗنہ، یمن اندر تیتی جاےٚ
منظر چھہ زِ اگر کینہہ منظر بالکل تراوِتھ تہٕ ژھونک توتہٕ ڈلنہٕ پأتھرٕک حُلیہ منظرٕ اندرٕ
بینہٕ بینہٕ منظر کڈنہٕ سٟتی چھہ لفاظی تہٕ پرگوٗیی تیژ جاےٚ بڑان زِ ڈرامائی کارکردگی چھہ
تقریب قریب راوان۔ آخری دورٕکیو پأتھرو اندرٕ "مُکتادھارا" الگ کڈِتھ اگرچہ
ڈول ڈال (Form) چھُ کمزور، امہ پوٚز یمن اندر چھہ ٹیگورن جدید دورٕکین
یوٗرپی ڈراماہن ہندِ طرزٕچ پیروی کرٕمژ۔ یمن اندر فن کار چھُ یہ کوشش کران
زِ اکی وقتہ گژھہ پأتھر وارٕہن فنن ہندی مجموعی تأثر پأدٕ کرُن۔ رنگینی تہٕ مناظر،
ناچ تہٕ لباس گژھہ از عملہٕ تہٕ موسیقی سٟتی قدمہ پتہٕ قدمہ ہم نوا گژھنی۔ تہٕ شعورٕک
تھزر تہٕ گوو شےٚ، یتھ اندر کنہٕ ادبی کارنامکۍ غیر ضروری جُزو تہٕ اہم ین لبنہٕ۔ چنانچہ
آخری دورٕکین پأتھرن اندر چھُ یہ فنی کمال بالکل نوٚن یوان لبنہٕ۔ پران پران

اگر یم پاٹھر کانٛسہ ناپسند تہٕ لگن۔ مگر یِتھے یم اداکارن ہندِ دستہ ہاوُنہٕ چھہ یِوان۔
یم چھہ نتیجہٕ پسند یِوان زِ یُتام نہٕ پاٹھر اندرس چھہٕ واتان، تۄتام چھہٕ وُچھن وول
یِپھے رٕپھتھ ہیوٗ گژھِت مُرے گنڈِتھ روزان۔ امیک اکھ بوٚڈ ہیوٗ وجہ لیاقتی
وجہ چھہٕ ٹیگورہ سنٛز موسیقیت پسندی۔
ٹیگورہ سندین پرٛیتھ دورہ کین کینژن پاٹھرن اندر چھہٕ موسیقی ہنٛد تیوٗت گٔنٛل
اثر زِ اَکو نقادن چھہٕ یہین تام وٕنۍ مُتن زِ ۰ اگر اَڈیو پاٹھرو اندرٕ باتھ یِن
الگ کرنہٕ، باقی روزِ نوٗٹ تہٕ سامی۔ "ترنم پسندی ہنٛد چھہٕ یہ حال زِ داریہ پھرٕ
چھینہ یہ فکرے تران زِ پسندِس کنہٕ باتس اندر چھا لفظ جادہ ضروری کنہٕ تہِ ہنٛد
سرود۔ بنگالی چھہ یہ تام ونان زِ تمی سُنٛد باتھ بیٹھِ سازس کھسہ، پتہٕ متہٕ اُسی تن
تتھ کانٛہہ معنی۔ مگر سرود چھہٕ تتھ پانٔے معنی نوٚو راوان۔
چنانچہ اُسی ہیکو گوڈٕ دورٕ پیٹھٕ ۱۹۳۳؁ہس تام تم پاٹھر ترٛاوِتھ،
یِمن محض غنائیہ پاٹھر ییہ ناو تھاونہٕ۔ مثلاً کالی مرِگیا
بالمیکی پرتیبھا۔ چنڈالِکا۔ تشردیش۔ ناترپوجا۔ ترٛنٹ راج بیترٕ۔ ٹیگورس بروٗنہہ
اوس مغربی مُلکن بالخصوص امریکہ ہس اندر غنائیہ طربیہ (Musical comedy)
ناوی پاٹھر آسان، یِتھ منز کانٛہہ ناقابلِ باورخیالاہ اوس محض تفریحہ خاطرٕ بیان
کرنہٕ یِوان... مقصد اوس آسان لوٗک آسِہ ناوِتھ بارہ وٕشنہٕ تہٕ کانٛہہ بدمعاشاہ
پتھر پاوِتھ تھپہ تھارِ معشوقاہ لبن (ٹیگورہ سنٛز ابتدائی تہٕ آخری زٕ سماجی طربیہ
——— بے کنتھر کیتھا تہٕ سنیسری پاٹھر رودی نہٕ اتھ رِوایژِ پیٹھٕ تہٕ پوٗرہ پاٹھی)
از چھہٕ غنائیہ پاٹھر زِندگی ہنٛز اندرونی کشمکش نٔنۍ کڈان۔ یِمن اندر چھہ مکالمہ، باتھ تہٕ
نژن، یِتھہٕ کنہٕ اکھ اَکس سیتی پیوستہ آسان زِ پاٹھرچ مجموعی کارکردگی تہٕ تاثر چھہٕ
اَمرس تام اَکو سی تجربس اندر وُچھن والین محسوٗس تھاوان۔ موسیقی ہنٛد جذباتی قوت
چھہٕ یِمن سٕہ تلاطم تلان زِ گیوٗن چھینہ روزان پاٹھرک اکھ تفریحی جُز۔ توے چھہٕ

غنائیہ پاٹھرس اندر بیک وقت مصنف سازندر، ڈائریکٹر، ایکٹر، گیون وول تہ نژن وول اکی تجربکہ تہ اکی خیالکو مختلف پرتو بنان تہ ٹیگور اوس اتھ اندر تہ خوش نصیب زہ غنائیہ پاٹھرکی ساریٔ ضرورت آسہ تم پانس اندر پاٹھہ کرہٕ متہ۔ یوہے وجہ چھ زہ تٔسندین عام پاٹھرن علاوہ چھ خصوصاً تٔسندی غنائیہ پاٹھرن اندر سرکیف تہ تاثر، یُس وچھن والس زن تہ خوابکس عالمس چھہ واتہٕ ناوان۔ تہٕ اتھرس پیٹھ اکس دوٚن جمکن اندر زن تہ ذکہٕ دِتھ ہُشیار کران تہ عالم بیرتس منز تراوِتھ ژھنان۔ یہ آسہ تَن" مالتی ہُند" بینہٕ نِس عاشقہ سندِس قاتلس کیتھ عفو ژھانڈن۔ بیٚیہ کِہ غاطرہ پاٹھر وچھن وول تیاری چھُنہ آسان یا بسنتو سُند گیوان گیوانی ژیوٚت موژن یُت زن یتم پاٹھہ ونانی سہ فِضہٕ ہس اندر وِگیتھ گژھم تہ بقولِ گیتے لامحدود ذاتس سیتی رٔلتھ پٔن نُو جہد لبہ۔ وچھن وول چھ ہے وٚلاگژھان بر کتھ اوسس تہ کوٚت ووتس۔

ٹیگورہ سندِ پٔرہم نراوی جہ فن کاری ہنزہ نشان دِہی بابت نِمو آسہ دوشی تٔسندین پاٹھرن ہُند مرکزی عنصر۔ یعنے کردار نگاری

## کِردار نِگاری

اکی نہ کتہ دان عالمن چھ لیوکھمت زہ ٹیگورہ سندی کردار چھ تسندِ موسیقی ہنزہ تارہ۔ یم وزان وزان چھہ نبان زندگی ہندی تہ موتکی مسلہ۔ منتر تیچ رنگ آمیزی تہ سازہٕ پیٚیہ ہندی غم۔" یہ چھہ اکھ نہایت خوبصورت تہ صحی راے۔ ہیٚنچ اکھ نُخ مثال چھ" کٔما دھارا" پاٹھرس اندر یٔنہ سیٹجہ دُور چھ یوان نظرہ لوک بے شونک پاٹھی بکان تہ وچھن وول چھ پانے زانان زہ زندگیہ ہندِس بے آواز سازس چھہ تمہ وِزہ تہ ژھین گژھان۔ بیٚیہ وِزہ زِندگیہ ہندِ کارواںکو اُڈو مُسافر امی کارواںک سفر چھ سیٹجس پیٹھ ہاوان۔ امی بِروائیژ موجب چھ امو سندین عام کِردارن تہ موسیقی ہندِ ذریعہ سرُور ژھانڈ ریچ سے۔ "کفارہ" ناوی پاٹھرس اندر چھ اتن ہُند

یُتاه سازؤ سرُود یوُت ژٕ اَتھ وِنٛیتھ تہٕ ہینکہٕ ہے تہٕ یمہٕ سیٖتۍ زن تہٕ پأٹھۍ کاڑِی
چھُ اَڈٕ وِتی رٕہِتھ گژھان ۔ بہٕ ورۍ گژھت امہ کین کرٕدارن ہنٛزٕ موسیقی واریاه
کانٛٹ چھانٛٹ کرِتھ تہٕ ٹھوٗ ٹیگورن کردارن ہنٛزٕ عملہٕ سیٖتۍ تیوٗت غنائیہ عنصر زٕہ
وُنہٕ تہٕ چھہٕ امہٕ پأٹھۍ کارکردگی بقولِ تھامسن "کمھرٕ زن بِکان" ۔ غنائیہ پأٹھۍن
منز اوس یہ اکھ صِفت، اما پوٗز باقی پأٹھرن اندر آو امہ مشرقی رِوائژ سیٖتۍ عملہٕ تہٕ کھرٕ
جادِہ پأٹھۍ تو سیٖتۍ آو اداکأری اندر تصنع ۔ بلکہ چھُ یوٗدی نقادن ہُند وَنُن زِ "اچلیاتن"
پأٹھرن اندر چھِہ یتھی یلہ وَن وَنہ موٗجب کردارن ہنٛزٕ زیٖوِہ تہٕ درٛامُت ۔ یتھ پیٹھ
سیٖٹھاه شور تہٕ وُدھ ۔

یمِن مُقابلہ اوس ٹیگور پنٕنِس تتھ پأٹھرس تام فخرٕ سان "پنٕنین پأٹن ہندِ ہن
پوٗشن ہنٛد میوٕ گنٛزراوان، یتھ اندر سادٕ وِی کتھہٕ تہٕ جادٕ تکرارِ کلام چھُ ۔" سُہ گوٕد
"ہردِ درٛوس" ۔ یتھ اندر "ظرافتِ کلام تہٕ بلند خیالی سعی ژکھ چھِنہٕ مأری ہتی ہیکان
یوسہ امرکس مرکزی کردارس ہنٛزٕ متواتر تمثیلیتس تہٕ یہ گوٗیی پیٹھ کمسان چھُ ۔" یہ چھُ
عجیب اتفاق زِ اُتھی پأٹھرس اندر چھُ ٹیگور شاعرن تہٕ اُکس کردارٕ سنٛزٕ زیٖوِہ
یہ ڈُنتھ زُٹ کران زِ "شاعر چھُ سفید ریش تھاوِتھ وأندر، یم پیٚپیہ متس آمیر
باعث چھہٕ ژُور کران تہٕ اکِہ لنجہ بنٛیس لنجہ وۄڈٕ پوٗنز کران ۔" حالانکہ امہ برٛونہہ داریاه؟
ؤرِی اوس تمُو "چھٹمُت دِل" ناوِی پأٹھرس اندر شاعرس متعلق اکھ نہایت ٹھوٗد
تہٕ معقول کردار پیش کوٗرمُت ۔ تہٕ شدید جذباتی طرزس اندر ہوٕمُت زِ شاعرس چھُنہٕ
توٗت تام محسوس گژھان زِ کوٚٹھ چھُ عشقس اندر گرفتار گوٚمُت، یوٚتام سُہ پانہٕ
معشوقس چھُ دَکہٕ دِوان ۔ پتہٕ چھُ فرانٛسس اندر "فلوا گژھان تہٕ میا ہترٕہِی روزِتھ
چھِیکرس تسی معشوقس نِشہ واتان ۔ مگر مِہ وِزٕ ییلہٕ معشوق چھُ اکسان بنٛیس
عالمس کوٚن سکھران ۔"

یہ چھُ میٚہ امہ موٗجب وَنُن زِ پانہٕ شاعر آسنہٕ تہٕ اوس سُہ موقہ وُچھت

اُکھ سۭی کِردارٕ سٔندی مختلف پہلو مختلف جایِن تِہندِ پاٹھۍ ہاوان، یِہِمیُک ردِّ عمل تَس پانس
تہِ سیرٕ کرُن پیٹھ ہے ... ...

دیو مالأیی کِردارَو علاوٕ چھِ ٹیگور کأنی داسہٕ سٔندی پأٹھۍ مناظرِ فطرت تہٕ بِلٕسٕنہ
سٔندی پأٹھۍ نقاب پوش کیرکیٹر تہٕ بار بار أنان ۔ یِمَو سیتۍ اگرچہ فوق البشری عنصر چھُ
نیامُت، امایوز اُمنعری دوٕرٕ کین پأٹھرن منز تہٕ میٖلہِ تمُے تھزنگہ تلَن واجنہِ کھیٚجہ انہٕ
فوق البشری جِھس سیتۍ رلیای سرمدی نغمس بدل لالہٕ بابہ ماأینز دنبالہِ مُتہ۔ چنانچہ
دارہِن جایَن چھِ کِردارن ہنز تقریر بازی سیٹھہ پیٹھۍ اشتہار بازی بنان۔ مثلاً
مُکتا کرابی اندر۔

کردارنگاری اندر مون یہ زِ ٹیگورہ سٔندِ عقیدہ موجُب چھُنہٕ دُنیہس اندر
کانہہ مخلوق تہِ فضول۔ مگر میٖلہِ اُکس آفاقی تہٕ اَبدی موضوعس اندر اکھ بیٚنہ ربط کردار
اتھہ، تیٚلہِ چھُ نہ صرف قندس تہٕ مجہِ گژھان، کنُنے ساد بلکہ چھُ پأٹھرک اکھ اہم
لازمہ ـــــ سُہ گیہ اختصار نویسی ـــــ داوان۔ یِمہٕ سیتۍ مجموعی تاثرس
چھَ نقر پھٹان۔ چنانچہ یِمن پأٹھرن اندر منظرَو منزِ منظر چھِ کڈنہٕ آمتی یایِمن زیٹھہ
مقدمہ چھِ لیکھنہٕ آمتی۔ یِمن اندر چھِ کِردارن ہنز کثرت دُچھت دُچھن وول کتھن
کُن تیوٗت لگان، یُتھ زن مرکزی کِردارن ہنز اداکأری زن تہٕ وتی چھِ گژھان رُوزتھ
یا زن تہٕ راجا رأنی پأٹھرک ٹھوکر دادا چھِ پأٹھرہ پتہٕ پأٹھرہ نوٚو زنم لبان۔ حالانکہ
اُتھی راجا رانی پأٹھرس سٔنتھ چھُ اسہٕ ٹیگورہ سُند تصوّر عمومیت۔ (Republican-
ism) تہٕ نبان۔ یِتھ ضمنس سیتۍ) یہ اشارہ تہٕ چھیٚ اکھ کردار کران زہ بجارتس وَپی زِ عمومیت!

یِتھی درجنہ وادا اشارہ لبتھ چھُ اذ یہ کتھ ماننہٕ آمژ زِ دارہِن جایَن اگر ٹیگورہ
سٔندی ذأتی اعتقادات کِردارن ذمّہ آسہِ من نہٕ کھتو میتی کِردارنگاری منز نزیِیہ تضاد
تہٕ نہ کانہہ کھر۔ مثلاً "ڈاک گھر" نأوی پأٹھرہ کِس معصوم عنوانس تل پیرہ ہے نہ سُہ طنز
یُس ٹیگورس مرکأری مُلازمن تہٕ پُنڈتہ تن خلاف بیٚین جایِن درتاوُن پزہ ہے۔ اکتھی
کنہ چھُ ٹیگورن اکھ پأٹھرس اندر یُن ہو کہ چاز عمل "نأوی کِردارس اندر تُو مراُدتھ

سۭہ رِقت آمیز دردمندی ہندی نموٗنہٕ پیش کوٚرمُت۔ یُس اَتھ پأٹھرِس ہندِ پایک کارنامہٕ
بناوان چھُہ۔ بیٚیہ کینٛہہ چھِہ ٹیگورہ سٕنزٕ ذأتی ناپسند گیوٚ سیتی کِردارن پأٹھرٕ بجایہٕ
پأٹھرِ لنٛکیھن وألِس سُند ماتحت ہٕمیت روزن۔ تنقیدی اصولو موٗجب چھُہ یہِ اکھ مأنی مژٕ
کتھاہ زِ یلہِ فن کار پننہٕ نین کِردارن ذأتی اعتقادن ہندِ ایجنٹ بناوِہ، ادب چھُہ بنان
پروپیگنڈا تہٕ پروپیگنڈا چھُہ عام پأٹھۍ کیوٚنژھہ کالا گژھت پانے مران۔

اتھ مُقابلہ چھُہ معترِضن ہُند یہِ شِکوہ غلط زِ ٹیگورہ سٕندی اکثر کِردار چھِہ
محض ہندوستأنی، یہندی ہم جِنس بیٚیَن مُلکن اندر چھِی نہٕ۔ یہِ الزام چھُہ یمو وجہو موٗجب
غلط:——

اوّل تہٕ ہیکہِ نہٕ کانہہ فن کار پننہِ ماحولہٕ نِشہ سراسر الگ رُوزِتھ۔ دوم چھُہ دُنیہُک
پرتھ ادبی شاہکار زِندگی ہُند عکّاس تہٕ زندگی اندر چھِنہٕ پرتھ کانہہ کِردار آفأقی تہٕ
ابدی رنگہٕ رنگیتھ آسان۔ سوم چھُہ فن کار وجودہٕ کِس کُنہِ پرتوس پننہِ اندہٕ واش کڈان
تہٕ خاص خاص حالن اندری یوٚت محوٚ گژھت اکھ پایدار کِردار پأدہٕ کران۔ ورنہٕ عام
پأٹھۍ چھُہ سۭہ یہِ دَنُن یژھان زِ "یہِ کِردار دُچھون۔ یتہِ چھُہ تیوٚ ہیہ اِنسانو اندرہ اکھ
فرداً۔ اِمس کرۍ تو ہندوستأنی سادھ سُند حال یا ونہٕ غأمرہ ٹھوکر دادا۔ وادا ٹھوکر، سردار،
بال یا بیٚیہ کانہہ ناو اُمی سُند نیک کار یا بدکار اگر اکِس مُلکس اندر توٚن گوٚو، اتھ نِنزرس
اندر چھِہ ساری انسان رِہی شریک۔" یہِ اسۍ تن زمینچ کانہہ چنڈال کوٗر یا انسأنی جامہٕ
لأگتھ آسمانک کانہہ دیوتا۔ اگر بیٚین مُلکن منزِ یمن کِردارن ہِم ناو چھِنہٕ مگر یہندی ہم جِنس
آسن تہٕ ضرور۔ ٹیگورن رٕچ کِردارن ہندی لیِے زِ انڈ ترلُس کانژھاہ، یِمن دِلہٕ ن
طبقن اندر آو تِسند کرتوٗت نوٚن کڈان کڈان نہٕ بیوٚد سۭہ نقّادن مشورہ پزژھنہ تہٕ
نہٕ اعتراض کرن والین ہِنز تمہٕ اے وُچھنہِ ٭

# کٲشرِ پرٛنچھِ کُنٛز

## رسم الخط

| نِشانہٕ | مِثال |
| --- | --- |
| ـَ | از ۔ ہش ۔ نس |
| ـٕ | اُچھ ۔ لٕر ۔ نٕر |
| ـٲ | اٲس ۔ کٲر ۔ دٲر |
| ـِ ـی | کُنِ ۔ تھُنِ ۔ اٲزِ |
| ـٟ ـی | اٲمی ۔ ناگٟ ۔ کٲنٛز |
| ـۍ | کھر ۔ دہ ۔ بنگر |
| ـۄ | لۄنگ ۔ ژۄل ۔ ژھۄر |
| ـۆ | مۆل ۔ ژۆر ۔ لۆر |
| ـو | مول ۔ ژور ۔ لور |
| ـوٗ | موٗل ۔ دوٗد ۔ گوٗڈ |
| ـیٚ | شیٚچھ ۔ ویٚتھ ۔ پیٚتھ |
| ژ ۔ ٹھ | کرٛنز ۔ دنٛد ۔ ژراکھ |
| ـی | ہیر ۔ نیر ۔ ژیر |
| ـیٖ | ریٖر ۔ زیٖٹھ ۔ تیٖر |
| ـےٚ | تیٚر ۔ گنگرٲے ۔ ژیٚر |
| ـی | سبطاہ ۔ زبد ۔ دبد |
| ـٕے | مٕیتھ ۔ مٕیٹ ۔ پٕرٕیٹھ |

# غلط نامہ

| صفحہ | سطر | غلط | صحیح |
|---|---|---|---|
| ۱۹ | ۱۷ | تہذیبگ | تہذیبگو |
| ۴۱ | ۱۶ | تہ اُفتو | اُفتی |
| ۴۲ | ۴ | سرو | سُرّو |
| ۴۳ | ۱۵ | وہ گنو | اُوہ گنو |
| ۴۳ | ۲۰ | مامو | گامو |
| ۴۶ | ۱۶ | کاشری | کوشُر |
| ۴۷ | ۱۰ | پوتھ | تیوٗت |
| ۴۸ | ۲۱ | ترٕ کائنہ | ترٕ نہٕ کانٛسہ |
| ۵۱ | ۱۳ | سانہ زٕنی | سانہٕ زبانی |
| ۵۱ | ۱۴ | صرف ... | صرف سُنبر پنچو |
| ۵۱ | ۱۶ | کرنہ ... | کرنہٕ ترٕ سانی |
| ۵۳ | ۱۳ | پنس | پٹس |
| ۵۷ | ۱۹ | واُز | وأژمژ |
| ۵۸ | ۲۱ | جنّ | جن |
| ۵۹ | ۱۹ | سندس | سندِس |
| ۶۱ | ۱۲ | نلسان ہیو | نلسان ہیو" |
| ۶۲ | ۴ | خسروان | خسرو |
| ۶۲ | ۲۰ | ہنزی یانہ | ہنزِ یائنہٕ |
| ۶۵ | ۱۷ | بُڈھیو ترٕ | مُڈھی... ترٕ |
| ۶۷ | ۱۳ | وڈراونم | وڈراونم" |
| ۶۸ | ۹ | نبضس | نبضن |
| ۶۹ | ۱۹ | مرکّب شاید | مرکّب چھ شاید |
| ۷۵ | ۱۷ | پاسی | پالسی |
| ۸۶ | ۵ | وقتہ تام | وقتہ |
| ۸۷ | ۶ | پالس | بأجس |
| ۹۷ | ۳ | کھوپی ہامہ | کھوپہٕ ہوم |
| ۱۰۴ | ۱۸ | انزنہ | اُزنہ |
| ۱۰۶ | ۱۷ | ننویت | ننٛوٕیت |
| ۱۰۷ | ۶ | بوان | یِوان |
| ۱۰۷ | ۱۳ | زنز | زٕرہ نُز |
| ۱۰۷ | ۱۸ | اُنسپل | اُتپیل |
| ۱۰۷ | ۲۱ | بھا....کر | بھاسکر |
| ۱۰۹ | ۲۱ | اندر کلھن | اندر چھ کلھن |
| ۱۱۳ | ۱۷ | باگہ | باگہِ |
| ۱۱۵ | ۱۹ | فاری | فارسی |
| ۱۱۸ | ۱۵ | دیدی | دُندی |
| ۱۱۸ | ۲۰ | سانہن ... | سانہن پُرہو وننی |
| ۱۱۸ | ۲۱ | دسی دھرا | دلیسی دھرا |
| ۱۲۰ | ۱۴ | یوان آو | یوان لبت آو |
| ۱۲۶ | ۵ | پرسپولوک | پرشپورلوک |
| ۱۵۲ | ۲۰ | صفات صفات | صفات ذات |
| ۱۵۳ | ۱ | آوو ... | آووہا |
| ۱۵۵ | ۱۶ | ژوُورہ | ژوورہ |
| ۱۵۷ | ۱۵ | ہیتھنم | ہیتھ نم |
| ۱۵۸ | ۱۷ | منزہ | مُنزّہ |
| ۱۵۸ | ۱۸ | منزہ | مُنزّہ |
| ۱۶۰ | ۱ | کنہ | کُنہٕ |
| ۱۶۲ | ۱۲ | ارتقاے | ارتقائی |
| ۱۶۲ | ۱۳ | کُن | کُنُو |
| ۱۶۲ | ۱۹ | واد | وادہ |
| ۱۶۳ | ۱۷ | کُس کُس | کَس کَس |
| ۱۶۴ | ۷ | کُن | کُنُو |
| ۱۶۴ | ۱۴ | ل تار | دل تار |
| ۱۶۵ | ۱ | پولم | پولنم |
| ۱۶۷ | ۱۳ | گُم | اماپوز |
| ۱۶۸ | ۱۰ | پان تھوؤی | تموٕ بسوؤی |
| ۱۶۸ | ۱۷ | Phototype | Prototype |
| ۱۶۸ | ۱۸ | (جہادِ علی) | (جہاد) علی |
| ۱۶۸ | ۲۱ | حیاے | حیا |
| ۱۷۰ | ۸ | چھ | رُچھ |
| ۱۷۱ | ۱۹ | گوُزی | وُزُور |
| ۱۷۲ | ۱۰ | لبستھ | لِستھ |
| ۱۷۳ | ۲۰ | جھلہ | جھلِہ |
| ۱۷۴ | ۸ | کتھ | زُیُوہ |
| ۱۷۵ | ۴ | اُسوَ ہو | ہو |
| ۱۷۵ | ۹ | آسدپرینہ | آسدپریہ |
| ۱۷۶ | ۱۵، ۱۶ | تُبصَرُ الاکبرُ | تبصرُ الاکبرُ |

